ناو ——— پُن تہٕ پاپ

وۄری ——— ۱۹۸۶ء

مصنّف ——— غلام نبی گوہرؔ

"دُرِ ج گوہر"

کرالہٕ پورہ چرار شریف روڈ ۱۹۱۱۱۳ کشمیر

ناشِر ——— شہوار گوہرؔ۔ دُرِج گوہر،

کرالہٕ پورہ، چرار شریف روڈ کشمیر

کتابت ——— معراج ترکوٹی

سرورق ——— مسعوٗد

تعداد ——— پانژہ ہتھ

مول ——— ۷۵ روپے -/75

پریس ——— فوٹو لیتھو ورکس سیتاپوری، دلی ۳۲

یہ چھُس جموٗں و کشمیر کلچرل اکادمی ہُند شُکر گذار یمہِ
کم کاسہِ مالی مدد کرِتھ یمہِ ناولہٕ ہُند چھاپہٕ سپدُن ممکن بنوو۔

(ناولہٕ ہِندی ساری مقام چھِ پزی مگر کردار محض
خیالی۔ اگر کانٛسہِ بہِ یمو کردارو ہِندِ عادہٕ منز پننٛین
عکس لبہٕ نہٕ پیہ سُہ آسہِ محض اتفاق)۔

# آلُرٛ

تَتہ اَترِس یِتھِس رٕژرٕکی لچھ پرد ڈٕلتھ

تہٕ

وُرِیاہ رۆد

# باب ۱

ژٕھر — یہ مٲرۍ مۄنٛد گام چھُ فطرتچہٕ شہجرٕ، مرٕشجرٕ، نیجرٕ لولہٕ منٛز اسہٕ وُن
ولیہٕ وُن ہٹر باشہٕ کران۔ نیلس ورہٕ وارس منٛز چھُلتھ تہٕ لوِتھ لرٕن پھندی ژٕ قطار۔
مغربہٕ کنۍ یارہٕ کُلین تہٕ رٲیلن ہندٕ استادہٕ صف رسہٕ رسہٕ کھسہٕ وٕنین اختابہٕ زٕژن
دۄناژہ پرٕیہٕ نیلین ہلمن منٛز سۄنبران۔ ڈٕچھنہِ کنۍ تھدین زاوِلین چھٕتین فرستن
ہنٛز لٲنہٕ گامہٕ کس عظمتس شگدری کران۔ کھوٚوری کنۍ ڈٲلبشس تہٕ امبری کُلین ہنٛز
لنجہٕ موکھ دوزلین ژٕوتٕٹن ہندٕ بارٕ لوسہٕ ہندٕ تبھیکو یاٹھی ترانژہ وژھمژ۔ ہیارٕی
اختابہٕ لوسہٕ نکہٕ طرفہٕ یمن جہاندیدٕ بونین کاینانگ دیہہ وُچھان تالہٕ کنۍ نارٕ ژمھ
دراہمژ۔ مشرقُک مرٕھیُل نیجرٕ، مغربُک سۄت الاو۔ ڈٕچھنُک دود چھرٕژ
تہٕ کھوٚورکہٕ رنگ بتہٕ اڈٕبیہ میوُک یہٕ وۄشلُن ژوِن رنگن ہند سونٛزلہٕ پٲراو۔ تہٕ اتھ
رنگن ہندس ژٕوراشس اوس صبحُک کھسہٕ ونی اختابن سوہ ملمایہٕ گرٕتھ گامُک
فضا تتھے کنۍ ناپہٕ نوومُت یتھ کنۍ ہتہٕ رنگ ژونوسس منٛز ستہٕ رنگ شمعُک
گاہ اوٚندلۄک ناپہٕ ناوان چھُ۔

اَتھ مٲرمندِس فِضاہس منز اوس نورالدین ولی یُن آستان اَز مہرانہ پٔندی
پاکھٕ پارادہٕ آمُت غولام گردشہٕ کین تھمَن ہُند نقشہٕ نگار تہٕ لبَن پیٹھ اَویزان سبز
تہٕ سرخ نوی تہٕ پرانی ریشمی تہٕ شنیلکی پردٕ ۔ یمَن پردن پیٹھ تلہٕ دوزی سٕتی کٲشرِ
تہٕ فارسی بٲت تہٕ سٲیلن ہندی ناو برنگس اَندی اَندی پیٹھ بٔرزلی سربتہٕ
دارِ پٹین تہٕ پنجرن منز گُلکٲری ۔ یِیرہ داون تہٕ پَنہ پتین منز دشہٕ آویزان تہٕ
برنگہٕ کِس نقشہٕ نگٲری پیٹھ سونہٕ مولہ مایہ اَمہٕ ساری کٲرگری سٕتی آس ٹاکارٕ
باوتھ سپدان ۔ تریودوے خالق ازلن کشیرِ ہُند حُسن گران گران ووسنہٕ کٲری
ہُند شہکار بیش کورمُت چھُ تہٕ کٲشرو ووستہٕ کارو تہٕ اوس پننہ خونہٕ جگرہ
بلہٕ مشہٕ سٕتی یہ فطری حُسن سہٕ آتشہ بنوومُت ۔ یِمہٕ ساسہٕ بٔدہ پنہٕ داو یِمہٕ
غولام گردشہٕ کین تھمَن تہٕ دارِن گنڈتھ آسہٕ چھ اکہٕ اکہٕ باوتھ گران زِ کٲتھن ارمانَن
ہُنداوُچھ عشقہٕ پیچان چھیہٕ اَتھ شوقہٕ کِس آستانس نال وَلتھ ۔ کٲتیاہ سرتاز
عشقہٕ پیچان آسہٕ ورکھیتھ عقیدہٕ کِس قباہ کوٹس پان آلہ وان تہٕ کٲتیاہ عشقہٕ پیچان
آسہٕ امارکین اَتھن ہندِ وصلکٕ انتظار کران پراران زِ اَز تہٕ پگاہ پن عقیدتمند
عقیدتک خراخ ہیتھ ۔

فطرتہٕ کِس اَتھ سونہٕ ساوی مالنس منز آس اَمہٕ استانچ مقدس مہرنی لولچہ تہٕ
امارچہ لولہٕ منز وسان ۔ اَندی پکی گامہٕ والین جوانَن بُڑن ، مردن تہٕ زنانَن ہنز
اَس صبحہٕ پیٹھے ژرچ لگتھ پہندی نوی نوی پوشاکھ آسی باوتھ گران زِ ییتھ ون کھلس
تہٕ نزدیکھ علاقس تہٕ اَندی پکھی شہرن منز روزن والین بہلین ، گجرن تہٕ
گریستین ما چھیہٕ از کانہہ اَگیہ عیداہ بدلے نوروزاہ تہٕ بدون ہیرنٕ ناہ ۔
یونہٕ ہردٕ کِ دوہ ، وان ڈورن پکی ہیلو ترانشہ وتھہ متی اَندی پکی مکایہ ڈارن

منز تھزہ تھزہ مکانہِ قطارہ کنگارن ہند اُنیکھ کھبولاہ لولن منز بجگان للوان

تہٕ شی شی کران۔

ازکل نہ اوس حض شیچہ ہندہ وورُسک ریتھ نہ نہندس کاکنہِ خلیفہ سُند
وورُس تہٕ ہنگہ منگہ پہ وورُسک ماحول ہیکہ نہ بے مطلب اُستھ۔ موہنجہ گرہن
ہندہن چولن منز تابہ وِنی رِیہ۔ ژھوچہ تہٕ تنگ گامہ سڑکہ دُوطرفانہ اُندی اُندی
منارہن ہند سجاوٹ عارضی وان، سطرنجن پیٹھ وہراوہٕ کاژہ بُنگرہ، سرتلہ دوٗر
سورمہ سرنجہ، چھونچہ لوٗتی، ہینہ، ژکھاٹل ٹوپہ، لاکھ لاگی لاگی گجرانہ ٹاچہ تہٕ
چھوکہ ڈوٗنہ بیترِ یمن سطرنجہ وانن پیٹھ ماری منڈی آسِن منز سجاوِتھ
یمن عارضی وانن اُندی اُندی اکہ طرفہ ہہ بُڈہ گرِیچہ باے تیچوی ہندس مکسن کٹر
مخملچ وورحتہ ژکھاٹل فیتہ دار ٹوپی چکاوان تہٕ نِکہ چھوکہ ڈوٗنی ہنہ خاطرہ چھوکہ ڈوٗن
ہندی پاٹھو تہ لدتھ۔ بیہ طرفہ انہرشن گجرکہ کوٗر ووہ نزلہ ڈبہ زینگ ٹووپھرن
تہٕ کریہنہ صونگ بیزار لاگِتھ وانکہ پن مس ٹٹس گنڈنہ بانچھ ہوان تہٕ ہوان
ہوانے کلہ پیٹھ نوو شولا پوری کھیتس ٹھوٗد تلتھ گیو پریڈان منگ لوٹھ بروٗنٹھ
کُن اُنان انان پہ فوطہ چھلو ستی سجاوٹ وانکہ لوٹ مس ٹٹس ستی پاراوُن
ہوان۔ یتھ موہنجہ گری وانس تل گامہ رانڈیاہ بجہ مینگہ ٹوپی ٹھوٗتھ اُوہ موہنجہ
گوٗلی ژاپان ژاپان ہتھ منارہ وانس نزدیکھ بہتھ تازہ مہرنہ اُچہ نارٹ ہاوان۔
بیاری بیمس جوان گجرس پہ دند ڈاکٹر مینندس دندس بدلہ اُرس دندس شرٹزہ ستی
لمان تہٕ جوان چھوٗرہ چھوٗرہ کران۔

پرتھ طرفہ آس گہما گہمی، یُن گژھن، وِتن تہٕ اُتن اکھ اکھ کھیچ لوان
استانہ فاتحہ پرتھ موہنجہ گرن تہٕ منارن ہندہن وانن کُن گژھان۔ بُڈہٕ بُٹن

اُس پانژھ اَکھ جوان بڑٕ کورِن تہٕ نوشن ستۍ اِستانہٕ گِتھ کرِتھ بیٚران تہٕ جوان
بٔنِتھ سہرا بندر کٔشِس تہٕ لل دیٚد مُتلق ناٹہٕ تِمس بوزٕنہٕ دلیل بوزنا وان۔

اِستانہٕ پٔتۍ کنۍ کھلہِ مادانس زٕ ژور کرسیہٕ ہیچ سجاوِتھ تہٕ بیٚیہٕ اکھ مایک
لاگِتھ۔ سپیکر اکھ زٕ اَسۍ نعدٕ فرستن گنڈِتھ۔ باسان اوس زِ از چھیہٕ کُمہٕ تام
خاص جلسچ تیاری۔ تام لوگ لاوڈ سپیکرس پیٹھ اکھ نو جوانن مرشھجہ لیہ منز نعت
شریف پرُن۔ نعتہٕ کہ اثرہٕ تہٕ آوازہٕ ہندہ مرشجارہ گیہٕ بکن وٲلۍ ژھینھ۔ وانن تِمس
اِستادِ لوکھ تہٕ آے جلسچہ جایہ کُن دوران تہٕ بوزن والین ہند اجتماع گوو
بڈان۔ تام گیہٕ لُکن چھِ اکہٕ طرفہٕ کرکھ زٕ آوٕہ۔ کُس آو؟

توت تام اوس نعت خانن نعتکہِ لیکھتیک شار تہٕ پوٚرمُت جلبہٕ گھس
منز جمع سارِنۍ لُکن ہنز اُچھ آسہ پھٕ کُن دٔرہ بجرہ تہٕ اکھ اوس بیٚیس کُن
وَنان نہٕ بیا اکھ بیٚیس وَنان "آوہا"۔ کُس آو؟ تہٕ اُس نہٕ جلبہٕ گھس منز کانٛہہ تہٕ
خبر زِ یِنہ وول کُس چھُ۔ یِنہٕ وٲلۍ ہندِ ناوُک یُدوٕے سارِنۍ پتاہ اوس مگر
خال خالے اُس کانٛسہٕ یِنہٕ وٲلِ سنز شکل وچھٕز۔ سٹیجہٕ برونٛٹھ کنۍ خاکی وردی لاگِتھ آو
اکھ چپراسۍ نِس پتہٕ آسۍ مُقدم، سرپنچ تہٕ بیٚیہٕ کیتہٕ زٕٹھو تہٕ مُشپدِ ہندی امام
صاب یِمن پتہٕ پتہٕ آو کوٹھ پتلون لاگِتھ ٹائی گنڈِتھ تہٕ قراقلی ٹوپی دِتھ ژھوٹ
موٚٹ اڈورِ انسراہ ہیوٗ۔ "یہ کُسو یہ کُسو"۔ اکھ اوس بیٚیس وَنان تہٕ بیا اکھ
بیٚیس، تہٕ اکھ پرزھ گار منزٕ ے ووٚن اکھ جوان گرسۍ بٔتہٕ علمک اظہار کران
کران زِ لبوٚہے گوو حاج صاب فرمِ وول" بجواس"۔ ووتھس بیا اکھ اڈورہ
گرسۍ رانٛڈ با۔ "یہ زانن حاج امرد ینٕ صاب۔ یہ اوسُس تِس نِش پانژن
وریٚن موزوری کران۔ یہ گوو نہٕ سُہ۔ سُہ چھُنہٕ کوٹھ پتلون لاگان بلکہِ شرائے

بیزار"۔ امانیلہِ کٔس چھُ یہ۔ راتھ آے سانہِ پارے اُسی زِ حاجی امردینس چھ اسنانس

تٔو تعمیر کرنہٕ یُن تہٕ

سُہ کتہِ تہٕ یہِ کٔس؟

ہُم اَسی یِمے سُسبرِ گٔسرہ کران زِ اکھ رہنما کاراہ آد اُپارٕ ی ہمو سار ڈے

ٹھہرِوو یہ۔ تٔمی سٔر یمن باوتھ زِ یہ گوو کولگامیُک تحصیلدار تہٕ حاج صاب اوس نماز

پرنہٕ مشیدِ ژامُت۔

"مگر اَسہِ اَے اوتہٕ نام بٹہٕ تحصیلدار اوس" ؤن اٰکی یار باش گرسہٕ جلبہ منز

کریکھ دِتھ۔

ہے سادا اَز چھاسہ انسان ہیکان فرق کٔرِتھ زِ بٹہٕ کٔس چھُ تہٕ مُسلمان

کٔس چھُ۔ ساری ہوی سوٗٹھ بوٗٹھ لاگان تہٕ ٹاے گنڈان تہٕ کینہہ کال برونہہ

اَسہِ تونہٕ لوٗبہ ہنز فرق تہٕ ووذی گیہِ سونہٕ ختم۔

"میانہٕ سادا۔ دسگیر ہنز درٕسے نہ با چھیہٕ ژٕریہٕ تہٕ میٔہ کانہہ فرق۔ یُدوَے

چانِس پھیرنس تہٕ میانس لوٗچس تٔنی تہٕ ٹاکارہ فرق چھیہٕ مگر نہ پون میٔتے گروٗ ذ

تہٕ زُنتے میون کروٗتی۔ اَتھ مُقابلہٕ چھی ہِم سانی اَفسر پلوٗ دلوٗ ہوی لاگتھ باے بٲے

باسان۔ مگر اَندری اَندرٕ ہوٗل۔ یُس گوو امردینُن صاب ہم چھُ منش شکلہِ منز ادتار"

دمہ بٹہٕ یہ زیٗوٹھ تقریر بوٗزِتھ وٗن یٔپاری عمہٕ تایدن یٔنہٕ کھُیس شیران شیران۔

"آہن مارا چانی کتھ چھیہٕ شرٗاہ آنہٕ۔ یتیمس بروٗنٹھ اوس بٹہٕ تحصیلدار تٔمی اوس ناجنگ

بٹہٕ چپراسی ڈیرس بیٹھ اردلس کھووُمت تہٕ اُدِ تہندی اَتھ ییٗون لوٗٹھاہ کٔرِتھ۔ یمی

اوٗن کولہٕ گامُک ڈوٗمب تہٕ اُمی لوگ اوتہٕ بیٹھے۔۔۔۔"

امہِ ڈیٹھِ ہنز یہ کُمنٹری اُس وُنہِ چلانی زِ سٹیجس پیٹھ گیہ تمہ ترایے ہش، بیہِ گیہ
صفس منز کھل بَل تہ ڈھِنگ کنز آو صفہِ چیران اکھ ووٚنہ ووٚت ڈیکہٕ کُشادہ۔ بُتھ بوٚرُت
زیوٚٹھ کشمیرِک کوٹھ تہ گبہ ڈینگ کھوٚل شرآے یینزار لاگِتھ حاجی امردین سٹیجس کُن۔
قراقلی ٹوپی آسس اَتھس کنِتھ۔ رَسہ رَسہ اوس قدم تراوان ترِتھ پرینتھ کائتہِ
ہانتز سلامہِ اوس اَسہ وٕنہ موکھ جواب دِوان۔ حاجی امردین یُدوے پانژہِ پیٹھی
پنژاہ چھہ مگر گلہ ہتہ تہ چھس امبری زوٚنٹھ ہشہ ووزجہ۔ گنز گنز ڈیکھ آسس نصف
بُتھس تام تھوٚتِ تہ یمن ہُند اکھ وال تہ اوُسس تہ سفید ڈیکس بیہ منز بس
اوُسس ہفتچہ زڈنہ داغ ہیو پیوٚمت تہ یہ داغ دار ڈیکہ اوس سجدو
نابہ وُن بنوومت۔ سٹیجس پیٹھ وُتھ ساری تھوٚد تہ ٹھیکہ در صابس کوٚرکھ اتھ واس
ناچار بیوٚو تحصیلدار صابس تہ کُرسیہ پیٹھہ ہناہ تھوٚد وُتھِتھ دچھنہ اَتھ حاجی امردین
صابَس سِتی اَتھ واس کرن مگر کھوورہ اَتھ اوُسس امرصاب شاتس فرژھیل زیٖل
دِوان تہ کُرسی پیٹھ واپس بیہنچ اشارن منز تاکید کران جلسس منز جمع سارِنے لُکن
ہنز مُدیہ یُدوے سٹیجس کُن الاغز آسہ۔ سارِنے نظرہ یُدوے حاجی صابس تہ تحصیلدار
صابس سام ہیوان آسہ مگر تحصیلدارس زن آسہ یمہ نظرِ وعٹرِ ہستی مٲز تُلان۔
تس اوس از گوڈنچہ لٹہ افسرانہ جلالس پیٹھ اکھ غارہ افسرانہ جلال حاوی سپدمت۔
تس اگر پلہ ہاش ستیہ زمن سارنے نظرن یمہ حاجی امرصابس کُن ووتھان آسہ،
ہنکرن منز گرفتار کرِتھ۔ سُہ کرِہا یمن سارنے مُدین پابند چلکہ زیٹھ تہ رتمہ
دُبارِ بیہ کالنہ کُن وُچھن، مگر کرہ کیاہ۔ ہرگاہ تس یہ اندازہ آسہ ہانہ اکھ جلسس
منز آسن امارچہ نظرہ صرف حاجی صابس کُن ذرہ لگتھ سُہ کرِہ نہ امہِ جلسچ صدارت
قبول۔ حاجی صاب اوس ژرژان زِ تس ستی دوبہ کُرسیہ پیٹھ بہتھ چھ ملاتک۔

بوڈ افسر تہٕ مجسٹریٹ سہٕ اوس پانہٕ پریتھ کانہہ اعزاز تُس دِوان۔ مگر عام نظرن ہنٛز ہیٚچ

ماکرِہا تبدیل۔ ڈری یاوُک روح ما بدلاوِہا۔

پیٚیاوس تحصیلدار صابس نیٚتِس الہمیدہٕ سُند گفتگو یاد پیوان۔

"صحب تُہی مۆتہٕ گژھِو نہٕ اکھ جلسس منٛز"

"کیازِ"

"صحب! حاجی صابنہٕ موجودگی منٛز چھینہٕ منسٹرن تہٕ کانہہ اعتبار عامس منٛز

روزان"۔

"سہٕ کُس گوو حاجی صاب۔ تِم گیہ ان پرہ منسٹر۔ سانہٕ موجودگی منٛز چھا یِم

اینزی ٹھیکہٕ دار کلامہٕ کرِتھ ہیکان۔"

"سہٕ جناب چھِنہٕ محض اکھ ٹھیکہٕ دار سُہ چھُ بذاتِ خود اکھ اہم ادارہ اکھ۔

غریبن ہُند داتہٕ۔ یتیم کورین ہُند بب۔ موٚزورن ہُند ڈوٚکھ۔ حاجت مندن

ہُند حاجت روا۔ عالم تہٕ تہٕ عالمن ہُند صُحبتک دلداہ تہٕ۔ افسرن ہُند یار تہٕ

تہٕ افسرن عزت کرن وول تہٕ۔ مگر بڈین افسرن تھی تہٕ چھُ عام لوکھ تُس زیادہ

عزت کران۔"

اہل مدہ پتہٕ کلامک کیسٹ لوٗگ تحصیلدار صابہٕ نِس ذہنس ٹیپ ریکارڈس

منٛز ونہٕ تہٕ تہنٛز کتھ اُمس حقیقتھ باسان۔ تحصیلدار صاب اوس اُتھی

سونچس نِر تام دوٚہ مُشید ہُند امام تھوٚد تہٕ اعوذ باللہ پرِتھ تہٕ خدایہٕ سندِ ناوٕ

تاریف کرِتھ پوٗرن قرآنک آیہ۔

"یمو خدایہ سنٛز دِتہٕ زوٗ دیت۔ مہٕ سونچ نِر تِم چھِ موٗدی متی۔ بلکہ چھِ زندے

ینس ماکنس نش تہٕ تِم چھِ تہنٛز و نعمتو سٟتی مالامال۔ تِم چھِ تِتھ پیٹھ بڈہ خوش

یہ تِمن پیٚنز خُدائے پننہٕ فضلہٕ منٛز عنایت کوٚر۔" تلاوتہٕ وِزِ اوس یہ سوٗرٕ ے ٹکہٕ عرسات دَم پھٔٹ۔ یِدوٚے یِمَن آیَن ہُند معنہٕ مفہوم کینژن خاصہٕ نے فِکرِ توٚر، مگر اَمہٕ تلاوتہٕ کہ اعجازٕ سٟتۍ اَسی اَن پرٕہ گرٕسی تام آرہٕ یِلَن ہندی پأٹھۍ رٕہتھ گأمتۍ تہٕ ماجَن ہٕنزَن لولَن منٛز اَس سٟتۍ زاٗدٕ شرٛکو تہٕ اَدکۍ نموٗنہٕ بَننہٕ۔

اَمہٕ تلاوتہٕ پتہٕ پوٚر امام صأبن حضٕ شیخہٕ سُند یہ شُرکی وأعظانہٕ لیبہٕ منٛز نہٕ عام لکھ تہٕ روٗدی اَمس سٟتۍ پران۔

ہارِس تہٕ شرادِنس لیس زِچہ بأروٗ
تس پوہس تہٕ ماگس ژٕشنٕ داو
شیٖنس تہٕ روٗدس یُس نیٚہ دورٕو
تس برونٛتہٕ وٕدنس دوہے کراو
ہَردِنہٕ رتہٕ بُس دوپُس دورو
تس کُس ہیٚکہِ منٛز مردن ناو

اَمہٕ پتہٕ کٔری اوترٕے ترتیب دِتہٕ آمژہ زیارت کمیٹی ہندی صدر ماگرے صأبن موختصر پأٹھۍ اَتھ علاقس منٛز اَمہٕ آستانٕچ اہمیت بیان تہٕ تمہٕ پتہٕ وونُن۔

...... یِمہٕ علاقہٕ کیو پرانیو سانیو زِٹھیو چھُ آستان شریف وِزِ وِزِ تعمیر کرنُک سنز کوٚرمُت۔ مگر وارِیاہ کالہٕ پیٹھٕ چھُ ووٚنۍ آستانُک برزٕہٕ شُس اژھیامُت۔ ووٚچ چھُ عامہٕ خاصَس تہٕ غلام گردشش تام چھِلِتھ نِوان۔ غوٗلام گردشکو تھمب تہٕ چھٕتے یِرانیامُت تہٕ لِبنَ ہندِس کلہٕ رٕنِس چھیِہ کھرہِش وٕژھمٕژ۔ ساَنۍ خوش قسمتی چھیِہ زِ یِمہٕ وقتہٕ کِس حاَلتس تہٕ

عظیم کاشرس تہٕ خوش اعتقاد نیکوکار حاجی امردین صابس سپدیاپہٕ نورآباد رینچک
پانژھ کمپارٹمنٹ الاٹ تہٕ پتھ پہنزہٕ فرمہٕ بیپارِی کام لاج تہٕ حاج صابن دِژ
یتھ دربارس منز حاضری۔ حالے چھ دِلہٕ منز حاج صابس اکھ نورانی صاحب خابس
منز آمت تہٕ یمہٕ دربارنک نوٚو تعمیر کرنچ بشارت دِژنکھ تہٕ فورن دِلہٕ بیٹھ واپس
یتھ بناو یو نعمیر کمیٹی یمیک بہٕ نابہٕ کار صدر بناونہٕ آس۔ اَسہٕ کیاہ چھ کرن محض
حاج صابن نوکرازی تہٕ چھ سورے یمن بذاتِ خود انجام اَنن۔

بہٕ کیاہ کرہ حاج صابنِ تعریف۔ سُہ کُس چھ یُس نہٕ اُہندِ سخاوتک احسانمند
چھُ۔ یہٕ چھُنہٕ صرف مشہدن تہٕ استانن ہندی پیٹھ نوِس تعمیرس مدد کران بلکہٕ
ییلہٕ یُرس اُمس لیدر رینچس منز کام آس تہٕ اہنزی نگرانی منز سپدِ کیٚچ ماجہٕ
ہندِ استھاپنچ نومُت۔ شاجہٕ مرگہٕ ہندس گردوارس دِژن پانژھ ہتھ فیٹہٕ
یدبہٕ نکر بلکُل مفت۔ یتیم لڑکن چھ سبق پرنہٕ خاطر مدد کران۔ اُکس پرانس
گجر نوکر ہنزہٕ یتیم بینزہٕ دِتُن نلہٕ ناگ بُٹھس پیٹھ پانژھ طاق مکانہٕ بناوِتھ۔"

اُہندی یم تعریف بوزن بوزان آس جلسس منز جمع ساری لوکھ ماپہٕ ہنز
تہٕ موجنیچ نظر حاج صابنس تھس ستی ٹیبہ وان تہٕ یمن ساسہٕ بدن مدین ہندہٕ
یلغارہٕ اَسی حاج صابن کار نماہز تہٕ تہنز نظرہٕ آسہٕ میزس کُن درہٕ لگتھ۔

ماگرے صابن موکہٕ بوو تقریر یمنُن حاج صابن تہٕ تحصیلدار صابن شکریہ
کرتھ تہٕ لوکن وونُن زِ حاج صاب کر پانے باوتھ زِ تعمیر کمہٕ آیہٕ بیہٕ کرنہٕ
تہٕ کوٚرُن حاجس مائکس نشہٕ ینک استدعا۔ یتھے حاج صاب تھوٚد ووٚتھ
ژرہ پیٚک ہنگامہٕ ہیوٚ سپُد پادٕ، تم کر بڈہ کوشش ژرِہ لوٚپ بند
کرنچ مگر سپدنہٕ تہٕ امہٕ بتہٕ دِژن مایکہٕ پیٹھ شرارتہٕ سان کرِکھ۔

.... غلط ... غلط ... یہ چھ آستان شریفک احاطہ۔ ییمیک ادب رٹھن چھ عبادت، لہٰذا گژھہ ژٕرہ پوٗپ دٕرپوٗپ یکدم بند گژھن"۔ تہٕ یکدم سپد بند تہٕ امہ پتہٕ کٔر امی پننہ تقریرک آغاز۔

"صاحب صدر! بانیو بینیو تہٕ کوربو۔ ماگریے صاحبن کٔر میانیٕ بے جا تعریف نہ چھس بہ عالم تہٕ نہ کانہہ درویش صفت ییٚس کانہہ نوٗرانی درویشاہ فادی ییہ تہٕ نہ چھیہ مےٚ بشارتن ہندی خاطر بختہٕ بجر۔ یہ چھیہ حقیقت زِ مےٚ چھ پننہ کشیرِ ہندی پٔتھ کالک عرفان حاصل، ییمہ خاطرہ بہ پننس مالس جنتی سند شکر گذار چھس زِ تہندہ فیضہ سپز مےٚ گاہ بگاہ مرحوم مہجور صاحبن حضرت آزاد صاحبن، محمد دین فوق صاحبن، حیرت صاحبن تہٕ بییہ کینژن علم دوست تہٕ عالمن ہنز صحبت لوکہ چارس منز حاصل۔ یوہے وجہ چھ زِ خوش اعتقاد آسنہ علاوہ چھ مےٚ کاشرین آستانن تہٕ استھانن ہندہ عظمتک احساس۔ بہ چھس زانان زِ اگر مےٚ خُدایے دولت دِژمژ چھیہ اتھ منز چھ میانہ ولٕنک تہٕ اکھ حصہ تہٕ میانین ہموطن ضرورتمندن ہند تہٕ۔ یہ حق ادایی کٔرتھ چھس نہ بہ کانسہ احسان کران بلکہ پننہ ضمرچ ترجمانی کران تہٕ پنن سہ بار حتی الامکان کم کرنچ کوشش کران ییٚس کمرتوڑ بار ہنگھ سپدہ سند پگاہ ژٕرون پییہ"۔

حاج صاحبنہ رتہ کھانٹ اُچھ گییہ نمناک۔ اُچھر والن اندی گیہ اُش قطرہ جمع تہٕ سارہ مجلسہ سپد انتہایی اثر۔ حاج صاحبس سپز رقت ہش۔ وِرہ پنکی پاٹھی گبس تھرہ تھرہ۔ تہٕ پنن تقریرہ اڈہ ژوٹ کٔرتھ بیوٹھ بییہ واپس۔ چندہ منز کڈن رومال۔ ڈبک گمہ تہٕ اُچھر والن اندی اُچھ

سمیاہٕتی اَش قطرٕ وۄہراوِتھ دِنٕ ژھۄن اَکھ ڈکٕس۔

حاجی صابن یُس دوٚے تقریر مۄختصر کوٚر مگر تمہِ اوس واریاہ بوومُت۔

## حاجی صاب اوس وُنِی کیٛنہٕ

اَمہِ علاقٕک عظیم ہیرو ہیوٚ تہٕ عوامکہِ اصرارٕ وۄتھ سُہ بیٚیہ بٔتھوٚد تہٕ پننہِ منصوبُک

خاکٕہ پیش کرنہٕ برونٛہہ کرِنٕ یِتھ کٔنہ بیٚیہ کیٛنہہ جذبات ادا۔

”مےٚ چھُنہٕ حضرتِ شیخہٕ ہندِ عظمتُک عرفان حاصِل یوٚدوے عُرفانہٕ

نےٚ دِرتھ تہٕ زانہہ خدٲے نہٕ چھُس تیوٚت خوش قیمت البتہٕ سُیٚد مےٚ اَمِس

عظیم کٲشرِس جلیل القدر ولی تہٕ مہان انسانہٕ ہندِ عظمتُک ہنا عرفان

بحیثیت اکھ مُسافر حاصِل۔ خُدایِن اوس میون رِزق وَنن صحراون تہٕ نیٚین

منز ژھکرِ ووٚمُت۔ حمد تس یُس کٔشیرِ ہنزن نیٚین مرگن، وَنن، گامن تہٕ

علاقن پھیران وُچھ مےٚ پرتھ جایہِ اَہنز علمدارِی ہنزٕ علمہِ ہند سایہِ

نوٚن تہٕ ٹاکار۔ پرتھ علاقس منز اوٚہند آستان۔ پرتھ نیٚیہ منز اوٚہند

کانہہ نہٕ کانہہ نشاناہ۔ کُنہِ جایہِ بوٚنِی اَمِس سٕتی وابستہٕ، کُنہِ جایہِ گوپھ، کُنہِ جایہِ

مشہد، کُنہِ جایہِ کھٕچھ، کُنہِ جایہِ یٔرن تہٕ کُنہِ جایہِ ناگ۔ ورمُل علاقس منز گرٛژھو

گہن ٹُرِی جنگل تتہِ تہٕ اوٚہند استاناہ۔ بڈگام علاقس منز گرٛژھو دری گام

یارٕ پہٕ وَن، تتہِ اَہنزٕ زیارژ، کھیٚیہ ہند ناگ، لہٕ وچ گوپھ۔ بہرگاہ مادانس

منز سیٛٹھاہ بڈ کُنز تہٕ یتھی پیٚیز کٔشیرِ ہندِس پرتھ طرفس منز اَمِس عظیم

کٲشرِس سٕتی وابستہٕ بھیرگامہ گوم تہٕ واتوٚ ورمُل ناران ٹھٕل تہٕ بوزو۔ ناران

ٹھٕل نہٕ کُنہِ کھل نہٕ کُنہِ پھل۔ واتو کھوٚیہ ہوم تہٕ بوزو۔ وُڈھ مُدوٚر تہٕ

دِلہٕ اوم۔ یکو پانہٕ چھوک کُن تہٕ بوزو نوٚش سوکھ تہٕ کوربٕ دوکھ۔ غرض

کٲشرِ ہندِس پرینٛھ علاقس متعلق تہند کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ دوپ اَز نتہٕ تمہٕ علاقکۍ لوکھ پانہٕ سٕہ تبصرہ حقیقت حالیچ ترجمٲنی زانان نتہٕ مانان تہٕ تتھ تبصرس منز کیاہ چھینہٕ تمِن حصہٕ کرنہٕ آمُت۔ ممکن چھُ زِ یمِن تبصرن منز آسہٕ واریاہ ہلاوٕٹھ۔ مگر یِہنہٕ چھُ اُہندِ عظمیچ اکھ دلیل زِ اُمِس سٕتۍ وابستہٕ سپدتھ چھےٚ اکھ عام کتھ نہٕ خاص بنان۔

اُتھ تُو مشہدن منز تہٕ محرابن پیٹھ وعظ خان اُمِس عظیم کٲشرِس واعظا ہندی شُرکی پران پانہٕ تہٕ وُجدس یوان تہٕ بیٚین تہٕ وُجد انان۔ اُتھ گیوَن محفلن منز تہٕ صوفیانہٕ موسیقی ہند ابتدا اوہند کلامہٕ تہٕ چھکرِ ہند بسم اللہ اوہند شروٗکی۔ آسہٕ کُنہٕ محفلِ منز بیہٕ لوٗج راجک تذکرہ تہٕ اکھ وِنہٕ بیٚیس اَدہٕ ووتی ناحق شیمن یتھے "تیلہٕ مالہٕ آسی واندر راج" گرٕھ کُنہٕ بدکاری ہند کانٛہہ واقہٕ تہٕ اکھ بُڈہٕ وِنہٕ بیٚیس اڈورہ زنانہٕ کُن۔ "بی گووتا ٹنگ ژوٗنٹھۍ پیٚن ژیرن سٕتۍ" سولہ ہر اندر آسہٕ ہش موج درو جوک بدادہ دوان تہٕ ووش ترٲوِتھ وِنہٕ "یہٕ گوو زیٚن ژنڈن، نوٗن نابد تہٕ تیل چھلا لہٕ" اُتھ جنگلاتہٕ کِس محکمس اندر تہٕ مالو آسِن پرٕتھ لبہٕ مرتھ۔ "اَن پوشہٕ تیلہٕ ییلہٕ پوشہٕ ون" ژھارو انصاف تہٕ بے اختیار ژلہٕ نیرتھ "کرٕہ یہٕ کھونہٕ لوٗڈ انصافے" غرض کٲشرِس تہذیبس، ووٕنہٕ بیٹھ، عادتن تہٕ زندگی ہندِس پرٕتھ شعبس سٕتۍ چھِ علمدارِ کشیر وابستہ تہٕ تہندِس ذاتس سٕتۍ یہٕ اِنسان وابستہ آسُن چھےٚ سانی خوش قسمتی تہٕ مےٚ سپز اَز زیادے خوش بختی حاصل زِ یہٕ چھِس اَمہٕ وابستگی ہند حق ادا کرنہٕ سٕتھ کوٗن ہیتھ دِرامُت۔

اَمہٕ پتہٕ ووٗن حاج صابن نوٚو تعمیرک خاکہٕ کیتھ آسہٕ۔ آستانکہٕ تعمیر علاوٕ یِیہٕ مسجد شریف تہٕ نوٚو بناونہٕ۔ علمدار ناوس سٕتۍ وابستہٕ اکھ مدرسہ تہٕ یِیہٕ قایم کرنہٕ یتھ منز لڑکن تہٕ کورن ہندِ الگ الگ روزنک تہٕ کھینہٕ چینک انتظام تہٕ آسہٕ۔

اَمہِ خاطرٕ کوٚر حاجی صأبن اعلان زِ سہٕ دِیہٕ پیٚنُن اکھ لچھ روٗپیہِ تہٕ باقٕے کرِہ عام لوٗکن منز چھیرِتھ گرٕ گرٕ جمع۔

حاجی صأب بیوٚٹھ پہٕ تقریر کرِتھ بِہنہِ جایہٕ۔ لوٗکھ آسی اُہندِ تقریرِ کِہ اثرٕ شاپھوٚنہٕ آمُت مرٕژہ ہشہٕ۔

اَمہِ پتہٕ ووٚتھ رسماً صاحبِ صدر۔ تحصیلدار صأب تہٕ لوٗگُن یِمن لفظن منز صدارتی خطاب۔

لوٗکو۔ بہٕ تہٕ چھُس اکثر ریڈیو بیٚٹھ شیخ صأبُن بأتھ بوزان تِموٚ چھُ صرف توحید ووٚنمُت۔ یِموٚ چھُ فرمووُمت۔

؎ موکر استانہٕ استانہٕ کرٕنی یہٕ کوٚر اَستانہٕ وأل

اُسہِ یُزِ تی کرُن یہِ تِموٚ کوٚر۔ دیسے دپان تِمو چھُ زیادٕ وَق جنگلَن، وَنَن تہٕ بیاباتَن منز صرف گوٚرمُت اُسی ہیکوٚ نہٕ اَز تہٕ کرِتھ۔ اُسی ہیکوٚ گرَن منز تہٕ خدا سٕرِتھ حاجی صأبن فرمود زِ یُس بیٚنہِ سکول ہم تراوَن تتھ منز یہِ کلام شیخ رحؒ تہٕ پرناونہٕ تہٕ بہٕ تھاوٕ ووٚمید زِ اَتہِ گژھِ کلام اقبالؒ تہٕ پرناونہٕ یُن۔ اقبالؒ صأبن چھُ فرمووُمت ؎

خودی کو کر بلند اتنا کہ ہر تقدیر سے پہلے

خدا بندے سے خود پوچھے بتا تیری رضا کیا ہے

یٚیلہِ اُسی اقبالؒ پرو اُسی زانو خودی کیاہ گیہِ۔ اَسہِ چھُنہٕ کأشرٕن خودی نہٕ چھٕنے زانہہ خودی آمٕژ۔ لہٰذا پزِ اَسہِ اقبال صأبن خودی پرٕنٕ پرٕناوٕن۔ بہٕ چھُس تِہُند شُکریہ ادا کران زِ توہہِ دِژوٕ مےٚ یہٕ صدارت کرنٕچ دعوت۔ بُدوے بہٕ اوٚس وارِیاہ مشغوٗل مگر یہِ استدعا قبوٗل کرُن زأنٕے مےٚ پٔنٕن سعادت شُکریہ۔"

تحصیلدار صابٕنہٕ پتہٕ گوو جلسہٕ برخاست۔ اللہ اکبرٕک تہٕ نعرٕہ تکبیرٕک نارٕ گرزنیایہٕ تہٕ مونجہٕ گرٕی وانٕنَ تہٕ منارین لٕگ بینٕیہٕ زٕچ۔

# باب ۲

نیلِین سنگرن ہنٛدِس ہلمس منز آرٕ ولِن ہُند ڈیر ہیٚتھ چھُ اَسہٕ وُن چھرن بل
وَسہٕ وُنہٕ تاپہٕ چھٹن شِشہٕ تیٚنتالیِن ہُند بدٕ پھ شفقچہٕ ڈُہوٕنہٕ نارٕ تھاج منز رَسہٕ رَسہٕ
کاران۔ سۄنہٕ ژھاے تہٕ اَڈُچھ بۄہ وُوتی رٲلِین ہندی پاد چھلان اُچھن ہنز
نُپش چھنہٕ اکھ رَژھ تہٕ فطرتٕکِین حسین نظارن ہُند زیرِ چوان چوان ہمان۔
ترٛیش پچھے ہُران۔ منزگام کِن وَسہٕ وُن اَکھ بالہٕ تھوٚنگس ساسہٕ یدہٕ قالبافو ہیٚرِ
بیٚٹھ بولی تام ریشم تارن ہُند رۄمہٕ زٲیُں قالین فرش کورمُت۔ اکھ تار نہٕ ویٚٹھو
یا پۄٹھو۔ ییٚنہٕ تہٕ دونُن ہِشی۔ دزمن تیٚتھِن نہٕ کھسہٕ وس۔ حد نظرس تام قالین
وتھرِتھ۔ یعنی ہردَن اَتھ سبزارس سۄنہٕ مایہٕ لاگہٕ تُک سنز ہیوٚتمُت کرُن۔ ازوٚنہٕ
ہردے دور دور تھدِین تیٚنتالیِن شیٚنہٕ گردہٕ تھوٚلہٕ چھتریہٕ تَن ناوِہش۔ یمَن چھیتن
تیٚنتالیِن تہٕ فرشادمتِین سنزرن درمیان اَس وزناتن رٲلِین ہُند پہرہٕ درقوچی
لوسہٕ وُنس اختابس سلامی دِوان۔ سعدٕکہٕ ژھایو ہیوٚت بالہٕ تھوٚنگس ڈٲلہٕ وسُن تہٕ
وَن گُلبو تہٕ پوشہٕ بُوبو لوگ پھیرٕ گیش۔ ساسہٕ بدِین پوشہٕ زاژن ہُند خوشبوے
اوس یمَن شامہٕ ژھاین آیتن۔ رَتہٕ واوی اختابہٕ اوس ڈُزی ڈُزی رتہٕ پان بیٚتھ

چھِرِن بٕل وُڈرن ڈٲلہٕ وُسی وُسی پَنٕنۍ سوزٕ ساوی وجوُد چھُکرِتھ بالہٕ پیٹھ کنِز روِے کھٹنہٕ لوگمٕت۔
امہِ شامکہٕ حسین منظر وچھنہٕ اوس حاجی امردین خیمہٕ نبر نیرِتھ شکار گمتِس ہانگہٕ
ہندی پاٹھۍ اکہِ طرفہٕ پوان تہٕ بٮ۪یِس طرفس کُن پھیران۔ چھوکہٕ لد شکارس اوس ماگرے
صاب مہلامہٕ پیٹھ لٲرِتھ گومُت۔ بیپاری حاج صاب ژھال مارِہا نیٛاری اوس
ماگرے ٹیکھ نوان۔ ہوٚنی ہنگہٕ کِس تیٚنتائِس توٚن چھرنز، لوسہٕ ونہٕ اتھابکُ رتہٕ دلوُد
نظارہٕ تہٕ ژھمبرِ ہند وُہوُن نار اوس رنگن ہند ہزار گرِتھ سورُلی ژھاین
ہُند استقبال کران۔ اَتھ رنگہٕ بندی اوس حاج صاب پننہٕ ذوقہٕ رنگینی آلہٕ وان۔

سنہ اوس ڈٕہمہِ ہندِس امتحانس دوہ یہ لٹہٕ قبل گرِ ہتھ ناران سوٗدرنہٕ دیوان
خانہ دربارک بنیومُت۔ مہراجی دورک رسوخہٕ وول ناران سوٗدُر اوس علاقُک
بدنام ظالم۔ قبائلی جنگس ستی گوو ناران کُشتیرِ ترٲوِتھ۔ علاقہٕ کیو تحریکہٕ چلاون والیو
سیٹھے علقہٕ صدارتک راج رٹوٚٹ تہٕ ناران جوٗنی زکھ کڈِکھ عمہٕ ماگرس۔ ژلان
ژلان وۄت سُہ شہر اکِس بڈِس بزازس نش منشی گری کرنہِ۔ بزاز صابنہٕ
وساطتہٕ گوو مرازکِس ضلع صدر صابس ستی رسوخ آدہٕ کھتھ تہٕ وارٕہ وارٕہ بنیاو
امس ضلع لیڈرہٕ سند نوِ شاہی دربارک بیربل۔ مگر ووتھ گیِس ژھوٚٹھ
سنہ ۵۳ ءیس منز گوو سُہ ضلع صدر پانہٕ ژھوچہِ نظرِ ہند شکار تِتہٕ اوس نہٕ جبل
گژھنچ غلطی کرن وول تہٕ ماگرے بیچارہٕ گوو بنیہٕ بے دربار۔ گیٛمہٕ کالا رٹولوٚتی
ہُند گنداتھ کرِتھ ترِن وریِن منز نوِس ضلع صدرس ستی لچہِ واتھ۔ مگر ووٚت
سنہ ۵۷ ءَ تہٕ اوٚہند سرپرست لوگ الہٕ غابہٕ ڈی، این، سی چھگرِ ستی۔ عمہٕ ماگرے
بیچارہٕ گوو بنیہٕ دربدر۔ کینژِس کالس روٗد عمہٕ ماگرے تہٕ کامریڈ بنتھ تہٕ پتہ
وستارہٕ عالِس اوس برجواونان تہٕ پتہ کانہہ اوسُس امریکہٕ کُ اجنٹ

یاسٹیوِنسن باسان۔ بُرجوا، پرالی ٹریٹ تہٕ سٹیونسن آسی ترینے لفظ۔ اُمِس تکیہ کلام مگر بہٕ نوٗ بُوُل تہٕ سپزِس لاحاصل ثابت۔ چھیکرِس زونُن زِ سیاسی دوستی چھےٚ کاغذی ناو، وینہِ ترٛاوُن نہٕ اہندِ قسمتہٕ آو اَدِہند اکھ بٔرون ژاہٕ ٹبوج نظامہٕ دار بٔنِتھ کُلہٕ گوم پرٲنی یارز گیہِ یِنیہِ شروع۔ ہُمِس اوس دٔرال بکار تہٕ یِمِس آسی درٛالز ضرور تھ۔ تہٕ شراکت بنیایہٕ نفع بخش۔ تھانہٕ دار صابہٕ بیٹھ ووت نایب صاٮ۪بس تام نہٕ تحصیلدار تہٕ ترووُن پہندِس مگہ اُہندی قسمتن کھیوٗو یِنیہٕ وَر۔ یہٕ اوس اکھ دوہ یہ اِنجینیرِس مال پلناوان زِ تِس ییوٗو چھاپہٕ۔ ماگرے گوو بدنام تہٕ تہٕ بےکار تہٕ۔

ماگرے صاٮ۪بس اوس نوٗر آبادکس رینجر ہندِ ذٔریعہ حاجی صاٮ۪بس ستۍ تعارف گوٚمُت نہٕ پہے زان آیس یکار۔ یہٕ گوو حاجیس مہلامہٕ ٹپٹ ہش لارِ تھ۔

تُمہِ روٗٹ عمہٕ ماگرے پانس ستۍ۔ یُدوے تِس یہ معلوم اوس زِ ماگرے چھُ کاکی، کتھہِ گوٗر، بدنام تہٕ کھڈپیچ فطرتُک آدم۔ تِس اوس محض اُمِس پناہ دِنُک غرض اُہندِس عیالس ستۍ ستۍ اَدِہند اِنزعزت تہٕ رچھن یُس اُمی ناران جونہٕ دیوان خانہٕ بیٹھ کامریڈی ہندِس وقتس تام علاقس منز بناونچ کوشش کرٕم ژٲس۔

کیٚژن لُکن ہنز رائے اٮ۪س زِ ماگرے صاٮ۪بہٕ نو نفنہٕ ولی کنھو اوس حاجی صاحب نہٕ وُلتھ یوٗمُت۔ اکھ دوہ یہ اٮ۪س اپارِم پرٲنی کھڈپیچن اسلم مُتی ووندمٕ فُرزرن کرِتھ حاجیس صاف پاٹھو پرزرہ گار کرٕمژ۔

"نہٕ جِھن جہاندیدہٕ تہٕ آدم شناس آسنہٕ تہٕ آکھ ژِ عمہٕ ماگرے نہٕ نفنہٕ جابرٕ ولنہٕ۔"

"اسلم منیا! مےٚ چھےٚ پناہ زِ ترٛےٚ تہٕ تہٕ ماگرے۔ توہیہٕ چھوہ دوہ نوے زیٚو رٲدی۔ زنگہٕ زِٹھو مسکہ بازہ بتہٕ سانہٕ ندر۔ یتھ کنی جہاندیدہٕ تہٕ آدم شناس

اُپزٕ خطاب دِتھو ژٕ تِمے منٛز تٕھُنز کٔرتھ بیقلادیٚچ کوٗشش کران چھُکھ یتھے کُنہٕ چھُ
عمہ ماگرے تہٕ درگہٕ پانٕھی تٔھنز کرنیٚچ کوٗشش کران مگر منٛزٕ چھِنہٕ چانٛی تٔھنز لارتھ
گژھان نہٕ تہنز ۔ ماگرے یٚس پیٚشرا خامیہ آسنہٕ باوجود چھُ سُہ ذہین تہٕ ذہانت
پھُچھٕ منٛزٕ ٹاٹھ ۔ تَس چھِے قدرتن اَکِس شاعرٕ ہنز یا ذٔلیل گرٕی ہسنہٕ صلاحیژ دِژمٕژ
مگر یہٕ مزٕھیل ناگہٕ راد چھُ تُمہ آدنہٕ پیٹھے غلط صحبتہٕ کِنہ اَکِس گندٕ بدروس اندر
تبدیل کوٚرمُت ۔ اگر دُنہٕ تہٕ تہنز صلاحیت وٕتہٕ لاگنہٕ یِیہٕ سُہ بنہٕ فٲیدٕ مند انسان۔"

از اوس آستانک جلسہٕ اند وٲتی تھے ماگرے حاج صابنس کمپس پیٹھ پھِرن بل
آمُت ۔ پھِرن بلک ووہ لوسنک نظارہٕ اوس حاج صابس وارِیاہ کالہٕ پیٹھ پسند
تہٕ یہٕ لوٗٹھ تہٕ ۔ ہوٗنہ ہنگہٕ رتہٕ وادی اشتابک رٕسہ رسہ ڈٕلہٕ وٕسُن تٕژھمبرووشلُن
تہٕ سِوٕرمٲے ژھایہٕ مُند اَتہٕ گتھ اوس اکھ عجیب نظارٕ پادٕ کران ، یہٕ نظارہٕ اوس
ہمیشہ امر دین صابنس وونہدس کیاہشام اَباوی خوٗشی دِوان تہٕ تیوٗتھ تاثر دِلس
دِوان یمیُک اظہارچہ کوٗششہٕ تہٕ گلہٕ زلوٗ گژھان اوس ۔

از شام چھُ ہنتہٕ کہ تصورک سبزار اَباس پلوڈر ژلتھ تہٕ سرمٲے ژھایے
لاگتھ زیادٕے حسین ۔ یہٕ نظارٕ ہیکیاہ لفظن ہندس قالبس منز اَژتھ ؟ کیمرٕ ہیکیاہ
اَمہِ نزاکت عکسس منز اَنتھ ۔ فنکارٕ سُند برُش تہٕ رنگ ہیکیاہ یہٕ امپیکٹ
کینوٲسس پیٹھ اَنتھ ۔ ؟؟! شاعر ہیکیاہ یہٕ رنگینی اظہارکس وردنس ڈٕلتھ۔؟؟
یِم خیال آسی وُنکین حاجس ووہ بدر تُلان ۔ اکھ سروٗرس اوس سُہ کُنے زون حق
تُلُن یرژھان ۔ مگر عمہ ماگرے یُن سیماب طبیعت گمر دِیہ ہس یمن خوٗشیٚن
ہُند اوزتھ موخہٕ دامنس برنہٕ ۔ ماگرے بُدوے اُندرٕی اضطرابہ کلامہ کرنہٕ خاطرٕ
مجبوٗر اوس مگر تِمہ اوس گینتژن دوہن منزٕ ے زونمُت زِ حاجی امر دین چھُ

فطرتہٕ کین نظارن منز تِھکٕ کنٛز رلان یتھ کنٛز شبنم آفتابہٕ کس پرتوس ستۍ میٖل لبان چھُ۔
تٕمۍ اوس یمن کینٛشن ودٕہن منزٕ زونمُت زٕ یٗدوے حاجؔ صاب بجرس کُن پکان
چھُ تہٕ یٗدوے تٕہند سیوت جان صاب اوٚہنٛد کار بار اہنٛدِ کھوتہٕ کامیاب پانٹُ
پکناوِتھ ہیکہ نہٕ یٗدوے ووٚنۍ حاجس شہرٕ ہے منز کاربارچ نگرانی کرنچ ضرورت
اُس مگر سُہ ہیکہ نہٕ فطرتچہ امہٕ مژھجہ لولہٕ ہنٛدِ مُژھجار مرنہٕ کس ڈِسن نام تہٕ
نرٛاوِتھ۔

" یہ لطف تراوہٕ ہا بس انگریز تُلمن۔ سُہ اوس یہے اصل کشیر وُچھان تہٕ
چھاوان یوسہٕ ٹھمبرن، مرگن، نیرن، وٕنن، سرن تہٕ آگرن منز زٕھیٛتھ چھہٕ۔
پأرم وزنٛر چھِنہٕ بس پہلگام تہٕ گلمرگ چھاوِتھ نموٗتس منٛتی تہٕ تٕمۍ آس خرمنس
لأرکٕ۔" ووٚن ماگرے صابن۔

یٗدوے حاجؔ صابُن ذِہن یمن حسین رنگن منز بنہٕ گومُت اوس
مگر ماگرے صابُن انداز کلامن ڈول تٕہند توجہ۔

" ماگرے صاب۔ پأرم سُند تہٕ انگریزٕ سُند چھُنہٕ سوال۔ ژٕ ونتہٕ زٕ
کأشرۍ چھا کشیر وُچھمژ۔ یس گوو میون سوال میون رزق اوس میأنۍ کارٕ بارن
یمن مرگن نہٕ وٕنن منز چھکرووُمت تہٕ أمۍ حادثن دِتُس یہ فطرتچہ کوچھِ منز
دأرِتھ کُس آسہٕ سُہ یُس امہٕ لولہٕ ہند مُژھجار محسوس کرہ نہٕ۔ تہٕ یہ شُہج لول
نراوِ۔ تی گوو میانہٕ حقہٕ۔ یُس گیہ گلمرگ یا پہلگام۔ یمہٕ دوشوے مرگہٕ چھِنے
کشیرِ ہنٛدِ حُسنُک نموٗنہٕ۔ یم چھِ کشیرِ ہنٛدِ گولاب رووٚگ غازٕ۔ پأرمس
وزنٛرس گوٚژھہ مادأنۍ علاقہٕ گرشمہٕ نشِ بچہ نہٕ خاطرٕ ہل سٹیشن تہٕ آسُن مگر
یتھ ون گوٚژھہ تٕہندِ خاطرٕ شہرچہ گماگمی ستۍ بُرنہٕ نہٕ آسُن۔ دِرگ سکوٗن

دوہنُک اطمینان تہٕ اَچھن ہُند سوکھ چھُ یمن خاموش مرگن اندر۔ کوثر ناگہٕ کِس مزٕہلِس
شہجارس منز کونگہ وٹہٕ کین زاؤلِین نظارن اندر، میٹھ وانہٕ کِس میچہرِس اندر درگہ
ٹولنہٕ تہٕ برگاہٕ کِس سبزارس منز۔ فراموش ناگک تہٕ لمدرہٕ مٔٹرک یاوُن، شٹرُک تہٕ
چھرکھٕ نارُک اہار تہٕ یپھے کنٕ بنگہٕ شکھ اَٹھ وُنیک تہٕ لال دٕرمنک عشنہٕ ولوہار
تہٕ ہیتھی ساسہٕ بدٕ نظارہٕ چھِ کشیرِ ہُند جنت نظیر آسنُک ضمانت۔"

ماگرے صابس سپز حاج سُند توجہ پانس کُن پھرنس منز کامیابی تہٕ
پننہٕ دانائی ہیٹھ اوس اَندرے فخر کران تہٕ امہٕ موقعک فایدٕ تُلنہٕ اوس ماگرے
حاج صابس زیادٕ قریب ییٚنچ کوشش کران۔ تِہندین ذاتی معاملن ہِندین
کھوکھنین اوس اُنی زٕہیبہٕ گِندینچ ہمت کران۔

" مگر جناب توہیہٕ چھنہٕ حاج بائے زانہہ تہٕ یمن وَنن تہٕ سبزارن ہنز سیر
کرناومٕژ۔ یدوے پرسے اجمیر شریف تہٕ گمژٕ چھیٚ تہٕ پانس ستی کرہاوُن جنہٕ۔"
بے اختیار پاٹھی حاج صابنہٕ ذاتی زندگی ہُند حال پرٕزٕہنہٕ اوس ماگرے
اَندرٕ اَندرٕ شرمندہ تہٕ نتیجس متعلق اندیشن منز مبتلا تہٕ حاج صاب تہٕ اوس
کیتھ ژاپھ ہش دِوان شاید ماپرٕژھا ماگرے یَس نہٕ انتھ سوالس ہنز کیاہ
نالق اوس نس۔ مگر ماگرے صابنین اندیشن ہند شُشُر پھُٹراوان دُبت
حاج صابن جواب۔

" ماگرے صاب! پارمن وِزٕرن ہندی پاٹھی گرٕزٕہ سانین زنانن بازرچ
گھاگھی آسن۔ مانن ہُند برہ بار وانی وانن تہٕ کاژوان ہنز رژ، قبیلداری
ہُند چکہ چاو تہٕ انگن آشناون ہنز غایت غایت تہٕ بیٹھس پُرسکون
ماحولس اندر کنہٕ ییہ تمن وار۔"

چھرِن بلہٕ کس اَنیکھ مادانس اندر آسہِ ماگرے تہٕ حوج پیٚمٕتۍ کیٚتھ کران زِ سوربامتٕ آفتاب ژاو شامہٕ ژھاین ہندِس ڈٲلس تَل۔ صونچ ژادر آپہٕ سارِسے اَندۍ اَکیس وَلنہٕ۔ یدوے زوٗنہٕ گاشس نہٕ آسہٕ منز گاٹہٕ رو پھٹہٕ نہس اَندۍ اَندۍ ژھکراوٗن ہیوٚتمتٕ اوس مگر بٔلہٕ یِمو دوشوے سَنہٕ وِنہٕ تیٚمِس ہتہٕ سختی برداشت ہیٚچ نہٕ کٔرِتھ یم ژاے کٹھس منز تہٕ رۄدۍ نارہٕ گجہٕ پناہ نزدیکہٕ۔ ماگرے صابن زوٗن موقہٕ مُناسب تہٕ ہیوٚتُن حاجی صابنہٕ زندگی ہندِن کھوٚکھتن زول دیُن۔

خُدا لاسہٕ وِنی جان صابس۔ ترِن کورِین ہنز کام چھُ تن تنہا تن دِہی تہٕ محنتہٕ سان انجام دِوان۔"

حاجی صاب اوس پرِتھ صُبحن تہجُد پٔرِتھ پننس خُدایس کُن شُکرانچ زیٹھ سجدہٕ دِوان تہٕ حمد تہٕ شُکر کران زِ ترِن کورِن منز اگر کُنۍ نیچوٗ دیتمُت اوسنس سُہ اوسُس شوٗبہٕ دار تہٕ شریف تہٕ ذہین تہٕ نہٕ کاردار تہٕ۔ تہُند ذہانتہٕ وُچھِتھ اوس حاجی صابن تہندِ میٹرک کرنہٕ پتے ارادہٕ کوٚرمُت زِ تس بناوِ سُہ ڈلیفو بانہٕ کرناوِس۔ فارسٹری ہنز بٔڈ بھار ٹریننگ تہٕ دِیس تیُتھ کانہہ کارخانہٕ تراونہٕ خاطرِ سرمایہٕ یتھ منز اکرہٕ ہندِ استعمالک اہم تہٕ بُنیادی ضرورتھ آسہٕ۔ حاجی صاب اوس اکثر وَنان زِ کشیرِ چھیٚ جنگلن ہُند مالیُن اعلیٰ قسمکۍ جنگلی کُلۍ چھِ سولبہٕ سولبہٕ تہٕ یتھ کُنۍ چھُ بیٚیہٕ بہترِین جوائنری ملن فرنیچر کارخانن، کاغذ ملن تہٕ شیشہٕ بناونہٕ خاطرِ ملن ہُند خام مال دستیاب یوٚہے قیمتی خام مال چھِ اَسی کھوٚٹن پوٚنسن نیبر سوزان یمیُک ہرتر کینہہ ٹھیکہ در تُلان چھِ۔ اَتھ ذہنی پوٚت منظرس منز وۄن حاجی صابن ماگرے صابنہٕ کلامہٕ سنٕز وُتش لگیٚتھ۔ پوٚز بوزسا ماگرے صابا۔ بہٕ تہٕ اوسُس یَنزھان جان صابُن کارخانہٕ دارُن

نگر گیاہ کرتس رُوٗد شرٛی لازی پیٹھے میانہٕ کھوتہٕ تہٕ یمن رایٖن ہندِ شی ووٚندکس
سکوٗنس کتہٕ کتہٕ گران یمہٕ بارٕ گھنگم چھس ذہنس کنہٕ دوٗر الاٹندی گاہمتۍ تہٕ
یم آبشار چھس ووٚندہٕ وُزنہٕ وُتھش دِوان ۔ خُدایے کرِنٕ مغفرت میائنس
مائِس تَس اوس مرحوم مہجور صابنس تہٕ آزاد صابنس صحبتس منز یمن فطری
مناظرن ستۍ لوے خوب سپُدمُت ۔ میٚے دِژ تہندی صحبتن یمن مناظرن ہنز
زان تہٕ کارِبارک نزاکتن بنوٗس بہٕ یمن نظارن ہُند اکھ حصہ ۔ جانہٕ نَس
فطرتس منز آس ازلے پٮ۪ٹھے موجوٗد ۔ یُدوے میٚہ گوڑ پیٹھ سُہ یمہٕ مرٚجہ
فطری اُلٲنش جُدا یِزھوے کرُن ۔ مگر سُہ رُوٗد زیادے یمن نظارن نزدیک
یِوان ۔ اوے چھُ سُہ یمن جنگلن کھسنہٕ وِزِ تیوٗت خوش آسان یوٗتاہ کانہہ شُر
ماتامال کُن گژھنہٕ وِزِ شادان تہٕ وسان چھُ ۔"

ماگرے صابس اوس کلامہ جاری تھوٚنچ ہمت افزائی سپدان ۔ حاجی صاب
اوس تہندِ سوالن دِلچہ دار مُشرِنھ جواب دِوان ، تہٕ اُکھی جذبس منز گوو
ماگرے وَنان ۔ جان صابس چھُنہٕ خطا ۔ بہٕ کارس تہٕ ماجہٕ ہندِس دٕہ دس ستۍ
چھُ سپُوٗت اولادن ازلہٕ پیٹھے محبت آسان ۔ اُکھی جذبس تحت اگر جان
صابن تہندِس کارِبارس زیادے کاڈ کوٚڈ تہٕ توہہ پزٕ ووٚنی تس شاباش کرُن ۔
جان صاب چھُ ووٚنی دارِ کارِ کھاندرچہٕ وُمرِ ووتمُت ۔ ووٚنی پزٕ تَس گھر گنڈ
کرنچ کوشِش کرٕنی ۔"

ماگرے صابُن مشورٕ باسیاو حاجس معقوٗل تہٕ تہٕ دردلانہ تہٕ ۔ یُدوے
خوبہ باے اکثر یہٕ کتھ دٲیران آس مگر حاجی اوس نہٕ زانہہ تہٕ اتھ اہم تہٕ سنجید
سوالس پیٹھ وُنیکتام باضابطہٕ غور کوٚرمُت ۔ تمہ اوس نزیشونی کوٚرمن کھاندر کوٚرمت

پۆرس ترٛیمہٕ کورٕ بلقیسہٕ ہندِ کھاندرٕ وزِ وِنیاو اکثر دوستو حاجس زِ تَس پزن دوشوے کھاندر بیکہٕ وٹہٕ کرٕنی۔ مگر جان صاب اوس تمن دوہن ایم۔ ایس۔ سی چہ تیاری منز۔ تہٕ حاج صابن زون یہٕ تہٕندِس نوزک وقتس ناش کرُن مناسب تہٕ اَدہٕ سببہٕ اوس یہٕ خیال تمہٕ وِزِہ اَڈٕوتی روٹہٕ گومُت۔ اَمہٕ پتہٕ ییلہٕ تہٕ خوجہ باے یہٕ مسلہٕ تُلِہا حاج صاب اوس کتھِ ناش کرٕتھ وَنان "یہٕ چھُ جانُن ذاتی مسلہٕ۔ اَسہٕ پَزٕ نہٕ اَتھ منز مداخلت کرٕنی۔" یِنُہٕ جواب دِیُت حاج صابن از ماگرے یس نہٕ مگر سُہ کتہٕ گوٚیود کتھ ژاپن وَنا۔ تمہٕ ہیٚتر کتھِ گیٚنی کڈٕنی۔

"غلطی کرُہ زبوم معاف۔ میٚہ یُدوے حق چھُنہٕ تہٕندِس گھرٕکِس مسلس منز مداخلت کرنک۔ مگر یہٕ چھُس چانہٕ شیٚہجارٕکس ژھیدتس نِل وُنیکس اڈوٕبہٕ گُرٕچھتھ، ٹھکتھ تہٕ ہارِتھ دوشوٕ کڈٕنہٕ آمُت۔ میٚہ پیٚٹھ چھُ فرض زِ یہٕ وَنہٕ تہٕ توٚہہٕ یہٕ تُہندِ خاطرٕ یہٕ رُت محسوس کرٕ۔ حضرت میٚہ چھُ باسان"..... دوٕنی ژاپاہ دِتھ بٔڈ حیرتہٕ سان ماگرے صابُن۔ ژےٚ کیازِ ژٕیٹھ کتھ۔" ژٕ وَن ژٕ کیا چھُکھ رُت تہٕ جان محسوس کران"۔ "جناب۔ جان صاب چھُنہٕ تیٚتھ ژٕٹکہٕ یُس ساری پَرٕدٕ تُلِتھ کھاندرٕکِس مسلس منز پہل کرِ۔ ترقی پسند ماں سُند فرض چھُ زِ سُہ تھوٕ ذہین بالغ تہٕ عاقل نیچو سنز راے نظرِ تَل مگر راے حاصل کرنہٕ خاطرٕ چھُ توٚہہٕ ابتدا کرُن۔" "ٹھیک"

ژٕ ڈ ژٕ ڈ یہٕ لفظ وُنِتھ لوٚگ حاج صابس کیاہتام سروٚن خیال ذہنس گتہٕ گیٚوِر تُلہٕنہٕ۔ سُہ گوو سوچہٕ کِس گرِدابن منز بند ہیو۔ مگر ماگرے کِتھ دِیہٕ یہٕ بند روزنہٕ۔

"توٚہہٕ یشِر آوُتوٚ یہٕ مسلہٕ بعد از خدائے میٚہ۔ یہٕ گرٕژھِ بِگہٕ ہے سوٚنہٕ بجر

جان صابس کوپس پیٹھ تہٕ انہٕ تہٕنٛزٕ راے معلوم کرِتھ۔ تہٕ مہ بَھرِو فکر"۔ حاجؠ کوٚر اَندرۍ
ماگرے صابس شُکریہ تہٕ خوش گژھِتھ ووٚن تس۔" اَسہٕ چھُنہٕ ووٚنی ماٗلۍ پیٚترن ہُند
پردہ منزٕ س زرووُمت۔ یَنہٕ جانن پانہٕ کاٗم لاج تَنہٕ چھِہ اَسی ماٗلی پیٚتھر کم تہٕ دوس
زیادٕ۔ ہرگاہ بہٕ تَس پہ مسلہٕ بیٚیہ کاٗنسہٕ ہنٛدِ ذریعہٕ باوہٕچ کوٗشش کرٕ حتیٰ کہ
تہٕنٛزِ ماجہِ ہنٛدِ ذریعہٕ تہٕ نَمہٕ سَتی گژھِ تہٕنٛد دل آزُردٕ تَس باسہٕ میانس یرادس
متعلق شک۔ انشاءاللہ کرٕ بہٕ کاٗم تہٕ پانے۔ پس گوو اوٚت تام ماگرہ تا تاخیر
مگر ژٕ نے کرِنو تھَس وُدس۔ یِگہٕ ہے اَنہٕ ناوون سونہٕ بنجرٕ پیٹھ بوٗس مرگہِ۔ اَسی
تہٕ واتو یِگہٕ ہے بوس"۔

ماگرے اوس واریاہ سونچان زِ حاج صاب گوو بے اختیار پاٹھۍ تھوٚد۔
وُتھِتھ۔ چِندِ منزٕ گرٕ کڈِتھ وُچھُن وَق تہٕ حاراٗنی منز ژٕ جیبس کرِ بکھ نیرِتھ۔ اوہ ہو
نو بجیہ۔ شام گوو قضا۔ غفلتھ تہٕ آسکھ پوٚرمُت" حاج دراو کوٹھ کڈِتھ
کولہٕ رادس کُن بُنھٕ چھلنہِ تہٕ ماگرے دوریاو پَتہٕ پَتہٕ۔
نماز پرِتھ اوس حوج وُنہٕ نمازِ فردِ پیٹھے زِ ماگرے ووٚتھ تہٕ رُٹُن جبر۔
گُنہِ چیٚنین تماکی چلمہِ زٕ نزے تہٕ آو بیٚیہ حاج صابس نش تا اپنکہ تَس
ٹُکہِ بتہٕ کھینہِ مگر سہٕ اوس وُنہٕ تسبیح رٹِتھ وظیفے پران۔

# باب ۳

کونکہ اُس تحصیلدار صابہٕنِس بنگلس منز چپراسی ہٕنۍ موہنوٕ دم پھٹ۔
اندرٕ اوس بیٹھکِ منز تحصیلدار مجسٹریٹ مُلزمہٕ سندی پاٹھو منز قرد جُرمک
مضمون بوزِتھ دَم پھٹ۔ نہ اوس وُنۍ اقبالِ جُرم کران تہٕ نہٕ کانہہ صفائی پیش
کران۔ پننہِ کنہِ اوس جرح کرنچ تہٕ تیاری کران تہٕ الزامن ہُند تردید پیش
کرنک تہٕ جُرِمتھ پرٛزناوان کرُن۔ مگر نہنُد جج، کورٹ، مُستغیث تہٕ گواہ اوس
تتھ جلاس منز زِ سہٕ اوسنہٕ زلوٕ مُشراونک تاب تہٕ اُنتھ ہیکان۔ بچور تحصیلدار
اوس اندرٕ سہٕ تجربہٕ سران یُس تس برونہہ کنہٕ اکثر بچارن تہٕ بےوسیلن سُرن
پیوان چھُ۔ تِمِس حالس منز چھُ قہر درویش بر جان درویش۔
الزامن ہُند ناانت کوٚر تحصیلدار صابس نالی زاوِتھ وُٹھ سو صوفہٕ پیٹھٕ
بے وقتہٕ برپا گامُت قیامت ہِش پیالہٕ مجمس کھوٚنت دِتھ تہٕ دوہ تھان دوہ تھان
نٕچ گرزنہٕ۔
"مےٚ چھےٚ نِس کلاسس منز ایم۔اے، ایل۔ایل۔بی کوٚرمُت چون

میٹرک پاس کیا ویٹرپم۔ دوہے اوس ہم پے پامہ دِوان تہ ازگوو چون ایم اے ایل
ایل بی رنیمژ گانہ بیرہ ہندی پاٹھو اُسمانٔ وُڈِتھ۔ کاش مے آسہ ہیتھ موقعہ دیتمُت،
تمس جنگل میٹھس ماگرژھِ ہے تیوٗتاہ زِرہ پوپ بہ ہاوہے تقریر کتھ چھہ ونان۔
اگر نہ تقریر کرُن چھُپی لگان تہ کمُی ونیوے صدارت کرِہٕ نی۔"

بیٹھکہ ہندِس درواز پردس نشہ ووٗدنہ عطیقن تیوٗ غشمہ سان زیوٗٹھ تقریر
مارِنہ۔ سو اُس اَمہِ غشمہ زیادٕے حسین لگان۔ تہندِ ین اُمبری ژٔھنٛڈ رودمت اوس
شرارتہ کہ وو شلنہ گُلالہ ہ ورشن گرژھان۔ اُمس اوس ڈیٹہ پھیکین پیٹھ اُوکطرف
اوٗیزان تہ رُمہ زاوِیل بیرہ مس اٰدیمسس سارِ ہے کرس پیٹھ تِژمن کھین تام
ڈیہرتھ۔ اَمہِ اوس شرارتہ ہرِ صوفہ پیٹھ دِوکھان وو کھان جوڑہ مُژرِتھ ژٔھُن مُت۔
عطیقہ اُس ہنا دُنہ زارہ سانے مگر اُس پوچھ کنہٕ سم قدہ لگان۔ یُدوٕے تحصیلدار
بابہ بنہ بروہہ عطیقہ زادِج قزاق تیر ہنس اُس مگر کاٗش نہ آرامہ سُتی اوس
ماز کھسنہ لوگمُت۔ اُچھ اٰسس بزٕی پاٹھو بادم تہ پیمبر زلہ ہیتھ تہ یمن وچھن
اُچھن زن اوس قُدرتن اورے سو رمہ لاگتھ تھووُمُت۔ سینک دوٗگہ نیار
پھولوٗن ڈیکہ تہ حسین خدوخال اُوہنٛد وُچھتھ اوس بزٕی پاٹھی یاسان زِ یہ
چھنے قدرتن فُرصتکِہ وقتہ گرمژہ تہ ژٔرمژ۔ عطیقہ اُس کہی تام ترٛہ دوٕے ترٛہ
وُرِش۔ یُدوٕے اُوہنٛد برجستہ باوٗن باس دِوان اوس زِ اُہنز واٗنس
گرژھِ نہ ژٕہ ہلاو آسنی۔

تحصیلدار صاحب اوس دوہ دِش کلین شیو کرِتھ آفٹر شیو لوشن، نیوپا کریم
تہ مالکم پوڈر تھیس ملان۔ دوہ یہ دوٗہ اوس سوٗٹ بدلاوان۔ کلس پیٹھ
زٔنن توٗن مس اوس بسمہ کرِتھ کتہ کال بناوان۔ واٗنہ اوس ترٛیتیہ پیٹھی پنٛژاہ۔

مگر فائش کرِتھ اوس پٔنٕنؠ باس دِوان زِ تس چھ وِنہٕ داہ باہ وٕری پینشن گژھٕنس
گژھ۔ پوڈرٕ کرِ بورہٕ تٕلی تہٕ آسہٕ تمہٕ گٔنہٕ ٹاکار یمہٕ پینشراہٕ ہیوٚر رٹی تیٚن بُتھن پیوان چھنہٕ۔
زٕھوٹ تہٕ موٚٹ تحصیلدار اوس اتھ برپا گٔمژہٕ قیامژ تھلہٕ تھلہٕ وُچھان۔ عشنک
پرٛتھ کانہہ اداچھ حسین آسان تہٕ ییلہٕ عطیقس غصہٕ کھسان اوس سہٕ اُس
زیادٕ حسین لگان تہٕ ییلہٕ اَد غُصہٕ وسان وسان تہندِ مُدرٕ چانٹیک پوشہٕ ٹور
پھولنہٕ لگان اوس تمہٕ وِزِ اوس تہنٛد جلوہ آتشہٕ شرابک ہیوٚ خمار کھاران۔
یُدوے تحصیلدار صابس عطیقن یہِ غُصہٕ مُناسب اوسنہٕ باسان مگر منصور صابس
اوس دِل یژھان زِ عطیقہٕ گژھِ دوہَس بار بار بیٚیہ کٕنہٕ غصہٕ کرُن تہٕ بیٚیہ کٕنہٕ
گوژھ پنہٕ اوہند پھولہٕ وُن پونٹ تبسم کرنہٕ لگن بیٚیہ پاٹھو دُنی کین اُہندین
گولاب وُٹھن وُٹھن پیٹھ اَسن رکھ ڈالہٕ مارن اُسس۔ "مگر تُرے کُمی
وٚڈنے میاذِ تہٕ حاج صابنہٕ تقریرِ ک"۔ پرژوزہ غُرعنہ سان تحصیلدار صابُن زِکھ
وزمرٕ عطیقس۔ عطیقہٕ جبینہٕ چہٕ تارہ ڈلیایہ چانٹیک گُل ٹور بنیاو برجستہٕ
پھوٚلمُت گولاب۔ سورمہٕ اُچھن ہنز شوخی لج ڈالہٕ مارنہٕ تہٕ یہ وُتھ قیامت اُس
وۄنی اکھ خمخانہٕ باسان تہٕ امہٕ ہیٚوتُن موٚدرمس پھرن۔ کُس گوژھم وَنُن" یہ
یہ اُسس پانہٕ ماشٹر بایَن تہٕ ریٛجر ہنز زنانہٕ ہتی جلسہٕ کس مُدانس دچھنہٕ طرفہٕ
کورِ سکوٗلہٕ چہٕ دارِ پیٹھ تقریرِ بوزان"۔ حاج ہنز گنز مژ یکہٕ سرہ اوس تحصیلدار
منصور شاہ طرفُے دوچہٕ ہتی کھیوٚن پرژھان۔ مگر زنانہٕ چھنے بدرنگ بنہٕ ہتی
مرد ہند طرفہٕ اتھچہٕ سارے سرہ کھتھ نوان۔ بس ییلہٕ زنانہٕ مردہٕ
ہنز نصف وُمرہ آسہٕ حسین آسہٕ، برمژ، دانا تہٕ گاٹج آسہٕ ییلہٕ پنٕنؠ
نزاو منصور شہن طرفہٕ دوچ۔ "زِ کیتھ کُنہٕ اکھ نور گمژ"۔

"اوہ ہو" وۄن عطیقن بٔنیہٕ غوٗصہٕ نۆ نہٕ رٹِتھ ۔ یہٕ ما چھس جنگلس اندر ییتھ
کوٹھ منز مجسٹریٹ صابن رِمانڈ دِتھ ملزم بند تھوٗمُت ۔ سارِنے افسر بابن تہٕ ماسٹر بابن
گٔیہٕ زیارتس منے ما اوس گوڑ درخاس تہٕ اَتھ منظوٗر کرناوُن ز جناب منے گوڑنٕتھ
پیٚرول دیُن، پیٚروٗلک لفظ وۄن عطیقن زیٹھراوِتھ تہٕ امہٕ کِس اکِس اچھرس
دِتُن زور ۔

تحصیلدار صابن ہیوٚت اُندری دم پھُٹ گرٛزھن ۔ اے کاش اَمس آسہہا صوبس
نیرن وِزِ ہناتہٕ شکھ گوٚمُت زِ تٔہنز زنانہٕ تہٕ کھسہِ جلسس منز یُس سہ ہرگز تہٕ
تمہٕ وٕتہ پکہہا، اَدٕ کرہا صدارت ۔ اَمس اَس دوٚن زنانہٕ بتش پنٛژ ساخ بٔنیہٕ قائم
کرِنہٕ ۔ سو اُسس قایل کرنٕ ۔ مگر کُس کرہا قایل تہٕ کس ۔ آسہہا سو اَن پرِ تہٕ اکہِ
ڑُستی کرِہس راضی ۔ آسہٕ جان یہنِ پرمژ یا باشعوٗر تعلیم یافتہٕ تیٚلہِ پرژھہی نہٕ یُتھ
سوال ۔ تس آسہا امہِ کتھِ ہند پانے شعوٗر زِ پرِتھ کانہہ تعلیم یافتہٕ چھُنہٕ جان مُفرد
بنتھ ہیکان ۔ مگر عطیقہ لالہ چھنہٕ پرِتھ کانٛہہ میٹرک پاس ماشٹر بابہٕ ہندی پاٹھی نِم حکیم
خطرہ جان"۔ منصور صابس اَس پوٚر تہٕ زِ بیٚلہ برُس نام تٔہنز عطیقہ ماشٹرٛنی
کران اَس تس اوس نہٕ انگریزی پاٹھی کُنہٕ وۄن اردوٗ پاٹھی تہٕ رۄخصتنک
درخاس لیکھُن لگان ۔

محمد منصور شاہ اوس منز شہرکہ غریب پیر گروٚگ ۔ اُہند مول مقبوٗل شاہ اوس
محلہ چہ مشیدِ امامت کران ۔ نوجہ کورن الف لام تہٕ عمہ سیپارہ پرہناوِتھ اوزکہ
کماوان تہٕ اکثر اوس تریمہ، "شیمہ" کھمہِ بتیر گر نبرے کھیتھ لیوان ۔ امہ
غریبی تہٕ پرنووُن منصور ۔ دہمہِ تام ۔ پتہٕ کرِی منصورن ٹیوشن زنیتھ وردِیس
نھندس ۔ کینہہ پونسہ جمع تہٕ گوو دہری کالجہِ درجس ایف اے، ز کوٚرُن پاس

تہ اُتھو دورانس منز اوس کالجہٕ نیبرٕ تھ شامن پانژن شین لڑکن پرٕ ناوان تہ یتھ کٔنی اوس کالجُک خرچہ زٕ بیان۔ ایف۔ اے پاس کٔرتھ اوس لداخہٕ تحصیلس منز واصل باقیہ لوگمُت۔ ملازمت کران کران کوٗرُن مُنشی فاضل پاس تہ انگریزی زبٲنی منز بی۔ اے تہٕ، ہتہ اتی بنیس لداخے ترقی تہ بنو وکھ آفس قانون گو۔

ہمسایہ اوس یُہند ہمسایہ جمال دین قاضی وثیقہ نویس امہٕ علاقُک۔ تس اُسی ماجہ روس کوٗر مصرہ ووہر ماجہ ہندس رحم وکرمس تل۔ یُدوے نیہرٕ ووہرٕ ماج نس یینہٕ ماجہ ہنز ماسٹر بنیہٕ تہ آس مگر توتہٕ اُس ووٚرے۔ یینہٕ تس پنہٕ کوٗر زامژ آس تیتہٕ آسی تس مصرن ماے کمی گٔمژ۔ جمال دینس تہٕ آس مصرنی سکھ فکر لگتھ۔ جمال دینس مقابلہ اوس منصوٗر شہن مول سیٹھاہ پھتہ تہ بلکہٕ ناوہیوٗن لایق تہٕ نہ۔ مگر جمال دینن زون زٕ منصوٗر شاہ چھُ ووتھوٗن تہ ڈیرن مصرہٕ قانوٗن گو منصوٗر شہس نیتھرٕ۔ منصوٗرن کوٗر اُمہٕ یتہٕ قرض فرض۔ ووزُم ووہرٕ دتہٕ گوو علیگڈھ یتہٕ تمی دوہن وٕرین منز ایم۔ اے تہٕ کوٗر تہ ایل، ایل بی تہ۔ یمن دوہن وٕرین منز بنیہ مصرس اکثر کنہٕ ناٹی پاکہٕ ونی۔ یعقوبہٕ گوڈنیک نیچو زاس پیتے دوہن منز تہٕ لوسہٕ تس مترے گوس گڈبڑ۔ یمہٕ ستی یتہٕ بیچارٕ بینہٕ ہنہٕ زٕرے وٕزاس۔ دوشوے گیس اڈلیکو تہٕ اُکھ وُہر یعقوبہٕ ترٲوتھ گیہ بچار دوکھک تہ مُصیبتک دوہ کوہ پٔتی گُذرٲوتھ۔ کینہہ لکھ چھہٕ قدرتن صرف مُصیبتن ہندہٕ خاطر پادٕ کٔرمتی آسان تہ ییلہٕ مُصیبتن ہندی دوہ ختم گژھان چھہٕ تیتھن لکن ہندٕ زانگیجی رنہہ تہٕ چھےے سوزنان۔ یوٚت نام منصوٗر شاہ ندوٗر اوس توت تام کٕڑ مصرن مُصیبتک دوہ تہ ییلہٕ منصوٗرس دوہ بدلیایہ مصرُن دوہ تہ لوسی۔

مصرنہ مرنہٕ پتہٕ آسکھ منصوٗر شہس ترقی دٕرمژ تہ اوسکھ نایب تحصیلدار

بنووُمُت ۔ جمال دینس اَسی دوٚیمہِ زنانہِ فاطہٕ آپس اَتھ تہِ کُنی کوٗر یوٚسہٕ یمَن دوٚہن نوٚیمہِ یرٛان اٮ۪س ۔ منصوٗرس گیہِ ٹنگمرگہ پوسٹنگ تہٕ نیوٗن یعقوبہٕ سٍتہٕ ۔ ماجہ ہٕند امارتہٕ مالی ہنز برپوٗر شفقت کھوٗنس آیتن ۔ گاہے اوُسُس ماجہِ بُڈٕ بب گرٕ اَنان تتہِ اٮ۪س وۄہرنانہِ ہند کھوتہٕ اَمس ماس رچھان ۔ بلووٗلوٗ چھلان ، سران کران ۔ مستنس وُچھان تہٕ پرنس کُن توجہ دیاوان ۔ منصوٗر شہس آسہٕ کینژن جاین وۄہرزن تتہٕ اَنہرشن سٍتہٕ تہِ کنٛہٕ لوان ۔ گرسُہ اوسہٕ کُنہِ جایہِ مانان ۔ اَوسبہٕ زِ وۄہر ماجہ ہٕندِ دداہ ماگرٕ ٹھہ یعقوبہٕ خراب تہٕ اکثر دوستن اوس ونان زِ سُہ چھیہِ دُمرِ اَمی ہے ۔ نیچوٗس یتہٕ کمس کم توٚت تام یوٚت تام یعقوبہٕ کالج اتِہ یٮ۪ارِ اوس اَہندِ ہیٚہرس جمال دینس یعقوبن نیچوٚ پندِ کھوتہٕ سرنیہٕ تہٕ منصوٗر تہٕ اوُسُس واریاہ تابعدار آسنہٕ کنہٕ سکھ ٹوٚٹھ ۔ ڈری کھنڈ گرٕ ھتھ تہٕ جمال دینن زنانہِ نش کتھ زِ سُہ دیہا منصوٗر شہس بیاکھ کوٗر نیتھرِ مگر زنانہٕ تہٕ کوٗر گیٔس دۄشوٕے اگاد ۔ بُدوٕے فاطہٕ آپس اَندرٕ کنہٕ یقین اوس زِ منصوٗر ہیوٚ تابعدار تہٕ ہوۄرِ پرس بیاکھ کانہہ بٔنُن چھہ ناممکن ییمی ہاہرِ ہتہٕ دس ڈیس پیٹھ بُڈٕ مول تہٕ موج بے کسی منز ترووُمُت اوس مگر کوٗرِ ہنز نیچ وُچھتھ ڈاج فاطہٕ آپن تہٕ لرانٕس نس ۔

یہ جواب بوزِتہٕ بیتہٕ اوس جمال دینس دل سکھ دوکھیوٗمُت تہٕ دوۄنی اوس نہٕ یعقوبس تہِ گرٕ اَنان ۔ ییٚتہٕ دوہن کوٗر عطیقن میٹرک پاس تہٕ گیہِ زنانہٕ کالج ۔ دوۄنی اوسہٕ عطیقُن اَکس دوۄرِدس سٍتہٕ نیتھر کرنُک سوالے پادٕ سپدان امی وِنلہٕ گیہِ جمال دینس فالج ۔ منصوٗر شہن کوٗرنس علاجس منز واریاہ مدد تہٕ تہٕ بیمارِ منز کرنٕس خدمت تہٕ ۔ مگر پہندِ گرِ اوسہٕ کھوان چوان ٹکیازِ

عطیقہ نہ نہٕنز موج دوشوے آسنہٕ ڈٔبکہٕ مژرِتھ اُمس سٕتۍ کتھ کران ۔ جمال دین نہٕ گوو مُرِتھ تہٕ عطیقس گوو کالجُک لُرِکہ بار شفیع مرزٕ نہٕ خطرناک پاٹھۍ دھوکہٕ دِتھ۔ یمن دوشوٕنی ماجہِ کورنا ہنز حالت گیہِ خراب ۔ ووٕنی اوسنہٕ فاطہٕ آپن طاقتھے تُرِ سہٕ کَرِہا کورِ ہُند خاندر اُکس کلرکس سٕتۍ کرنُک تہٕ سب سالن نہٕ جہیز لوپر ۔ تہٕ کرِتھ نہٕ اوس پتہٕ عطیقس کلرک صاٗبن گرِ نوٗ سر بناوُن ۔ ہتشہٕ ہہرُسند نہٕ زامن تہٕ دِرٔیٔن ہُند ووندہٕ مژر ہیوٚن ۔ بیٚاری منصوٗر شاہ تحصیلدارٕ سُندِ گرِ بنیو مُت ۔ راجہ باغہٕ بنگلہٕ تیار ، تاپر وُڈر متز پتہٕ میوہٕ باغ نہٕ ہیوٚتمُت ۔ نہ موج نہ موٗل دوشوے ہنتہ وَتہِ گٔمتۍ ۔ پرِتھ ؤری یہ ووٕنی ترقی کران ۔ پس گوو یعقوبہٕ سُہ تہٕ ووٕنی اوٚکھمہِ کنہِ توٗ مہِ پران ۔ ؤہری دوٚہ یہ ؤہری کھسہ کالج بیٚیہٕ سُہ تہٕ نیچوٗ دوٚہے نیٚبرے تہٕ پننے رَتھ نہٕ مازٕ ۔ پس گیہِ ؤمرٕ ہنز تفاوت ۔ اتھ کتھِ اُس فاطہٕ آیہٕ ژاپھا ژاپھا دوان تہٕ پانسے سٕتۍ ونان آسان ۔ عطیقُن موٗل اوس نا مٔے مالی ہنزِ واٗنسہِ ۔ توتہٕ دیُت نَم سُہ مانے محبت لُسنہٕ جوان تہٕ دِیہٕ ہم تیٚقی کنہٕ اوسم رچھان“ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ فاطس اوس رِنیاہٕ مِتس تلہٕ نالَس پیٹھ ٹِپ ٹِپ اوٚش پیوان تہٕ پلہٕ نسے سٕتۍ لُج بیٚیہِ سونچنہٕ ۔ ”یدٔوے یہ جنتی جمال دینس ترٕییم زنانہٕ اٗسس مگر سُہ محبت کُس رٔون دِیہِ ہا مٔے ۔ ؤنہٕ زُوٕہا سُہ داہ باہ ؤری اگر توٗ ہُند اَسہٕ ماجہ کور بوٗ موٗن مُت آسہِ ہا تہٕ منصوٗر شہس رشتہٕ دیتمُت آسہِ ۔“ کتھ پُرِتھ آیہٕ سام ہیتھ نیوٗ فاطہٕ آپن فاٗصلہٕ زِ عطیقہٕ مالِنۍ یا مَتہٕ ماٗنتۍ سُہ گرِشھِ باوزِ شہزادہ لالس نِش تہٕ ونِہس منصوٗر شہس وَن زِ سُہ سوزِ کانہِ دامن دارِتھ ۔ مگر عطیقس پرزٕھن تہٕ باسییس جان تہٕ تَس سمجھاوُن نہٕ اوس مُناسب ۔ ”خُدا شہزادہ لالس ڈٔکس تہٕ ڈٔمبس راچھ کرُن سونٔے مٔے

وَنہٕ ہاشفہٕ مرزن کتھ لایق بتھاونیم عطیقہٕ تہٕ انزِنے منصوٗر شٲہن کلرک کُنہ وۄن چپراسی تہٕ گرٕ میون موہنیوٗ سوزہا۔"

عطیقس تہٕ اُس شفہٕ مرزن فریبَن پٔڑھ گاٹجہٕ نہٕ پسند تہٕ۔ تمہٕ تہٕ اوس یَنٕہ ڈیکہٕ پون وتیجہٕ نہج بیٹھ آیتَن نھٕوومُت۔

تہٕ اَتھی پۄت منظرس منز اُس عطیقہٕ تحصیلدار منصوٗر شاہ صأبن بی بی جی بناومٕژ۔ اوٚک طرف ووہتھوٗن یاوٗن، کاڈکڈٕوٗن حُسن، خُمار کھارٕوٗنہٕ مدٕیہ، کالہٕ سوٚنبلن ساسہٕ بُدی خم تہٕ ژشکن نہٕ بیٚیہٕ طرفہٕ لوسہٕ وٗن دِگرناپھ۔ شُرکیأمٕژ زندگأنی تہٕ ہنگہٕ زرزرس رنگہٕ ورشن۔ بیتھس حالس منز اوس لأزِمے منصوٗر شٲہُن محکوٗم بُنتھ روزُن عطیقن حاکمانہٕ روبہٕ داب۔ مگر اَمہٕ باوجوٗد تہٕ اُس عطیقہٕ ذٔہین آسہٕ نہٕ کُنہٕ خوش خلق نہٕ اسہٕ وٕنی تہٕ نہٕ وسہٕ دٕنی۔ ڈیکہٕ گینہٕ چار تہٕ غوصُک انداز اوس اَہندِس مزازس خلاف۔ تٕہِس کھنڈس غوصہٕ زٕٹتھ اوس اُہند موکھ پانے پھولان نہٕ وُٹھ پانے کُملان۔ اَتھی ستی اوس عطیقس فرصتہٕ کِس وقتس منز مطالعہٕ کرنُک نہٕ ذوق۔ اَمہٕ مُطالعہٕ اوس اوٚہند سوچ ہنا وٕسی تہٕ کوٚرمُت۔ یعقوب یُدوَے اُمس ووہٕ نیٚچُو اوس مگر کوٗنس بنتھ آسہٕ کُنہٕ اُسنہٕ یہٕ یعقوبس زانہہ ووہٕ آسہٕ نُک باس دِوان۔ انیٖس صأبہٕ نہٕ زینہٕ پیٚتہٕ تہٕ آیس نہٕ عطیقہٕ نِس ورتاوس منز کُنہہ فرق۔ مگر حال حالے آسہٕ یمن ماجہ پوتٕرن ہندِین ذہنَن منز شکوٗک لبنہٕ لگیمتی۔

عطیقن اوس راجہ باغُک بُنگلہٕ مہرنیٚز ہیوٗ بنجوومُت۔ اَہنز موج فاطہٕ آپہٕ، یعقوب تہٕ انیس صأب (بیٹہٕ لالہٕ) اُس راجہ باغے بیٚیہٕ اَسکھ موہنوِی زٕ بتھاوِیمتی۔ بٹہٕ لالہٕ اوس بُرٕن ہالہٕ تریٚیمہٕ پُران تہٕ یعقوبہٕ اوس یوٗنیورسٹی منز۔ ایم، ایس سی امتحان دِتھ موکہٕ لیومُت۔ منصوٗر شاہ اوسہٕ عطیقس ستی خاندر کرنس

تام لباسک تیوٚتاہ قایِل، مگر ووٚنی اوس تس تھری پیس سوٗٹن ہنٛد واڈ روب بُرِتھ۔ کازرِ کرہنہٕ تہٕ برارِ رنگہٕ قراقلی ٹوٗپہِ۔ پرتھ سوٗٹس ہم رنگہٕ ٹلے تہٕ سوہنٛز کلف ٹایَن، بوٗٹن پالش چمکان زِیموٗ منٛز ہیٚکہٕ ہا گیٚبنہٕ گوٚمُت بُتھ تام سُہ وُچھتہٕ۔ یِژھ زنانہٕ یِمہِ منصوٗر شہٕن کاینات بَدلاوی، اَسی تِہندِس دِلس تہٕ ذہنس پیٹھ راج کرُن حق بجانب۔

یُتھ پٕن دوہن اوس دوہہٕ لگہٕ منصوٗر صابَس اسسٹنٹ کمشنر بنہٕ نُک آرڈر درامُت۔ مگر دوٚ شوے لٹو اوس آرڈر تل ترٛاوِنہٕ آمُت۔ کینژھا اَمہِ موکھہٕ زِ انتقالَن ہنٛز آمدنی گژھِہ کم تہٕ کینژھا اوسہٕ سُہ دوٗر تبدیلی یِژھان۔ لداخ، زانسکار، باٹنگہٕ دار، سُہ اوسہٕ ووٚنی عطیقس ورٲے زندگی ہُنٛد اکھ ژیٚہہ تہٕ گُذارُن یِژھان۔ یِمہٕ لوکہٕ چارس تہٕ کالج دوہن منٛز تہٕ پکچر وُچھِنہٕ اَس سُہ اوس ووٚنی پرتھ اتھوارِ عطیقس ستی پکچر وُچھنہٕ گژھان۔

مقبوٗل شہنٛز منصوٗر شہٕن اوس جمال دیٖن ہیٚہرِ ہندِس اثرس تل گوڈنکس نیچوِس محمد یعقوب قادری سکوٗلہٕ ناو درج کوٚرمُت۔ تہٕ ووٚنی اوسُن بٔرِن ہالس منٛز دوٚیمِس نیچوِس سید انیس الرحمان قادری لیکھنہٕ آمُت۔ عطیقہٕ اَس بڑٕ ذہین، پرتھ کانہہ نوقط اَس آسٲنی سان سمجھتھ ہیکان تس اَرِس مالہٕ کہِ قانوٗنک ابتدٲیی رموز تہٕ ووٚنی فکرِ ترٛان۔ بسر پروردگی ہند تہٕ خانہٕ نشینی ہُنٛد انتقال کرُن چھُ عام انتقالِ نوتیدگی کھوتہٕ مشکل۔ یہٕ فرق اَس عطیقن خاندرہٕ پتے سمجھمُت تہٕ لہٰذا اَس یِتھین معاملن منٛز ٹھوارِن ستی پانے راۓ ہندِ طرفہٕ مسلہٕ حل کران۔ اَمہِ ستی اوس منصوٗر صابن یِتھین

معاملاتن نیبر روٗزِتھ عزت تہٕ محفوٗظ روٗدمُت یہٕ ڈِسپلن تہٕ اوس نائب۔
عام پاٹھۍ اوس یِٹھۍ آرڈر یا گرداوار اسامہٕ وَنان۔" صحبس ستۍ مابنہٕ کیتھ کرٕنۍ،
ووٚنۍ گوو بی بی جی اَتھ کرناوٕ سفارِش" بی بی جی آس تمہٕ کھوتہٕ تیز گنہٕ وصوٗل
کران یہٕ صحب پانہٕ ہینکہٕ ہا وصوٗل کرِتھ۔ مگر توتہٕ اوس صحب لوٚب۔ یِتھین حالاتن
منز اوسنہٕ صحب بی بی جی وَرٲے کُنہٕ تہٕ جایہٕ روزِتھ ہیٚکان۔

عطیقہٕ اُس ییٚتھان زِ یِتھ کُنۍ سوٚ بَڈین افسرن ہندٮ۪ن زنانن ہندٮ۪ن
محفلن منز پننہٕ خداداد حُسنہٕ تہٕ ذہانتہٕ رُعب ترِاوان اُس یِنھے کُنۍ گوٚمژھ
اوٚہند منصوٗر تہٕ پریتھ محفلِ منز لباسہٕ کِنۍ، کلامہٕ کِنۍ، ذہانتہٕ کِنۍ پریتھ انداز حاوی
روزُن۔ از اوس اَوٚسبہٕ عطیقس بجاطور غُصہٕ تِہندی کِنۍ اَکس جنگلی ٹھیکہ دارس
مقابلہٕ تِہند افسرن نابکار مُقرّر شایتھ سپدُن اوس اُمس غُصہٕ کھالنہٕ خاطرٕ
کافی۔ تمہِ اوس صُبحس رٲنس فِجہٕ تلک سوٚہٹھ لوگمُت۔ نوٚٹے گنڈمُت بوٗٹس
پالش کُرمُت تہٕ نس اوس یقین زِ تِہنُد روٗن سپدِ از جلسس پیٹھ حاوی۔ تمس
تہٕ اوس یِنٮ۪س رٲنی سُند تقریرہٕ بوٗزنُک شوق تہٕ اوے آس رٲنس وَرٲے افسر باین،
تہٕ ماسٹر باین ستۍ جلسہٕ وُچھنہٕ وٲژمُت۔ مگر آس ناووٚمید آمُت۔ اَوٚسبہٕ نہٕ زِ تِہند
رٲنی گوٚو نہٕ اصل تقریرہٕ بلکہ اَوٚسبہٕ زِ اَکی جنگل ٹھیکہ دارن کمۍ تام اُڈوٗرن اوس
عالمِ کیٚو خاصکر دِل تام پننہٕ تقریرہٕ زیٹھ مِتۍ۔ جنگل ٹھیکہ دار، اُہندی کِنۍ اوس
جنگلُک ٹھیکہ دار اکھ میٚنژر۔ ہانژ یا زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ اَن پرٕڈھ۔ جاہِل تہٕ اَکس
ایم اے، ایل، ایل، بی عالمس مقابلہٕ چور۔ اگر ژے احساس اوسُے زِ ژٕ زانکھ نہٕ
تقریر کرُن تیلہِ کرٕی زِ ہا موٚختصر پاٹھۍ لوکن ہند شُکریہ تہٕ بِہِزِ ہا پانُس یِتھ کِنۍ
سانٮ۪ن ہیڈ مسٹرس بجاے آس کران۔ تِتھ برعکس لوگتھ پٮ۪رُن ریشی نامہٕ تہٕ سہٕ تہٕ

بعض شیچہ سند کلامہ تہ کأشرین الفاپژن منز لوگتھ اقبال پرُن۔ خودی کو کر بلند...
مگر اُکس منزرس مقابلہ سپُدکھ ......"

امہ اپور کوٚرہ عطیقن اکھ لفظ تہ ادا۔ تمہ ژٕرژ زِ تہندس رأنس اُسی گمہ سران گرٛژھان۔ سہ اوس بچور ربہ منز خرٛابد، عطیقہ اسہ عام زنانن ہندی پأٹھۍ رأنس ذہنی طور اڈٕ مور کٔرِتھ پننہ تہ ہاکھ والان۔ سہ یُنھے وُچھہٕ زِ منصوٗر سپُد شرمندہ نس گیہ گمہ سران سُہ کلبو تہ سہ آسی ہیچ بدلاوان، ژکھ زابانا کُشادہ جبینس چارمژ گینہ ڈیجہ تراوان تہ رسہ رسہ آس اہندن اباسی گولاب وُتھرن پٮ۪ٹھ اسہ ونۍ روپیہ رکھ نابنہ لگان۔ امہ ورز آس عطیقہ سیٹھاہ حسین لگان تیٚژاہ حسین زِ منصوٗر اوس اندری اندری سنتھ سمسار تہندس اسہ نس وندان دپان زِ حسن چھُ تخلیقک لبِ لباب تہ پزتھ حسین شے چھے خوشی ہند دأمی ذریعہ۔ انگریزی پأٹھۍ آسِتن یہ خیال کیٹس یا کأشری پأٹھۍ خواجہ اکرم دادی لدن اداکورمُت پزتھ لیہ منز چھُ یہ خیال نوٚو تہ ساہر دار باسان۔ پزتھ رنگس منز پزتھ شایہ، پزتھ ماحولس اندر تہ پزتھ زمانس منز چھِ حزانن ہند وٮ۪زٕ، مکانن ہند دلبکین۔ ماحولن ہند حاسل تہ رفتار زمانک مقصد حسن فقط حسن۔ شوٚد تہ شوٚنژ حسن۔

یُہدے منصوٗرن مالک افسر بننہ پتہ ادبک مطالعہ ترومُت اوس مگر ژکہ اوس ادبک طالب علم تہ سُہ تہ میٹھ تہ موٚدر فارسی ادبک۔

منصوٗر اوس حسب عادت اکھ نژونہ روپیہ رکھہٕ شرمہ ہنز مدبہ ڈیبہ دِتھ حسنس چھِ خود آگاہی شکارس توٚر فکرِ زِ شکار لوگ، تمہ ہیوٚت زال وہراوُن۔ تبسم گو دخندس منز تبدیل تہ کلامچ ہنج تہ بدلیایہ تہ نظرن ہیٚژن دلفانہ شوخی

پاڑ گژھنہٕ تہٕ عطیقن وۆن کلامہٕ جاری تھوان۔

توہہٕ چھےٚ غلط فہمی گژھان زِ بہ ماچھس توہہٕ پیٹھ بالادستی چلاوُنی یژھان۔
چانٛی دژے تہٕ انلیسٕن مُرن ہرگز نہٕ ژ٘ آنکھ سارٕنے مردن ہند کھوتہٕ بہنرین تہٕ
میانین وسن شدرن تہٕ باسہٕ ناکہ . . . . . .

ناکہ پنہٕ کوٗرہٕ اکھ لفظ تہٕ عطیقن ادا۔ مگر تہندہ نظرو وۆن واریاہ پہٕ منصوٗر صاٮ۪بس
لفظٕ لفظٕ فکرِ توٗر تہٕ اندری اندری کرٕتم پننہٕ زنانہٕ ہندِ نامکمل جُملچ خانہٕ پُری۔
"ناکہ میانہٕ زلیخایہ تہٕ ونٕ مصرچہٕ شوجہ باپہ گُلی پننہٕ شرا کہ پچیو کرٕ پان کپرٕیان
زِ ماہ کنعان چون گوٗنژھ اُسی"۔

اندری پہ جُملہٕ ادا کرِتھ اوٗن مجسٹریٹ صاٮ۪بن بیان صفائی وُٹھن پیٹھ۔
عطیقہٕ لالا با شاید چھےٚ ژٕ رٕنے غلط فہمی زِ حاج امرالمدین ماچھ کانہہ اَن پرٕہ پہ
اوس مینے برونہہ اکھ زِ جماژ دلاور غانہٕ پران تہٕ سکوٗلک قابل لڑکہ اوس
مانہٕ پوان۔ موٗل تہٕ اوُسس سرمایہ دار آسنہٕ علاوہ عالم۔ علم دوست تہٕ شاعرن
ہُند یار۔ قلمی کُتب خانہٕ اوسکھ تیوٗت بوڈ یتھنہٕ کشیرِ منز بیٚیہ کانہہ اوس۔ گوڈٕ
کمن رئیسن سانین چھےٚ کتابہٕ ستی لےخوے اسمژ۔ مگر اتہٕ اُس مُہرن ہندِ
کھوتہٕ قلمی کاغذ ورقن زیادٕ رائچھ۔ بس گوو بہ تہٕ دمہٕ ہس نہٕ لوٗت کاڈ کڈنہٕ
اکھ چھےٚ اُسہٕ یتیمہٕ محکمہٕ مالچہٕ رنگر ہونر علمی توژھ راد رمژ تہٕ بیٚیہ اُس نہٕ مٔنے
نیاری کرمژ۔ مگر یتھ علاقس منز چھ مسلمانن واریاہ جماژ نہٕ مٔنے ژھنہٕ سارٕنے
چندس اکی جُملہٕ ستی۔ صدارت کرنہٕ ستی زین اعتقادی" نی کوٗر استانہٕ والی
پرٕہ نہٕ ستی زین کوٗرٕ تہٕ اقبال صاٮ۪بن تاریف کرٕتھ ژھن اردو پرٕس چندس
پس گوو۔

"پس گوو" نیو عطیقن لفظی رٲنس کتھِ ناش کرِتھ تہٕ اَسہٕ وُنہٕ چانہٕ لجِس وَنتہٕ۔

پُس گوو تقریرِ پتھٕ گوو نہٕ تیُتھ توہہٕ گرٕژھِ افسرن تہٕ سیاست دانن پہے سیاست چلنچ موضوٗع کتھِ ہُند آسُن یا مُتہٕ آسی تن۔ یِم قنٛد چھا حفِ پتہٕ چلان۔ اوترے اوسکھ خبر کیتہٕ ہو گو لگامہٕ کیو تروٲہن دہٕ ہن دوہدُش مخدوٗم صابُنٛ کھسان وُچھمُت تہٕ توٚہید چھون کیاہ مانن گکھ۔ اردوٗ پرِس لوٗکن تہٕ توٚر ہکمہِ زِ اقبال صابنہٕ کلامہٕ منزٕ تہٕ چھنے ژریہٕ ہنٛزی خبر پیتراہ عام انسانس پتاہ پھنٚے۔

منصوٗر صاب گوو بیٚنیہِ کجرِکس دارِس ترودِ الوند۔ کوتاہ کال ہینکہٕ عطیقن جایزٕ تہٕ معقوٗل استدلال پھُٹرٲوِتھ۔ پتاہ حیلہٕ کران گوو پتیاہ گییہٕ پھٹان آخر ماٲنٛ تمیٚ پننٛ شکس۔

"اچھا مائی ڈارلنگ کمشنر متے ہور"۔

"ڈارلنگ کلکٹر صاب میانٛی پرینٛھ کانہہ جیت پھنٚے میانٛی ہار تہٕ چانٛی جیت"۔

بہٕ آیہٕ درواز پیٹھ بیٚنیہِ والیس تہٕ تراوِن نرِ منصوٗرنہٕ گردنہٕ تاٲلی

منصوٗر اوس نادان زِ خود سپردگی عطیقن چھ مُرٕژھ آزمایش نوٚن دارن کھارنٛچ آزمایش تہٕ اُندٕری اوس پانس پرٕژھان زِ "نوٚ آزمایش کیا سناہ آسہٕ"۔

# باب ۴

صُبحاے اَسی حاجؔ تہٕ ماگرے صابؔ دوِن گرٕہن پیٹھ وَنہٕ اُندری درامتۍ، چاپہٕ وقتس وّاتی کونگہٕ وٹُن۔ یدوٕے حاجؔ صابؔ کونگہٕ وٹُن واریاہ لۍٹہٕ آمُت اوس۔ مگر از پہٕ دِنہٕ ہردکہٕ کھسہٕ وُنہٕ اخبارکہٕ نظارٕ اوس تیوٗتاہ مارٕ موٗند زِ حاجؔ صابس باسیوو زِ ازتام ہم بھیبر تہٕ اَمی اورکرٕ ہتۍ اَسی تِم روزٕہن ساری اڈلیکو اگر نہٕ اَمۍ اَزیک نظارٕ وچھمُت آسہٕ ہا۔ اَمی اوس واریاہ لۍٹہٕ پرانہٕن بُڈن نِش معلوٗم گوٗرمُت زِ اَتھ مرگہٕ کیاز اوس کونگہٕ وٹُن ناو دِنہٕ آمُت۔ اَمی اوس اکثر یہی جواب بوٗزمُت زِ کرتام چھِ اَتھ مرگہٕ منز کونگ وو پدوان اوسمُت یہ وجہ تسمیہ اوسنہٕ زانہہ تہٕ اَمس معقوٗل لبنہٕ آمُت۔ حاجؔ امرالدینؔ گٕبھہٕ گنہٕ مانہٕ ہا زِ تتھ مرگہٕ منز وو پدِہا کونگ یتھ مرگہٕ کارتکہٕ برونٹھے اَز تہٕ شین پیوان چھُہٕ کونگہٕ پوش چھِ تبوٗتاہ اُولۍ یتھ وُج پھیوٗر تہٕ دتن لارناوان چھُ۔

از اتھ دوٗنہٕ کارتکہٕ اوس اخبارٕ کھسن وِزِ حاجؔ صابؔ کونگہٕ وٹہٕ کِس اَنکھ

سبزارس منز کونگہ وٕہتِکہ مانیک موختہ ژھاران ۔ گرٕ بیٹھ وُٹھون تہ ماگرے
سوزُن اِسرائیلِ بکروالہٕ نس کوٹھس پیٹھ مکاپہ ژوچِہ کرناوِنہٕ ۔ پانہٕ چھ کھسہٕ ونہٕ
اختابکہِ سوہ تہ ژُن تہ مرگہٕ ہندِن سورٕ بنیامٔژن درمنُ تھجن ہندِ ملہٕ زارک نظارٕ
وُچھان پامپرِ وُڈرِ منز بیٹھ کُنہِ کونگہ ٹوٗرِن نمٕ بنا تھجن ہُند اوٗژھ رنگ دوٗبرانِ
تہ دوٗبرِتھ گنان چھُ ۔ ٹوٗری مُنزرنہ لیوان تہ نرم تہ ملائیم ککلہٕ یکھن بیٹھ پوشنوٗل
بچہٕ ژھالہٕ مارنہٕ لگان چھِ ہتھے کُنہ چھُ کھسہٕ وُنہٕ اختابک کونگہ وونی اتھ واسی
تہ لوسہٕ بنیامتس سبزارس بیٹھ حسین زعفران زارک منظر یادٕ کران ۔ حاج صاب
اوس اکھ مُدے بالمقابل کھسہٕ وُنس اختابس کُن دِوان تہ اکھ نظر پانس ژوپاری
دوٗر دوٗر اتھ مرگہٕ پھِروان ۔ ذہنکہِ عوقہ چھس مُنزراونہٕ لیوان ۔ مانیک دُر اوس
ذہنہٕ کِس ہلمس منز برِتھ ۔ اہنز امہٕ بے خودی حال ڈوٗل سلامہ ہندِ زیٹھی گرزن
ونائی اسرائیل بکروالن دِژ داہ گنہ دوٗرِ پیٹھے سلام لارہ لارہ دارِتھ ۔ وعلیکم کرنہٕ
ورائے ژٕنج حاجیس بے اختیار پاٹھی کریکھ نیرِتھ ۔ "کونگہ وٹن یا کونگ وطن"۔
واہ ۔ کیتھ ناو تہ برمحل ناو ۔"

ہے بُنگہ اسرائیلن دیت اتھ کانہہ جواب ، البتہ لاچن حاجیس گزارش
کرٕ ۔ "حاج صاب اَسہِ چھا گرِ دوٗدمت زِ توہہ منگہٕ ناوُ چاے یتھ نیرس
منز ۔ یدوے یینہ اسہ گرٕ چھنہ وونی گوو زِ غریب کوٹھ ہنا چھِ ۔ شتہ ازٕ
ژھوٗرے ۔ باژ راز ویرِ خدائس حوالہ راتھے گامتہ بہ تہ ازٕ یوٗرژھے تہ تہنز
برژھ لازمی کرنی اوسم فخر۔"

"خانا ازٕ گوو ہزکالی میون مسئلہ حل ۔ ازٕ زودم تژہ وہرٕ زیٹھ کیازٕ
چھِ کونگہ وٹُن وتان تہ وننگ یہ نظارٕ مئتہ راوٕرتھ ۔ ژٕ ئے چھے پتاہ زِ ئے

چھُ غریب گجرُد کوٹھن منز یاوُن گُذروومُت۔ تابحال ژُنےٚ ہیوس امیرٕ سُند گرٕ
ہیٛن کیباز گرٕزھیم ہنگ۔

اختابہٕ ہیوٚتن ٹنس نبس نصصفس تام وانُن۔ کاہ تہٕ ہیژن بجنہٕ۔ یوٚتاہ اختابہٕ
ہیوٚر ہیوٚر کھسان اوس تیوٚتاہ چھُ مرگہٕ ہندس اوٚنڈکیس تمہٕ زعفرانی سرانگ
رنگ ہمان تہٕ چھلہٕ یوان۔ یہ اوس یُزی کنی کھسہٕ وُنہٕ اختابُک اعجاز یُس کونگہٕ
وٹنس کونگہٕ وٹن بناوان چھُ۔

وہزِچ ژٕنی پوش رنگہٕ ملایہ بُرژ نُنہٕ چاے تہٕ سونہٕ ہُرِ مکایہ ژہ چِن ہُند
قاب۔ چایہ ژہ چِن حظ تُلتھ درایہ پم دوشوٚے سوار ژُبنجل تہٕ وہٕ گٔہل منز وٲتی
"سِدو" بیٚتہٕ حاج صٲبن ژون کمپارٹمنٹن ہنز کام حالے موکلاوِمژ۔ اُس تہٕ کمپ
اوُسس وُنہٕ اَتی ٲکتھ

تیسِدو چھُ جنگلچہ کوچھ منز مٲری موٚند گام۔ یہ دوہ ہڈُر چھُ سبز وردن
لاگِتھ حسین دوہ ماجہ ہنز لولہٕ منز باشہٕ کران۔ کُس تام اُوچھ اَتھہٕ چھُ اُمس
اڈِ بیٚندرِ گامنس ستہٕ زاوِس کٔرھن کِتہ کِتہ کران تہٕ یہ چھُ کھکھ ماران۔
سِبدوٚک یہ کھکھ ماروُن تہٕ اَیہٕ وُن ماحول اوس حاج صٲبس ہمیشہٕ لوٚٹھ۔
گامس ژواطرفہٕ دِودارن تہٕ رٲٹِھن ہُند فوج۔ سبزارُک اَنیکھ کھسہٕ وَیہ دار
فرش زن تہٕ ریشمی قالین بیٹھ ساہ بُدلو مسولو بے تحاشا ڈوٚلن دیتمٕت
تہٕ اَتھ گیٛنہٕ ژانہٕ منز۔ حاج صٲب بیچھاو اَتھی گیٛنہٕ ژامنس فرشس پیٹھ
مگر اٹرُونی ہردلن اوس یمن گنن پھیریار دیتمٕت یُس اُمس سنن ہیوٚتن۔
ماگرے صاٰبن ژُرُژ فُرشک تروشرتہٕ بہن وٲلی ہند جسیچ نرمی تہٕ بیکدم
دوریاو کمپس پیٹھ اَنہٕ سترنڈ تہٕ گبہٕ فردار دِودار سایس تل شہر اوُن بہن

جاے تہٕ لوٗگ حاجؔ صابہٕ نِس تہٕ پننِس گرِس عارِق شہلاوتہٕ۔ حاج لوٗگ کمپہٕ کِس
کھانٕس چک کرٕن۔ مُنش دیت وارٕس کوکر پوٚتی نار تلہٕ نُک حُکم تہٕ حاج صابن
کوٚر تام بیاکھ مُلازم گرِس پیٹھ ہرپوٗر روانہٕ۔ تس دِتُن ہدایت زِ ہرپورکِس اشرف
سوارس وَنہٕ سہٕ رمب آرٕ بٹھِس پیٹھ فرش و فروش وو تھراوُن تہٕ گائٹس منز
کوج تیار کرُن۔ اشرف سوار اوس حاج صابنہٕ فرمہٕ ہُند پرون گٹُل تہٕ اتھ علاقس
منز اوس حاج صاب صرف اَہنزی ماجہٕ ہندِ اَتھہٕ روٗن مُت کھیوان۔ سو دپہٕ ہا
دہن وازن تہٕ بکھ تہٕ شوٗرٕ شاہہٕ تہٕ اُس رنان پاکہٕ وان۔ حاج صابُن کھیٚن
اُسہٕ سو نوشن کورِبن اَتھہٕ رنہٕ ناوان بلکہ بنیہٕ اَتھہٕ۔

ژٕہتِس کوکرہٕ سنز اُڈجہٕ بڑکان بڑکان لوگ عمہٕ ماگرین ونٕن۔ کھیٚنہٕ والی
چھم حضرت ڈچھیتی مگر نہٕ ہنز پسند۔ توہہٕ چھےٚ پتاہ زِ بیتھ ساریہے علاقس
منز کُہند اَتھہٕ گرزھہٕ مکایہٕ ژوٹ کھیٚنی۔ کس اَتھہٕ گرزھن کنکہٕ فلکہٕ بناوناوتہٕ تہٕ
کوکر پوٚت کس چھہٕ تکان بزُن تہٕ کس چھہٕ تکان تلُن۔ ہے بہٕ کوکر پوٚت
کوناہ میوٹھ چھہٕ بناوتہٕ آمت۔ نہٕ تلہٕ نُک کرہیبار، نہٕ اوم روزٕنُک چھرزہٕ ناوٕ
ہُند مُشک۔ وو زٕل نار تیوٚنگُل ہیو۔ نوٗن تہٕ مُناسب مصالحہ تہٕ معقول"
ماگرے صابنی کلامن کرِ کوکر مازچ لطافت تہٕ میچھر دوچند۔ باوِ گوڈٕچ اُڈٕچ
بڑکان بڑکان لوگ حاج صاب ونہٕ۔

"ماگرے صابا، زیٚنان چھُ آدم کھیٚنہٕ خاطرٕ۔ جنگلَن تہٕ مرگن منز چھُ کھیٚنس
تہٕ چلنس زیادٕ لذت۔ یمن مرگن منز گرزھہٕ ماز زیادٕ بیہن آسُن۔ گنڈٕچ لطافت
تہٕ چھےٚ میٹھان تہٕ نونٕ جایہٕ تہٕ چھُ میچھر زیادے نھران۔" حاج صابن اوس
ہیتِس کاسِس دون کوکر پوٚتن ہُند ماز کھیتھ ژھنمت۔ باوِ اُڈٕجن، کھرل

کرشہس، کلہٕ ٹھولس تہٕ گردنہٕ گنڈس نام اوسن برہکس کرٕتھ اُڈجہٕ لوٚبس ترامہٕ
رکابہٕ منز برِتھ تھوٚمُت۔ کھینہٕ والین سٕتی دم دِوان اوس ماگرے صابُن تہٕ از
زندگی منز گوڈنچہ لٹہٕ یُتھ سرِ سو لوٚتھ کوکرِ پوٚت گبگہٕ بون ژھنمُت تہٕ اُڈجہٕ ژٕلن
اوسن اَتھ سبزارس پیٹھ پھرکہٕ مُت۔ حاجہ کھاجہ نس زن تہٕ پکنہٕ گرکہٕ دِلوان خانگ
قالینن فرش موردار گومُت اوشس تہٕ ڈیکچہٕ گبنہٕ کھارِتھ ووٚنُن۔

" ماگرے صابا۔ بیٚلہٕ مےٚ سٕتی آسکھ یُتھ مخمل فرشس پیٹھ بہان یہ
فرش آزربہٕ آلوٗدٕ کران"۔

ژٕہِہ ون بُنہٕ تھے ووٚتھ ماگرے نھوٚد تہٕ اَندٕ کِچ چھکرووُمت یہ اُڈجہٕ
لوٚبس سوٚمبروٗن نام آس پانژٕ آلی کاوُن ہنز کھیٚچ جمع گامٕژ۔ تموٚ نیوٗ یہ ڈیٚژ
تہٕ اُڈجہٕ ژٕرن ماگرے ہٕسندِ اَتھہٕ منز وُہلاوِتھ تہٕ پلیٹس منز جمع اُڈجہٕ لوٚبس تہٕ
تیاکھ صاف کرٕتھ۔ اَتہٕ پیٹھ دراے یم دوشوے سوار تہٕ واتی ہیر پورکس اشرف
سوارٕنس مکانہٕ کِس پوٚت آنگنس منز۔ اَلو وارِن ہندِس اَندٕ کِس منز آس
یہ آنگن ژٕکلہِن رمبہ آرکِس بٹھس کُن۔ آنگنس منز اَس اَکھ زٕنگبہٕ فرد
ترٚاوِتھ۔ چھلتھ چھوٚکِتھ جچیرٕ اوس خمدار تہٕ جمکہٕ دار نیچُک نوکتہٕ پچارِتھ۔
بیٚنہٕ ہردِگ تاپھ اوس بندس بندس خوش کران۔ ہیرپورِک زٕیٹھ تہٕ زٕہتھی
اَسی ساری جمع۔ حاجہ صابن کوٚر گوڈٕ پیٚتس نمازِ پرِنگ انتظام اَمس سٕتی
سٕتی ووٚتھ ماگرے تہٕ آرس کُن نُتھ چھلنہٕ۔ رمبہ آرک گرز اوس از
ہمیومُت۔ آنچ گیتھ آس ہیمہٕ ژ۔ حاجس پیوٚو سُہ دوہ یاد ییلہٕ کاڈکدلٕ نِس
یاوٕنس منز، سُہ اوس اکہٕ دوہ ماَلس تہٕ مرحوم مہجور صابس سٕتی گرشمہٕ ناوِ منز
ژمبہ آمہٕ کِس ہٹھس پیٹھ تہٕ تہندِس مالی ہنز فرمائش پیٹھ پرٛیاو مہجور

صاین بێن نظم " لوکچار" تہ تمہ وِز اوس امرالدین صابس یقین زِ یہ آرہٕ گرزہ۔ یہ
ہوٚ ہوٚ تہ ششراے چھ روزوٕنی۔ ہیوٚرتہ خیالک اوس اندری ٹانہ ژٹان۔
اُمس اوس لوکچار نہ یاوُن ہمیشہ بہار باسان۔ از اوس اُمس تمہ باتگ مانہ مطلب
فکرِ تران۔ تمہ پرزرک عرفان اوسُس از حاصل سپدان یلہ اُہندِ یاونگ
گرزتہ لوکچارچہ شوخیہ تُندی نہ چکہ چاو سورے اکھ کرتام وُچھمُت خاب
اوسُس باسان۔ از اوسُس تمہ کلامہ کہ سمندرک ووتھ اکھ آمُت۔ از
اوس تتھ دادس داد دِوان یُس تہندی مالی یہ نظم بوزان بوزان دیُتمت اوس
سہ رُمبی آرہٕ تہ اوس حقیقتھ تہ یہ رُمبی آرہٕ تہ پرزنیتھ از    اڈورِ زنگہ یلہ ہژ
گرِیسی بلے کلس بیٹھ اُڈی بوکچہ ہیتھ اپارِ یپور تران چھ۔ دوشوے چھ اکی
پرزرکی زِ وِہی۔ فرق تہ امتیاز کری وقتن پاد۔ وقیُس صُبحکس دودھ ہڈرس
سرِشام اُچھن کریہن صوفہ ٹپے گنڈان چھہ تہ وقی یُس وِنی وِنی گولاب مُقرن
ہندس اولس وچھس بیٹھ اتھ رٹھ لوہ یا ہوٚ کرناوان چھ اکہ قطرک اژھر تہ
چھنہ رُم کھیوان تہ وقی یُس وونی ووٚنی پرزون اکہ موختس بوکچہ
دوزھ جونہ ہٹہ ماران چھ۔ وقتک وبداکھ دیُن چھ ظُلم رُمبی آرگ خوے چھ ژلُن
تہ دوٚرُن۔ کُس گعڈ اتھ دورِ تہ ژلہ لارِ تہ اتھ گرزس ششتر طنابہ۔
عوش نہ چھسے یُس اتھ گرزس تہ تہ یتھ سُترس تہ حظ تُلِ تتھ گرزس
تہ رٹِ تال تہ بم اُندرہ پتہ موسیقی ہندس زیروبمس ستی تہ یتھ
سوٚرچہ لیہ ستی تہ گژھہ ہم آہنگ۔ حاج صابن اوس وضوع تہ کرتھ نیوٚمُت
مگر نبضس بیٹھ استادِ اوس نولیاہ ہیتھ سوچان زِ آیا تمی اوسا اتھ بتھ
شرحچ ترتیبہ سان چھولمُت۔ اتھ شکس منز نماز پرہنی باسیوس غلط تہ سہ

دۄدھ بِیہِ یارِبلس کُن تہٕ اُندرِم ساری خیال بقوٗن بٕٹھ ۔ نوٗ سَر لوگُن بُتھ چھلُن ۔
گوڈٕ طہارتھ ترٚیِہ لٹہٕ ، کوٗل کرِتھ ، ترٚیِہ لٹہٕ بوٗرُن نستہٕ آب ۔ دُطرفانہٕ کنہٕ چھیرُن ،
تام تہٕ موکشتہٕ پیٚٹھ ہونگنہٕ تیٚنتس تام نیوٗن سۭ بار بُتھ چھلنہٕ ۔ کھوٚنہٕ وٹَن نام
پھٚچھِن نَرِ تہٕ کورُن ژھری سۭ کلس مسح وۄنی اوس دُبار ژرن نین نام کھوٚر چھلان ۔
ماگرے اوس کرنام بُتھ چھلتھ موکلیومُت مگر کنہٕ پیٚٹھ حاج صابن نولبا اکھس
کیتھ ژٹتھ اوس تس پراران ۔ پانس اوٗسُس بُتھس تہٕ فرِن آب دُنہٕ پیشانی ۔
ماگرے اوسنہٕ نمازن ہُند پابند ۔ بدوے صُبحچہٕ ژور رکاژ ہمیشہ
اختیارہٕ کھسنہٕ بروٗنٹھے پران اوس تہٕ جمعہ باجماعت پرنُک عادت تہٕ اوٗسُس
مگر تتھ ہین نمازن اوس گاہے یکہٕ وٹہٕ اکھ دِوان گاہے اکہ جمعہ پیٹھ بییس
جمعس تام چھٹی کران ۔ مگر اوتنہٕ پیٚٹھ اوس حاج صابس سیتی بروٗنٹھ پانژھ
وقھ پران ۔ ماگرے صابُن پرون کھڈ پنچ یار ہیٚرِ پورٕنک حمہٕ گنڈے اوس
آہ پلس سیتی ڈٕکھ دِتھ نمازی چلہ ماہ چلہ ماہ پوان ماگرے صابنہٕ نمازِ متعلق سوٗنچان
تہٕ اُندرِ نمازن ہُندی قسم گنزران ۔ " پرانیو آسی ژے قسم نمازی مِتی ۔ عام نماز
تہٕ رمضان نماز ۔ از کل چھِ یمَن منز تہٕ ترٚیِم گوٚمُت ۔ سیاسی نماز ۔ نَم لیڈر
یم عام جلسن منز تہٕ نماز فرد سیتی تھاوان چھِ یعنی جلسس منز نماز پاران
تہٕ پہندی رنگن گرِ چھِ اُکس اُکس کنس تل ینتھ ونان " لی گو وقتیچ نماز چھنے
تخنس زندہ " تہٕ یہے وقتیچ نماز چھنے لیڈر صابس سائنس اگرمل کا سان " نماج
نمازِ ذکیہ رتم حضرات یم محلن ہٕنہٕ گامن ہنزن مشیدن ہندی متوٗلی بنان چھِ ۔
ساس جمع کرِتھ پانژھ ہتھ لاگان تہٕ ہُم پانژھ گینگہ لوٗن والنہٕ خاطر وندس حمام
کینن پیٚٹھ سیاست مُنٛزیٚ گٕنہٕ انان تہٕ امامن ہٕنٛکھ گُنڈتھ پڑتھ ہفتہٕ امام

بدلاوٕنۍ زٕ دٕوے کران تہٕ کیٛنہہ گیہ سرکاری نمازِ۔ افسر بچارٕ وُچھکھ نمازِ ہنٛدی پابند
تہٕ بیٛیہ سرکاری نمازی ماتحت چھہٕ تِمَن برونٛٹھے بے طہارتھے سجدن گرینٛد لاگان۔
بس گیہٕ اصل نماز۔ تِم ییٚم دوہَس زٕ دٕیہ نژہِر لٔٹہٕ وانٛجہٕ سُنٛز شُنٛز پیٛنٛس خُدایس
ونان چھہٕ۔ زیٛیتے چھی عبادت کران تہٕ زیٛیتے اَزٕ یاری منگان"

وُنی کین اٰسہٕ رٕسٕ آزٕ کس ژٔٹس بیٛٹھ حاجی صابن عمہ ماگرے یُن تہٕ ہرٕ پور
کیٛو واریاہو الگ الگ ہناہ وَنی ڈٔلی تھے نماز لاجہِژ۔ ممہ گناے اوس جبیر
رُٹھ تھے یمَن سارنے نمازین ہنز گروپ بندی ییٛنس ذہنس منز لاجہِژ۔

نمازا پُرِتھ کوچا کھیتھ دژاے حاجی صاب تہٕ عمہ ماگرے، ہیٛر پور کُن
رٕ خصتھ ہیٛنھ تہٕ گرین کھوٚر دِتھ ترٕ آرس زٕ یہٕ رٕسہٕ تہٕ اپار بیٛٹھ دژاے
نیٛبرے ہناہ۔ نظرس کھسان بیٚیہ۔ یمن بیٚیہ رفتارس کمی کرِتی۔ گُری
اٰسی اُتی کھوٚنت کھیوان تہٕ اُتی رہدار ژٕلِتھ ہیوان۔ بیہ تژن بارین تہٕ افتادٕ
رابلین اٰسی قدمن قدمن بیٛٹھ فطری نمی ہتھ نوٚی نوٚی بیٚخ جوش وہہ پیدا منٛت۔ زن
ازلی یاعوانن یمَن خوٚن جگرک گوڈ بوٚر منٛت اوس۔ اکہ طرف چھہٕ انسان قُدرتٕچ
پژھ فیاضی بیٛنہٕ نیہو ظالم اَتھو ذہڈاس کرِتھ نوان تہٕ بیٚیہ طرفہٕ چھہٕ قُدرت یہ
زٕھر یہٕ پُروٕنۍ فطری عمل جاری تھوٚوتھ۔ فرق چھے بڈٕ اہم۔ فطرت چھہٕ تخلیقی عمل
کُنہٕ اصولس تل بامل انان۔ مخلوقس پنے دُنیا یاسو منز زانن دوہشوے عملہ
چھِنے کیٛنہہ اصولن ہنز پابند۔ اَتھ برعکس ہیوٚ کنہٕ انسانن تخلیقی عملہ ہنٛد
وَق زٕھوٚ ترٕ آوِتھ مگر بناونٕس پھیلیش دِنچ کام چھہٕ زٕہن منزنہٕ انجام دِتھ
ہیکان۔ بیٚخ جوش اکھ رائل بناونس منز چھہٕ قُدرتس دوہن تژون ہتھ ورٕین
ییٚن فطری عمل جاری تھوٚن تہٕ اَتھ نوجوان رائل ونس ہیکہٕ انسانہٕ ہنز گرمژ

مکرٕ ہنٛز گونژھ گانٛٹھ نٕ ژٕ ہٮ۪ ڈاس کرِتھ۔

ژمبہٕ آرٕ اپارٕ مرٕ بٕٹھٕ پیٹھٕ "ہیٚنٛٹھ وان" نام پٮ۪ گوٚن شہُل تہٕ مُژھُبل رائبل
وَن اوس حاجؠ صابنہٕ نِنہٕ پدٕن ہیٚنٛٹھی کران تہٕ آرٕ بُرزٕو اُچھو منگان" بینہٕ حقٕ چانی
گُمٹٕلی بوکٕن تہٕ نرن۔ بینہٕ یتھ ساینٕس زُلفہٕ پھنگس مِقراض لاگِتھ اپارس ژھوگ
کاسِتھ پھچناون۔

ہیٚنٛٹھ وانکُ موربہٕ سبززار اوس ژورو طرفو تھزو یارلو، باگہٕ بُرتھو دِودارو
پوٚشٹیو کھلیو تہٕ شہلیو بُدلیو سِتؠ ڈٕلتھ۔ مادانس منٛزس اوس لوریٚن کٕن پہلین
ہانٛدکوٹھ نمرٕ سرایہٕ ہُند ماحول ہیوٗ اُچھن تل اُنان یمہٕ منٛز مُسافِر
تھکھ دِنہٕ دراستی آسن۔ پہلیو اوس رمب کھیوٚل، شُری، بُڈؠ تہٕ زنہٕ پیدل
یاگُرین پیٹھٕ راتھٕے لورن سوٚزی ہتؠ کوٹھس منٛز اوس گرِگ زُبٹھ رستم پوٚہل
برس پیٹھ جھبراہ ژٕتھ کیاہ تام سونچان سونچان گرٕدوٗٹھاہ گرٕدوٹھاہ دِوان۔ چھِلہٕ اوس
کرتام تیوٚنگلُ ژھبنہٕ گومُت۔ اُندرٕ کنہٕ اوس اوہُند بیمار بوٚے چارپایہٕ کھنجہٕ
پیٹھ ڈلن دِوان۔

حاجؠ صابن انہار پرٕزٕنتھ دِژ رستمن جچپرٕ اکٕ طرف بُرِتھ تہٕ دوران
دوران آو تھٕ۔ اُمی اُسی یاہ تہٕ حاجؠ صابنہٕ فرٕمہٕ منٛز واریاہس کالس مہان بیرہ
نادٕپچ موٚزوٗری کرمٕژ۔ گرِس اُہندِس جلو ژٕتھ اوس رُستم وسان۔ سوار تہٕ
دوٚنہٕ گرٕ پیٹھٕ برٕتھہٕ سلانے۔ از اوسن واریاہہٕ کالی بےموقہٕ پاٹھی حاجؠ صاب
وُچھمُت۔ رُستمس تہٕ حاجؠ صابن پیٚو محض اچانک باسیو تہٕ حاجؠ تہٕ پیٚیر
حاران رُستم وُنہٕ اُتی وُچھتھ۔ اکھ اَکس سِتؠ خار پاٹھاہ کرِتھ بوٚلو حاجؠ صاب
مرزہ کِس ناپُس رُستم پہلس دِل رچھنہٕ خاطرٕ ٹھنڈٕ تیٚ پیٹھ۔ مگر رستم پہلی

دِژ بأنِس کرِکھ نہٕ پانہٕ اوٚنُن فورن گرٕس ٹوٗرا بھرِتھ۔ عمہٕ ما گرے یِدوے گرِ بیٹھ وٚسن اوس نہٕ بُرٕھان۔ مگر حاجس ما کرِہا ناراض۔ تام آو بیمار بوے اوٚہندا تھلہٕ کتھلہٕ۔ عوج گوو اوٚہنُد حال وُچھِتھ مایوس۔

"یہ اوس جناب مُلاقات تُہُبہٕ، یہ نے بیمار آسہٕ ہا اسی آسہو دراہمتی۔ وونی چھُم یہ بیٚنتہٕ بیٹھ رسہٕ رسہٕ ہیرٕ پوٗر تام گرٕس بیٹھ نیٚن تہٕ وُچھ کُنہٕ فرٕمہٕ ہُند چھکڑٕ تہٕ والو شبہٕ بن۔ تتہٕ بیٹھ شہر راتھاہ گنذرأوِتھ واتناوٚن بسہٕ منز جوٚم تتہٕ بیاکھ راتھاہ دِتھ والو ژٕرے مہٕ دوہہ پرٕونٕزھ تہٕ ژوٗرمہٕ دوہ لوٗرکن گرٕ۔ اورے آسہٕ ہم وُنی کین تے بیٚنتہٕ نیرہو پیدل واتہٕ ہو بتہٕ دیہ چہٕ نیٚندرٕ برونٹھے گرٕ۔ مگر........

"مگر" وُنِتھ ژھنہٕ رُسُتم ہہلی بیٚنتہٕ مولوٗس نظر پتہٕ لولہٕ منز چھاپہٕ دِتھ مگر بیٚنتہٕ کرٕ حاج صاۓن جُملہٕ پوٗری۔

"مگر افسوس بوٗتاہ ژھین ژرین گانٹھ ہنز پیدل وتھ طے کرنہٕ خاطرٕ دوہن سوارین کھٔسِتھ پیدل لیٚتہٕ پور کرِتھ نہٕ ڈاکس نان سپدِتھ تہٕ نہٕ بوٗرٕ سپدُن۔ یہ گوو نادن۔ نادن تمَن سیاسی مصلحتن ہندِ خاطرٕ ہمہٕ پیٚتی مین لگ بھگ ژٕنہٕ ہتھ وُرین دربیش آیہٕ۔ یہ ژھین دوہن اچھین درمیان کوتاہ ناقابل برداشت چھُ سُہ تہٕ تتھ علاقس یُتھ از ترے ہتھ وُری برونٹھ اکھ عظیم شاہراہ بلہٕ ناوان أس۔ ہتھ ہیرٕ پوٗری بالس اپارٕ گوو شہنشاہ جہانگیر بیمار تہٕ وِنی گوو رحمت حق۔ اُتھی بالہٕ سلسلس شر برٕوٚد نوٗرجہانہٕ تہُندِ بدنگ اندریُم مازشین وُلنِتھ واتنالوٗن لوہور تہٕ ژٕرے از بیمار بوے لأری کین لوہرٕ نہٕ گرٕ یتہٕ کُن لوٗرن نین۔ از یِیلہٕ پیٚر پانٕژ الس اپارِ بیور ہنُد

دِنہٕ آیہٕ ۔ اُدم پوٚرٕ اُندی واتناکھن ژھاپہٕ ژھاپہٕ لِکھن پور تام نٔلہٕ پھیوٚر ہش سٹرک
واتہٕ ناوٕنہٕ آیہٕ تہٕ اَزنہٕ تَرٚ بِتھ پالس اپور واتنہٕ خاطرٕ وٕنہٕ دوٚنٛد تہٕ بناونہٕ آمٕت ۔ مگر
سیاسَتھ تہٕ بٔنیہٕ نہٕ کینہہ ۔"

ماگرے صاب اوس وونی یہ کلامہٕ بوزان بوزان بیہنہٕ پاٹھی بیوٚ ٹھمت ۔
تِمٕ تہٕ اوس کرتام اَمہٕ علاقٕکِس سیاسی ؤرکرن ہندِس اکِس جلسس منز اکِس
قراردادس زور دِتھمت زِ نوٚ ہو مغل روڈ گژھہٕ فورن بنُن ۔ مگر اَمِچ نزاکت اوسن نہٕ
زانہہ تُرزمژ ۔ امہٕ یہ روڈ ازتام نہٕ بنِس کیاہ سیاسی مصلحت ہیکہٕ آسِتھ
کانہہ تہٕ نہٕ شاید ۔ مگر حاج صاب تہٕ دِی نہٕ بلی پرژنہٕ دارِتھ ۔

" حاج صاب اَتھ منز کیاہ سیاسَتھ چھنے؟ " اکِس ذہین طالب علم سندی
پاٹھی پرژھ ماگرے صابن ووستادس سوال ۔

" ماگرے صابا ژٕ نے کیاہ وَنے ۔ پرٛس گوس یہ لوٚرن ، منڈی بیتر رٕنتکھ
لوکھ وُچھِم وٕنہٕ بچارٕ پرانی اندازٕ رسوٗل میرنی باتھ طُمبیج نارن بیٹھ گیوان ۔
گگرِنہٕ ، شہنامہٕ تہٕ جنگِ زیتون پران نہٕ بوزان اَسی ۔ مگر یِم ژھین لگہٕ نہٕ
یِچھہٕ تِم کاشر نندٕنی آگرٕ نِش ژھینِتھ گولہٕ پارم بناونہٕ یِوان ۔

ماگرے صابس اوس نہٕ مغل روڈس تہٕ گولہٕ پارم بنہٕ نِس یا طُمبیج نارٕ تہٕ
سیاسی مصلحتس کانہہ واٹھ باسان ۔ خبر رٕستم ہٕپلنِس بیمار بابس تُرا کتھ فکرٕ
رِکنہٕ نہٕ ۔ مگر دگہٕ زٕن گوس ہناہ لوٚدر ہیوٚ دوشوے اَسی کیاہ تام حاجس پرژھن
پرژھان زِ حاج نٔاو کتھ بٔنیہٕ جاری ۔

" وُچھ سا ہٕپلیا ۔ ژٕ ژھِکھ نٹھ ، گیو ، ژامن ، بییر ، مانہ بیتر وو پیداوان ۔
بُڈوے ہِمن چانین پیداوارن کشیرِ منز زیاد مول اوس مگر ژٕ نے چھے نہٕ پور

سوزنہٕ کانہہ وَتھ۔ سرو گہٕ موٕلے چھےٚ تِہنٛزی بابارِ بن گَنٛڈ یِم یِتہٕ کشیٖرِ چیٖزٕ دِروگہٕ موٕلہٕ سوزان چھےٚ۔ اَتھ بدلہٕ چھےٚ ژےٚ زندگی ہُند ضروٗری چیٖزٕ ہیوٗن۔ حالاتو چھکھ اُکی ہسے بازرس ماتحت تھوٗومُت تہٕ تمی بازرٕکی نخرٕ چھی برداش کرٕنٕی۔ دوٕن بازرن ہنٛدٕ واتھ آسہٕ ہاہیتھ مُناسب چیٖزٕ بنہٕ ہا۔ تِتھُی تھی ہیٚبہٕ یکھ۔

"توٚرُم فکرٕ از، دُمبرِ سیاسی کُٹھو منٛگن منٛز ضایہ کرٕتھ"

"کیازِ کامریڈن نِش تہٕ اوسے نا ہیوٚچھمُت"۔

ٹانہہ ژٕٹھتھ پرٕزٕھ حاج عمہٕ ماگرِیس۔ ذہنس دِنہٕنس زوٗل تہٕ دِل کھوٗلُو۔ کمہٕ کاسہٕ ووٚش کَڈٕتھ دراے حاج تہٕ ماگرے ڈٕلِ چین گُن۔ "ڈٕبی چھ"۔ شفاوانیک سٕہ ناگ وچھِتھ لولہٕ منٛز یمی آبن کمن کمن پننٛدی لڈن میوٕندٕ تلہٕ رووٕمُت چھُ۔

دِگر نمازٕ ہُند وَق چھُ بڈٕ لوٗزُک۔ وَقتُک راتھ چھےٚ اِیمانُک نشانی"۔ کلامُک نانٛتھ کوٚر ژٕٹھتھ دِژِن گرٕ ہیٚتھ ووٕتھ تہٕ اَمی شفاوانہٕ چھلُن اَتھٕ بتھ۔ ماگرے تہٕ اوس تی کران یہ حاج کرٕن لوگ۔ تہٕ دوٚشوٕے آسی یارٕ شیٖہجارٕکِس داٗیرس بیٖہتھ نمازٕ دِگرٕچ نیت دٕیران۔

انتخابہٕ لوسہٕ تہٕ بروٚنٹھے بیٚہن ژٕنٛزی ہنگرٕ ووٚنی گَژِ تہٕ واتی "یوس" بنگلس منٛز۔

# باب ۵

اکھ اَنزٕ پردن والان والان چھُ حضرتِ انسان ہتہٕ بدی اَنزی کران۔ گوڈنیک اَنزُ اُسی تَن زانتھ مانتھ کورمُت یا ازانی پاٹھی۔ مگر سہٕ عاب گے کرنہٕ باپتھ چھس ہتہٕ بدی دانستہٕ گوناہ کرٕنی۔ نادانستہٕ پاٹھی کھیون اکوے کنکہٕ پھول۔ مگر وانہِ بوٚد وونس توکیٚ آداب رَچھان رچھان نوی نوی اَنزی کران تہٕ جُرمن گیہٕ ڈیر۔

راجہ باغ چھُ شہرک سُہ نودِگر علاقہٕ یتھ ماحولک گوسانی تومُل گومُت چھُ۔ یُدوَے اتھ شہرک پاش ایریا (POSH AREA) ونان چھِ۔ مگر بنہٕ اُ ۱۹۸۰ھ وہر کھسہٕ نے چھُ امہِ امیر علاقک اوٚندپوٚک پرانہٕ ماَرہُند تصویر بناوان۔ اَتھ کیاہ وُنو زِیس افسرس لیڈرس بامعزز سمگلرس روپیہٕ رَوُد نالو پراٹھ وسان چھُ سہٕ چھُ گوڈنی راجہ باغہٕ زمین ہیوان تہٕ اگر سوچہٕ وول آسہٕ تہٕ بُندلستی کنالس مستی چھُ سزولکی پانژھ ملہِ وِتھ ژھنان۔

منصوٗر صابن تہٕ اوس گلمرگ ہتر نایب تحصیلداری دوران دوٚن کنالہٕ

راجہ باغٕے ہیوٚتمٕت تہٕ ہزولچہ تحصیلبأری منز آسۍ دوٚلس ڈاے کنالہٕ گمٕتۍ۔ گنٛدان

بگنٛدان گوو پونٛجتہٕ پلنتھ ( PLINTH ) ہیوٚند ہیڈٕر زمیٖنہٕ منٛز زَن پھٹتھ۔ فکری

توٚرِ زٕون سیٹھا پیٹھ مکمل ماری موٗند بنگلہ کپأری گوو استاد۔ اکھ سیٹ تہٕ

گیبل آسس پانس تَل تہٕ ترٕے سیٹ ملٹری افسرن کرایہ۔ ساس ڈوڈا

آسس۔ ساس تنخواہ، ساس نارٕ پیٹھۍ وأنۍ تہٕ اَڈٕ زوٚٹ دوٚن لچھ وُری یہ گرٕ اژان۔

پانہٕ اوس زنانہٕ ہیتھ علاقہٕ ہے منز روزان۔ ڈیر خرچ اوس شونٹھ ہیوٚ

پکان۔ ہُنٛش تہٕ نیچوِ زٕ آسس راجہ باغٕے موہنوٕ جوری ہیتھ روزان۔ بوڈ نیچوِ یعقوب

اوس یونیورسٹی ترٛان تہٕ کوٚنٛس نیچوِ اوس بُرن ہالہٕ حال حالے درج گومُت۔

آخواراہ آسکھ دوشوٕنۍ بأژن شہرے گنٛڈِتھ۔

شہزادس اوس ازصفاکدلہٕ پیٹھٕ راجہ باغ واتان واتان لیٹھ گومُت۔

راجہ باغس تہٕ اتہٕ روزن والین ووہ وان ووہ وان منصور صابہٕ ڈیڈٕ اژان۔

پانہٕ اوس صبح صُبحأے کمشنر صابس سلامہٕ گومُت۔ عطیقہٕ ماجہٕ کور آیہٕ

پوٚت آنگنس منز نوکرٕ تہٕ داے ہیتھ وَرِ بناوان۔ دایہ اوس ووزُل نار

مرزِ وانگن ڈُل برونٛٹھ کنہٕ روٗٹمٕت۔ نوکر اوس مولہٕ آب پھیانان، عطیقہ اُس

پانہٕ روٗہن، شونٹھ، مرژ، رونگ تہٕ جاوینہٕ الگ الگ بانن منز ہیتھ یہنٛتِن مصالن

چھانٛی کران۔ بُڈ آیہٕ عطیقی موج اُس سعہ کھ ملس آبہ ٹوٚری پیالس منز کونگ

ماران۔ ہُپأری اُس شہزاد گُٹھِ پیٹھ بھیرتھ یوچھ تہٕ پوچھنہٕ بیٛنہٕ وُنۍ دِوان

زن رأوٕ مژ تہٕ امہٕ مصالکہٕ مُشکہٕ طوٗفانکہٕ بیٛن واتناو پوٚت ورنٛڈہس پیٹھ۔

مصالگ یہ وُنۍ وان وُچھتھ تہٕ یمن سارِنے مشغوٗل ڈیشتھ ژابہ گیہٕ لُدتھ تہٕ

نَس کھأرتھ۔ پوٚت ورنٛڈہس ستۍ زنانہٕ بیٹھکہٕ منز۔ یوچھ وُژھ کونگ ٹوٚری

تراوِتھ فورن تھوٚد تہٕ ٹھکہٕ ہِرٕ شہزادن دیت پان اُکِس شانہٕ گنڈِس سٟتۍ دارِتھ۔ برٛقہٕ تہٕ نیوٚن تہٕ تھوٚد تُلِتھ ۔ کھمان کھمان لٔج پوٚکھ مِنتھ تھاوِنہٕ۔ "صفا کٔدلہٕ اَسہٕ بسان تہٕ برٛقہٕ لٹہٕ ترٛاہ تہٕ داہ پھیرِ تہٕ اُسِس پوٚکھ بِتھ وُچھِتھ پوان۔ یوٚت راجہ باغ واتُن چھا سہلے، رِتھ دوٚدُم سکھران تہٕ ازواٹس لٔتھ کھوکھرِ ہتِس ہالِس راوِتھ تہٕ پرژھہِ پرژھہِ اَڈمار گرٕ منتھ۔ "ہے کیاہ گوم، بلایہ لٔج سے۔ رٔچھتۍ تٔلے بلاے ژھٔن مرزہٕ وانگن۔ گبہٕ فرد نراد تٔے ہیمس بے چارِ۔ عتیقا! وُچھی بیٚنہٕ کُس حسبِ حال چھے گومُت۔ زٔن کوکر سٟنِس کھرٕ ہرٕ چھ سوٚسن چھس بیچارِ ہیبوٚرمُت۔" عطیقہٕ تہٕ اٰس نام کُنڈِس منز واژہرٕ اندری سونچان"۔ اما کیاہ چھس گومُت کُنہ ژھنالِس چیٚیٹی لور ہیٚچ۔ ووٚنی آسیہ بہٕ تہٕ روٚببیہ ژ ڈاے لگہٕ ہنِس ٹیکسی۔ روٚببیہ اے بٟمی چھس وُتھی متی۔ ڈالیو سٟتۍ کٔس واو بیٚنیہ ہیٚس۔" عطیقن اوٚن پانے گبہٕ فرد۔ شہزادہٕ نیٚن تھوٚد تُلِتھ تہٕ ترٛووِنس لرن تل۔ شہزادن ہیٚنز بیٚنیہ ڈاپھ ترٛاوِنی تہٕ عطیقہٕ لٔج اَسہٕ وُنہٕ ترٛابہٕ تَس زٔرن کھِنچھ کٔرِتھ تھوٚد تُلہٕ ہٕنہٕ۔" نامے ٹاٹھی تھوٚد وۄتھی۔ ووٚنہٕ چھُ پھٹنس آمُت۔ مٔتی پوٚنش کرو۔ ہپرٕ کریا ٹھی پان گیٚر ناوان وُژھ شہزادہٕ کاڈاہ کٔڈِتھ۔ "نلے عطیقے راجہ باغ واتہٕ نن چھُم زٔرن زنگن بربکس کوٚرمُت تہٕ موٚت کیاہ کرو۔ ووٚنی واٚنج چھنے پھٹمژٕ۔" نامے ٹاٹھی برٛقہٕ نی تھوٚد تُلِتھ چھُکس رژہ ہنتھ بلغار ہِش" نالہٕ مٔتی گبہٕ جاری۔ بٕڈ آبہٕ چھنے کٔمن بیٚنہٕ ہٕلن ہیوٚند مارے موحبت وُچھِتھ وِسان تہٕ اندرے چھنے پھولان۔ "نامے عطیقہٕ! اٰنِس لالہٕ کٔتی۔ ووٚندمسے رٔتھ تہندِ دادِ چھَم واٚنج پھٹہٕ نس آمژٕ۔

بلایہ لٔج سٔس۔ مائِس لار یوم پتہٕ۔ تَس اوسُس کرمشنرٕ ہٕایس

نش گژھن۔ سُے گوم ہیمہ کوٹ ہیو۔ وونی گژھی نہ کانسہ اُچھ پھِٹہٕ نہ۔" ہا برہ
آسہٕ آسی وُنان نہ عطیقہ درایہ بیٚیہ ورنڈس پیٹھ۔ تمہ کھوو مصالحہ بانن ٹھان۔
دا ے نہ اکھ موہنیوٗ سوزِن کچھنس منز نہ ژایہ واپس۔

" نا ے ژے کرزِ ہا فون بہ سوزہے گاڑی اَز چھِنے اَسہِ دفترچ جیپ
بیٚنی۔"

" کھٕنے بیٹھ۔ دوہ اوسُم افسر بایہ سِنٛز مُلاقات کرنہ خاطرٕ فون کرُن۔ پژھِن
دوہ رٔتھن کرِ زِ پھیرٕ کورمے فون۔ اکِہ لوٚزُم وُنی درایہ۔ بیٚیہ لوٚزُم پرژھن سِنٛز
چھِنے نشاط ژٕرمژ۔ پرتھ دوہ کانہہ نہ کانہہ حیلہ۔ اَز دوٚپُم تٕلِ ہٕزٕ شہزادا بُرقہ لسٹر
تہ اَلہٕ غابہ گژھہٕ نازل تہ اَدٕ بینہٕ نے کرہا اَز نہ اوس مُلاقات مشکل۔ بڈین ٹکن
چھِنے زیادے آوربار آسان۔

دُطرفانہ لٕج بجرس بامہ بازی۔ ناگس ناگ چھکہٕ چھک۔ مگر شہزادٕ آسی رژھہٕ
ہناہ زیادے نوٚن مرژہٕ وانگن مِلہٕناوِتھ عطیقس پرانہ غریبی ہُند نہ ورگہ احساس
دِین یِژھان۔ شہزادن آسی اَتھ برعکس گوڈے پیٹھے جان دوہ وُچھمتی۔ وونی گوو
اَزکل زَن اوس رٔوُن تہند بوٚڈ باپاری نہ برونٛٹھ کالہٕ تہٕ لوکُٹ موہنیوٗ اوس نہٕ
کینہہ۔ شہزادٕ آس تاربلہٕ بان۔ مول اوسُس جان رفل کام کران نہ کھرہامہ
اوٗسس جنگل ٹھیکس منز نہ لاشر کتھ۔ مگر خدٕ کھو نہ کنجوٗس۔ تمی اوس
اُمس بینہٕ کھو نہ داہ گنہٕ کنجوٗس تہ بخیل، باپاری کوٗٹے گرٕ بیٚٹھی اوٚنمُت۔ اوہ ہند
رٔوُن اوس خاندرٕ پیتہ اکثر گرِ نیبرے آسان، ہیٚے امرتسر، گہے دِلہٕ تہ گاہے
سوپور باوُرمُلہٕ۔ رفل کامہ سِنٛز سِتی اوس اُمی کھڈ تام اورک مال یور نہ یورک
مال اور پکہناونک کار نہ تھدِ پیمانس پیٹھ لوگمُت۔ اَتھ آدربارس منز اوس

اکثر شہر بیٹھ برابر لکھن پوٚر نام غُل ٹیکسی نوان تہٕ دِلہٕ نام آسمانی تور پور وُڈان۔
یم دوہ گرِ گُذار ہا تِمن منز اوس اکثر راتھ بانہٕ ادنتی پور کنہِ گُذاران یا لولابہٕ۔ یا
ڈزلہٕ یا اسلام آبادٕ۔

"نایے ٹاٹھی تِہ چھکھ میون بجر۔ بُلِ گژھ وان۔ اُسی مُلازم کیاہ گیہِ سانی کیاہ کتھ،
سون بجر کیاہ، یہ گیہِ منزوٚر یاہ۔ یہ اُسی وٚرِی یس زینوٚ تہٕ آسہ اوترے باے صاٰبن
تمہِ اکی اٹاچی منز پوٚر.....۔"

"اہنی دِتہٕ پینہٕ پامہٕ۔ ہٹس نزِنہٕ رکھ کرِتھ یہ وٚرِی یس اُسی ہوی کارباری
لکھ زینوٚ تہٕ زینہٕ توہہ ہیوٚ مُلازم اکہ زہن تنازعہ منز۔"

"کتھ کٔن ہوو دۄ شہ ونی بہنہٕ بِنن۔ خدا یس ژھوٚ تنوٚ وہ لی اکھ اکی سنز
زریہ ہرتہٕ ترتلن۔ مالے نہٕ موعبت دی تنوٚ، اور یور اُسی تنوٚ اکھ اکی ہنز
خوابیتھ۔" فاطہ آپن نیہ دوشونی ہنز کتھ کرِتھ، بتھہ کھٹھس، مذاقس منز،
راز توکرن تہٕ داین منز واتہ۔ شہزادس تہٕ بیوٚد یہ کلامہٕ وونہ تاوس منز بیرِ
بیسول تہٕ یکدم آس یعقوبہٕ یاد۔

"وٚچھ اُسی لجہ کتھن منز۔ متے ہے گوو یعقوب لالن خار پاٹھ پرژھن مُشد۔
سہٕ چھُما وارے۔ امتحان دِژونا، رزلٹ مادراس۔"

نوج پرارے یہ زسوالن دِیہ تہنز کوٚر جواب، مگر کوٚر آس لاجواب ہش
گام شہ۔ تہٕ مجمن ہنز کھسہ راپہ بدلوو ماحولے۔ دایہ اُنی مجمس کیتھ مُراد آبادی سٹس
(TEA SET) منز لیٹن چایہ نار۔ یرمہٕ کام کرِتھ ٹی کوزی بیٹھ۔ دوہ نار منز
توٚت توٚت دود بہہ، دوہ ٹھان تہٕ مدبر بانس منز اڈ بورت مدریر بانہٕ۔ نوکرس
اوس مجمس بیٹھ پیالہ مجمہ۔ پیالہ پلیٹن پیٹھ تہٕ تحصیلک چپراسی اوس ژوچہ مجمہ

ہتھ یتھ منز بیسٹری، کاکونٹ، فندی قُلچہ تہٕ پاپڑ سٕتۍ مالہٕ آسہٕ۔ لپٹن چایہٕ پتے آسہٕ لوٗنہٕ چاے یتھ سٕتۍ تُلتھ کوکرٕ آو۔ شہزادہ اُس حاران زِ نہٕ وُنہٕ عطیقہٕ ھنُود تہٕ نہٕ درایہٕ نہٕ تٕہنز پوٗچھ کچنس کُن۔ دایہٕ تہٕ موہنوٗن کُمۍ درٕ ہدایت زِ یتھ خاطرٕ سپُد۔ شاید اوس تٕہندٕ مطلب پوٗرٕ گومُت۔ داین تہٕ نوکرن اُس شاید برونٹھے رشتہٕ کرٕ نزاکتُک علم۔ شہزادہٕ اُس اندری وسان زِ مطلب وُٹھن پیٹھ اُنہٕ برونٹھے اوس مطلب تٕہندٕ پوٗرٕ گومُت۔ شہزادن زون غنیمت زِ موقُک فایدٕ گوٚو وُونی تُلُن۔

شہزادس اُس کُنی کوٗرٕ سلیمہٕ، سوٗ اُس، شکلہٕ کنہٕ اُدرٕ مُدر۔ مگر خانہٕ ماجر کنہٕ اُسس نہٕ گرٕ کرس کانہہ کارس کُن کانہہ کل۔ مزاجہٕ اوٚس تروٚش۔

"توٚہۍ چھے پوٚچھ ٹاٹھی۔ عطیقے تہٕ کوٚت دٕرایکھ" استادٕ وُرُٹھ عطیقہٕ پیٹھ بٕبہٕ تٕبنڈن پیٹھ۔ ماجرٕ آین تراوٕ نرٕ زِ بیٚبہٕ منز تہٕ پھرنکہٕ نلہ نالہٕ کنہٕ کوٗڈن دُھوٚن اٹھہٕ نیٚبر، اُتھس منز ہیٚرِن پینہٕ ہونگنہٕ تہٕ کاٗر اوٚکطرف ہناہ ہیچ گرٕیھ۔ لُج زن تہٕ کانہہ پادشاہ کنھ بوزنہٕ۔ عطیقہٕ وُنُھ ھنوٗد۔

"ٹاٹھی کرنام تہٕ آیس سٕتۍ کتھاہ باتھاہ۔ بہٕ تُلہٕ ناو ورہٕ مصالہٕ ہنس کھٔتہٕ اوٚبرٕ ژادرٕ، پنہٕ روٗدٕ رانٹھ وسہٕ تہٕ ساٚلم مصالہٕ گرٕتھ آورٕ واورٕ۔"

عطیقن لاجہ دایہٕ سٕتۍ جلدی منز ورٕ بناونہٕ۔ ماہرٕ چپراسی اوس ہیچہٕ تختس پیٹھ ورٕ لاگان تہٕ موہنوٗ اوس ژھری بانہٕ اندر تتھ لوٚب لرِ دوان۔ ییمہٕ پوٚچھٕ باوزٕ ھنوٗیکھ کلائمکس آو ییارس پیاری چھے عطیقس یارٕ پردی بیقراری۔ ورٕ بناوان۔ بناوان آو اوٚہند حال وُچھتھ دایہ گرٕ پھرٕ اُسن تہٕ اُغرس پرٕ ژھنس۔

"بی بی جی ازٕ چھس چھہٕ جانی دشمن زن راوی متہٕ ہوی۔ اِتی چھکھ ڈیکس گینہٕ

نرٛدنگی کھالان تہٕ اُتی پانٔس ستی اَسان ۔ اُتی چھکھ نرٕ گلوان تہٕ اُتی اَتھہ وایان ۔"

دایہ ہنز کتھ زَن نہٕ بوزنے تہٕ اَڈیچ کامہ ترٛاوِتھ گیہٕ عطیقہٕ روشہٕ پاٹھی پننس بڈرومس کُن ۔ یہن پاونہ کورُن کُنُے پوو تہٕ کمرس منز وٲتھِتھے دِتُن پان پلنگس پیٹھ برٛتھ ۔ پلنگس اوس بِستر سلیقہٕ سان سجاوِتھ تہٕ پیٹھہ اَس بُرزٕ اَتھہ کامہٕ پلنگ ژادر ۔ پلنگ اوس شیشم لکرِہ ہُند تہٕ دوشوٕنی سایڈَن اوس سن مایکا SUNMICA بجہٕ تھہ ۔ سُہ تہٕ شوخ ووزلہٕ رنگہٕ ۔ زن تہٕ راتھے بڈہ مالنہٕ پیٹھہ نازٕ مہرنہٕ داجس منز ووتمت اوس ۔ پلنگہٕ کس شانہٕ سایڈس کُن اَس پلنگہٕ ژادرہٕ پیٹھ ہٕ زٕ ڈنلیپ شانہٕ گنڈی شنیل وورہٕ لاگِتھ ڈکھ تھاونکہٕ آیہٕ نہٕ پورٕ پاوِتھ تہٕ نہٕ پورہٕ وودنہٕ ۔ پلنگس دچھنہٕ طرفہٕ اوس دارہٕ ہندہٕ طرفہٕ ڈوٚنی ہیچہٕ ہند زاوِج نقاشی کرِتھ گول ٹیپایہٕ تھتھ پیٹھ بیپر ماشی کرِتھ ۔ گلدانہٕ ۔ اتھ گملس منز اَس اَدی عطیقن ہرد پوش لاگِتھ تھاوِ متی ییم ہارونچی باغوانٕ صبحائے لولہٕ سان اُنی متی اَسی ۔ پلنگس سید سیوٚد ڈریسنگ ٹیبل یتھ قد آدم اَنہٕ استاد چھہٕ ۔ یوہے اَنے اوس پرانہٕ وَقتچ یادگار ۔ یہٕ اوس عطیقن مالی بڈ مہاراج سندہٕ توشہٕ خانک اسباب لیلام گژھن وِزِ اکہٕ زمانہٕ ڈھوڈ روپیہ ہیوٚتمت ۔ اَتھی جرمنی اَنس اوس منصور صابن پرٛشے اَکِس کاریگر چھانٔس اَتھ اَندی اَندی ڈوٚنی ہیچہٕ ہند نقاشی حاشیس منز فریم بنووٚمت تہٕ پتہٕ اوسُن اَکِس ماری مندس ڈرسنگ ٹیبلس ستی نصب کورُمت ۔

اُمی اَنَ تہٕ اَسی واریاہ وِہ وُچھمتی ۔ ییٚلہٕ یہٕ جمال دیتنہٕ گرٕ ہنگہٕ کُتھ لبہٕ آویزان اوس عطیقس آیوو ووٚزود منصور شاہ مہرازٕ تہٕ روزیوو رسمہٕ مطابق ستن رٲژن ہووری ۔ تمہ ستن رٲژن ہند حال تہٕ اوس اُمس قدنمائنس نظر تلے ۔ ییٚلہٕ عطیقہٕ کُٹھس منز اَیہٕ نہٕ تہٕ ولیہنہٕ بجایہٕ اَش ژالہٕ ماران اُمس ییٚلہٕ

منصوٗر اُمس بَرٕتھ ہُند امار دِنہٕ مایہ تہٕ لولہٕ سان یوان اوس تہٕ اوریہ اٚس دٕم پھٕٹتھ وۄتھن
نہٕ روٗزٕ گامتس ہۄکن منز اَڈ کھتشہٕ بیمہٕ کوکل یاونہٕ کس جہارس نانم کران۔ اٚتس چھ
یاد ے زعطیقہٕ اٚس نہٕ کٕنھ تراہش ٹاکہٕ قبر۔ وۄنی کٔن تہٕ چھُ اَنہٕ وۄچھانی زعطیقہٕ منصوٗرس
مایہ تہٕ لولہٕ سان ہانے یکو بدلاوان تِرنانی ترِاوتھ ہنکٹای گنڈان۔ تٔمس مستس پھٕلولہ
مُلتھ کنگوٗ والان تٔمس بدنس زاوِلی اَتھ ڈالان، اَتھ ڈالان ڈالان زاوِبہٕ اوٚنگجہٕ تہندین
کرٕھن منز تراوِتھ تس وۄلسنس انان تہٕ اَدٕ تہندِس درینٹھیا متس مردانہٕ جلالس
کھوکھش اَنتھ پیٚتہٕ بٔنو ہان تتھی تھٕپہٕ پُشراوان۔ فِرنما اٚتس چھ سہٕ ماحول سورے
یاد۔ جمال دینہٕ اَڈ پرانہٕ مکانک، سہٕ کٕٹھ لیس ترٕیشونی پورن ہُند دِل تہٕ جگر اوس۔
بُتھ اکھ پنجابی طاق تہٕ شیرِ کنی کانٕشر ترِٕ دارِ۔ پنجابی طاقس پرانی تالی پنجرہ تہٕ
پنجرس وارِیاہ رنگہٕ شیشہٕ کھنجِ لٲگتھ۔ لبن ترٕن زاوِبل پوریتھ وۄنی کھرٕ اٚس وۄرتھہٕ
کوچہٕ کہٕ طرفہٕ ترٕیشہٕ وۄنی دارِ اَڈ گرِتجہٕ دارِ بو بدلہٕ۔ اکس دارِ منز ٹرنک اکھ ہٕے
تہٕ سہٕ ہمیشہٕ بند۔ زنیے دارِ گہے مٕزراونہٕ یوان۔ پرٕون وۄس نالو بُتھ ہتس
جاپس وۄنینی بچہ کھنجِ لٲگتھ آسہٕ تہٕ کہنہ وول وۄرنہٕ تہٕ لرٕتھ اَنبار کٕتھس منز تراوان۔
کٕتھس منز سیتھہٕ تتھ پیٹھ وگو فرش تمہٕ پیٹھ پرانی سنزنڈ پیتھ دِنی دِنی تہٕ وانس
ہنز گرد زاہنہ تہٕ نیبران چھنہٕ آنگن۔ طاقس بیبوٗد اٚتھی سترنجہٕ پیٹھ منٕرس جوڑی
اَڈ پرانی تہٕ تمہٕ پیٹھ تاز اَوٚنمت۔ پھرخان بُڈ شیٹھ۔ دۄن اَڈ پرانین
شاند گنڈین نو لٹھ چہ وۄر یمہٕ عطیقہٕ نہٕ کمہٕ تام ولیسہ پشرنہ کامہٕ منز پوش
زیٛر دُطرفانہٕ بناوِی متی آسی تہٕ منزبس ویل کم انگریز پاٹھی بنوومت اوس اَڈ پرانہٕ
لبفِ دِنہٕ بہٕ دراو وۄری۔ ازتہ چھ اَنہٕ تموے اَچھو وۄچھان۔ یہٕ مہرینہٕ پلنگ،
گلدانن ہُند خاطر ڈوٗنی ہیچہٕ نقاشی کرِتھ ٹی پایہ۔ سنزنیل یتھ پیٹھ چھینہٕ وۄن رکابن

منز خوشک تہٕ اوٚدرٕ میوہ چھہٕ ۔ اَتھ اَس کُنڈِکِس نِشِن حالَس پیٹھ ٹاکارٕ نظر تہٕ
گاہے اوس ڈریسنگ ٹیبلہٕ کین ڈرایرن ہُنٛد حال تہٕ وُچھانی ۔ یِم عطرٕ شیشہٕ مین
رسے پیر دِنہٕ ستی عطرٕ پھنوارٕ نیران اَس ، رنگ برنگی نَم پالش کینہہ حاز رنگہٕ
کینہہ ووزجہٕ نارٕ تکھ ہشہٕ تہٕ کینہہ لاجوردی سان بُرزٕ تہٕ شُس ووزجہٕ
لِپ سٹک ، غازٕ ، ڈبہٕ ، غازہٕ وُرس کرنک اوُل مخمل کُشن بُمہٕ تُنٛہٕ راونک
سامانہٕ تہٕ پھنکین پیٹھ اوس یہ آنہٕ سینہٕ بندن ہُنٛد بار تہٕ ژالانے ۔ از اوسنہٕ
کمرس میٚنزٕ سیتھر وُچھان نہ سیمنٹ روڈی بلکہٕ رنگ برنگی زاوجہٕ چِنٛیس گسائے
کرِتھ ناپہٕ ناونہٕ آمژٕ یہٕ فرش تہٕ ووزلین قالینَن تَل ژھینپتھ صرف ژوٚن
لبَن ہُنٛد ڈیڈو پے چیپن ہُنٛد دِوان ۔ ڈیڈو ہیوٚر ژھوشوے لبہٕ اَسمانی
رنگہٕ روغنہٕ ستی چمکان ۔ تالہٕ وِس بوٚرتھ سفید پینٹ ۔ اَکس کوٗنس منز گاڈرِج
والین ہُنٛد واڈروب سوٗلوٗ ستی بَرتھ نہٕ تتھ منز اکھ لاکر تیٚیچ کوٗنس عطیقس
انیبن لالہٕ ہشہٕ ٹاٹھی ۔ سِرانہٕ کُٹھس درواز ووٚتھ تمبک فرش تہٕ لبہٕ ملاے
ٹیلو ستی پرانہٕ زمانکہٕ دیوان خانہٕ کھوتہٕ ماری موٚنٛد ۔

یہ آنہٕ اوس از واریاہہ کالہٕ عطیقس خالی ذہن ، بے قرار تہٕ بے کار وُچھتھ
حاران ۔ اَمی اَس ژوٚن ہتن دوہن تہٕ راتن اندر بے قراری وُچھمٕژ مگر انیس
صاب زیینہٕ پیٹھ اَس یہ بے قراری حرف غلطکی پاٹھی نہنادینہٕ آمژٕ ۔ تنہٕ اَس
اَمی عطیقہ پرژھہٕ ہنٛدی پاٹھی نژان وُچھمٕژ ۔ لالٕ بال ، اَسہٕ وٕنی ، وِسہٕ وٕنی قدرتکس
دیٚتمتس حُسنَس پیٚارادٕ کران گرٕ بناوان ، راتی ہنز کاینات بدلاوان ۔ آنہٕ
اوس از بار بار پانس سوال کران زِ اَما وسہٕ وٕنی تُکلی کیازِ از دَم پھٹی ۔"

نام زَن گیہٕ عطیقہ اُڈنیندرِ روٗسٕ کنہٕ ہوشیار ۔ پلنگہٕ پیٹھ وُٹھ

تھود تہٕ آبہٕ اُنس بُتھ بیٚٹھ سٹوٗلس پیٹھ۔ اُنس کُن گنڈٕنۍ ھدے تہٕ لج پانہٕ اُنس
ستیٚ یا اٚنہٕ اندر ہیمہٕ عطیقس ستیٚ کلامہٕ کرنہٕ۔ بہٕ کیازِ چھس دم پھٹی؟ اما مےٚ کیاہ گوو؟
بہٕ کتھ کھوژان؟ تہٕ ژوٚلس بے اختیار زیوٚٹھ ووٚش نیٚرتھ۔ ہے شفہ مرزہٕ گوکھا
ورفتار۔ مگر کس کس کرٕتھ ورفتاری"۔

شفہٕ مرزُن ناو وُٹھن پیٹھ کھسہٕ تہٕ ستیٚ آو اُمس پنُن پتھ کال نظرِ تل۔ زندگی
ہنز ریل لج نژنہٕ۔ تم دوہ ییٚلہٕ اَمہٕ میٹرک پاس کرِتھ کالج کُن قدم تروومت
اوس۔ فسٹ ایئر پاس کرنہٕ پتےٚ اوس اَمہٕ بار ہا اکھ امیرزادِ اُہنزن وٚتن کُن
وُچھان وُچھمت۔ کالج گژھہ ونٕ تہٕ لوٚن، جوان، خوش پوش، یارباش تہٕ
وٚق نہٕ تہٕ پونسہٕ تہٕ داوس لاگن ووٚل۔ شفہ اوس پہنے دوہن تریمہٕ پھر تہٕ
ایف۔ اے امتحانس فیل گومت۔ یدوے عطیقہٕ بُرقہٕ نقاب زاہہ تہٕ تلان آس نہٕ
مگر شفہ اوس ہمیشہٕ کوچہِ کس تتھ گوشس پیٹھ مابہٕ سان زاگہِ روزان یوٚت نام
اکثر عطیقہٕ نقاب تُلتھے پکان آس۔ شفن اوس اَوہند پےٚ پتاہ تہٕ معلوم کوٚرمت۔
دوہے پتہٕ پتہٕ باتھ ونان التجا کران تہٕ اَکو دِوان اوس برابر کالج برس نام
اُمس ستیٚ واتان۔ آخر اوس شفن خط وکتابت تہٕ لوگمت۔ مگر عطیقہٕ اُسنہٕ
رام گمژ۔ وٚانسہٕ ہنز یہٕ وِز چھےٚ آوج۔ شعورچ خامی اَتھ ژوٚنس پیٹھ گمراہ
کران۔ اَتھ ہوکس پیٹھ چھہٕ ژہ شوقی طرفن نجہ تہٕ ووزجہٕ لایہٕ سبزن وٚتن تہٕ
خطرن ہنز نشاندہی کران مگر ناپوختہٕ شعورس چھہٕ روشنین ہند یہٕ عجیب میل
دُنیب کران راہروس چھہٕ سبز وٚنہ راوان تہٕ چھمبن چھارنٕ لگتھ چھس زندگی
ہُند ویوٚژ تہٕ مرزٕ داوس لگان۔ یہے باش آس عطیقس گمژ۔ تس اوس
سبزر، خلوص تہٕ خام شعور اوہ اوس چرب زبان مکار تہٕ یمن وٚتن ہند

تجربہ کار رائنڈی۔ مردہ سُند مکر چھُ زنانہٕ ہندِس خلوصس تہٕ نیک نیتی برٛم راہ چوک
بنان۔ زنانہٕ چھِ مردہ سُند خلوص طلب نہٕ تہندِ اتھہٕ رٛچھ ضوورور تھو۔ مگر
مردس چھِ ہوس غالب۔ زن چھے خلوصہٕ سان دارِ متس اکس منز خلوصہٕ سان
اتھہٕ ییٛنہٕ دِتھ ییٛنہٕ پان تتھی اکس پُشران۔ سو چھیٚنہٕ خلوصس تہٕ مکاری فرق کرِتھ
ہیکان۔ سو نہٕ ییٚترِ تالپوٚتہٕ سُدا اُرداہ وُرِش کوٗر۔ اکہ دَم کھُچ ماحولہٕ منز دراہ
تہٕ گٔژھلہٕ فصھس منز آمژ بیٚنز نہٕ ساد۔
شفہٕ اوس تجربہ کار بوٚمبُر یِمی کاژہٕ ہن ییٚمبرزلن ولیوٗر تُلمت اوس تہٕ ولیوٗر
تُلتھ رس چھتہٕ نُمت اوس۔ تمی اوس عطیقس ہنہٕ پھر خاندر پانس سِتی کرِہنکہٕ
ولھد دِنی متھ۔ بلکہِ اُمت اکہ دوہہ مخدوم صابہٕ تین ہیرِن کھسان جوانی
تہٕ داوس لاچمنہ۔ یمن وعدن تہٕ اقرارن ہندِس ماحولس اندر اوس یہ کرُزِپھِر
نُندواو۔ بنیتھ نہٕ آمُت مگر ساد عطیقن اوس ییٚنہٕ خلوصہٕ سِتی یمن واو ہالن
منز نہٕ ییٚنہٕ ژانگ رِیہ زُشہر اُومژ۔
عطیقس ہیوٚتُن سُہ دوہ یاد ییٚتھ بَندس بَندس تیلُن تہٕ ہیٚربوہٕ لُجس
تھَھرارے ییٚلہٕ اکہ دوہ تنھن کتھن منز ناوِ واچن نہٕ ناو آس منز ڈُلس
وائزمژ۔ ہانز اوس شفہٕ نس مالی سُند نوکر۔ شفنُ مول اوس پھیرِ وول تہٕ
ہانز اوس تہنُد مال صحب لوکن ہاوس لوٚٹن منز انان دوہ اوس لوستس
تیار۔ ناو آس منز سوٚدرس تران شفن آس اکس گانٹس رفماٗنی دانستہٕ
تہٕ جنی ڈُلیلہٕ باوِتھ عطیقنُ ییراد نزھلوومُت۔ ییٚتہٕ اوسُن کھبہٕ وِنہٕ یاونگ
نوبہ اتھو بیٚترِ سِتی وولسنس اوٚنمُت۔ شورس آسن نہٕ ہمبر نژاومژ۔ سو تہٕ محل
غنیمت زانِتھ اوس نزدیکھ تہٕ پوٚکمُت نہٕ اور اوس دم کھُچ خشک ہٕٹ،

کنز کھنجہ ہشہ زیوٗر پیٹھ اکھ جُملہ روٗزٕ گوٚمُت ۔ یہ گو صرف نکاح پتہٕ یور اوس نکہ عروس وَاتتھ جواب وَنان ۔ اَسہ چھُکھ اَزئے نکاح پوٚرمُت ۔ بس گیہٕ کاغذ ورق ، شیرین تہٕ وَنہٕ وَن ہُرک یوٚمبرزل تہٕ ییمبرزلہ چھیٖنہٕ تِمو زیمن وقعت دِوان ۔ ہیم مُردٕ منز سر ہنہ آمُت نازمِس اَس عفریتہ ہندِس مکرس غلوصک دفاع دِوان اندرمِس ۔ برانگیختہ جذبس کنٹرول کران ۔ شفق اَسی ہیچھی کنٹرول واریاہ وُچھمتی انسانی وردِس منز پوٚشید عفریت آو اصلی شیطانی صوٗرژ ہند بیکر بدلاوِتھ تہٕ ہیٚتِھن جِرس کام ہیٚنو ۔ یہ داوس لُجمُت مظلوم اَس بےکس تہٕ بےبس ڈلہٕ کین شِنزِن جاے منگان ۔ کھبلہٕ وُتھن ہُند پردٕ ژھاران تہٕ تام لجس نظر ڈیٚس ہُمہ طرفہٕ آغہ ہندِس دربارس کُن درہ ہتہ بیٚیہ طرفہٕ لج کوہِ مارانہٕ کِس سلطانس یاری منگہٕ ۔ اِہ ہند کریکہ ناد تہٕ چکہ چکہ لوٗزِتھ آیہ اکھ زٕہے ژاکہ وارہ آیہ پیٚٹھ ڈُڈان زن تہٕ بے پردہ گژھ عطیقس اوس خدائے پردہ روٚژھمُت ۔

اَمہٕ دوہہ اوس عتیقس شفقہ مرزہ وِلود گوٚمُت تہٕ شفقس اوس از پننہٕ تلہٕ شکار گوڈنیہ لٹہٕ درامُت ۔ شفقہ ماما نہٕ ہا ہار ۔ رسن چیتہٕ وَاتس یوٚمبرس ماگرتھہ گڈوٗل ختم گژھُھن ۔ تمو لاج عتیقہ بدنام کرنی تہٕ اکھ دورانس منز اوس گوڈنی سُہ تمہ فوٹو تہٕ چیٹھی ہیتھ شہزادس نش ووتمُت یم فوٹو تمہ عتیقس تس وِزِہ وِزِہ سوٗزمتی اَسی ۔ مگر شہزادٕ اَسی یم فوٹو تہٕ خط شفقہ نہٕ قبضہ منز نِنس منز کامیاب گژھ ۔ عتیقس اوسہٕ از تام تہٕ زِکرہٕ نوٚرمُت زِ اما شفقہ کیتھہ کنی اوس تمن دوہن پانس نِنچھ شہزادس نش ووتمُت تہٕ شہزادہ کیتھہ کنی اَسی یم چیز نِنس منز کامیاب گژھ ۔

یم فوٹو تہٕ چِھٹھ ہیٚتھ اَس شہزادہٕ ہمدردی سان تمی وزِ ماجہ تہنز ہیٚتھ
ہیتھ آمٕژ۔ چِھٹھ تہٕ فوٹو ہاوٕن صرف عتیقس تہٕ تھوٚن بیٚیہ پانس بیگس منز
مگر پوٚپھ اَسن ژینہٕ وَن دِژمٕژ تمی ژینہٕ وٕنہٕ ژینہٕ ناوی ہاجرہ آیہ، تہٕ تراوُن اَدہ
یوہَے شہزادے منصورَس سیتی رشتہٕ داری ہنز منسُرم یار ز۔

عتیقس اوس وۄندس پیٹھ تنہٕ برابر بار تہٕ خدشہٕ چِھٹھی تہٕ فوٹو تہٕ اَسس
شہزادس نِش موجود تہٕ تمی اَسس یہٕ بجایی تہٕ کانچھہٕ تہٕ ہو بدنامی تہٕ مٹاوُمٕژ
تمہ بدنامی ہند سامانہٕ اوس تمہٕ تلف کرتہٕ بجایہ موجود تھوٚومُت۔ خیر کیازِ کینژھاہ
خطرن ہندِ خدشہٕ تہٕ کینژھا شہزادن حق آسنہٕ کنی اَس عتیقس اَمس مامہٕ نِرہ
بیٚنہٕ نِش گردن ییٚتھر۔ یمو ژورو وُری یو پیٹھ اوس شہزادن تہٕ عتیقن
مشورہٕ کوٚرمُت، یعقوبس شہزادنہٕ کورِ سلیمس سیتی خاندر کرنک تہٕ کینژس
کالس اَس عطیفن شہزادہٕ ٹاچمٕژ۔ تمہ از اوس ڈگرایہ دَر ہناہ ہتھ لدِتھ
ڈگرایہ آمُت۔ عتیقہ اَس غوطن تہٕ گرداب۔ یرژھا مشورہٕ تہٕ کُس۔ حال
وُنہٕ ہاتہٕ کُس۔ اوسا وُنُن لایق تہٕ۔ مناسب زونُن تہٕ یرژھی اَدے ہیے
قدنما ئنُس۔

شہزادن چھےٚ میاٗنی بجایی ژھارمٕژ یہٕ وانُس نکھ ضرور۔ یہٕ مانٛز راوُن
یعقوبہٕ۔ مانہٕ پہٕ تہٕ مالس برس کَن تہٕ تسی اَتھہٕ مانٛزراوُن۔ ییٚنُن اَنہٕ منزچ
ژھاے پٕے عتیقس نَس کھاتھ تہٕ ڈیکہٕ چارتھ ونہٕ۔

ژہٕ کیازِ کرکھ تس رِیچارِس جبر۔ سُہ ماری مۄند قمبر کیازِ دِہَن نچھہٕ ونی
دِوہ کاوٕ ہندہٕ ین پنجن تل۔ ژٕ ئے چھے نا ضمیر۔ یہٕ چھے نا ژئے نیچوٕ۔
دوہَرے زَن پچھے، مگر یہٕ چھے نا ژئے گوٚل بُرتھ ماٹھی وُنان۔ یہٕ چھے نا

ژٕیٚنِس بیٚنہٕ ہنٛز نشانی ییٚمہٕ ژٕ سےٚ جگرٕ رتہٕ رچھمٕژ چھکھ۔ اُمس اوس ناموٗل
پچھن پیٚٹھ نیچوٗو وندان۔ بہٕ پچھےٚ نا ژٕ سےٚ تمہٕ آیہٕ کوٗنس بوے تہٕ ژٕ سے چھیتھن
نا بوے زانِتھے کھوٚنہٕ کھوٚنہٕ روٚچھمُت بہٕ چھنا چانِس خانہٕ مالِس چانہٕ تہٕ
مالِ ہندِ کھوٚنہٕ ماے تہٕ محبت دِوان۔ یہوے دِہناہ ژٕ تمِس پلہٕ ہیچھِ چھہٕ
پتھرہ۔

مگر بہٕ کیاہ کرہٕ۔ مےٚ چھےٚ پننہٕ زندگی مارِ مُنٛزٕ تہٕ حسین میون رٕوٗن
چھُ میانہٕ درپہٕ کران۔ شہزادس وٲتِ ژور وٕری پراران بہٕ چھُس الغایہٕ تس
یقین دِتھ گمٕژ۔ تس ماگٕژھِ کھٹھٕ۔ سو ماہیٚیہ انتقام تہٕ تم فوٗلو تہٕ چیٚھ ما
واتہٕ منصوٗرس نِش۔ اَسہٕ ماگٕژھِ سو کیٚچھ زندگی ترٕہ باژن دوٚکھن منٛز تبدیل۔
عتیقہٕ آس مُدے گنڈِتھ آنس وٕچھان۔ آنہٕ اندرِم ژھاے اَسس تور مدلو
سِتہٕ بچھان نہٕ وٕوٗن لُس۔

اَدٕ ژٕ سےٚ چھتہٕ موٗل دِژٕہتہٕ۔ ژٕہیکھ منصوٗرس صاف وٕنتھ۔ زیادٕ
کھوٚتہٕ زیادٕ روزِ تس وونِدس ژون دوٚہن یا رٕتہٕ بار مگر یعقوبنہٕ زندگی
مالاگکھ داوس۔

مرد چھُ مرد۔ یوٚت تام دوٚن باژن ہندِ باہمی اعتقادٕچ نیچ درس
چھُ، توٚت تام چھُ دوٚن باژن ہنٛز نہٕ عیالیِ زندگی خوش حال ییٚلہِ اعتمادٕچہِ
اَتھ دودٕ وارِ گرٕہمٕ ژھاے تہٕ پیٚیہٕ تہٕ شُکک اُتھ کیوٚم چھُ سو کھٕرکس طوٗسس
پتہٕ دوٚہہٕ دوٚہہٕ کران۔

عکسس تہٕ حقیقتس لوٗگ ییٚژکال بحث تہٕ عتیقہٕ وٕژھ خوداعتمادی
سان جچہٕ ہندی پاٹھی فاصلہٕ دِتھ دریایہٕ برٕ ہنبر وٲژ وٕلس منٛز تہٕ دِتن

ماجہِ آلو۔

آپا۔ وَنی ٹاٹھ پوٚرِی کھسہ تہٕ ژٕ پرٕ تام نماز۔

شہزادٕ ٹاٹھ تہٕ اَس اُتھی آپوس پراران تہٕ ژیٚنہی منز وٲژ عقیقنس نش۔

"ژیٚہ کھیے لاجنھ ہیٚری تیلہٕ زالے"

نامے میٚہ دوٚپ کرٕ تو تہٕ پوٚچھ باوزٕ کتھ۔ یِتہٕ کرو اَسی الگ کلاماہ یُسہٕ ماجہِ تھی کرُنہٕ ییہٕ۔

"کیازِ تہٕ تیٚوتھ کیاہ کلامہٕ چھُ" پرٕ وٚژھ شہزادن حارٲنی منز۔

"میٚہ ہے چھے ازٕ لوکچار یاد پیوٚمُت"۔

عقیقن کوٚڈ برٕیوڈ تہٕ زہر خنداہ کرِتھ وٚون تس۔ کُسُے لوکچار۔ سُے اَے ژیٚہ ازٕ چھے۔

"نامے ازٕ اوس ناشفہ مرزٕ صبحاٗے پور آمُت"۔ شہزادس ژٕج کھوٚرٕ تلِیٚ زمین نیرٕ تھ۔ سوٚزن پٮ۪یہ اَسمانہٕ۔ تمہٕ کرٕ زیٚٹھ زمانہ تہٕ اَس اوٚسُس وُنہٕ اُڈ وٚدھ تہٕ لَج وَنہٕ۔ "نامے تَس بدکارس کتھے پاٹھی سیموے روے۔ ژٕ دِزٕ ہین بلایہ پتنہٕ۔ بَرٕ بَسرٕ ژٕ ھن زہن کڈِتھ۔ کتھ پاٹھی اوس آمُت"۔

"میٚہ ہے کوٚرن زیٚوٹھ غارٕ پاٹھہ۔ حاٗرٕہٕ شران وُژمعس تہٕ گمٕہٕ سران گیُس۔ صبحس اوس کاشکارن خلاف فرٕ یادی آمُت۔ کولہٕ گامہٕ کین آسکھ زمینس کاشتکارو دوارہ وانہ نوومُت۔ یِتہٕ کرٕ مَس صحبس نش سفارشاہ"۔

عقیقہٕ اَس خود اعتمادی تہٕ سنجیدگی سان ونان تہٕ شہزادٕ اَس حارٲنی ہندٕ اسمانہٕ پیٹھ دولابن ہندِس کھوڈس ژھمبٕہٕ اُندری عقیقہٕ ہنس جرأتس داد تہٕ دِوان تہٕ بے حیاٲی تہٕ ناو کران تہٕ اُتھی شش وپنجس منز دُنہٕ حرف زٕ ے لفظ۔

تہٕ پَتہٕ"

پَتہٕ کیاہ۔ دراو پہٕلہٕ گگرٕ ہیُو۔ صحیب اوس مےٚ یےٚ کُن وُچھتھ اسان۔ مےٚ چھُ تپالہٕ اَسُن وُٹھ نےٚ پیٹھ تہٕ اَمہٕ وزِ ژوٚلُم ٹھہ ٹھہ کران اَسُن نیرتھ تہٕ سُہ ووٚتھ۔ مےٚ چھُ سورُے پتاہ۔" . . . . بہٕ وُژھس شُری لاژی" سُہ ووٚتھ ڈٕل سائن ہُندہٕ تہٕ۔" مےٚ آو گیر چکرہ نہٕ دانجہٕ پل ہتھٕ تھوٚوتھ وُژھس۔ ژور گوو وُبکہٕ کیو دوہ زٕھ مُہتھ۔"

تُہٕ کیاہ ووٚنےٚ۔" اَس دُبنگہٕ شہزادن وُٹھ ونان۔

" کیاہ .. تس ہے سارےٚ خبر تُمن ژاکہٕ وارِن منز آسی ہیتی صحبہٕ ہندی نفر اَندی بکی آسی راچھ اچھا ژھن شفہٕ مرزس بلاے بدلاو کیتھ۔"

دُطرفانہٕ اَس زھوبہٕ۔ عتیقہٕ اَس سنجیدگی سان ترکشہ ترآوی مَتہٕ نیرک اَثر وُچھان تہٕ شہزادہٕ اوس کان ہلکانہٕ منز بھو سمُت۔ مگر بیٚنہٕ مَا کھُی بہٕ کیتہٕ دلے ژےٚ حق نیچھ شفہٕ مرزن ہیو بیٚنہٕ کانسہٕ لفنگن آسہٕ ہا وآران گرمژ بہٕ موج تہٕ آسہم ہیٚہٕ گُرزھیتھ موٚمژ۔" مگر بہٕ تھوٚ ونس پتےٚ میو ژورو وٚریو پیٹھ ترہ ڈٕ الا ٔنزٕ۔ ووٚنی چھُم چھون بیمہٕ عنایت صاب زُرکہٕ دِوان کوٚر بہٕ بیٚنہٕ اقرار۔ کرٕ بہٕ یوہ پاٹھہٕ کوٚر بجاہ۔ تہٕ بہٕ . . . . . . ."

عتیقہٕ وُژھ تھوٚد۔ آنگن طرفُچ دارِ کرٕنی بند۔ نیک نیک رٕود اوسُن والُن ہیوٚ تمُت تہٕ اَمہٕ دارِ کنِ اَس سہٕ ونی تر اژان۔ واڈ رولس دروازہٕ مُشراوِتھ کڈٕنی بیرِ بنیان ژھنن نالی۔ بیا کھ شال کڈٕن سُہ تراوُن شہزادِنِن کوٚٹھِن پیٹھ تہٕ آیہٕ بیٹھ پلنگس پیٹھ زنگہٕ اَویزان تراوِتھ۔ کھور لےٚ آہستہٕ ترٕن واجنہٕ ہندی پاٹھی واینہٕ تہٕ مُدیہٕ ژھنن شہزادہٕ ہتٕرن تقرن الاتزٕ

ٹاکٹھی بہ چھُسے وعدٕ کران زِ یہ کٲم سپدِ۔ مٲلی یعقوبن دیُت اقرار پتہٕ گو و یعقوبہ
منٛے چھُ یقین زِ سُہ اَنِ یہِ وارٕ وارٕ آٹھنہِ واٹنہِ۔ پَس گو و اُزی کین شُرِن مسنہ
مانہِ بیپر کرٕن۔ صبر نہ ماے چھُے اصلی مرہم۔ ژیر تہٕ کیا گو و۔ خدا رٔچھین ،
وٕوزم وِدٕ رُد چھا کرن۔ کالہٕ لگہ یعقوبہ پگاہ کرو نشانٕی تہٕ رٔتس منز کرو خاندر۔ وونٕی گو و
یعقوبس گنہٕ آبرادان چھُ منٛے اعتبار طہ کٲم زِ گرِ چھس نہ علم محض ۔

شہزادہٕ آس مطمین۔ سو آس از گرِ فاصلہٕ بیہتہٕ خاطرٕ آہرٕ۔ تمہٕ اوس گری
فاصلہٕ تمُت زِ اگر عطیقن حیلہٕ گری لاج۔ یہِ تس اکھ وُری وونی کران ووتمُت
اوس سو واتہٕ ناوِ ازتیلہِ تمہٕ چیٹھی تہٕ فوٹو منصورس، اگر زن عطیقس ایمان دوٗر
وُچھن سو کرِ تس یم چیٹھ تہٕ فوٹو حوالہٕ۔ خبر سو ما چھنے اوٕے رِشتس وُزنہِ کرنس
کھوژان زِ بیہٕ اکھ گرس منز واتھ یعقوبس یمَن توٗبوٗتن بیٹھ نظر بیٚیہِ تہٕ بیچارٕ
گژھِ موٗلِ دِتھ بے وار۔ شہزادن مُرشاو کرِ یٛہنس لیڈرِ بگیس پین تہٕ کڈن اَمہِ
منزٕ رنیامُت لفافہٕ۔ سُہ اوس عقیقس بروٗنہہ کنہٕ تراوان وۄرٕنس۔

ہتہٕ بجہٕ گرس منز چھنے کوٗر بانٛغ تہٕ پرمٕرٕ، وونی ماجہ ہندِس پرتھ کنہٕ
جایدادس دِ منزٕ ھ دِوان۔ یُتھنہٕ کنہٕ وزِ یمَن چیٹھن تہٕ تصویرن بیٹھ نظر پیٚیس۔
وونی ژالہٕ ہا بہٕ گری منٛے دوٗپ ژرے رۄزِنے اندرٕ مروان پھیران۔ گرٕکھ
کیا چھُے کرٕن"۔

عقیقن روٗٹ ہنا بے غرضی سان یہ لفافہٕ مگر تمی جلالہٕ یِم شاہٕ سان
جنگ زیوٗ تمُت کمانڈر شکس لہ جنرلس نِش تہٕ تلوار رٹان چھُ۔ اندری
رُکُو آس عتیقہ یرٕ ژھان نہٕ ژٕ یٛہن منز نیٖیہِ یم خط تہٕ چیٹھ گنزرٕتھ تہٕ دیہہ کھ

گندکھ نۄ۪ تہٕ سۄ۪رپھ پھکھ تراو وۄیتھ سیٚہ منٛزٕس۔ مگر امہٕ جلدبازی ہنٛز باوتھ تہٕ اَمِس ہٕ
بَتر حالن کرٕنۍ تہٕ برٛٹ اطمینانہٕ تہٕ بےغرضی سان نفوٗن لفافہٕ واڈ روٗبس منٛز۔ ٹاکھٕ
بہٕ تھوہِناہ یہ لفافہٕ یتھ منٛز یینہٕ اورٕ انہیس لالہٕ ییم سُہ چھُ اکہٕ اکہٕ چیزن دِنٛترھ
دِوان۔ یتھ گوو شامس نفوٗ ییمہٕ لوکچارچہٕ سارٕیے حماقتہٕ منصوٗر صابس برونٛہہ کنہٕ۔
شہزادٕ اَس یہ بُرتھ وُچھتھ ششدرٕ تہٕ زٕہتھ۔

# باب ۶

نگین چھُ کشیرِ ہنز حسینہٕ سونہٕ واجہٕ جوٚرمُت یاقوٗتی نگین۔ اوٚک طرف ڈلُک
مارٕ موٚند آینہٕ یوٚت نبس آسمانس سٕرِبس گرداپس منز غوطہٕ دِتھ پننِس شفاف سینس
منز زمانہٕ کہ رفتارُک وہوار رٹِھ اوان تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ نگین سڑک کو نِکلی موج پیچھُر تہٕ
پچھُرہِ پدمانہٕ ہندہٕ پریشان زُلفیہٕ تھٕتھرایہٕ ہندی پاکٹی بے قرار۔ اُزی کہٕ صُبحک موٚت
چھندریامُت تہٕ آوسیامُت بُٹک رفتار داو یمن موجن ہند موج نٕلان اتھ
پریشان زُلفیہٕ تھٕتھرایہٕ ستی گندان گندان اُسی صُبحکس واوس اتھہٕ لوٚسی متی۔ سوٚدرکھوبہٕ
ہنزِ لولہٕ منز اوس اظہارُک سوٚدُر دم پھُٹمُت۔ ازلی جستجوٗ یہ تروچ اُس انسانہٕ ہنزِ
بے ذوقی منتشر کرمٕژ۔ قدرتن بناو اگری مگرِی دُھٹ تہٕ انسانہٕ ہندلو تیمبرِ اتھو
تھرِ پھو نلہٕ وُلو منز۔ وَن پٔرِی یہٕ، سورگہٕ حوٗرہٕ تہٕ عقیدنُک خُدائے۔ مگر بیٚیہِ یہٕ ذوق
روٗپس تہٕ سونُس آویزِ بنان چھُ تہٕ انسان چھُ یمن دِوری وٕنُن ہند ازلی حسُن
تہٕ راو راوان۔ بے وایہٕ پادٕ گمژ سرمایہٕ داری نہٕ چھے تھر تہٕ نہٕ بُجھ تہٕ زِژھ

سرمایہ دأری ہندِس جنوٗنس منز کُر حضرت انسانن فطری تہٕ حُسنُک تھر بُتھ تہٕ رٔنز داوٕ.
اُتھ نگینہٕ کس حسین ماحولس چھُ از پانژھ پوہرن بنگلن ہندی ڈانا کھ جنگلن نی کرِتھ
نیوٗمُت یہ محموٗدٕ سنز مفراحنہ ایاز سندین زُلفن کاژ لأگتھ تہٕ ہندِس نمکین حُسنس
ہستی کوٗر مُت اوس. فرق چھُے یُژے زِ محموٗد اوس حساس تہٕ باشعوٗر. مگر وقتٕکین
یمَن محموٗدن چھُنہٕ سُہ احساس حاصل. نہ سیدیچھ زانہ.

عشائی باغ کُدلہ پیٹھٕ نسیم باغ تام بنگلن ہندی جنگل، رنگ برنگی پردٕ
اَویزان ترأوِتھ یِمہٕ حسین جیلہٕ کوٗٹھرٕ، مختلف ڈیزاینن ہندی برآمدٕ تہٕ بیٹھکہٕ بیٹھکن
منز اویزان شیشٕہ جارٕ پرِیتھ بنگلس بِدوٗن اندازٕکی طاق، کوٗنہٕ چوٗرس تہٕ گُنہ
گول، دارِن پوٗر پلک شیشہٕ لأگی لأگی دارِ بدلہٕ درواز صرف امیری ہُند
ہاو باو، دولت کین ناگن ہنز چھکہٕ چھکہٕ تہٕ ممتاز محل چھ اَڈٕ کھشہٕ مارِتھ ترأونہٕ
آمژ تہٕ یمہٕ بنگلہٕ چھِ تِہنز رٔنہٕ داوٕ لاشہٕ پیٹھ بناونہٕ آمتی تاج محل. یمَن تاج محلن
ہندِ قبوٗ منز چھِ نمہٕ رٔتنہٕ دأوی حُسنُک رٔتنہٕ کھنوار ژھمبرِ ہستی رٔلنہٕ احتجاج کران.
کاشرِ غریب عاشقن چھُنے یہ وَتھ مدینچ تہٕ شیچ تہٕ مُرژھیح وَتھ. یِتی میوٕ
ترِیٔو ہتو وٕرِ یو پیٹھ چھِ صُبح شام تیٛہ لد عاشقو امارکہٕ مقدس اُش وانہٕ اَتھ
دِتہٕ چھِ کاد گوٗرمُت از تہٕ آس تاجدار آغہٕ سندی داغدار غلام عقیدتچہٕ دُشہٕ
گنڈِتھ کیرینت شریفکہٕ سرمد نغمہٕ وِہکھ نأوِتھ امہٕ دربارٕ واپس یِژھ ہندی
دامن ہُری ہُری نیران. یتہٕ بنگلچہٕ ڈھنہٕ دارِ کنہ اوس نگینہٕ پیٹھے مُنی ہندی
پأٹھ حاجی امیرالدین بار بار نیران تہٕ وِدِہنہٕ کر یکہٕ لایان.
" میانہٕ بُڈِ نہٕ تھدِ آغہٕ. چانہٕ دربارٕچ لرِتھ آس از تام اُچھن سُرمہٕ
بدلہٕ لاگان تہٕ اَمی سُرمہٕ چھُم اَنِہ اُچھن گاش آمُت. از تہٕ کمہٕ نہٕ میأنس اُچھ

گاشس رٲچھ نہٕ رفاقت۔ میانہِ طُبیبہٕ اَز ینہٕ یتھ دُمہِ منز اُچھ گاشہٕ لشں کرہم میانہِ بُجرِچ پہ لۄر کھوٚتہٕ میانین اَتھن منز سلامت۔ میانِس ہمایوٗنس دِتہٕ اَز نوٚ زندگی تہٕ مےٚ بابرس دِتہٕ اُہنز بلابہٕ۔"

راتھ شامن ییلہِ حاجی صاب یوٗس مرگہِ ہٹہٕ منز ژاو تہٕ وُچھ تمی بجانہٕ تور دوتمُت تہٕ آسی اشرف سوارس تہنز کانہہ شیٚچھ سوہ تہٕ بنجر پیٹھ اُنی منز۔ حاجی صاب تہٕ ماگرے آسی وُنہِ گرِبن عمارتے شیٚہلاوان زِ یمہٕ وُچھ اشرف سوار کُنےٚ زوٚن مرگہِ منز ژُبنجل دوران۔

" اما اشرف سوار چھُ کُنےٚ زوٚن۔ خبر جانہٕ چھما وارے"۔

جناب انشاءاللہ آسہ وارے دوہ ژی گوو خبر گژھ ما آسہ ووٚتھمُت۔ اوٚہ اشرف چھُ کُنےٚ زوٚن پکان یتھ یا برونہہ چھُنہٕ بیٚیہ کانہہ سواراہ"

اشرف ووت نام نزدیکھ۔ تمی ہیوٚکنہٕ گرِ پیٹھے وُسنھ، زن ئہ گرِس لارِتھ گومُت اوس۔

"جناب"۔

بامبر یامُت اشرف اوس کیاہ نام وَنِنہٕ یِرٛتھان زِ گلہِ زلو گیٚبس نہ چھُ وُستھ ہیکان نہ وُنِنھ۔

"کہو جانہٕ چھُما وارے"۔

" اشرفا۔۔ وُسوٚ۔ وُنوٚ ـــ" ماگرے گوو اشرفس نزدیکھ، اُمس تہٕ حاجی صابُس منزس زِیتھ۔ اشرفنہٕ بُنھیک حال اوس وٕنان کیاہ تام چھُ ضرور سپدِمُت۔ "جناب۔ دپان سپہ اوس گرِ بزن۔ جان صاب اوس گرِس ہیوان کھسُن تہٕ گرِی چھُ ہیٚٹھ کھیمٕہ تہٕ جان صاب چھُن ساری پسے

دان زَب مأدانس بیتھ وِنھ ووٚلمُت۔"

ماگرے اوس دم پھُٹ۔ اشرف سوار پنو اُچھو منز اوس ڈوکھ زن وسان۔ حاجی امیرالدین اوس پوٚس مرگہ ہندِس اُنیکھ سبز مأدانس سیٚہ منزس زَن اکھ دوٚد دُر کچھل اگ گوڈ ہیوٚ زیتھ گوٚمُت۔ خدشاتَن ہندِس سمندرس منز نہ پھٹان تہٕ نہ بوٚڈ لگان۔ عمہ ماگرِس تہٕ اوس کتھن ہند طوطہٕ کوٚل گوٚمُت۔

وٹس بالس زن گیہ جنبش۔ حاج صأبن کڈ زٕ یا ترے قدم تہٕ کھوٚت بیٚپہ گرِس۔ ماگرے تہٕ اشرف تہٕ دوریابہ تَس پیتہٕ۔ ترٚیشوٕے وأتی ناگہ بل بیتہٕ مہندرناتھ اینڈ کو فرمہٕ ہنز ٹرک خراب گژھتھ اَن لوڈ کرنہٕ آمٕژ۔ صُبحاے اوسکھ شہر پیٹھ مستری کھولمُت۔ فرمہٕ ہُند مینیجنگ پارٹنر مہندرناتھ اوس جیپہٕ منز پانے مستری ہیتھ آمُت۔ تمی اوس واتہٕ وُنی جان صأبُن حال بوزمُت تہٕ یتھان اوس وُڈان گژھہ ہا جانس خبر۔ حاج صأبس رُچھہ ہا وُنی کین دل۔ مگر آو سیامُت، چھندریامُت تہٕ ہُندریامُت حاج صأب پانس برونٹھ کنہِ وُچھتھ ژج مہندرناتھس کھورہ تلہٕ زمین نیرہٕ۔ تمی زٕ ژرمہٕ زِ حاج تہٕ چھ شاید ووٚنی بوزمُت۔ اد پور سلام آداب کرنہٕ ورأے آو حوج تہٕ ژاو مہندرناتھنہٕ جیپہٕ منز۔ جوان، خوش شکل تہٕ خوش پوش مہندرناتھن تہٕ ژھنی ٹرکِ تہٕ بلاَے تہٕ مالس تہٕ، نہ ژھوٚرن ڈرائیور تہٕ نہ مستری۔ سٹیرنگِ ژٹن پانے تہٕ کرِن جیپ سٹارٹ۔ ماگرے چھُ اوٚت تام سوچان شاید وُنہٕ مادراے تہٕ ہم مگر ییلہ جیپ گرِ کرِتھ دراہ تمی ژھُن پان زن دیتی کنہِ نرودِ۔

تہٕ مہندرناتھن رُکأوی اُکس ژہِس جیپ ماگرے تہٕ گو جیپہٕ منز اُژتھ ترٚیشوٕے وأتی پہ ڈیٚرِ تہٕ وُڈان وُڈان زن نگین تہٕ جیپ ژأپہ" کاشانہٕ امیر"

منز گیٹہٕ اندر۔ نرٛیشوے کھٕتی رٕسہ رٕسہ، کاشاہٕ امیر اوس اَمہِ وزِ اکہ حرمان زدٕ
گھاگھی ہند شکار سوٗزر، نیتہٕ سُنی۔ وَے وائے تہٕ ہے ہائے۔ حاجی صاب اوس
مۆہنٛز قدم نراوان۔ سُہ اوس شاید اُندرِی خدشہٕ براں زِ تہندِ بیکِنٛ آواز پرزناوِتھ
گژھِ پٕہ اَتہٕ وَدَن گرٕز ووتھُن؟ مکاہِچ غمگینی اُس تیتھے ماحولچ باوتھ کران مگر
اَمِس کھُرتہٕ وانٛج ییٚلہِ اُمی اُندرٕ بینہٕ کنٛہِ جان صاب پلنگس پیٹھ نیتہٕ سوتھ وُچھ۔
نیتہٕ سوتھ دُبنگہٕ پیٚمزٕ حرمان زد موج جاہنٕ اَسی مَس پرٕاُٹھ اوٚک طرف بےہوش۔
جانہٕ نرٛیشوے بیٚنہٕ آسہ بابس اُندی اُندی گتھ دِوان۔ یعقوبہٕ اوس پلنگس پیٹھ
بِہِتھ زنگہٕ اَویزان ترأوِتھ جانس زگِن تھپھ کرِتھ یوس بے خُدی منز اتی زنگہٕ
وایان اوس تہٕ اَتی نرٕ چھاوان اوس ساری اُشناو اَسی سے ہتی تہٕ بینہٕ جایہ ساری
دُبنگہٕ۔ وُنہٕ اوس جاہنہٕ بے ہوٗشی منزے۔ امیرالدین دیہ ہا ٹانگہٕ، ژٕرٕہا پلو رٕٹٕہا
نیچوس وٕچھس ستی تہٕ دِیہ ہَس پان بلایہ مگر زٕکٹس چھُ ہیوان ماحول تہٕ بیٚین ہنٛز
ہیتھ رٕچھینہٕ باپتھ زہر کھار ثرٲپتھ جذبن کنٹرول کرُن۔ امیرالدین اوسنہٕ ووٗنی
وَدان نہٕ باکہٕ ژھٕٹان بلکہِ اَلحمدُللہ پران تہٕ برٕ وَنُن شکر خدایہ چانہٕ رحمژ۔
ژٕرے چھکھ بلایہ سوزان تہٕ ژٕرے تمَن بلاین کھٕرِ گنڈان ژٕرے پھاٹہٕ وان تہٕ ژٕرے
لوٗٹھ لاگان۔ امیرالدینہٕ اَمہٕ ردِ عملہٕ ستی پیپرزہٕ کأنہٕ حاراٖنی۔ یہٕ اوس سارِنے
بروٗنٹھے پناہ زِ تہندِ طریقہٕ کیاہ آسہ۔ سُہ وَدنہٕ۔ نہٕ ژٕرٕ پلو نہٕ گژھِ بےہوش
سُہ پرٕ حمدُ بلکہِ نفل۔ تی سبد تہٕ۔ گوڈنی پرٕ امیرالدینَن نفلچ زٕ رکأژ۔ اَمہِ
پتہٕ لجٕ اُہنزٕ مدیہ اُکس اُکس حال پرژھنہٕ۔ مگر ساری دَم پھُٹ۔ آخر کرٕ حاج
پنہٕ بنس زٕ ھسں زامترٕمس ڈوچنل انجینیرس کمٕ منز ہبر نیرنگ اشارٕ سُہ تہٕ

دژاد تہٕ تس پتےٚ تھہنز زنانہٕ شمیمہٕ تتہٕ۔

"بابرِیوٚ مہٕ حص لاس آف بلڈ چھُ، فریکچر چھُنہٕ کانہہ۔ خوٚن تہٕ دِتُس۔ انشاءاللہ

چھیہِ پگاہ تام ضروٗر۔"

"مگر ہسپتال کیازِ کروٗن نہٕ اِنڈور۔"

انجینیر انور اوس سوالُک جواب دِنُے ہیوان زِ اُہنز زنانہٕ شمیمہٕ لیج ماٚلِس

نال ولِنہٕ۔ "نہٕ حص اباجاناہ تاہ چھُ بالا چھُ۔ پوٚرہ واٚنِ چھتھ ممی پوٚہے زُزرزوٗمت۔

گرٛشکھ پہلگام تہٕ وانجھ توسہٕ مادان۔ کھسکھ یوٗس مرگہٕ تہٕ پےٚ وارِتہٕ پتہٕ تہنٛد

ڈکشمیٖ کِنہٕ۔ آہر غم تہٕ خوشی چھِہ باےٚ بارہٕ نی لبوٚنہ کپاٚرِی۔"

کورِ ہند پندنامہٕ اوس معقوٗل تہٕ حق بجاٚنب تہٕ۔ مگر یہٕ ٹوٗل حاجِ ماٚبن

صرف اوٚڈُے غندِ ہناہ کرِتھ نہٕ بیٚہِ دِنُن زامترِس کیاسہ انور صاٚب کیا وناےٚ۔

شمہٕ لالا چھون ونُن بجا، آیندہٕ روزہٕ خبردار۔

"اباجان۔ ضروٗرت اُسنہٕ کینہہ۔ بے غذی چھےٚ یمن لتھوٚ نہٕ ہینہٕ ستی تہٕ

کنٛن نہٕ کُنۍ گوڈن بیٹھ کھٕر لگنہٕ ستی واریاہ چھوکھ آہتی۔ خوٚن چھُ پوٚکمُت۔

باقے گووٗ اُڈۍ جہِ الحمدللہ سلامت۔ ودۍ گووٚیتھ کرُو انشاءاللہ پوٚرہ علاج۔

از تہٕ چھِہ ترٛیےٚ ڈاکٹر ییٚتی۔ زمرٛوٗدن دِژُے، اپاٚرِ یمن ہند نیٚچوٗ تہٕ سون

اسلم۔ ترِٛیشوٚے چھِہ جان صاٚبنِس بیڈ روٗمس منز ودۍنی آرام ترادنہٕ گامتی۔

راتُک اوٗشکھ وُنیٚندرُ۔"

جاہِ اوس ڈُبنگہٕ مگر اڈُمود۔ تیج ہنزِ شراکہٕ تکہٕ یہٕ اڈُمود تیوٚر کرِتھےٚ کُنہٕ

اوس نرِ زنگہٕ ٹھاہہٕ وان۔ اَنگس اَنگس اَسِس چھوکھ تہٕ چھوکن اوس غازِ

بُرتھ تہٕ بنٛد تِج کرِتھ ۔ یعقوبہٕ اوس راتہٕ ییتھ دگہٕ لد جانہٕ لٲہوان پانہٕ اڈٕمور

گومُت ۔ داں زبہٕ پیٹھ اڈٕ مُار لاش سرینگر کوڈتہٕ واتہٕ ناونٕی ۔ چھُنہٕ دوہو کوِل انٛہٕ

کھوہٕ تہٕ سہل کتھاہ کینہہ ۔ یہ اوس یا تہٕ جانس روزی حیات تہٕ نتہٕ چھُ یعقوبنہٕ فرہادک

جذبک نوٚن مُعجزاہ ۔ کُجا داں زب تہٕ کُجا نگین ۔ داں زبہٕ پیٹھ درگہٕ ٹوٚلن تام اُنکھ

نیوٚر یوٚہے اَنتھ رٕوس سمندر کانہہ وُتہٕ پوٚدہہٕ ٹاکارٕ ۔ درگہٕ ٹوٚلہٕ نہٕ پیٹھ یوٚس

مرگ تام سارٕوے ویہہ ونس وُتہٕ پدس ہتہٕ بدی تہٕ ساہہ بدی زن بوڈ اُندری

سوہہ ریاہتی رٲیل، یارِ تہٕ کھُل پیٹھ ۔ پدہ پدہ دب تہٕ دڑوسی لگان ۔ یوٚسہٕ

پیٹھ یودوے سڑک چھے تمہ تیارٕ کنہ کُنہ دوہلہ پھنزے گیلہ ٹرکاہ پکان تہٕ

تمہٕ ٹرٕ کرِ تہٕ از کاکہٕ پوری ۔ پتہٕ یوٚسہٕ پیٹھ ڈاہ باہ میل جنگی سفر کٔرِتھ بکھر پور

واتن امانتہٕ تہٕ آسیابس یا چھکڑاہ ۔ اَتھ سارٕوے سفرس تن تنہا یعقوبہٕ اکھ

مردِ ذات تہٕ رتس منز پیرٕ ون اڈٕ مُردٕ جانہٕ ۔ یہ بار امانت ماجہٕ حوالہٕ کٔرِتھ

اوس یعقوبہٕ پانہٕ نیصف موٚدمُت مگر اندری امارک جذبہٕ اوسُس نہٕ

آرامہ گرٕ تہٕ دِوان کرنہٕ یعقوبہٕ اوس گیران ۔ اڈٕ موردٕ تہٕ آو سیامُت

حاج صاب پیٹھے ورنڈا پیٹھ ژاو تہٕ وٕدنی آو ہناہ بنٛچوس نزدیکھ ۔ بنٛچوی

ہندِ کھوتہٕ اوس یعقوبس حال بد گومُت ۔ "گوبرا ہے ژانٹھ نہٕ ژہٕ ۔ ژےٚ

زن چھے بدلنس جانہٕ کھوتہٕ زیادٕ دگ زنگ چھے ڈلان ۔ اُچھ ژٕ ناپر کھاٹ

ہشہٕ ۔ ژٕ مان میون ژٕ کر آرام ۔"

"اسہٕ حقٕ وُنیاد یمن، مگر یم چھِنہٕ مانانے بنٛبہٕ چھُ تیوٚتاہ وُدان

زِ اوہُند کلہٕ پیہہ نہٕ وُری لبس تہٕ ہوشہٕ" ۔ یہ اُس حاج صابنہٕ منز ہش کور

زمرودٕ وَنان تہٕ تہندی رأے امان صأبن ہیوٚت یعقوبہٕ لگ بھگ زورٕ ٹھوٗدٕ تُلتھ
نیُن۔ شہ تہٕ وۄٹھ کینٛژھاہ حاج صأبنہٕ لحاظہٕ تہٕ وۄہ تھان وو تھان آس گیرِ چکرہ
بیٚوو پتھرٕ تہٕ حأجس ژٕوٚل بے اختیار نیرتھ خُدایس کوٚر مکھ حوالہٕ۔ پانے دیتٕ تس
سہارٕ تہٕ ترٲوُن اوٚک طرف قالینس پیٹھ۔ زمرودن اوٚن ڈُلۍ ڈُلۍ شانٕ گوٚنڈ
تہٕ شیٖمن چیٖنی کمل یوسہٕ اُمس پیٹھ ترٲوِتھ پانہٕ بیوٚٹھ حاج صأب یعقوبنہٕ جایہ
نیٚچس کھوٚرن نِش تِھیتھ کرِتھ۔ ڈٔکس، ہنٛگس، اَتھن بیترِ وُچھنہٕ۔ اُمس چھوچھے
چھوکھ، تہٕ آس اکھ فارسی شار یاد پیُس اوٚہندر مول وَنان اوس ع

تن ہمہ داغ داغ شد پنبہ کجا کجا نہم

یِی سونچان ووٚتھ بے اختیار اَہرٕو اَچھو منٛزٕ ولوٚٹ پوٚٹھ اوش۔
مالِ سُند یہ حال وُچھتھ درایہ ترٛیشوے بینہٕ وَرنڈٕہس پیٹھ تہٕ ژارایہ تشر گٔنین۔

حاج صأب ٹھوتن جایہٕ نین کھوٚرن پیٹھ اوش ہاران۔ جایہ ٹھوتن اُکھچھ
ڈُبٕگیہٕ تہٕ بے خُدی منٛز۔ یعقوبہٕ ترٲوتن نیتھ تہٕ سوٚتہ قالینس پیٹھ، جانٕ موج
خوجہ بایے تہٕ ٹھوتن وُنہٕ بے خودے، جانہٕ تہٕ ترٛیشوے بینہٕ ٹھوٚتکھ ورنڈٕہس
پیٹھ وُدنِس تہٕ منگہٕ منگہٕ ستی، اُسی واتہوَ سوٚنہٕ بنجر۔ اَتھ حادثس تحقیقات
کرنہٕ ییٚمہ حادثن اکہٕ گرٕچ کُنہٕ ژانٛگہِ ریٖہہ وادہ ہالہٕ پُشرٕی ییٚمہ اُکس خاندانس
وِوٚدہ ژھوے کرٕ۔ یہ تحقیقات چھُنہٕ پُلسِک تفتیش ہیوٚ نہٕ کُنہٕ عدالتی یا
نیم عدالتی کمشنُک تحقیقات ہیوٚ تہٕ نہٕ کُنہٕ قانوٗن سازٕ اِدارٕچ ہنگامہٕ
آرائی۔

ییٚلہٕ دوہ شوے سوٚنہٕ بنجر کٔن سفرس دراے وَرٕہ منٛزٕ پکان پکان ووٚن

اَکی ہمسفر یارن بێیس کُن ٹھکتھ "تلا مێے تُل تہٕ اَلٹُس" بیاکھ اَو شانہٕ دارِتھ تہٕ
ہُم دِزِہس ژیرٕ وٕنی ناشایستہٕ پاٹھی ہا" تہٕ ژیٖنَن وٲلی ژیوٚن تہٕ لوگُن وَنُن۔

سونہٕ بنجر چھُ بنجر جدید تہٕ نہٕ بنجر قدیم۔ مگر سونہٕ ساٲنی ماحولُک زرخیز مالیُن۔
اَنِکھ سبزٕ سونُک سرمایہ۔ صبحچہٕ پرٕوٕ بیٚنہٕ وِز اَمہٕ وَنٕک سورُے اوٚندپوٚک کارٕ منہٕ
سونہٕ وانہٕ لیونہٕ آمُت۔ سورُے نیوٗر سونے سون، اَمِچ اَکھ اکھ دِزمن تہٕ سنر
ساونہٕ سونہٕ مہرِینہٕ ہِندِس تلہٕ نالس پیٹھ اَوٕلی تہٕ زاوِلی سونہٕ سُند خلالہٕ جیٚرِتھ۔
یِم یارٕ کھنگر صبحچو سونہٕ زٕژرو پاسک ڈولنہٕ گرٕ مِتی تہٕ یِمَن سونہٕ گردنَن ناکی
ترٲوِمِتی۔ رٲیلیَن ہُند مانگ زاوِی جیٚن سونہٕ تارن ہندی وانکہٕ پَن نازٕ استادٕ
مہرینی سبز مخمل ڈیٚپہٕ چھٲکیِن پیٹھ اوٚیزان۔ یَتہٕ اَنِکھ سبزٕ زارس منٛز اَنجرٕ
پَنہٕ آنجرٕ چھُ بڈی لیڈرٕ بھرٕ پوش اَمہٕ سونہٕ چھِر کاوٕہ پاسس تہٕ فیل کران۔
ساٲنی پرٲنی کاتیاہ دانا تہٕ باذوق۔ چھِ اَسی متی۔ پریتھ مرگہٕ تہٕ تِیرس چھکھ
برمحل ماحولہٕ مطابق ناو دیتمُت۔

اَکھ سونہٕ ساٲنِس شہلس سورگس منٛز ادِس پرُسے حاج صابنہٕ فرمہٕ ٹھیکہٕ
میوٗل مُت یوٚدوے ژٕ ورٕی برونٛہہ جانَن بی۔ایس۔سی امتحان دِتھے بنڈر
بوٚزمُت اوس بینہٕ جانہٕ سونہٕ بنجر ووت تِنہٕ اَسی اَتی سونہٕ ہرٕی اَندی لگی اَھندِس
شوقس تہٕ ذوقس سونہٕ ہنرٕ ہانکلہٕ گنجرٕ۔ رٕتی یاپچھ اوس گرٕ وسان۔ کٲشرٕ ہنرٕ
سارِینے مرگہٕ چھے اَکی روٗمانی ناولہٕ ہندی بیوٚن بیوٚن باب۔ اَکھ اکھ باب
چھُ بذاتِ خود اَکھ اکھ مزٕدار دلیل۔ یِتھپٲٹھی یا بچہٕ مزٕدار شہجرٕ دلیلہٕ سیتی تیوٗتاہ واٹھ چھِ
یِتھونہٕ کانہہ دلیلہٕ گوٚزٕ تہٕ الگ ہیکہٕ کرِتھ۔ یِمَن سارِنے بابَن ہنزن بدوٚن دلیلَن

چھُ ناولہٕ ہندِس مرکزی کردارس سٟتۍ اَژھیوٗن ربط۔ یتھٕ کٕنۍ یِژھ مژدار ناولہٕ ہند اکھ باب پٕرتھ ذہنس پٮ۪ٹھ شوقس تۯیش ہمان چھِنہٕ تہٕ طٲپش ہُران چھِنہٕ یتھٕ کٕنۍ چھِنہٕ اکھ مرگ وُچھتھ بیاکھ بیاکھ وُچھنک جنوٗن ہُران۔ جانٛن یوٗد دٕے اَوٚت نام واریاہ مرگہٕ وُچھمژٕ آسہٕ مگر سوٚنہٕ ہنجر واٲتھ اوس تس باسیوٚمُت زِ تہندِس مشاہدس روزِ ضرور وژھے اگر نہ سُہ یہ ماری موٗند گٕہل ترٛن چھاوِہا سُہ اوس سوٚنہٕ ہنجرٕ پٮ۪ٹھہٕ گرِس پٮ۪ٹھ گاہے چھرٕ کٔنۍ نارٕہ، دوٚد گنگا یہ ہندٕ آگرٕہ تہٕ نادِتھ لِوان ، گاہے اوس شُرمکہٕ کِس تھزرس پٮ۪ٹھ استان بَلہٕ یا ہٕلچہٕ کٔشیراکہٕ اند پٮ۪ٹھہٕ بِہِتھ تام زٕن کانہہ سنگ مرمُک ماڈل منزٕ اَکھِس ژٕٹتھ تِتھ سام ہیوان ۔ گاہے اوس برگاہ مادانس منزٕ ڈلُن دِوان دِوان مہجوٗر صابُن نغمہٕ گیوان۔

ہرگاہ وُچھکھ ژٕ برگاہ      پٮ۪ٹھ سنگرن چھُ سُرگاہ

دِتھ بُہ نغمہٕ ہرگاہ      گلشن وطن چھُ سونُے

دوہ لوٚسنہٕ بروٚنٹھ اوس سُہ ضرور سوٚنہٕ ہنجر وانان سُہ سوٚنہٕ چھرکاو وُچھنہٕ یُس پرٕتھ شامن آفتابُک بختہٕ بوٚڈ سُکہٕ اَتھ مرگہٕ تہٕ اَمہٕ کِس زرس زرس کران اوس۔ یوٚہے سوٚنہٕ ساٲوی شام اوس جانۍ امارکِس تِتھ بےپناہ حُسنس فطرتُک موٗلُل سوٚنہٕ وس لاگان یِتھ حُسنس پرٕتھ دوہ سرشاے جانہٕ آر ہُتھس پٮ۪ٹھ یِتہٕ مسو پانژو رتھو پٮ۪ٹھہٕ تھلہٕ تھلہٕ وُچھان اوس۔ یمن پانژن رتن منزٕ آسۍ جانۍ یارن یعقوبن تہٕ زرے ڈاے رتھ اُکھی مرگہٕ منزٕ گُذٲرۍ متۍ تہٕ تہندِ شانکُ پروگرام اوس ہمیشہ فرآس ناگہٕ کہٕ شہٕلیک دیوٗر تلُن۔

اوتہٕ برلسوارِ دوہ لوسُن کیٛتٕ اوس جانہٕ ہنٛنہٕ عادتہٕ مطابق آرہٕ بلچہٕ سوتیام

گِتہٕ ستۍ گِندان ۔ گُر اوس نزدیکھے گاہے کھوان ۔ جانہٕ اوس آرس سیٚد منزس بارِیکھ زہر موہر پلپس پیٹھ پٹلوٗن ہیوٚر کھارِتھ نِصف زنگہٕ نرِنس آبس منز ترٲوِتھ رٕہے رٕہے وَیہٕ وٕنِس آبس ستۍ گِندان ۔ دوٚہ ژِھ آب بران ، دوٚہ ژِھ وَٹان تہٕ مُژران آب زالبو ہیٚیہ والپس پیٹھ آرہ چِھ گِتہٕ ستۍ میل کھوان تہٕ اَتھہٕ ژھرٕی روزان ، زالبن آب پشپان ۔ یعقوٗبہ اوس اُمس ٹاٹا کرِتھ فراس ناگ کُن دوٗریامُت تہٕ جانہٕ اوس انتظار چہ کنہِ پیٹھ انتظارُک پوٚتُل بنیومُت ۔ آبس کُن ٹھُلہِ ٹھُلہِ وُچھان اوس اُچھ بند کرِتھ شاید یم شامہٕ ژِھمبرِ ہِندی رٕتہٕ داوٕی نظارہٕ ذہنس نگارخانس منز ہمیشہ خاطرٕ بند کرِتھ تھوان تہٕ کم تام زاوِیل گلدستہٕ گیہِ پتہٕ کنہٕ اَہندِن بند اُچھن تھوٚپ دِتھ ۔ یمن اَچھن ہندِ لمس اوس جانہٕ نِس احساسس ہمیشہ ویوٚد ۔ جُت کرِتھ ژٕڈی متس اُن ژِھپہ باجس اوس فکرہِ توٚرمُت ۔ یم چھُ تمے اَتھہٕ پہندِ چِھپتہٕ اَہندِ جنونگ تب سوٗنان اوس ۔ اَمی کھاجہِ پننہٕ زرآرہٕ منز بوٚڈ پتہٕ کنہٕ نیِن دوٚہ شوٚبے نرِ

نمے مرٕ وَن پُرِدیہِ نَیہ اُمی دوٚہن نرِن ہنز آرزاوِلس کمرس کرِتھ ۔ پتہٕ کنی نزادن اکہِ اُتھِچہِ اوٚنگجِ ہیٚیہ اَتھہٕ کِین اوٚنگجن منز تہٕ نیِن یہ پُرِی دوٚہن نرِن ہنز تھپِہ منز چارِتھ ۔ توٚرہ تہٕ آسہٕ تھچھ یلہٕ کرناونچ کوٗشش بلکہِ تمہِ لیشرو وجوٗد اُتھی تھپِہ تہٕ یہ زٕ ڈلے پوشہٕ تلی پوشہ مال نیہ پتہٕ کنہٕ جانن کلہٕ پیٹھ کھارِتھ تہٕ نزاون پتہٕ وزِھ لولہٕ منز ۔

"نا بابا ۔ اَز چھُس یِر لسوار ۔ وَوٚنی وَسبس جنگلُک پادشاہ سہہ سلامہٕ ۔ ژیر گنزِھ پتہٕ کھوژو ۔ وَوٚتھ نبرو ۔ بہٕ یمہٕ ہیٚہ نہٕ میٚہ دوٚپ ینہٕ ژٕ پراران پراران ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔"

جانہٕ لولہٕ منز پیٚمُت وُن پُرزِ یہ نیہ اکی شہہ زَن ساَری ہیر رانجھا پُرتھ۔ اُہنزن شوخ نظرن ستی ینہٕ امار بُرتھ مُدیہ بلہٕ وِتھ وڈتھ جانہٕ واپس۔

"کُس وَسہ سلامہ۔ نو ہہ چھا وحشی جانور تہ سلامہ کران" اَمہٕ تھوٚو جانہٕ نِس اُسس پیٹھ ینُن ڈٕچھنن اَتھ تہ چھُس وَنان" یہ چھس نہ وَنان۔ شیر ببر چھُس بنیمرچہ پتہٕ گوچھ پیٹھ بہِتھ برسوار دان زب چہ تنتھ بجہٕ کنہٕ سلامہ وَسان"۔

جانہٕ اوس اُمس پدمانہٕ ہندِ خوش دہانہٕ شیر ببرُ سُند سفرنامہ بوزُن یژھان زِ ذہن گوس تتھ اُنکھ تہ بارہٕ کنہٕ تَل یوسہ اَتھ وَسیع مادانس منز یہ اکثر سبہ منز وُچھان چھُ۔ یتھ اندی اندی گاہے تولہٕ، گاہے مکاَے، گاہے اوٹ تہ گاہے نیٖول ماز یہ وُچھان اوس۔ یتھ کنہٕ کھاَر بوٗد صاف تیل تہ ملنہٕ اوس آمُت۔

ہیراہ کھُچ تہ بڈی کُو کنہٕ پاٹھی۔ یتھ اُنکھ مرگہٕ منز واگژہر بیٚیتہ یہ اندی نکی کنہٕ تہ کاہنہٕ؛ کنہٕ بال چھُ تہ نہ کنہٕ پرانہٕ کھنڈرچ شینکھ تہ چھنہٕ۔ اَتھ باَریکھ کنہٕ کمُو سنگتراشوَ تہ مُرژہٕ گرو انسانہٕ ہندِ آرامہ سان یہنہٕ خاطرٕ یہ ڈوکھ بتووُمت۔

تہ از اوس جانہٕ اَمہ کنہٕ ہند تواریخ بوزُن یژھان۔

"مگر یہ کُنِ کنہٕ چھنے آمُت تہ کمہٕ اُنمُت"

"اَلاَے" اوس اکھ شرارتہ بوٗرت ہتک آمیز جواب۔

"یہ کُنِ کنہٕ گژھس ین، اسمانہٕ گژھہ سہ یُن۔ اَتھ کُس ہیکہٕ ہس اُنتھ۔ یہ چھُس علمدارہٕ ہنز کُنِ"۔

جانِس آو اَسُن۔ "ساَنی تواریخ چھنے خرافاتن ہندِس وردنس منز" یمو لفظو منز تورہٕ اُمس دَن پُرِ یہ اکھ تہ فکرہٕ تہ پرژُھن کیاہ وردن"۔

پرٛوٚرٕتھم حض زِ علمدارن کیتھ پاٹھۍ اَنۍ یہٕ کٔنۍ۔ تمۍ ہیٚچھ پاہ؟

نٔس ہے بابہٕ نصر صابؒ یچہٕ منز پھرہ ناوان اوس۔"

"الاٰے، شہ گوٚڑتھ ستہٕ نکھس اَنۍ۔ تمۍ دِتُس اَسۍ ٹاس تہٕ کٔنۍ گیٚس پادٕ۔ دُتینس آہکی پھالہٕ پھیٚش تہٕ کینہٕ آس ڈوکھ گرٕنہٕ۔ یِہٕ کرٕنۍ اَتھی پیٹھ باہِن ؤرِیَن[12] عبادت۔ تتہٕ چھس اَسی گجرٕ تہٕ ہہلو اَتھی کنہٕ فاتحہ پرٛان۔ حاجت منگان تہٕ نیاز دِوان۔"

جاپہٕ اوس یہٕ کلامہ لۄزِتھ وارِیاہ غوطہٕ گوٚمُت۔ یِیاٚرِکۍ تہٕ ازتام مأیس ہستی باکُن زوٚن درامُت اوس پرٛتھ نفرِس منز اوسُن لۄزمُت زِ بیٚنہٕ تہٕ عحق شیخنؒ بہَن ؤرِیَن عبادت کرٕمٕژ نہٕ ہیٚتہٕ تہٕ۔ اگر یمَن بہَن[12] بہَن ؤرِیَن شُمار کرو نہٕ تیہنز وأنس چھےٚ ہیٚتہٕ بدی ؤریہٕ بنان۔ مگر تواریخ داں صرف ژٕرہاٹھن[13] ڈاڈھ گنڈِتھ۔ جاپہٕ گوو کینہٕ بیٚٹھ تھوٚد وٕتھتھ۔ یہٕ گجرٕ گوٚر وَن ژٕری ترٛاوِن لولہٕ منز بیٚتھر۔ یتھ کٔنۍ تمہٕ ووٚنۍ اَمِس اَسۍ تھوٚپ دِتیمُت اوس تہٕ تتھے کٔنۍ دِیت اَمۍ تس اَسۍ دُچھنہٕ اَتھ تھوٚپ تہٕ ووٚن تس۔ "یہٕ پزٕ نہٕ وَنُو۔ میانِس صحبتس منز رۄزِتھ تہٕ پزٕ بازٕے بیعقل کلامہٕ کرُن۔ عامہٕ ٹاسو چھنہٕ زمینس کنہٕ پھٹان تہٕ کٔنۍ عامہٕ پھیٚشو گرٕنہٕ یِوان۔ کٔنۍ چھےٚ کٔنۍ اکنہٕ یاری منگن، نیاز دِین، تیل متھُن گوو کُفر تہٕ چھہ کافر کران۔" اَمہٕ کھاچہٕ اَہندِس اَتھ کلامس پیٹھ ڈکٕس گیٚنہٕ لادی۔ روٗشتھ ہیوٚتُن نیرُن تہٕ نیران چھس وَنان۔ "مےٚ آسِس نہٕ پتاہ ژٕ چھکھ کوٚہا۔ مگر ژٕ لۄزمیوٚن ژٕ لۄزمیوٚن ژٕ نیرِتُس، ووٚنۍ وَسہٕ پادر سہہ سلامہٕ تہٕ خدانخواستہٕ۔۔۔۔۔"

" خُدانخواستہ مارِ مےٚ ۔ تی چھا ژےٚوَنُن ، مےٚ چھُ بندوٗق کارتوٗس
بٔرِتھ گرٕ سُندس زٔنیس گنٛڈِتھ ۔ شیر ببرس نِمو بندوٗق لٲیِتھ مسلہٕ توٚہِ سُند
لاگو گرٕ بیٚٹھِکہٕ لبہٕ ۔"

" ژےٚ بوزُ " یہ اُس کینژھا اشتعالہٕ بُرِتھ تہٕ کینژھا اَندری خدشو
کانپان ناد ونیژ ہیٚتھ ۔ " ازنام لایہ وارِیاہ اَمِس شیر ببرس ، تمہٕ وِزِ گولہٕ بیلہٕ یہ
سلامہٕ وسان چھُ مگر تمِن گولین چھُس آب گرٕٹھان ۔"

جانہٕ رٕ لوٗگ آو وُچھنہٕ نہٕ ناو ۔ گرٕس کُرن لانکمہٕ تھٕیِتھ بندوٗق نیوٗن زینہٕ منٛز
کُڈِتھ تہٕ ژھٕنُن نالی ۔ دٔچھنِس پارِ کالبَس تروٗون کھور تہٕ نزدیکھی گوو وُتس
منٛز سیٛہہ سُندِ گرزنہٕ بُنیُل زَن ۔ لچہٕ ٹاسہٕ تہٕندِ ووٚتھ رٲیِل وُلس شی شی
تہٕ گرٕ کھیۆنہٕ کھرچھ کٔڈن کُنی ژٕنجِل دور ۔ جانہٕ اَکھ کھور اوس پارِ کالبس
منٛز تہٕ گرٕ سُندِ اچانک بے خبری منٛز کھرچھ کھٔتھ دور کٔڈنہٕ آو جانہٕ پیٛتھر
لایِنہٕ ۔ گرٕ چھُ دوران ژٕنجِل تہٕ تھےٚکُ جانَس لِتھوان بیٛتھ کٔنہٕ سہٕ کُنہٕ وِزِ میل کٔڈِتھ
چلِس لِتھوان لِتھوان دوران اوس ۔ اَمِس ژٔٹِس تِش آسہٕ نہٕ وُنی کینہہ ہیچہٕ
چلِس تہٕ لِتھ نادِ ہیٚس جانَس کانہہ فرق ۔ سُہ گجر کوٗرٕ اُس پاگلی روٗس کِچہٕ ہِندی پاٹھی
گرٕس پتہٕ پتہٕ دوران کرکہٕ دِوان ، مس پرٲنان ، زٕچِن رینچہٕ کران ، مگر کتہٕ ہیٚکہ ہا
اَمِس تیز رفتار گرٕس رٔٹِتھ ۔ ہورِ اوس یعقوبہ گرٕس پیٛٹھ فراسہٕ ناگہٕ بیٛٹھ واپس
پھیران ، تمیٚ ییلہٕ یارِ سُند حالِ بد وُچھ سہٕ آو تہٕندس گرٕس نِشہِ ۔ مگر برابر اَتھ
کٔنہٕ نِشہِ واَتِتھ زَن آو پارکابہٕ منٛز جانُن کھور ژٕھنِتھ تہٕ جانہٕ پیوٚو یہے
لاش ہیٚتھ مادانس منٛز ۔ یعقوٗبس تہٕ اَمِس گجر کورِ گوو یقین زِ جانس

اوس دُچھُن کھور ژٕرٕنہٕ نیو بوٗن نیرِتھ آمُت۔ دوٚشوٕے وٲتۍ جانس نزدیکھ۔ یِتھین
کانٛس اَس اُمِس گجرُ کورِ ہندِ شور، تہٕ یعقوبہٕ نیوٚ شُرہ نوٕ ستیٚ جانہٕ نہٕ کیمپک مُلازِم
تہٕ اَندۍ پَکھۍ کھٹِن ہندی ڈیرٕ وٲلۍ گجرِ تہٕ پہٕلۍ تہٕ وٲتۍ ہتۍ۔ سٲری آس وَنان جانہٕ
چھُ دُمن ہُند پوٚرژھ۔ رٕتہٕ داوٕی بدن اوٚہُند اوس چھوکَرٕ ستیٚ بریکہٕ نہٕ آمُت،
مُنتھس اوٚشُس ہِسلہٕ پچھوٚر وُتھتھ گوٚمُت، نہٕ رُتھ ہاران جانہٕ تُل ہموٗ سارِوٕے
پہٕ ڈیٚپِزٕ تہٕ اَلھِنۍ کبتھ واتہٕ نوٗکھ کَنہٕ دَبَن بیٚتہٕ اُکس رٕڈکہٕ بُرِتھ اوٚہُند اَڑہ موٗر
بدَن شہرٕ واتہٕ ناوٕنہٕ آو۔

یَپاٚرۍ اَس یہٕ بچار عضُ تیٚنچہٕ پِشُرِ کَنہٕ داں زٕبہٕ کِس مادانَس منٛز نال وٕلِتھ
وِدان کَلہٕ ٹھاسہٕ وان تہٕ پان ژٕٹان۔ یہٕ آس پَنٕنۍ زندگی داوس لاگتھ۔ جانَس
آسے نہٕ زندگی ژھاران۔ اَمہٕ اَس پَنٕنہٕ جبہٕ منٛزٕ ژٕور تیر لوٗسی اَکھ، نابُدی
اَکھ، گُرٕ وٕشن کِٹھہٕ تہٕ سفید برف ہوٗرٕوی دُمبہٕ نیاز کرنہٕ باپتھ گنٛڈِتھ تھوٚمُت۔
وُتہٕ گلِکِس رٕمہٕ بہلِین کوٚر نازِل، جمہٕ گُجرِن نوٕ شُس سائرہ واریاہ ولیہٕ شُدرٕ
آسَس زارٕ پارٕ کران سو گُرِژھ نہٕ اَتھ نُنِس وٲنا کھَس منٛز بیٚنِہ کُنۍ
روتلِہ روزٕنۍ۔ مگر سو اَس پَنٕنۍ پان یاوُن تہٕ زندگٲنی جانَس بلایہٕ دِتھ
بلاین پَنٕنۍ پان آپنٕنۍ تھاوِتھ۔

" توٚت تام نیرِ کُس نہٕ یوٚت تام نہٕ جانہٕ نہٕ توٗ زندگی ہُند یقین ہمَس۔
میٚے چھُس نہٕ توٚت تام تھوٚد ووتھنے . . "

" مگر ژٕے کر بوزکھ سُہ بلیاو۔ بیٚغل چانہٕ غاطِرکُس گرژھِ تہٕ پریشان
تہٕ ژٕے واتی تیٚنچھ۔ "

"پَنُن دِل - یێلہِ میون دِل ڈنجہِ ہیس اَتی تڑہس مے فکرِ زِ شہ چھس ٹھیکھ گوسٹت تہٕ بلیومٕنت ۔"

یہِ کوہہ سُنا چھیے؟ اَمس کیاہ جانَس ستی؟ یہ کتہٕ آیہ؟ کالجس منز پَرِنہ کین دوہَن اوس اکہِ دوہہ جان صاحب نیلہٕ ناگ لڑکن تہٕ پروفیسرن ستی اکسکرشن کشتس آمٕت - اَمی اوس گوڈنچہِ لٹہِ اَمہِ علاقُک مُرتھیل حُسُن وُچھمٕت - یوٚدوے اوٚنت نام تہٕ اَنی مٲلس سنتہ کینشن مرگن ہُند سٲل کوٚرمٕت اوس - مگر نیلہٕ ناگُک شفاف ماحولن اوس اَہندِس ذہنس فطرتہٕ کین نظارن ہند حظ تُلنُک احساس زیادے بہن ووتہٕ لوومٕت - یمن دوہَن اوس نیلہٕ ناگ بٹھِس پیٹھ اکھ گجراہ نوٚو مکاناہ بناوان، یتہٕ اوس بُرنہٕ وارِ حاج صاحبنس کوٚپس پیٹھ چوکداری کران - اَمہِ نوٚوہ مکانہٕ منز اَسی دِیہہ وِتی مُرتِھچ، شوخ تہٕ بے وایہ گجر کوٗر مُدرِ لیہ منز گجری پاٹھ گیوان گیوان نیران تہٕ اژان - بێین گجری کورین مقابلہٕ اَس ریشمہٕ شوٗتڑی تہٕ شفاف پلو لاگِتھ پانہٕ تہٕ چھلِتھ تہٕ چھوٚکتھ نیران - گیے اَس ستہٕ زاوٕ کچہِ موٚنگرس یتہٕ دوران تہٕ گیے میاں پوٚتین اُڈبارِ تُلتھ وَارِث شہن ہیر گیوان گیوان نبہ چہِ تارہ ژٕٹان - اَتھ اَہنہزِ رِیچھِ زاوٕجرِ تہٕ موٚدرِ آوازِ منز اوس کیاہتام جود - کُس تام ازلی سرُود تہٕ وونہٕ دادین اَندری علاج کرنُک عجیب اعجاز - اکہِ دوہہ اَس یہ لُوزِتھ پارٹی ہندی ہمسفر پروفیسرن تہٕ یہ آواز ذہنہٕ کین چھیوکن بُلغارہ بدل لاگمژ - حُسُن چھُ یوسفہٕ ستہٕ پیغمبری ہند معجزہ تہٕ خوش لحن، چھُ داووُدہ سندِ داہ ہیچ دلیل، یێلہِ یم دوشوے صفت اَکس ذاتَس منز آسَن تتھ کیاہ سناہ وَنو -

علاقس منز آس شوقے گامُت۔ ز حاجی صابُن فرزند تہٕ چھُ کالج لڑکن ستی
حاجی بند یو بارو، مُلازِم تہٕ اسامیو کٕر سارِوے جانس دوست تہٕ اُستاد ہیچھ
دعوتہٕ، مگر جانن کٔر نہٕ اکھ تہٕ قبول۔ البتہٕ بُرنہٕ وار کو یک چاکی درن مونس نہٕ کیہنہ۔
جانن اوس مارس تتہٕ اُمس چوکیدار ہنز وفاداری ہند واریاہ۔ لوٗزمُت تہٕ بیٚیہِ
اُمس معلوم سپُد زِ یہ شخص چھُ تمی گرُک خانہ دار بیتہٕ سعہ موٗدُر تہٕ میٹھ آواز
نغمن ہند زمزم بھران سیٖٹھے جانن مون فورن چاے چیٚنہٕ اور گرژھن۔ یہ وقتہٕ
وٕنی جوانی، پھولیوٗن گولاب، اَکھ وُنہٕ صُبحک رُو، سلسبیل جوہ ہند زیر و بم اوس
جانن نین احساسن بچھتہ گومُت تہٕ اَمی شرمہٕ ہنز لاوِ بتہٕ اوس جانس اَکھ وُنہٕ
چانہٕ استقبال کوٗرمُت۔ پیالہ بوٗرمُت تہٕ پھیرمُت۔

رٔیشمُن مام کنیک اوس تہٕ اَس نہٕ وُنہٕ اَپارِ کانہہ تہٕ ثبقہٕ خبر۔ یہ زمینہ
ژٕکُلی اوس حاجی امرالدین صابنی اُمس دیتُمُت، یتھ بیٚٹھ یہ مکانہ بناوان
اوس۔ دیان زِ اصلی چھیٚ یہ گجرٕ کھوہ یہ ہام علاکُک تہٕ زنانہٕ چھیس لولہٕ وِچ۔"
دیان گوڈ گوڈ اوس حاجی صابنس مارس بتہٕ رتان بتہٕ لوکچار پیٚٹھے حاجی سُند
گرُ سیٖیس تہٕ دَن اوس اوہ ہند چوکدر ٹبتھ کو یکہن مینجرن تہٕ میٹھل کران۔
رٔیشمہ آس دانہٕ ہندِس ژوداہمس پاوِس کھسان۔ یوٗدوے اَمہٕ وانہٕ ہنز
خال کانہہ گجرٕ کوٗر انہیرش آسہٕ مگر رٔیشمُن مام اوس نہٕ اُہندِ خاندر یچ کتھ تہٕ
دِوان کرِتہٕ۔ مُترِم یار بو اُوشس برشنگہ کوٗرمُت، مگر کس ستی کرہ ہس
خاندر۔ یہِ آس علاقس منز واحد گجرٕ کوٗر ییٚمہٕ لڑکہٕ سکوٗلس ستیہٕ تام پوٗرمُت
اوس۔ وونی اوُسس گری رۄیہ ونِکس پیر صابس نش قرآن شریف کرِ بابا

نام حق ۔ گلستان بوستان بیتر پرناوان ۔ وارث شاہن ہیر رانجھا اَسس زبانی
یاد، تہٕ اُمِس عِلمہٕ واجبہٕ کِس اپرس گجر برٕ ہیٹھس ییتہٕ کرہاٹہ خاندر ۔ بلکہ اوس
اکہٕ دوہ ہیوٚدُے فرمہٕ ہندِس متشس ووٚنمُت ۔

" ریٚشما میانی جھس نوجہٕ کو، اُمس گرہبس خوجہ زادا آسُن " ریٚشمہ کرِتھ
چھنے ۔ تہند تہٕ جانن امہٕ پیٹھ تعلقات ۔ یمہٕ کیتھ کنہٕ گیہ اکھ اکی ہنز جادی
ہانگہ، یہ چھنے زیٹھ ڈلیل ۔ یہ زبچھ وُنی کین پھرن چھ مُشکل ۔ جانہٕ درعذاب
نھفُوتھ ماہیکو اُسی تہندس پیٹھ کالس دِنتھ دِتھ ۔

تہندمول امیرالدین درگاہ شریف کُن ووٚدہٕ آوازِ منز تہندِ خاطرِ شفا
منگان ریٚشمن چھ داں زبہ چہ کنہ ہندی ذرٕیہ حق شیخنہٕ ہندِ واسطہ خدایس
سانگ لوگمُت تہٕ ییمہ اُش قطرٕ، پوٚت شِنک ووش تہٕ خلوصک جذبہٕ ہیوٚتن
کارگر سپدُن ۔ جانن لاج شوشہ رائے تہٕ بےاختیار پاٹھی وائے کرِتھ ہیرون
پلنگہٕ پیٹھہ تھوٚد ووٚتھن بینیو ۔ ماجہ، مالی بعقوبن تہٕ بینیو روٹ زور ۔ گُرِدگرِس
زن ڈول گنڈ پھیک درِتھ پانسرکُ تہٕ بُھجکی نوٗران دیتُن نکھ لوٚوملوٗع ۔ گرِدگرِس
گیہ شادی ۔ حضرت بلہکِس میناریس پیٹھ اوس بانگ سرد لیہ منز آلو دوان ۔
حیّٰ علی الفلاح تہٕ بیاری اوس جانہ رٕسہ ڈکھس ستی کمر دِتھ ہِہنیچ کوشش
کران تہٕ یعقوبس اوس سوتنبامرٕ آوازِ منز پرژھان ۔

"ریٚشمہ ۔ ریٚشمہ ۔"

خوجہ باے اُس ہیے ہنگہ، سوالیہ مُدرہ رانی ہنزن نظرن منز الانزنرا و دِتھ ۔
بینین اوٚسس نسلک ووٚشلن موکھن پیٹھ نزنہ لوگمُت ۔ حاج صاب

پیٚو پانہٕ تہٕ غوطن۔ یعقوبن ژۄرژ زِ جانٛن نیوٚ بےخۄدی منز رازٕ بوٚ کھچس گنڈ مُترتھ۔ تمہِ ہیوٚت سوٚمبرُن۔ " اباجان اُسی اُسی دوٚشوے دون گُرن پیٹھ بیٚیلہِ گُرِ سہٕ ہند گُمرہنہٕ ہیٹھ کھیٚیہ۔ اوزٕ اوس اکھ گجرا اُنی تہٕ تہنز لوٚچ کوٗر پکان۔ گُرِ سندِ ہوڑ کرنہٕ آیہ سوکورن پڈرن مُتھنہٕ گجرانہٕ دِژ کریچھ۔ "رِیشما کو بچاو" تہٕ جانٛن دِژاپہ گُرِ پیٹھ ووٚٹھ اد گوس پہ حسب حال۔"

خوجہ بابہٕ ہیوٚتُن ووٚنُدگ بار لوٚتُن، جانہٕ ہن بیٚنین ووٚتھ شکک ووٚشلُن۔

مگر حاجی صابہٕ ہنس چہرس پیٹھ اوس نہٕ کانہہ تاثر۔ حاجی یاے وُنتھ ہنجِس زیادٕ نزدیکھ پوان پوان تہٕ تہنُد کلہٕ ہنس وچھس ستی رٹان رٹان " دِزہن سو گجر کوٗر بلایہ پنٕنہِ وُچھتھ دُشمنن کوٗت مُصیبت اوٚنتھم۔"

" مرحبا چھس۔ از سپُد مےٚ اطمینان زِ میانہِ ہن اُچھن ہند گاش جانہٕ بھاوِ میون ناو زندٕ۔ آخر سو گجر کوٗر تہٕ اُس ژٕرے ہش ماجہِ ہنز اولاد۔ کانسہِ ہنز غریبی ہند ولوٚژ۔"

" مگر اباجان گوڈٕ پزٕ انسانس پنٕنہِ زندگی ہند پاے رچھُن۔" دِژ بیٚیہ زمرۄدن مایوس پیٚرتھ ہش بُرِتھ۔

" افسوس چھُ میانہٕ کورِ تہٕ کرِناہ یتھ کلامہ۔ تو ہہ پزٕ اُمس بہودُر باے سندِ ہن یمن چھوکھ مرحبا دیُن۔ اُمی چھُ ژٕرے ہش اکھ بیٚنہِ ہن مُصیبتہٕ نشہِ بچاومُژ۔"

" اباجان ..."

ہنٛرووٗ زمرۄدن بیٚیہِ کیا ہنا م وَنُن زِ مالی نیس بیٚیہ کیتھ ژٕنتھ " کیاہ سا

کوریا ژیٚے ماگوٚرے اکھ گجر کورہن بیٚنہٕ ماہنٕنس منز ہتکھ۔ پرتھ کانہہ غریب کوٗر چھم واللہ پنٕنہٕ کوٗر باسان۔ مےٚ چھُ یقین زِ یِمہٕ باسن جانٕنس پنٕنہٕ بیٚنہٕ۔"

یِہ شہٕل کلامہٕ اوس چھوکہٕ لد جانٕنس چھوکن اَنگ بہناوان۔ یعقوبہٕ اوس حاجِ ہنز ترقی پسندی ذہنس منز عقیدتُک بلاج دِوان۔ تہٕ اَکھ ہنتہٕ پنٕنہٕ ہنس ایم۔ اے ایل ایل بی عالِم پسندِ ذہنُک مقابلہٕ کران۔

"مُبارک۔ ہہن چھُ سہہ پوٗتی اولاد آسان۔ بیگم صاحب تہٕ اُکس کاٹر ماجہٕ ہندی پاٹھی پننین خلوصہٕ کین جذبن باوتھ کران مگر توہہٕ ہیوٚ بہوٗدُر موٗل نہٕ پنٕنِس سپدتس شعر پسندی پیٹھ مرحبا کٔرِتھ پننین پرژن جذبن اظہار کران"۔ ماگرے صاحب اوس پلنگ لٔتِہ ہناہ دوٗرے وہدنہٕ تھٔلِ تھٔلِ جانٕنس وچھان۔ تس تہٕ اَتھ پلنگس درمیان آس گرِکی واریاہ باژ جاہنہٕ بیٚنہٕ بیمہٕ تہٕ یعقوبہٕ۔

"ہم کم صاحب چھہ۔"

یِہ آس جانُن گوڈنیچ کتھ۔ سوٚت سوٚت دم پھُٹ اندازس منز۔ "آگو برا یِہ گوو کلٕہ گام علاقُک زیرک ماگرے صاحب۔ ژِہ آستان کمیٹی ہند صدر بنوو مت۔ اَسی اُسی دوہ شوٚرے یوٗس مرگہٕ ملاقات کرنہٕ وأنی متی ز۔۔۔۔۔۔

"بلایہٕ لوٗگ سینہ حصن، بہ چھُس توہُند خادِم۔ تہندِ بن وُسعن ہُند عاشق تہٕ (خوجہٕ بابہٕ کُن ہاوِتھ) پانٕنژھ ہتہٕ وُہرِ وٚچھم اللہ دِیدٕ زنمس آمُت۔"

عمہٕ ماگرے اوس راتھے کالہٕ کالے مہندر ناتھہ نہٕ جیبہٕ منز حاجِ صابُن رِشتہٕ اوہُند گُمہٕ نگین ووتمُت۔ اَتھی دوکھہٕ ہژ اچہٕ راژ منزے ماگرے صابن اَمہٕ گرُک باژ تہٕ انگ آشناو یِم اَتہٕ آسی پٔنٕنی گروید بناوِ متی۔ واتہٕ وُنے

اَسی جانَس اَندی اَندی بلایہ لگنہٕ باپتھ سَتھ گردش دِژمژ۔ فورن بُتھ چھلتھ اوٗن ہَتھ رکانہٕ

نوٗفل پورمُت تہٕ پتہٕ اوٗن دَرگاہِ شریف کُن ڈبہٕ پیٹھ بڈِ بڈِ سورہِ شفاہک ختم شریف

تہٕ پوٗرمُت۔ ختم پُرِتھ اوس وَدان وَدان اوٗش ہاران نرمی سان بڈِ بڈِ دُعا کوٗرمُت

زِ خوجہ بابہٕ تہٕ اوس ہوش آمُت تہٕ یقین گومُت زِ جانہٕ بلیوس۔ اَمہِ پتہٕ اوٗسن

اَش بُتھ ہیتھ ڈبہٕ پیٹھ ژھال نتھ جانہٕ نس پلنگس نزدیکھ پتھ تَس پھوک تہٕ دِتمُت۔

اَمہِ وِزِ اوس جانہٕ نہٕ بێنہِ اَڈہَند اوٗش بُتھ وُچھتھ اَمس گوٗل بُرِتھ ہچِہ ٹاٹھیانہٕ ووٗتمُت

تہٕ چِچہِ ٹاٹھس اوٗن پننہِ ڈُپٹہِ ستی اَش بُتھ دوٗہ نفرومُت۔ البتہٕ اوس منزٕ نکائی داماہ

پچِنہٕ شلہرِہ منزٕ تہٕ دوٗتھمُت۔ تِتہِ اَسِن نندہٕ کُلمانچھس تہٕ حلیم کھٹانَس کیہنہ جرح

تہٕ کرژمژ۔ ہم دوہ شوے یعقوبس ستی اَڈہ مور جانہٕ ہیتھ اوٗت واتِمژ اَسی تہٕ دوہ شوے

اَسی جانہٕ نہٕ کینہہ گومُت ملازِم۔ اَکھ پوٗت منظرس منزٕ دِژ ماگرے صابن لے مانہٕ پرِ شعا

پُرِتھ۔

• مگر حاجہ صاب پیٹھِ یہ رازٕ جنگلگ یعنی یادرِسہہ کیٹہِ اُستانس سلامہ دِسان

چھُ۔ ستہ چھُ بے ہمر آسان۔ "خار قسمت" پرژھہ آسیا کینہٕ دامنج کنھ۔ حاج

صابن دِیُت نہٕ کانہہ زِول، مگر یعقوبنٕ سوپہ پیامُت بُتھ ہیوٗتنُو ابدرُن۔ جانس

نہٕ دگ ہرِنہِ۔ خوجہ بابہٕ تہٕ تہنزن کورِن توٗرنہٕ کینہہ فکرِ۔ حاج صابہٕ نین

زامہٕ ترِبن تہٕ بێیَن آئِمَن آشناون اوس یہ سورُے کلامہ دقیانوٗسی باسان۔

زِنتمس اوس عقیدہ زِ یتھے جانہٕ ٹھیکھ گژھہِ تَس دِیہِ دِل پنُن تنھے گواہی۔

سہ لبہِ اَندرِ اطمینان تہٕ سکوٗن۔ خبر تَمہِ لوٗبا کِنہٕ نہٕ ؟ اَسی کیاہ کرو خلوٗصہ کین

جذبن شک۔ ضرور آسِس صُبح بانگہِ وِزِ یقین گومُت زِ تہنُد دلبر جانہٕ کیاہ گود

ٹھیکھ۔ تمہِ آیہ ژھون تیرِن ہندِ ٹھیپہِ ٹھیپہِ کرنک بندوبست کرُن ہیوٚ تمٕتس۔
وۄدٕ اگر ژٕےٚ وۄندس شک پھُے گژھ تہٕ کھَس تہٕ داں زب۔ تہٕ وُچھتہٕ پلنے۔

# باب ۷

اوترٕ تحصیلدار منصور صاب اوس از اسسٹنٹ کمشنری ہندِ عہدٕک چارج گورنری منٛز رٹھتھ آمُت ۔ ترقی ہُند آرڈر اوٗسس تارِ ہندِ ذریعہ وونہٕ مُت تہٕ اَوے سببہٕ اوٗسُن جلدے چارج رٹھتھ ہمُت ۔ پتھ مرتہٕ اوٚس منٛز مالہٕ صابَن آشین کلٕ گوم سارٕس گرٛس ۔ منصور صابن اوس تس سالہٕ تہٕ گورمنٹ ہٕنٛز واریاہ ڈالہٕ تہٕ آسنس ستی درٕ ہٕ مگر یمو ڈالیو ہٕنٛز سالو کھو تہٕ اَس منٛز صابن زنانہٕ عتیقہٕ ہٕنٛز مہمان نوٲزی ، تہٕندی تہذیب تہٕ سلیقن زینیٚ مٕژ ۔ عتیقن اوس منٛز پایہٕ ستی ڈیپیٚزٕ تہٕ دوٚن دوہن منٛز ولیہٕ تون گومُت ۔ عتیقنہٕ اَکھ تیٚتھ وشونا پٕٹھ ترٛو ٹھ گاڈہ اُہِن رٲنیس کٕرٛ تہٕ اَکس دیچِھ وارِ منٛز ستی نیٚمٕژ تہٕ یہ میٹھ گاڈ کھیاونا وان اَہِن منصور صابنی سفارش تہٕ چارتھ ہمٕژ ۔ نتیجہٕ دراو منصور صابس پیٚنٛز ترقی تہٕ تہٕ پننہٕ مرضی مطابق پوسٹنگ تہٕ ۔ عہدہٕ کوتاہ نہٕ اہم آسہ مگر تیٚمیٚ اہمیت چھلے گٕنٛز جایہ کم آسان تہٕ گٕنٛز جایہ بڈٕ اہم ۔

ازاوس منصوٗر چارٕچ ژٕھ گرٕ گراچھ جیپہٕ منزٕ ے آمُت۔ تٔمِس برونٛہہ
ٲسۍ بیٹھکِ منزٕ تہندی کینٛہہ ماتحت دوست تہٕ اَشناو ہٕتھ۔ مُبارکس آمٕتۍ۔
یِمَن پرٛژھِنٕ اَسہٕ منصوٗر صابن غارٕ حاضری کُنہٕ رنگہٕ تہٕ کٔمۍ باسان تہٕ کیازٕ عقیقن
اَس پٔتنہٕ اسہٕ وُنہٕ دہاہٕ تہٕ پھولہٕ وُنہٕ ڈیکہٕ ییٚنزٕ مہمان نوازی گژھِ۔ یِمَو اَسَس
کینژَو بیٹھِ تہٕ کینژَو نوٚنہٕ چاے چٔیژ۔ تام ژاو منصوٗر صابَس تہٕ اکِہ اکِہ سارِنے
ہِستی غارٕ پاٹھ تہٕ اَتھٕ واس کٔرِتھ بیوٚٹھ ماتحتن کُن کمہٕ سان وُچھنھ تہٕ پتہٕ لٔنس پرٲنِس
دوستس ہیڈ ماسٹر کول صابَس ستی نالہٕ موٚت کٔرِتھ۔ ہاجِرٕ آیہٕ اَس بیٹھکہٕ ہندِس
بَرَس تام پوان وۄدنہٕ روزان بُرژہٕ بیٹھکِ کُن ژٕٹرفانہٕ نظراہ تراوان تہٕ بٔنیہٕ والیَس
نیران۔ تریٚیمہِ لٹِہ آیہٕ تہٕ رۄزٕ دروازٕ پٔردس تھپھ کٔرِتھ شاید پاران زِ تَس
نہٕ دِن اندر اژنگ ہیوٚن نہٕ سوتہٕ کرِ زامترس مُبارک بادی۔ اُہنزٕ بے قراری وُچھِتھ
ژُرُژ عنایت صابن شہزادِ لالنِ راکٕنی پوچھ ہٕتہٕ ہنزٕ ژھرٹھ ژھرٹ تہٕ پانہٕ تھوٚد
وُتھِتھ اَہنزٕ اندر تہٕ بیہناوِن پانَس نزدیکھ صوفہ سیٹس پیٹھ۔ تام ژاو یعقوبہٕ تہٕ تہٕ
مٲلِس تہٕ ماٲلی ہٕندِن یارن سلام کٔرِتھ بیوٚٹھ بیٹھکِ دروازس نزدیکھ لوٗلس پیٹھ۔
یعقوبہٕ اوس زَن نہٕ وارِیاہ تھوٚکمُت تہٕ تھٔکِتھ بہتہٕ سوت گومُت۔ یعقوبُن بُتھ
اوس ترانٛژِ الوند اُچھَن اوسُس پھوکہٕ  کھوٚتمُت۔ اُچھ والن ہنزٕ تیٚنجہٕ
آسَس زَن تہٕ زوہٕ زیادہٕ دزمُن کانجِہ ہٕتہٕ۔ اَہنزٕ حالتھ وُچھِتھ ووٚن بے اختیار
پاٹھی ہیڈ ماسٹر کول صابن۔

"یعقوب صاب ژٕ کیازِ از لوٚتاہ غمگین"۔

"کینٛہہ نہٕ مارا"

"اَیز جواباہ دِتُھن گوٚبرا۔ اُمِس مارا چھُ قریبی دوست زخمی گومُت۔" دیٚت
عتیقن پٔتہٕ ہنِس رِوٲیتی اندازس منز کول صٲبنِس سوالس جواب۔ منصوٗر صٲبن نہٕ
دیٚت کول صٲبنِس سوالس کُن توجہ نہٕ یعقوبہٕ نِس جوابس کُن۔ اَلبتہٕ گوو پتہٕ زنانہٕ ہنز
زیوٗ پہ بوزِتھ حٲران زِ یعقوبُس کیاز اوس اُندری دَم۔ منصوٗر صاب اوس ادتہٕ پیٹھ
یتہٕ تمہٕ کلہٕ گامہٕ چارج دِتھمُت اوس تتہٕ پیٹھہٕ برابر حٲران آیا یعقوب کیاز آو نہٕ
تس اَتھ ترقی پیٹھ مُبارکس۔ ییلہٕ نایبِ تحصیلدٲری پیٹھ منصوٗر صاب تحصیلدار
بنیومُت اوس یعقوبن آسہٕ نہٕ مٲلِس گردنہٕ ٹالی ترٲوِتھ پنُن پان گٲنٹھ دادِن تس
اوٚیزان ترومُت۔ سہٕ اوس نہٕ تمہٕ دوہہ دوٚن دوہن سکوٗل گومُت۔ بلکہٕ اوس
مٲلِس سٕتۍ تٔہنٛد نوو دفتر وُچھنہٕ تس سٕتۍ گومُت۔ اَز اوس منصوٗرس تمہٕ کھوتہٕ اہم
مُبارک۔ اَتھ ترقی بنیہٕ پننہٕ منشا مُطابق پوسٹنگ۔ مگر یعقوبن شینکھ تہٕ نہٕ
نٕیُ۔ منصوٗرن اوس عتیقس بار بار یعقوبس مُتعلق پرژھمُت مگر تمہٕ اوس نہٕ
کانہہ جواب رٲلِنس دِتھمُت تہٕ ژٕھنی کین اوس بُرژ ہیٹھکہ منز رٲژھ ہنٛدِ ذہنک
شُرکی مُرژاوِتھ نوٚن گنڈن منز گونڈمُت۔

منصوٗر صاب اوس اَز تہٕ ہنزہٕ نٕلک نوو ٹویڈ کوٹھ تہٕ وُرسٹڈ پتلوٗن
لاگِتھ پتلوٗنچہٕ تلوار آسہٕ تیز کریزہٕ کُن اوس ٹٕدے گنڈِتھ شٔرکین ہنز مُرژلن گران۔
مگر گنڈن منز گنڈنہٕ یوان۔ شام تہٕ ہیوٚتن سپدُن۔ منصوٗر صٲبُن لوکٹ نیچو اُنِس
تہٕ ژاوبے واپہ برونٛہہ مٔنس اندازس منز بُتھ لدِتھ اَچھن مُرژہٕ دِوان۔ برونٛہہ کنہٕ بیرس
پیٹھ جمع مٹھاپہ ڈبن لٲجن دِتشھ دِن۔ تسنٛد اَتھ ووہر پہ خانہ مول چھلتھ تہٕ بچھوکھ
دوو دُتھ طابٹھ اہار افسر زادِ اوس کسنام روٚشمُت، ناراض تہٕ کہنز نام چھُ غلی

کھینہٕ آمُت ۔ مِٹھایہ ڈبن ہندی چھٹُل کھان اکہِ اکہِ کھونٛد تلان تُلان یوٚدوے غوصہٕ ہُرِیاس مگر پہ وَنِتھ اوس آمُت تہٕ زَن اوُسس سوٗرُے مُشِند گومُت ۔

"کھاؤ کیا کھانا ہے"

اکہِ اکہِ یم ساری ڈبہٕ یلہٕ وان چھِس ماج اکھ اکھ مِٹھایہ ڈبہٕ آیتِن تھاوان ۔ اُہندِس لاٗوِس دوہ ڈبکس آسہٕ ماجہِ ہندِ اکہِ پلالہٕ زیادے گبنہٕ الاٗنز گژھان ۔ بُتھِ اوسُس ووشلِن پہ اوٚش زَن اوُسس اُچھَن پیٹھ نژنہ لگان ۔

نژُر ۔ شرٛوٚدُر ۔ شوٗرٛژر ، بےربا ، نہ روایتی پہندی قٲیِل نہ لحاظن ندم رٕچھان ۔ اُسن پہند نہٕ ٹوٗکھ تہٕ غوصہٕ نہٕ امۄب ۔ شُرِن ہُند زوم رٕچھن چھُ پیغمبرانہٕ عظمت تہٕ پہُند بول بوش زٕرٕژُن چھُ فطرتکِس رازٕ گنجس کھان تلہِٕ نس برابر ۔

دٔیان شُرِ سُند بول بوش زانہٕ تہٕ ہُند مول موج مگر وُنکین زَن اوس اَکھ گنڈ تیہٕ نہٕ ماہٕ روومُت ۔ مول موج ہُنٛدی تہٕ آسی نہٕ اُہنز اَباوٕ نہٕ اوُژ شیٚچھ سمجھتھ ہیکان ۔ منصور صابَن ژاٗری تازٕ نازٕ برفی یوسہٕ اُمیٚسس زیادٕ ٹاٹھ اٗس تہٕ اُمی برفی ہند لوٚژت پلیٹہٕ کھوٗونس برونٛہہ کنہٕ ۔ اُمیس لالن دِیت پلیٹہٕ پتھر ترٕتھ تہٕ برفی گیہٕ آورٕ واورٕ ۔

آ ۔ ن ۔ ی ۔ س ۔ دِژ بڑٕ ہٕڈٕ زیٹھ راٗوِنھ یعقوبن کریکھ ۔ نسٹیس گو ونگ نندپل ۔ اُمیس پھیر آوٕ ژھٹھ ، تہٕ لوگ ماجہِ کُن وَننہٕ ۔

"ممی مجھے بھوک لگی ہے ۔ کھانا دیدو"

"ژُ ونٛدے تام کھنے مِٹھائے" وۄنِس ماجِ آیہ دلاسہٕ دِوان تہٕ پننہٕ پھیر اُتھٕ سٟتی پھشاہ دِوان ۔ انیس ہیوٚت پننہٕ بوم چارُن تہٕ عتیقن وژ دورِ

ہندِس نوُس موہنوُس آلو۔ "منیر انیس کو کھانا دو"

یعقوبن دِژ بیہ انیسن کُن خشمہٕ ہنٛز نظراہ تہٕ دوٚپنس "گرھ کھٮ۪نے بہہ تہٕ پیٚتہٕ کر انگریزی یاد"

یعقوبُن انیسس روب کرُن اوس نہٕ نوٚ کتھ۔ اُمی اوس انیسہ نوٚن بجکہ ستی روٚچھمُت۔ مٲلِس ماجہ ہندِ کھوتہٕ اَسی انیسس تہٕ بأے ہنٛز ماے۔ اُمی سے اَنِس شونگان تہٕ تہٕ اوٚہندے اوُسس داپہ تہٕ۔ مگر وُنکین ییلِ یعقوبن انیسس گگرا ے کرُ تہندی مٲلی منصوٗرن چار یعقوبس کُن۔ بے واپہ بُمہ تہٕ اَچھ ترکہٕ راوِن عطیقن ژٕرژٕ رآدُ سُند خشم تہٕ تہٕ یعقوبنہٕ بُتھیک رنگ ڈلن تہٕ۔ یعقوبس اوس مٲلی سُند پریز محفلِ منز بُمہ ترکہٕ راونہٕ تو تہس خلاف گومُت۔ عتیقہٕ اَس یعقوبنہٕ دِلہ بیٹھک بہ بار فورن تھوٚد نٚلُن یرژھان۔ رٲنس کُن ناراضگی ہنٛز نظر گٕنڈِتھ وٚون عطیقن عنایت صٲبس شہزادنس رٲنس کُن۔

" نہٕ حفض خدا لاسہ ورٚنی انیس لالس۔ اُمس نہ چھُ میون پروا ے نہٕ مٲلی سُند۔ روٚچھ تہٕ بأے لالہ نے تہٕ حیاتہٕ چھُس اوٚہندے۔ بہٕ چھُس ہمیشہ ضنجس وُنان زِ یعقوب لالہ چھُ سون تہٕ انیسہ چھُ یعقوبُن۔

"ممی دیکھو میرے کھانے میں پھوہری ہے۔"

انیسہ ژاو بامبرہٕ ہوٚت بتہٕ پلیٹ اَتھس کیتھ ہیتھ سایلہ ہندی پاٹھی فریادی۔ عتیقہٕ بامبرایہ زِ یتھنہ تہند خانہ مول تس پلیٹ کلس لایہ۔ سہ تہٕ وایہ برہی نہٕ کینہہ مگر یعقوبہٕ وُچھتھ یپیوس ہناہ ژکھ وُسن۔ عطیقہٕ وٚژھ فورن تھوٚد تہٕ پنجوی ہُند اکھ منز بتہٕ پلیٹ رُٹھتھ دِتن موہنوس آلو۔

"مُنیرااس کو کیوں پھوہری رکھی ہے"؟

یعقوٗبس کھوٚت خشم تہٕ ژرکہٕ سان اَنیسہ پانس کُن نتھ وۄتھ ماجہ کُن۔

"ٹاٹھی، اگر انیسن اُردو غلط بوٗل ژٕ نیے پرٕزہِی وۄنی کاشُر یا پھٹی مُنیرس ونُن اگر نہٕ ژٕ نیے نہٕ پتاہ آسیے زِ پھوہر کیاہ چھِ وَنان۔ ژٕ نیے نہٕ ووٚنتھ اُردو پاٹھی بوٚہے لفظ تہٕ آسیس روزِ دُمریٕ یقین زِ اُردو پاٹھی تہٕ چھِ پھوہر یٕ ونان۔ گوڈٕ دُنیاوسٕے ہمیشہ زِ انیسہ پرناوون اُردو انگریزی کُمہ ووٚن فرانسیسی تہٕ پتہٕ جرمنی تہٕ مگر گرس منز منہٕ اُدٕ نوس پرزبو۔ گولہٕ پاٚرِیُم مَتہٕ بناوِ توٗن"۔

یعقوبن اڈلیوک تقریرٕ بوٗزِتھ آسی ساری مُطمین مگر سارنے اوس باسان زِ یعقوبہٕ چھُ شاید پرانہِ زمانک انسان۔

"یعقوب لالا راجہ باغس منز کُس بچہٕ چھُ کاشُر گرس منز بوزان۔ وۄنی چھا پانس ٹھیٹھ کرناوُن"۔

"اَدٕ وۄنی نوس پھوہرِ کیاہ چھِ وَنان۔ ذہَن مَتہٕ کرِیٕ توس خراب"

"یعقوب زٕ کیاز گوژھ وۄنی پھوہر اَلوند۔ یہِ کُس مسلہٕ چھُ آسی کیاہ گرسی چھا، اُسی بولہٕ ناوون انیسہ کاشُر گرس منز اَمہٕ سٕتی چھُ ذہن خراب گژھان"۔

اے سی۔ صاب اوس حسبِ معمول فاصلہٕ دِتھ کتھ ژھٹِتھ یژھان۔ اُمی اوس ہمیشہٕ اِنتقالک فاصلہٕ اُتھی نِیِتھ بیٹھ دتیمُت تہٕ اَتھ اہم مسلس ژوٗک نتیٖ واتہٕ نے بیوٗن فاصلاہ دِتھ۔

"مگر یہِ چھُ پوٚز وَنان زِ اسہِ پرِزَونُن انیس لاس زِ پھوہر کیاہ چھِ وَنان۔ وَنیوس نہٕ اے فارسی عالم چھو"

منصور صاب لوٗگ ذہنس منز گیتھ زانیھ دِشہ اُمس آسی پھوہر کھنڈہٕری گوگلس

منز روٗزِتھ گژھ۔ کنہٕ ژٕنھ وٕدن اُمی زنانہٕ کُن۔ "کٔشیرِ نِہبر ما چھہٕ زنانہٕ بے صفت تہٕ تم کرن بتس پھوہر۔ تِہٕ تہٕ چھے پھُہرے نہ پھوہر ہندِ خاطرٕ لفظ کانہہ۔ ووٗل گوو کول صابس نا آسہِ خبر۔"

یعقوبن تردد اُسُن۔ کول صاب تہٕ اوس پھوہر منز کنہٕ پھول ہیو بند گومُت۔ تحصیلدار خاص تہٕ بیٹھکہِ منز بہتھ بیٚیہ شخص تہٕ اُسی کنہٕ ژاپھ دِوان۔ یعقوبن وۄن بیٚیہ مالِس کُن اباجان۔ یہ گوو لڑکہ سُند ذہن خراب کرُن۔ نہ روزن سانی بچہ کاشرکی تہٕ پارسیکی تہٕ نہ انگریزکی۔ انیس لالہ آو بیٚیہ باہر ہوٚت۔ تہٕ ژاو مالِس زنگن منز۔

ڈیڈی کل فیس بھرنا ہے۔

بیٹا کتنا؟

وَن ہنڈرڈ اینڈ سِکسٹی فور روپے۔

"انیس کاشرِ پاٹھی وَن تَمہٕ کُژ روپیہ گیہ۔ وۄن یعقوبن انیسس نِش نھوٚد وتھ۔ انیس اوس بیٚیہ رٕہِ منز خبر بند۔ اَد باوَن اُردو پاٹھی۔"

"وَن ہنڈرڈ۔ وَن ہنڈرڈ۔ انیسہ لوٗگ وَن ہنڈرڈ وظیفہ پرنہٕ۔

انیسن معصوم ذہن شُرکہِ منز گنڈِتھ نیو۔ انیس کول صاب ہیڈ ماسٹرن پانس کُن مایہ سان تہٕ لوٗگ وَنہٕ "اَمن سٕے جگر کھانٹیا اَسہِ بناوی شُری چارٕ نہ چھکھ اُردو پتاہ نہ کاشُر نہ انگریزی۔ مگر کرو کیاہ؟"

"کول صاب۔ معاف کرِو۔ اُسی ما چھکھ پنٕنؠ اولاد زورٕ کلی کران۔"

"مگر یعقوب صاب کیاہ کرو دِمو بچن گرن منز کاشُر کرنہٕ اکھ چھکھ

لۆکھ بچہٕ نظر وُچھان ۔ ییٚمہٕ چھُہ انگلش میڈیم سکوٗلن ہنٛدی ووستاد وَنان زِ شُری کرِو وُکھ خراب ۔ تراوِو کھ سرکاری سکوٗلن منٛز ۔ تَتہٕ چھِہ حرف لیکھہٕ ہیٚچھان" ۔ یہ اوٗس تحصیلدار صابَن فٲصلہٕ یعقوٗبس ییوٚو ناچار اَتھ استدلالس زہر خنٛد ہ ستی استقبال کرُن ۔

تب کھۄت اوٚبر لانکھ ہتش ۔ بیٹھکہٕ منٛز ہیٚتنے پرٕھن ہنٛر کُنٛدی ہوی کھسنہ تہ یِمو لوگ اَکہِ اَکہِ بیٚرُن ۔ یعقوٗبس ژاد لۆکٕی بوٚے انیسہ پہ ڈٲپِزِ تہ لولہ منٛز ۔ یعقوٗبن روٗٹ اوٚہند کلہٕ وَچھس ستیٚ لۆگس کلس کھیش کھیش دِتھ بیٚنٛدر پاوٕنہٕ ۔ منصوٗر صاب تہ لٲگ یعقوٗبس افسرانہٕ روٗبس منٛز دُہنہٕ ۔

" وونی ما کھاروس بیٚنٛدر ۔ کیاہ کوٚرتے ۔ تام پِہ گانٹہٕ کھنٛڈ " ۔

" اباجان ووہ ڈی کوتاہ علم آپہ راویوس ۔ صُبحس چھُ بے چار ستہٕ بجہٕ وُوتھمُتھ ۔ گانٹہٕ جوراہ پرٕتھ دراو سکوٗل ۔ تَتہٕ روٗد گانٹہٕ شێے مٔرٕ ۔ تور ہیٚتھ تہ پوٚرٕن گانٹہٕ جوراہ ییٚمہٕ زانہ آپہ راوو بیٚنٛدرِہ وِزِ پلاو تہ ستہٕ تہ چھُ بُڈس تہ بیٚرزن لگان لۆکس پچھے نہ کھتھے" ۔

" لاگ تعزیر " کرِتھ دِتھ نیہ مٲلی یعقوٗبن کتھ کرِہ ہیٚتھ " ۔ اَسہ آسن کرالہٕ وانہٕ باپہٕ تھٕم مُتھ ۔ کُنہٕ درگاہ تام تر و یونیورسٹی تہ بنیاد بُڈ عالم ۔ میں نے پنجاب یونیورسٹی کے ساتھ میٹرک دیا ہے۔ اور علی گڈھ کے ماحول میں پڑھا ہوں" ۔

" مگر علیگڈھ چھُو شُری ہَن زیٚتھ گوٚمت ۔ تووٚت تام گھر میں پڑھا ہے" ۔ نیو عقیقن اَسہ وُنہ چانٹہٕ ڑائنس پیتہ کُنہ استادٕ روٗزِتھ ٹَسہٕ ہناہ مٲرتھ

تہٕ اَمہِ پتہٕ لٔج یعقوبس وَنہٕ نہٕ۔ "ژٕ نے کہو اچھن پھوکٹ ہیو کھوتمت۔ اَمِس یارس کیاہ چھے خبر۔ تو تہٕ روٗچھنک ژٕ خُدائے۔ یہ جایہٕ کمن ہُند گوو؟"

"یہ ہے گوو ٹھیکہٕ دار امر دینُن نیچو۔"

"اچھا یہٕ چھا تمی سے مینز رٕ سُندیُن زٕریُن تہٕ لُکہٕ کتاپ چھُہ۔"

یعقوبہ اوس حاران زِ اما تِہُنز ماجہٕ کوٗہُند اوس بروٗنت گومُت۔ منصور زاو بٔیہ بیٹھکہِ برہٕ اندر تہٕ زنانہٕ کُن لوٗگ وَنہٕ نہٕ۔ "تو ہیر چھیے غلط فہمی۔ سُہ چھنہٕ مینز رٕ بلکہِ شہرک بوٗڈ خانہٕ دانی امیر۔"

"اچھا" وٗن عتیقن بٔیہ ہزلہ سان۔

منصور شہن ژٕٹ کنھ۔ تمی زون کنھ ژٕہنی مناسب زِ تیتھنہٕ تقریرچ روٗداد بوزناوِتھ نیچوِس تہٕ ہشہِ تِھی عتیقہ تجل نس کرِتھ۔ تام کر منصور صابنس ذہنس منز وٕلِش گامتہٕ خیالچ باوتھ تِہنزِ ہشہِ ہاجرہ آین۔ "کہے روٗوے عتیقے۔ یہ جان صاب لے پرس پرار لیوس کیژ پھرِ لور آو اکھتے۔ اڈن تا سوٗنت کالہِ دِلہِ پتھ انیس لالس ٹریسکل۔"

"میون باے صاب آبائی جیا۔"

ٹریسکل بوزِتھ گوو نیچہ اڈ تینِ نرِ نظو دوٗ تیتھ تہٕ گوو ٹیبلس پیٹھ استادٕ۔ ماجہ ترا وِچی نرِ گردنہٕ نالہ۔

"بابے صاب تُچھنا مے سخت رُچھان۔ تمی اوٗن نا مے یہ اوتر۔"

"بیٹا اُردو میں بولو۔" نیچہ منصور صابن جاڈ دِتھ انیژ کنھ کرٕ پتھ۔

"ابا جان ڈریا وُن ہندی فطری بہاوکھ روخ مننہٕ پھر دو۔"

منصور شاہ دراو دُزِتھ بَرِہ نیبر تہ اٰیسن وۄن بیٚیہِ ماجہِ کُن "می سہ ریڈی
میڈ سوٗٹ ؠلیس ژٔرے واڈ روبس منز تھوٗونہٕ"۔

"اچھا یہ گوو اسُے جان صاب"۔

"توہہِ آسا رلے زِ کانٛسہِ چھُ انتقال گرناوہ خاطر ڈالی اوٗنمت۔"

"اوہ ہو! یعقوبہ چھُ اَز سائنس کارس پانچہ دِوان۔ اما اَدہ کیاہ کرو۔ پگاہ
پیٚلہِ واپہ کار ملازم لگِتھ انتقالس گمُ وۄن گژھ کرنس آسکھ نیتھ روبیہ ہیوان"۔
تلے عقیقہ تراو۔ زن چھُ ماجہِ لوٗکھن دوہ پرش۔ ژٔرے کھیٚ زِ دوٗنھ حاجی اسرڈیٚن
منز ز۔

ادِ کیاہ چھُ؟ یُس زمین تہ اکر ہیٚیہ کینہہ تَس چھِ تی وَنان۔

"یعقل مول اوسُے گوڈٕ تہندی سے مٲلس تٔمس گماشتہ پتہ دیاونس
چیف جسٹس اَکھ عرضی نوٗیسی ہیتہ لانسن۔ خدا دِنیٚس اُمس ماٗرمٔندِس معصومس
جانس شفاٗ تہ زُمہ رلیشن آسے۔ بیچارس چھُس ترِ پن گوڈن منز اکھ ماژ غوٗدود۔
اٰیبسن تراو ماجہِ کٲتچھ ڈیٚچ تہ اَمِ پینہہ آو بیٚیہ باٗلیس تِمس تہ بے تابی منز
چھُس پرٛژھان۔ بابی جی۔ جانہ بلے صابس کیاہ حض۔ تلہ حض وَن تہ مے
وَن حض جلد"۔

کینہہ نا بیٹا! سہہ دوریاس پتہ تہ شہ . . .

"تمہ کۄر حض بابی صابن سہہس ستی جنگ"۔

"اہن ساگو بریا!"

"بہہ تہ کرہ سہس ستی جنگ کرس ڈشم۔ دِشُم"۔

لگے بلایہ مہ بوز ہمن دوون ہنز ڈبلہ رانس کھوژ ہم۔"

"ناجی۔ مے آسن اَبیہ کھوژ نادان، یہ گژھم وار کارہ شیر سوار بنن۔"

(Hallo) ویل ماے ڈارلنگ ٹاٹھی۔ اَز یچھ ماجہ ننش چھے یوے ہیے توقع تھوان۔ اَز یچ موج گژھیہ شُرِس وَنن کھوکھ ہا اوے، برور ہا اوے۔ مے ہنز اُو ٹنگہ مرگہ اکہ دوہ پننِس ستی گندن ابا جانن کھوژ تووس تیوناہ زِ تمہ دوہ درایم راتھ پَندی۔"

" اہن سا دعونی دیم ناموزوری۔ ژاو یلہ بیٹھک پوننز زان منصور صاحب بیٹہ بیٹھکہ منز۔ اُمی اوس بیتھ ہے کالس منز۔ پننہ کتھ سوکھ کُدتھ نمت تہ گاوُن نالہ ژھنتھ اوس بیٹہ بیٹھکہ برس بیٹھ والیس ووتمت۔" سُہ رُول اوُس یہ تمہ وزہ ماجی سندس حیثیتس منز نہ بلکہ موج بنتھ ادا کران۔"

یعقوبس گیہ وونیاہتی جذبہ بیٹہ پژ مورد۔ ماجہ ماجیہ ہند تصور آس اُچھن تل۔ تمہ ستی ستی پیوس ٹنگہ مرگہ ہند ابا جان تہ یاد۔ یمی دعہ کورمُت اوس زِ سُہ چھپہ ہمیشہ یعقوبس پتھ۔ یس دوہ یہ پلنے مس چھلتھ رُبہ رُبہ مستس وُچھان اوس زِ تیتھیہ عام شُرین ہنز۔ ٹوپھ آسس لاریمُت۔ پرینچھ دوہ شامس یعقوبن کلہ لولہ منز ژٹتھ زنانن ہندی پاٹھی ہوری وکھنا وتھ نیندر پاوان اوس۔ یس نمازِ فرد بیٹھ ہر دنھ کنہ یعقوبس ژہان اوس تہ اَد اوس نماز پران۔ برہ ارشن دایس اوس باسان زِ شاید ماچھ نیچوس منصور شاہ سجدہ دوان۔ اَز تہ سے منصور۔ فرق کیاہ سُناہ؟ تمہ دوہ آسس یہ ٹلے آسان اَزیچھ ٹلے گنڈان۔ تیلہ اوس بند گلہ کوٹھ لاگان تہ ازھری

پیس (THREE PIECE) یا ڈبل برس سوٗٹھ ۔ تمہ دوہ اوس کرایہ مکانہٕ مگر از
پیٚنٕس بنٛگلس ۔

منصوٗر شاہ ازکل تمی وِزِ یعقوٗبس کُن ماپہٕ برٛزٕ نظر تلان ۔ یِیلہ یمِن مُدیٚن
عتیقہٕ ماپہ سان ووٚتھ تمٕک اجازت دِیہ ۔ راتھ تام پرتھ بٔڈوارِ نشامس کلہٕ گامہٕ
پیٚٹھ برابر دوٚن ڈایَن وٕریٚن گرٕ وسان تہٕ بٔڈوارِ دوہ صُبحے آسان یعقوٗبہٕ
کُن نٕیٚتہٕ دراموٚت ۔ منصوٗر نہٕ یعقوٗبس متعلق دُریافت تہٕ کران ۔ یعقوٗبس
یوان تمی وِزِ کانہہ ستہٕ ملے محبت نوٗلتھ دِنہٕ ییٚمہِ پیمانہٕ سُہ انیٖسس رچھہٕ ! ازکل
اگر منصوٗر یعقوٗبس ژھارہٕ تہٕ محض انیٖسن قابلیتھ معلوٗم کرنہٕ خاطرٕ ۔

دُنی کین یعقوٗبس ذہَن سوال پرژھان زِ اما یہ چھا اُہنز دودٕر ماجہ ہیند
کنٹرولُک اثر منصوٗر ماجنہٕ یٔنہٕ کمزور نفسیاتک قصوٗر کنہٕ یعقوٗبس یٔنہٕ
ذہنی تضادچ ژھلے ۔ مگر دُنی کینہٕ کُے واقعہٕ بروٚنٹھ کنہٕ ۔ سُہ انیٖسس رُعب
کران موٗل تہٕند برٛزٕ مجلسہِ منزٕ تس ختم ہاوُن ۔ مگر عتیقہٕ ٹوٚٹھار نظرو
رٹانس اکھ ترکتس بیٚٹھ ملامت کران ۔ اما عتیقہٕ چھا اَوسبہٕ رٹانس جاڈ
دِوان ییتھنہٕ یعقوٗبہٕ انیٖسس رہبری کرِنی تراوِ کنہٕ اکہٕ سببہٕ زِ منصوٗرس یٔژہی نہٕ
برٛزٕ مجلسہِ منزٕ بالیغ نیٚچوِس رعب کرُن کنہ اَوہ سببہٕ زِ عطیفس چھُہ وودٕ نیٚچوِس
متعلق ذہن صاف ۔ مگر منصوٗرس چھُہ عتیقہٕ لِس تہٕ انیٖسہٕ لِس لولٕکس بارس
تل یعقوٗبہٕ نہٕ ماجہ ہِند شیشہٕ ژٔن گومُت ۔ یہ چھا سُناہ عتیقن لوٗت پٔردہ
لاکمہ چارِیِش منصوٗرنِس ذہنس دٕچھُن تہٕ کھوٗر پھران چھُہ کنہٕ منصوٗر مماثیٖن
لوسہ ووٚن جنسی بتور چھُہ یِموے ٹکہٕ واو ۔ جیو دٕوہہٕ منقلہٕ نار شہلاوان ۔

یعقوب نہٕ اَمہِ اَندرِ مہِ مباحثچ لے نیٖہ عتیقن بٔنیہٕ ڈاپُتھ۔

"ژ ئے تہٕ چھُبا بمبیہٕ گژھُن۔ بوے مایی ییٚنہٕ تنگ اُمس آے ژ بیٚئے لوت سستی لے چھِے"۔

"کُس گژھہِ بمبیہٕ، کیاہ دلیل چھِے۔ مے گوٚنہٕ فِکرہٕ تران"۔

حٲران گژھِتھ لوٗگ منصوٗر صٲب زنانہِ پرژھنہٕ۔ منصوٗر صٲب اوس ڈیکچہ گینہٕ چھارِتھ تہٕ نس ژکرٲوِتھ زنانہ بروٚنٹھ کِنہٕ استادٕ سوالچ علامتھ بنِتھ۔

"تِمہٕ مٔنہٕ آسی تو ییٚتھ کُنی ڈیکہٕ ژکراں تہٕ نس کھالان۔

اُسی چھہٕ جناب کھوژان۔ ڈیکہٕ مَرِتھ اَسی تو پرژھان"۔

مایہِ ہُند یہ تبصرہ بوٗزِتھ اوس یعقوٗبس اَسُن ہیوٚ یوان۔ عتیقنین اُچھن منز بے باکی تہٕ وُٹھن منز مَرتھ چار۔ منصوٗرن لاج اَپزی یاٹھ ژھکھ زیادٕ مہِن کھاہ نی۔ ہرگاہ اتھ یعقوٗبہٕ آسہ ہی نہٕ تمی آسہ ہن عتیقس لش ہتھیار تراوی متی۔ مگر بالغ ہنجس تھی ہیوس پوٗد ڈوکھرٲوِتھ تراوُن۔ عتیقہ تہٕ اُس ژینتھ زِ یہ ژکھہِ ہتر تہٕ چھِے اَپزی۔ یعقوٗبس نہٕ اوس احساس زِ یہ وُٹھیر چھُ صرف تٔہنزِ موجوٗدگی ہُند نتیجہ۔

"دپان حق"۔ ہیوٚت عتیقن برٕ لیوٚڈ گٔنڈِتھ جواب دیُن۔

"جان صٲبس بلانے یعقوٗب نس یارس چھِ دِلہِ علاج کرنہِ گژھُن تہٕ تیٚنہٕ پیٹھ چکرس بمبیہِ گژھُن۔ یعقوٗب لالہ آسہ س ہتی نیُن"۔

منصوٗر صٲبَن دِژ کتھہِ ژاپھ۔ عقوچہ ذرا ہُررٲوِتھ ووٚنُن۔ یوٗنیورسٹی سٹوڈنٹ کتھ پرژھن مٲلس ماجہِ۔ یمن گوو پروگرام بناوُن تہٕ مٲلس ماجہ نیرن وِزِ ٹاٹا کرُن تہٕ ....."

اُوہ گیاہ کرن ، ریٚیہ بٔنیہ عطیقن کتھ ژٕٹھ۔ یِیے تہٕ چھکھ دوہ۔ وارِ کارِ
لگہٕ اکہٕ دوہ بہ ریٚتی لٲزم ، پتہٕ کنہٕ ہیٚیس فرصتھ گرژٕ وری وٲتی سکھران اجمیر شریف
گژھہ ہو ٹکٕیڑ رٔٹِھ چھنہٕ چھٹی میلان۔ یِنہٕ علیگڑھ آکھ تنہٕ گوکھ بہٕ لکھن پوٚرٕ نام تہٕ
کرٕی تن یعقوبہٕ لالہٕ سانہٕ زندگی منز عاشناہ۔

اَندری خدایس شکر کران زِ یعقوبس بنیا پڑھ موج۔ نیٚہرِ تاوسناہ زیادٕ
پٔھن کھارِتھ دراو منصور بیٹھکہٕ منز نیٚبر۔ اَنیس تہٕ کھوٚت بٲیس اَتھ۔ یعقوبن
تہٕ دٲرس آرد مٔتس گرٕی ہندٕ پاٹھہٕ چھیٚنگ۔ عقیقن وٕژ موہنوِس کریکھ۔

" موماٹہ ولہٕ اَنیس لالہٕ کھارون اَتھ ہیوٚر "

" اوہو، ٹاٹھی چھہٕ اَز بڈٕہ فارمل بنے مژٕ۔ جناب مے چھنہٕ پانس تھی بہ زانہٕ
گٲنہٕ موہنوِس کھوٚنہٕ نُکہٕ ڈیٹیمٹ۔ یَس گوو اگر ژٕ کھارہن تہٕ یہ اعزاز کرہ بہ
سرنڈر (SURRENDER)

" نانا بابا۔ مے چھُ پھوکھ کھوٚتمُت "

" پھوکھ ہٕنہٕ ، ٹاٹھی یہ گوو ویٚچھر "

" ہا کھارِیون ماجہٕ پتھریہ پوش تل زٕ ڈلے اَچھن بیٹھ۔ اَزی چن ماجن
چھا سوماے۔ ڈلو بہٕ کھارن پانٕے۔" ہاجرٕ آیہٕ اَس کوٚرِ نصیحتھ کران کران
کیاہتام پرانٕی دلیلاہ دنان۔

اوہ ہو۔ از آیس یعقوب لالس تہٕ بوٚڈ ڈیٹیامژ بوزنہٕ۔ اچھا بہٕ کرٕ وونی ڈائٹنگ
DIETING ۔ موجی کھسی ژٕ ۔ دوپ مے ہا یعقوب لالا کتھ چھم وَنی۔
" مُمی ڈارلنگ ہم کو کر بیچارہ مار کر ہی سٹرائیک اگر تہٕ ڈائٹنگ کرکھ۔

یِم ہے رٲتھ پیٚٹھے وٲنؠ " نہٕ اَچھ وٕڈ تھے یِنٛدرہٕ ہُتؠ اَنیٖس صابَن تہٕ گنٛناہ مٲدِتھ۔

" ٹاٹھی بہٕ ساوَن گوڈٕ اَنیٖہ۔ پٔلو بدلاو، ژٕ نہٕ بدلاو پٔلو تہٕ ڈایِنگ

رُومس منٛز دوٚن کوکرٕ ہنٛز اُڈٕ بہٕ بریکان بریکان نٔی تو فرماوِتھ۔"

نامِنٛہ چھےٚ بلکُل الگ کیٚنٛہہ کرٕنؠ۔ بہٕ وُاژِنٛہ ہے چٲنؠ سے کِٹھس منٛز۔"

" مےٚ چھُ وُنؠ کینٛہ صرف ذہنس پیٚٹھ جاگہٕ اگر ژٕ یِمہ کینٛہ مُلتوی نام کرِ مکھ۔"

یعقوبن تہٕ اوس ماجہِ ہنٛدِ ذہنک اکیس رےٚ تصور تُلنہٕ رنٛمُت تہٕ ماجہِ تہٕ

اوس یِتھنہٕ سوالُک ورگہٕ جواب بوٗزمُت۔ مگر انسان چھُنہٕ اشارن ہنٛدِس پردِس

دٔلتھ حقیقت پرٛتھ تہٕ مفہوم سمجھنچ کوٗشش کران بلکہ سمجھنہٕ نہٕ ٹاکار پاٹھۍ

زانُن پرٛتھان۔ یِم آسۍ اکہٕ اکہٕ سارۍ دراہمتۍ۔ بیٹھک اُس یِتھنہٕ ژھۄرے۔ بیٹھکِ

منٛز ترتیبہٕ سان سجاوِہمتۍ یِم تماشہٕ آسۍ حالچہِ زبانٕ منٛز پگہٕ ہیچ باوتھ کران۔ ژم

آسۍ یانہٕ وٲنؠ وَنان " یِم سارۍ آسۍ ووپرٕ تہٕ اُسۍ چھِ یِمہِ مٲرۍ منٛدِ مہمان خانکۍ

خانہٕ دار۔ پُرٛژھو دِژلے تہٕ خانہٕ دار رٔوِدۍ یِتۍ۔"

"پُرٛژھو نبرٕن تہٕ پیٚے خانہٕ دار روزٕن۔" بہٕ اَباوِ کیٚنٛہہ ماعشقن یا معشوقن

نالہٕ شرمہٕ۔ مگر ازتام کمۍ بوٗز تہٕ کمۍ۔۔۔۔۔!

# باب ۸

نگینہٕ اُس حاجی صابنِس بنگلس منز اَز بیاکھ دوہ درِوسہٕ، زنانن تہٕ اوس سال تہٕ مردن تہٕ۔ پوت آنگنس منز آسی وُرہ وُہان۔ واز پوتنشہٕ آسی ہمی بکھو لاگِتھ چونچہ گلہِ وان۔ زیٹھ واز حاجی صاب اوس اکس مزورس مزِتھ دوگمت چیرب ہلہِ وِتھ دوان۔ بیپس مزوُرس اوس مرزہٕ وانگن بیامہٕ منز ژھوپہٕ ستی رُسہٕ رسہٕ گس دیاوان تہٕ پیاچہ تراوِتھ اوسس ہاوان زِ کھورن دون منز کِتھ پاٹھی رَٹہٕ بیام بند۔ پج اوس اکھ اکھ آمہٕ گنڈنہٕ، لاوِ تہٕ پوٗکھ کُتھ ماۍرِتھ ژھنان۔ کوچک پدرو اوس رَتھی رکھ۔ کنش بستہٕ واٹتھ تہٕ تانہٕ بندی کرِتھ اوس ہیچ ماز تولِتھ اکس ٹیٹہٕ بٹس بران۔ عمہٕ ماگرے اوس درن ہند وزن کاپی پیٹھ لیکھِتھ تھوان۔ دُنیکتام آسہٕ زِ کھار تہٕ پانٹژھ ترکھ ماز ژیہٕ تہٕ شوٗنٹھ ناربو وراۓ تولنہٕ آمژ۔ زیٹھ وازن اوس کریکہٕ نادٕ ستی محلہٕ نکھس تلمُت۔ ہگنے اوس اکہِ انہٕ کریکہٕ دِوان تہٕ گھۓ بلیہٕ انہٕ حاجی صابس ژھاان تہٕ چھیکریس

تَس نِش وٲنتھ اوس بڈ ہیٹہٕ ناراضگی سان کرِتھ دِوان۔ "نہ عقل اَز چھُکھ نام بدلے
وُوپہ پیٹھ مِنا۔ اکبر کاک کیتہِ چھُو۔"

اکبر کاک اوس حاجی صابُن دوٚد بوے۔ اگر ناہ تہٕ امر دین صابنہِ گرِ پتہ ترام
تہٕ وازہ زنان اوس، ڈُرِ پیٹھ مِن اوس اکبر کاکہِ آسان۔ ورتاوان تہٕ اوس
شُیے تہٕ خرچاوان تہٕ شُیے۔ خاہ نیاز بتہ آسہ ہا، سب آسہ ہا، یارن سال آسہ ہا
انتظام اوس اکبر کاکنے آسان۔ مارکو تاہ رٹہٕ ہا، کوتاہ لیکھہِ ہا۔ پُچھس کیاہ چھپنل تُرہا
واپہ سُند کوناہ کمیشن تُرہٕ ہس تہٕ پنج چھل کاتُراہ کڈہِ ہا پہ۔ سارِ ی سے آسی
آسان نہ ہتہِ سے ذمہ وٲرِی تہٕ تہندُے اختیار۔ اُز اوس "مان نہ مان میں تیرا مہمان"
عمہ ماگرے گنتھ۔ سُہ اوس پُچھس لہون دَر تولتھ رٹان تہٕ وازس کُن پاد پاد ونان
"ڈابہ کھاکر ماز آیئے" چیرس تہٕ تُرونس اوس الگ الگ درکرہ تاوان۔ وازس
تہٕ پُچھس دوشوٚنی آس امس گامہ گرِس ہنز چھو شان۔ اکبر کاک نہ اوس اُتی، مگر
کلہ پتھ لدِ تھ کُنزہِ جیرہ تُرتھ ہیتہ کش کڈان۔ ہُنہِ آس اندرہ غوجہ بابے اکبر کاکہ نس
پیشہ لس تہٕ دل پھٹہِ لس تہٕ کھوٚرتھ ونان۔ مٲلس وُنوٚرِ ماگرے صابس دیہ بدلی کام
تہٕ اکبر کاکتہِ کامہ گرِ ہنہٕ مداخلت گرِ شھی۔ یتہِ تَس دِل پھٹہ تہٕ جان صابہ نین دُشمن
لگیم تہٕ چھوکُن الگ"۔ کورِ آسہ نہ ماجہ ہندِس تجویزس ستی اتفاق کران۔ زِمردہ وُٹھ
ماجہ کُن۔ میانہِ خاندرُک حال پاوتے یاد۔ تُرکہ بُود ماز گوو نیوٗل تہٕ رُنہ غاب۔ یتہ
ترامہ راوہ سرپوشس ہنتھ۔ اکبر کاک تہِ بُڈ موکُر تہٕ وازہ تہٕ بددیانت۔ "اہنی ماجی"
ہپہ زِمرُودن کتھ تُرتھ پاترس پننی پارسنگ ترادِ تھ۔" اَدِ کیتہِ درادِ اکبر کاکس موقلہ
ہندِس خاندرس پیٹھ تیوتاہ ترام"۔ غوجہ بابے آس رَبہ مُنز خرہ ہنی بند۔ کورین

ہندۍ خدشات ٲسۍ پۆزۍ تہٕ حق باسان ۔ مگر یِتہٕ اوسُس حقیقت لبنہٕ یِوان۔
زٕ اگر اکبرٕ کاکُن دِل چھُٹہِ تہٕ خبر کیاہ گژھہِ ۔ وٕہمن کوٚر حقیقتس غلبہٕ تہٕ خوجہ باے لٔج کورِ بن
ہُتھ لدِتھ وَنہٕ نہٕ ۔ بڈین امبرن چھِ دِل چھوٚٹمتۍ ہلم ہلم ترٛاوان تہٕ اَمبرن کیاہ چھِ چھوٚنان۔
تِہند مول چھُ زٕ ین ہیتن رٲیلین ٹھینٛڈر براں تہٕ تریٚے ساس ژٕ ٹان ۔ خوجہ باے وَنہٕ ہاییہٕ
کیاہ ہتام نہٕ حاجی امردین ژٲو اَلہٕ غابہٕ تہٕ اژان اژان لوٗگ وَنہٕ ۔ " بہٕ ژھاران تِہ
ہُیاری وُرہ نِش سلہٕ ہرِ منز تہٕ ہنگ کٕٹھ ۔ توٚہہ کیاہ کانفرنس چھِوٕ ماجہِ کور لُو بلاوۍ"۔
نہٕ چھیٚے حاج بابے زبۆ بیٹھ اَنان زِتس کیاہ اوس دِلس بیٹھ نہٕ تِہنز کورِ وضاحت کران۔
حاج باپہ اوس نہٕ امر دینٕ روب ہیوٚ زٕ سہ گژھہِ ہا نیتراہ دم بیٹھ، مگر اکھ حقیقت
اُس زِ سہ اُس ہمیشہ پیٹھ امردینہٕ نین مامِن منز کیٚمہ مُداخلت کران تہٕ وُنی کینہ
اوسُس کینہٕ ژھاپہٕ تہٕ خدشہ زِسہ اُس تمۍ ہنز وکالت کران ۔ یِس اکبر کاکس اَتھس
ژونگ دزان چھُ ۔ چھیکرس ژٔٹی خوجہ باپہ کتھن ہنز نہج یتھ کٔنۍ ۔
"رکھیں نہٕ، کھوژان چھیس راتکہِ دوہہ آم کُن نیٚچو موتس ستۍ ہنگ کٔرِتھ واپس۔
اَز چھُ اکبر ہتھ لدِتھ پانس کوٹھس دِیان۔"
" اوٚہ توٚہہ نٔے میٚے بابہِ پوّوِرہ ، یہ چھیٚے نہٕ عمرٕ ہا گرین کام اَتِس کُمی وٚون ماز
توٚتُن ... "
"اباجان تِہی چھیو باژہ زٕ پی کران ۔ تِس وٚون اَسی بیٚنہٕ زِ وُرہ ہندسورۍ
چارج رٕٹہِ سُے۔" زمرودنِس کلامس ستۍ اوس بیٚیہ دوشوے ہیٚنیو نین کلام
ہلہ نوومت ۔ حاج صابنس موکھس پیٹھ اوس اَشن ژٕشن ڈالہ ماران تہٕ ڈیکہ اوس
پھولمت ۔ ماپہ ہند برٛکہ شفاف کوفر ناگ ہیوٚ اوس امر صابن اکھ اکھ ادا

ییلہٕ تہٕ پہٕ ترٛیشوٕنی کورٕن یکوٹہٕ وُچھان اوس اَہند شفقتُک آگُر اوس ژھیٹہٕ ماران۔ یمہ ترٛےٚ کورِ اوس اوٚہند سوٗمُژ تہٕ سرمایہ ییٚتھ اُمی پان آلوٗمُت اوس۔ یمَن اُمی امارک آگُر وٗندِتھ دتیموٗت اوس۔ یمَن ترٛیشوٕنی کورٕن تہٕ اوس دُنی ہکہٕ پرٛیژھ کُنہٕ چیٖز کھوتہٕ مالُسند مایہ لوٗرُتھ انہار لوٗٹھ۔ راٗنی مایہ تہٕ اوٚسکہٕ دُنہٕ اکھ امارس تلل کوٗرمُت تہٕ سَتہٕ زاون ہُند بہٕ ژٕہن تہٕ اوٚسکہٕ وُچھ ناروٗمنز مال مایہ ہُند رس اکھ رُژھ تہٕ ژٕہ ہیتھ ہمُت۔ حاجی صابَن ترٛاو ترٛیشوٕنی کورٕن کُن مایہ ژٕہ اَسہِ وٕنی نظراہ۔ حاجی یایہ اوس یقیٖن غالب زِ کورٕن ہنز راہ نش پھُٹے تہنٛدِس راٗنس کاٗر ہنہ آسان تَمہ ہیوٗت رُسہٕ رُسہٕ کُنھ منز پوٗد کدُن۔

"زمرُد لالا۔ از کیاہ سہ چھُ اَسہ ہے۔ بناز چھنا۔ اَسی دارِ وا کاٗنہ زِ نکھ والیہٕ غاط چھُ وازوان روٗدمُت۔ مہرانہٕ بٕنِل چھا۔ افسرن تہٕ یارن دوستن چھا سال۔ یہ چھُ سوٗرُے خاراتھ۔ بلکہ میاٚنی کنِہ چھُ خاراتُک صحیح مصرف زِ حاجت مندن گرٛژھ حاجت کڈُن۔ عام لُکن ہند مفادٕچ گرٛژھ کانہہ کاٗم کرنہٕ ین یا کاٗنہ موٗنٹ ہنز کوٗراہ نِکھ والیٚنی تہٕ بیتہٕ گھنیہٕ سٕنہٕ بنہِ چھُ تہٕ خاراتُک طریقہٕ۔ وازوان لاگیتھ خاراتھ گوٚو اسراف۔ وونی گوٚو زراتُک نہٕ اوترکین دوہن ہندِ سہٕ غمُک ماحول بیہٕ خوشی منز تبدیل کرنہٕ تہٕ یرٛژھن تقریبَن ہُند چھُ بی مُدعا۔ یس گوٚو خارات تُلکہ کھیٚتہٕ تن یا اکبر کاک نی تق"۔ زمرُد س گیہٕ ژھوپہٕ تہٕ خوٚجہ بلے دراپہ رُسہ رُسہ نیبرٕ تہٕ دٕکہٕ منز پرٛدِ نعوٗد تُلتھ وَرتہٕ راٗنس کُن۔ "مگر ماگرے ہیوٗ ہمدرد تہٕ گرٛژھ نہٕ ناراض یُن کمہٕ پہٕ!"

حاجی صاب دراو دارکُن کلہٕ نیبر کُنہٕ ژھتہٕ دِنُن ماگرین آلو۔ "رٕدہٕ پتھ

ژٮ۪ے مازٕ۔ ژٕ یارلاو تہٕ پلو۔ جیب ژٕنٕن تہٕ کنسروٮ۪ٹر صابَس نٮ۪تھ میون خط۔"

"مگر ابا جان" زمرودن ٲژ بٮ۪یہ مداخلت نہٕ لو تہٕ لو تہٕ پَژ مآلس ونٕنہٕ۔ "تور سوزیوٗن بوے ژوٗٹھ۔"

"کوریا! بٲے ژوٗٹھ گوو بٮ۪یہ نہٕ تہٕنٛدرے اولاد۔" میون اولاد گوو باتہٕ بحال صاب نٮ۪تھ مآگرے۔ بجاتہٕ چھُنہٕ ٹھیکھ تہٕ لَبَس" عمہٕ مآگرے اوس نہٕ ونٕژان ژٕ سہ گژھہٕ از خاص پُرٕھو سُنٛدِس جیٹھِس منٛز کنسروٮ۪ٹرس سالہٕ سو ہیوٚو بُنتھ نادس۔ نتہٕ یی تَس مجمَن کینٛھہ لیٖٹن نہٕ رنگہٕ برنگی زٕو چھہٕ، خاص خاطر داری۔ اُتھی محفلہٕ منٛز بٮ۪یہ صحبَس ہٮ۪تی رسوخ چارٕ تھا۔ محمد امینَس اوس میٹرک پاس کرٕتھ تِس ژٕ وٕری گامہٕ تی مُنٛزٕ مُنٛزٕ اوس LEAVE CHANCE لبو چانٕس بیٹھ کام کران مگر تَس اوس صرف فارسٹر بننہٕ ٹُک شوق۔ کنسروٮ۪ٹر صابَس ہٮ۪تی رسوخ بُنتھ ہیٚکِہ ہٮ۪س امینُن خاب پوٗرٕ گژھتھ۔

معمولی مسلہٕ یٮ۪می غوجہٕ بابہٕ تہٕ تہٕنزن کورین کٕہ دود تُلمُت اوس سہ مسلہٕ کوٚرٕ حاجٕ اَکِس ژٕہِس منٛز خوش اسلوٗبی ہٮ۪تی حل۔ اکبر کاکس آو جاگیر والیس دِنہٕ۔ وارٕ سُند خمُن تہٕ گریزن گوو بند۔ پٕژ بندن وٕدٕشن ہنٛز لاکم ژھٮ۪ٚنی تہٕ اکبر کاکس زَن ہُریاپہٕ داہ وُری واٲنہٕ۔ تٕہنٛز ژھوٚٹ موٚٹ اڈور نٕنانہٕ عشٕ دیدٕ لَژ برتنہٕ ہندی پاٹھو ڈالہٕ مارٕنہٕ۔ عمہٕ مآگرٕیس تہٕ توٚر نہٕ فکرٕ ژٕ تَس آو کانہہ جاگیر نٮ۪تھ بلکہٕ اوس تُوس منصبَس ہٮ۪تی سہ زیادٕ خوش۔

سالہٕ رَن نہٕ سالہٕ ژٕنٛن ہنٛز ژٕرٕ آس ہٕران۔ کینہہ آشناو بابہٕ آسہٕ جیبن کارن تہٕ ٹیکسین کینٛھہ پوان نہٕ عام رشتہٕ دار بابہٕ آسہٕ درگاہ بَہہٕ منٛز وسان، منٛزٕ بٮ۪یہ منٛزٕ آسہٕ لبہٕ امر صابنِس گیٹس نزدیکھ رُکان۔ یوسے آشناو بابہٕ پوان

آسن تس آسۍ مبارکُک پیسٹری روکھ پتہ کاندر روکھ مچھن یا فالبن منز ستۍ آسان۔ زمرودہ آسن ہم مچھ رٹھتھ ازۍ کس سٹور روڈس پتہ پرانہٕ وفلکس بابتہٕ گُنٹھس منز ترتیب سان شیر تھ تھوان۔ یہنہٕ واجنہٕ سالہ پتہٕ آسہ اُزمُنۍ جالنس تڑھایہ تھ تہندس کُنٹھس منز اژان تس میٹھو نہٕ مُتی کران۔ مُبارکُکی پوشہٕ ھپۍ آلہٕ وان۔ اڈوُر پتہ بُچھن ہند یہ رُویہ اوس معقول مگر میٹھبن نہٕ ملن منز آسنہٕ ناز مہرشہٕ پتہ یتھ کینہ مۄژان۔ جانہٕ اوس کینژہ پھر پلنگہ ییٹھ ووکھ ژلس وُوُنمت۔ یعقوبس پتہ آسن گوٚہ سران گژھان۔ واریاہ لٹہٕ اوس یمۍ اندرے برند پتہ گوٚرمُت تمہ پتہٕ پھر ییٚوکھ مُژ وُنت پتہ۔ دروازس ٹُکوُ یتھ ٹھک ٹھک۔ یعقوب وُوتھ تھایہ ہوٚنت تمہ پتہ کینژ حابے نرضی سان تہ۔ دروازس پُتن پٹھکن مُژیتھ پتہ ژاو حاجی صاب" نہ عض اباجان یمہ چھُنے پُژھو بابہٕ تنگ کران توٚے۔ . . ." اپن سا یعقوب لالا تہٕ اوس تۄے درواز بند تھوٚومُت۔ کیا کرد آسۍ چھ کاشُر ذہنی طور ہنگامہ پرس خوشی نہٕ ہنگامہ بناوان تہٕ موت پتہ ہنگامہ یتھ گُنی چھ آسۍ اپنہٕ زندگی لسان اُہُنُن رواجن ہندہ سہارہ زندہ روزان۔ یم پتھ کُنہ تقریبس چھ غلط رواجن ہند اپنہٕ مُلہ مایہ کُرُتھ تقریبن ہند خلوص پتہ شعور راوراوان۔ سہٕ آسۍ تن خاندر، موت یا نیاز ے، یوٚنت نام پتہ رواجن ہتھ سبا کھ لاگتھ یکوٚ توٚنت تام چھ یتن رفتار اُسہ اُنہٕ باسان۔ اچھا یہی کیاہ سونچان۔

یعقوبس پتہ تہ جالنس پتہ پچھ وونہ بار دِنہ تہٕ حراونس تحریک۔ جانہٕ اوس حاجی صابنہٕ اوبر ازچہ پتہ بروٚنہ ٹھئ یعقوبس ونان زِ ریشہ بچار کس واوس پتہ کاوس آسہ حال پرژھان، تس کیاہ مصیبت آسہ بُنتھ آمُت۔ اُچھن کم ھوٚ کیتھ

آسنس ڈوان وُدان کھۄنتھ تہٕ ووتنس کرٕتھ وگ آسنس تیلان۔ وۄشوٗے آسو کُنہٕ ہیتھ
پکھر پۄر وانہٕ پنٕچ ترکیب سونچان تا اپنٕکہ رٔشمس گژھہٕ شیٚنچھ تہٕ شتہٕ وانہٕ وونہٕ بار لوٗنزراوِنہٕ۔
حاجی صابٕنۍ غلطین ڈیٚت یمہٕ ترکیب باٲل اَتہٕ نَکھ مونٛہٕ۔ جانہٕ ووٗکھ ماٲبس کُنہٕ" ابا جان
مے چھُ حادِثہ وِزی ہیم بےہوٗشی منٛزٕ پکھر پۄر وانہٕ بنت مہ سانہٕ گرمٕنہ زِ سیتھے
ٹیکھ گژھہٕ نہٕ کھیٚہ آستان شریف۔ حضرت سید شند سلاب۔ اگر مانہٕ یعقوبہٕ تہٕ
بہٕ ہمن ڈرائیور ہیتہٕ تہٕ ختم شریف شروع کرٕتھن برونٛٹھے وانو والیس" کیہنہٕ فکرٕ چھینہٕ
پگاہ کھسو وانہٕ کار ساری بارٕ۔ تنہٕ تہٕ پہٕ علماٲ رٕسند تہٕ یکوٚ نیاز تراوِتھ۔"

پہٕر ترکیب کھُٹ، وۄشوٗے آسی بیٚیہٕ ہنٛتہ ڈینگہٕ۔ حاجی ہیوٗ کینہٕ پہنٛد دم پھٔٹ
گژھن نرٕرٕتھ۔"

"بس" وۄنن جانن یعقوبس حاجی صاب گژھ منٛز تیرات نیران دم چھُ لوسہٕ

آوازٕ منٛزٕ۔

"بس گوو یِ زٕ ژٕ ہیکہٕ ہن سو وُچھتھ سو وُچھ ژٕ۔ تس بجایہ ہمہٕ وتہٕ نرکھ
بارہ۔ البتہٕ ملاقات سپدِ نہٕ کینہٕ، صرف ہمہٕ ڈطرفانہٕ نظرن ہنز ٹیٚلِش"۔
جانہٕ اوس یعقوبہٕ نہٕ ترکیبہٕ انہٕ ری تراپھ دِوان، مگر قابلِ ترکیباہ باسانیس
تہٕ کیہنہ کیتھ ہنز پرژھنی یعقوبس وضاحت تہٕ یعقوبہٕ وۄنُس در جواب: "کیتھ پاٹھۍ
جان صاب پگاہ ژمنز تام ہمہٕ تو بہر پژھین ہند رٕشی۔ تہند پکھر پۄر نیرن بنہٕ
ژٕ بجے پتہٕ ممکن بہٕ نیر سحرس تہٕ وانہٕ "وَتہٕ کول" نازٕلہٕ ہند گرہٕ۔ نازل سونٛد داہ
کاہ بجے نام رٔشمس شیٚنچھ۔ تس آسہٕ پتاہ زٕ سہ آسیا ہیلہٕ ناگ، پوسمرگ کن درگہٕ ٹولن۔
تہٕ ژٕ، ترے بجے نام وانہٕ رٔشمہٕ پکھر پۄر، ژٕ وُچھہن رٔشمہٕ، سو وُچھی ژٕے تہٕ چھینکہٕ

بیلچھ بنہٕ میٚے بٲتیہٕ نازلہٕ ہٕند مُلاقات ہٕنہٕ زِمہٕ فٲصلہٕ تہٕ چھارِتھ۔"

جانِس آسی ترکیب صحیح باسان مگر ناممکن۔ کوشش چھےٚ ضروری۔ یہِ اوسُس یقین زِ یعقوب گوو گانٛزِ ٹھوٗل والنٕ وول۔

"مگر یعقوب تُرےٚ کیاہ جلدی چھےٚ فٲصلہٕ ہُنٛز۔"

بابا چھانٛی پاٹھی ما چُھم نوِ خیالک موٗل تہٕ سوٗ للہٕ دِیہ موج۔ لوسہٕ بہٕ چھانٛس مٲلی ہٕندین مالین منز رژھہٕ تہٕ مداخلت کران چھےٚ۔ میٚے ماسہٕ چھُ چولنا اطمینان تہٕ لوٚیچ ینٛز روزِ بڈِنس نام موشمان۔ بیا میٚے چھُ موٗل افسری ہٕندِس کماٚنس منز تہٕ ووٚدہٕ موج مٲلی ہٕندِس ذہنس راج کران ——————————

—— اُکِس عدد تکہٕ نستہٕ ہِتھ چھُم خاندر کرُن پژھان۔ لہٰذا کتھہٕ پاٹھی پرار۔ میٚے حفض چھُ فورن فٲصلہٕ ژین۔ اسہٕ دوٚن چھُ مسلہٕ مُختلف"۔ بینہٕ والین پژھین ہنز زُج آس ہران۔ جانہٕ ینس کُٹھِس گوو بٲیہٕ برس ہٹس۔ براو مُشراونہٕ۔ سونہٕ ترکھاہ لٲگِتھ تُرٲبہٕ اڈوراہ نوٚ دِگر خوجہٕ بابا تہٕ اُمس یپتہٕ پیتہٕ نار وزمل تاز مھرِن۔

خوجہ باے آس اوٚنہٕ تام قرابہٕ پھرن لاگان، کلس رینہٕ کالہٕ دٕج گنڈان تہٕ وندس گرِ زغلی شال تہٕ اندرہٕ نیبر پشمینہٕ شال دِوان۔ مگر ازکل چھِن عربی برقہٕ تہٕ اڈور گژھِتھ ہردہٕ ززریامتہٕ پینہٕ مُھرکی پاٹھی دارِتھ دِتمُت۔ قرابہٕ پھرن نہٕ دلجہٕ ترودس ژھن مُت تہٕ تمہٕ بدلہٕ فراق شلوار، کلس جار جیٹھ، ڈیپٹہٕ تہٕ پھیکین برزہٕ کاہہٕ شال۔ اتھ لباسس منز آس یہٕ خوجہ باے یا تہٕ بڈہٕ میم ہش لگان تہٕ پنجٲبی کھتر آنی۔ یوسہٕ اُمس پیتہٕ پیتہٕ نازل کُٹھِس منز تراپہٕ سوٚ اُہسس نوش، سوٚ تتے اُنی ہرتہٕ۔ امہٕ ماڈرن مھرنہٕ کُر کُٹھِس منز اژونے یعقوبس کُن وُچھتھ اسنہٕ ہناہ۔ پیتہٕ لج لےباکی سان

پرژھین۔ "یعقوب صاب تُہی کیتھ پاٹھی ییٚتہِ؟" ہنشہِ ہنز ماںٲنی ژُرژتھ لجٕ تس کُن کٲر
پھرِتھ وننہِ۔ "اُمی جی، ہیم حض آسی اَسہِ ستیٖ یوٗنیورسٹی منز پرٲن۔ پریوِیس (PREVIOUS)
کورس کی وُرِی یہِ۔ تہٕ اَمہِ پتہٕ پھُرُن جانس کُن کلامُک روخ "کیاہ حض جان صاب تُہی
سپدیاوٕ شیرافگن تہٕ آیتھ"

اَہنزِ ہنش ماجہِ نیہ اوٚنام جانس موٚنہِ میٹھی کٕرِتھ۔ ڈاکٹر ہندی پاٹھی سام ہیتھ
لجٕ شال ژُلتھ بٹھین لورِ دینہِ۔ "اَہن سا گوٚبرا۔ سہن ستیٖ چھا گندان۔ گوڈٕ ژھن زِہا
یمن تیٚن تہٕ کھیٚن بلاے۔ نوکر چاکر چلاوِہن نوٗرک کاروبار۔ پانہٕ یہِ زِہا شہر ہیے
منز، ییٚتہِ چھا کارس کمی۔"

"اُمی جی! تیٚن تہٕ کھیٚنے منز چھنہٕ ایڈوینچرس لایف"۔

"تہٕ کیاہ گوو چرس، ہیم چھا چرسہ کام تہٕ کران۔ بلاے ژھہنہٕ ہن چرسس"۔

"امی تو ہیہ کیاہ مطلب نیوٗو۔ میون مقصد چھُ اڈوینچرس یلنے زن۔ اڈ۔ وَن
چ۔ رس"۔

ہُنش دراپہ چرسہ چلِم ہنش دُزان دُزان تہٕ صرف دُنان چرس چرس تہٕ نوش
بیٹھ یعقوبس سُنتھ پلنگس سیٚد سیوٚد کرسی پیٹھ۔

"دوٚیم حض یعقوب صاب وِہِ ذکر چھُ نشانہٕ ہُند پروگرام"۔

"کٔمس حض ستیٖ؟" پرُژھ جان صابن محمد نا ولی سان۔ دوٗبہ رائے اٚہس دِلس
تیزان تہٕ خدشہِ اوسُس ہران زِ یعقوبن پتھ وَنک رازما منز شہروو تمت۔

"جان صاب۔ تو ہیہ آسہِ ناخبر نتہٕ۔ اُمہ ہیے حض سلیمس ستیٖ"۔

یعقوب صاب، یہ کُس منیٖ (MANROMA-NCE) روٗمانس چھُ،" پرُژھ جانن

ٹانہٕ ہناہ تٕژھ یارس۔

"جان صاحب حسد مہ گژھو نے پادٕ۔ میانین خیالن ہنز آرٹ گیلری منز چھنہٕ ڈونہٕ کانٕہ تہ سلیمن تصویرا اوٗیزان۔ یہ خبر دِیہ تہندی گرہ تہ منزٕ معلومات سپدن یتھی حاصل۔"

اردو ادبچ نصف ایم اے جان صابنہٕ پوچھ ہتر یٕ کا کنٔ اُس یعقوبنہٕ یہ لاعلمی وُچھتھ حاران تہ نہ دزان تہ۔ "یعقوب صاب تجاہل عارفانہٕ گژھہ نہٕ کرُن۔ ویسے تقدیرچھ غالب مگر میانٔ کُن چھنہٕ سلیمہ تو ہہ لایق۔ یہ چھس بہ آوٹ آف سنسیرٹی ( SINCERETY ) وَنان۔ یوزہ یوزتو یہ چھُس یہ خبر کہ اندرٕ یہ مایہ وَنان۔ تمہ مایہ یمیک نہ مٹے زانہہ تہ تو ہہ نیش اظہار کورمُت چھُ۔"

"رکھو جان صاب یہ بیچارہ ماکر وونی ٹیٹز۔"

اُہندِ اُمہ حارانے تہ شرارتہٕ بٕرتہ سوالہٕ بیٚنہ یمیٚن دوشوٚنی جوان یارن زن تزلٕ۔ جانہٕ تہ وۆلتہ بردہ نہ کُن تہ یعقوبن تہ کوٚڈ کاڈٕ تہ گوو پلنگہ ہیتھ رُینتھ ہیوٚ۔ جانہٕ ڈوٚکچ مخمل شانہٕ گڈٔ بوٚری آیہ پتھر لاینہٕ۔ جانن دِژ کتھہ زاپھ۔ بیٚنہ ہنزن نظرن منز نراوِنی نظر خشم وولُن۔ عقلہ دیوٚژُس زِ یُتھہ شکہ گژھنک اوس واقعاتی ثبوت کانٔی۔ بیٚنہ ہنزٕ مایہ بُرژن نہ شفقتہ چن مُدین منز اُمس شکی ملر وونفان۔ اُمس بسیوو زِ تہند تہ تہندس یارہ سُند مول اوس تہنز بیٚنہ ہنزن نظرن منز داریاہ دوٚتھمُت۔ یہ مقام حاصل کرُن چھُ زیادٕ اہم تہ یوٚزوَنہٕ نے کرِ نقصانچ تلافی۔

"ناے زم وُدا۔ ژِ یہ کیاہ رُودُے۔ ژے چھیا یُنٕ بوے تہ یہ یعقوبہٕ بوے ڈونہٕ پرٕز ناوٕ نے ژٕ ے کوٚرتھ اٗسہ پیٹھ شک۔ وونی گوو یہ بڈٕ خانوادچ تاز

نوش چھےٚ ازتام آسِہٕ اَندٕہٕ یعقوبُن لولہٕ زٕر لال نادان تہٕ از یعقوب اچانک وٕچھِتھ آسہٕ سرہ بوٚچھُن گوڈٕ مُنزٕرادہٕ۔

"مگر بیٚنہٕ جِگری لولہٕ تہٕ چھُ صرف غلطی پرسنٹ۔ تیٚلہٕ آسی نہٕ سوندرن گوندرن ہندہٕ وونہٕ دادِچ خبر آسان تہٕ اَز چھُ زمانہٕ پھیرِتھ زِ میٚے گوندرس چھےٚ نہٕ سوندرہٕ ہندِ اَندرٕ زرٕچ رژھ تہٕ خبر۔

"یعقوب بہٕ چھُس سائینسُک طالب علم۔ مگر وُنی وُنیٚ اُمی ادبُک گریجویٹ کورِ تجاہُل عارفانہٕ گرٕژھنہٕ کرُن۔ ویسے چھےٚ نہٕ میٚے اَمہِ لفظُک مانہٕ پتاہ، مگر باسان زن چھُم زٕ یہے چھکھ فقط تجاہُل عارفانہٕ کران۔ چھکھ سہز زمرٕدٕ ژھوپ گاڈٕے گوداٚمی کھاو ثابت۔"

"بأ گاشہِ میا بنیا۔ یعقوب لال چھُے نہٕ اَپُز وَنان اُمس آسی نہٕ پُزی پاٹھو پتاہ میٚے آسہٕ میٚمہٕ لالنہٕ زٕ ہم جماعت کورِ ولبہٕ۔ میٚے اوس تمن نش بوٚزمُت زِ میٚمہٕ چھےٚ تمُس نام یعقوبُس پیتہٕ مران۔ مگر یعقوبُس چھےٚنہٕ باوتھ ہیکان کرِتھ اگر میٚے تمن دوہن پتاہ آسہٕ ہاز پہٕ یعقوبہٕ چھُنہٕ بلبہٕ کانہہ تہٕ تہٕ صرف میون بوے میٚے آسہٕ ہا۔ مگر تقدیر۔۔۔۔"

"یعقوب پہٕ چھا پوٚزٕے تلا میون مرُن چھےٚ زٕنےٚ آسی نا اَدٕ کینہہ پیتہٕ ہے۔"

"میٚے ہا پیٚو یاد پہٕ اَس یونیورسٹی بَہِ منز میٚے لرِ نیٚہچ یا مقابل بیٚہنچ کوشش کران۔ مقابلہٕ بیہتھ اَہم دُدُرہ تھٚلِ وٕچھان تہٕ لرٕ بیہتھ نزدیک نزدیک پیوان مگر میٚے اوس دِلس تی گرٕژھان پہٕ ما زٕنےٚ اوسُے گرٕژھان بجانا۔"

گووٕ سُہ حالت آسے گرٕژھان یوسہٕ میٚے کانہہ تشکیل تہٕ نوجوان کورٕ وٕچھتھ

گرژھان آسۍ۔

"بالکل"

"ہمیٚنے شیطانو کیٚہہ اوسو گرژھان۔؟"

"ڈُب ڈُب دِزٕ دوشوٚے اکی ہٕٹہٕ جوابس منٛز آواز۔

اچھا میانو بلٕے گاشو ترٛاوِو یم خیال۔ وُنو چھلو اَتھہٕ بُتھہٕ مگر جان صابہٕ تہٕ کرٕ تیمُم تہٕ یہو ختمس۔

ختمہٕ محفل اُس لگنس تیار۔ درگاہ شریفکہ باہ پیر، خانقاہِ معلی ہکہ شتیٚ بابہٕ، مخدوم صابنکہ ترٛٹھ واہ پیر تہٕ خادم تہٕ ترٛزارکی ریشی پونشہٕ آسی ختمہٕ کُنھِ انتظارس۔ حاجی صابن اوس پننہٕ لٕس باگہٕ پٕری تس آبائی پیٚرس موٹرٕ انہٕ خاطرٕ سوزمٕت۔ ختمہٕ کُنھ اوس بنگلہٕ کس ٹادرس پیٹھ تہٕ پیٹھمس لبورس پیٹھ اوس دیوان خانہٕ یتھ منٛز مرد پُرٕٹھی جمع آسۍ۔ دٕیمہٕ بوہرہٕ کس ہالس تہٕ ورنڈس درمیان یم بٕڈ پلک شیشہٕ لاگنہٕ شنٛر دروازٕ آسۍ تِم آسی اوٚکہٕ طرف مُنٛزرِتھ تہٕ ورنڈا نہٕ اوس ہالس سٕتۍ رلنا وُتھ۔ اَتھ ہٕڈس کمرس منٛز پُرٕٹھی بابہٕ، بٕجہٕ، جوان، تازٕ مہرنہٕ تہٕ اہریٚشہٕ بہتھ اکہِ موضوعہٕ پیٹھ بٕییس تام اکہِ محلہٕ پیٹھ بٕییس تام تہٕ اکہِ خاندانہٕ پیٹھ بٕییس خاندانس تام اکہِ اکہِ ہتہٕ واد موضوعن، شہرٕ کین سارِنے محلن تہٕ خاندانن ہندین مسلن سام ہیوان۔ ہٕیاری آسۍ پٕرٕتھ تہٕ پُرٕتھ خٕتیچ تیاری، یپارٕ اُس یتھ ہالس منٛز ساری شہرٕچ غٲبتھ۔ الگ الگ ڈیٚرِ اکھ اکی سٕتۍ نٲبتھ تہٕ کران۔ ہوہٕ ہنٛش کیتھ پاکھٕ چھیٚنے پننہٕ نوشہٕ پامو ستی گُدی کران تہٕ یہ نوش کنہٕ پاکھٕ چھیٚنے پننہٕ ہُشہٕ ستی دایہ ہند کھوتہٕ بدتر ورناو کران۔ یمن سارِنے بولہٕ ہہن بُجن۔ اڈورن تہٕ چھوکھ چُھ ندرن منٛز اُس صرف یہے میمہٕ لالہ یوسہٕ دَم پھٕٹٕٹ اُس۔ اُمس

ہناہ دوٗر ہیٚن ہیٚتھ آسہٕ اکھ ژٕ پرٛتھی بایہِ پھسرارے کران۔

”یہ چھےٚ عاجز نوش“

”ہتےٚ ہیٚہے ووٚنی باوہٕ واوجہ ہیٚن وِسان تہٕ اسلان اَس ووٚنی کیاہ سُناہ چھُس گوٚمٕت۔“

”زٕ ہے چھِھس ہوٚن ہُبنس ہیٚڑ موٚرمُت“

”کیاہ ہیٚز وَنوٚوہ ازی چیٚن نوشہٕ چھ وَہرٕز ہنٛدی پاٹھو اَتی ڈیٚکہ تابان تہٕ اُتی اَوٚبرٕ بوم ناں وَلان۔“

عاَبتس غاَبتس، مسخری تہٕ پھسرارے اوس یکدم پَن ژھینتھ ہوان ہیٚتھےٚ عاَج بائے اوٚت اژان اَس۔ یمہِ اُہندِ کھوٚتہٕ ڈانسہِ زیچھِ آسہٕ با سرمایہ کِنی امیر آسہٕ تمِن تہٕ اوس خوجہ بایہِ عاج امیر دینہِ زنانہٕ ہُند جیا۔ یہ موضوع تہٕ اوس اکھ زنانہٕ محفلِ منتر کرِتھ پھِر اَنہٕ دلیٖہ آمُت۔ ہیمہ لاپنہٕ پاٹھو اَس بیاکھ اکھ نوٚ نوش فیبلیچ تہٕ گوڈنچہ لَرہٕ عاندر پیٚتہٕ امردین عاٗبن عاس آمُت۔ تمہِ اوس پوٚٹ وہ کھس ترٛاوِتھ زیچھِ زاٗم پرٛژھن لوگمُت۔

”ہیٚن جی۔ آیہِ صابنہِ پور اژنہٕ حض ساری دَم پھٹِ گژھان۔ یوٚدوے بیٚبتہٕ اُمس زِچھ تہٕ واریاہ چھےٚ۔“

”صفیہ لالا۔ یِیتہٕ چھےٚ مامَن جی ہند کھوتہٕ بجہِ امیر بایہ، مگر ژےٚ چھیا پتاہ اوٚ ہند کیاز چھُ سارنے جیا۔ اکھ زنانہٕ یہ گاسہٕ ہنز عاَبتھ غاَبتھ، بیٚیہ چھےٚ خداوس شُہن راچھ کرِتھ بایپر زنانہٕ۔“

”نائے کوٗری۔ بیٚرِ وہیر چھُن نہ کیھنہ کوٗرمُت تہٕ نہ چھےٚ عاَبتس غاَبتس

کھوژان۔ وونی گوو محفلہِ منز گژھہِ کتھ ہگنی کرُنی نہٕ گیہ ژھوپے رووہ پہنز۔"

"ملے موجی زامہ عداوتھ تہٕ گوو پوز۔ ساَنی ماَمنی چھینہٕ چاَری پھیاَری، توہہِ دانا
زنانن منز کلامہٕ کرنس کھوژہٕ۔ توہہِ ہے اَدٕ بیٹھہٕ بڈ دانا کلامہٕ بیتہٕ کوٚرِوہٕ۔ اَمس براَبر
گوبہ انن بہٕ۔ ترٚیمُ عفص نجوجہ سُند، شتٚیمُ غانفاہہ، ہُیمُ نہٕ پریتھ برسواہ درگاہ۔
ہکھمہِ غانیار شریف نہٕ ترٚواَہمہِ سُلطانہٕ سُند۔ رتس منز وُنہٕ ریتہٕ کالہِ تژار یا ریشی
سُند نہٕ گژھان۔ نمازس پانژھو وقتس . . . . . .

"آہنی مامنہٕ چھےٚ نا اَز بتہٕ کاَلس پرزنہمُت، دوہ بہ پیٚنی نا یمرِنہٕ۔"
اَدٕ عفص بہٕن جی نراوِو کتھاہ لاَج وہٕ توہہِ ماجہ کورلو بیٚتہٕ تہٕ ھٹولہ ھٹولا۔"

"ناے پیاری جی۔ اَزکہِ زمانہٕ کیاہ وانہٕ اَسہٕ تہٕ کیاہ واتوس۔ مامہٕ لالہٕ چھُ
ماجہ میانہٕ پترس مامہٕ سُند نیچُو۔ مگر اَمہِ وتُت نہٕ زاہنہ تہٕ باسن زِ اَسہِ کیاہ چھُ یوت
دوٗر رشتہٕ۔ ہمیشہ وتُھ پہ چھُو توہہِ ماتامال۔"

پیاَرہ اَس بیاکھ چھو کھاہ تہٕ صرف خوجہ باپہٕ ہُند تذکرہٕ کران۔ تمہِ آسہ
مختلف خیالات باوان زِ حاَج بابے کیاز اَسہٕ راَنی ہندین معاملاتن منز زیادٕ
دخل دِوان۔ بیاکھ آس اوہ ہُند کم کلامہٕ کرُن اوہ ہُند حسن گنزران تہٕ کانہہ اَس
اتھ قبیح زنانان۔

حاَج بابے اَس نہٕ بچیچ موضوع بتہٕ نس لایق بیلہِ اُہندی راَنی کلاشپورِ ک
سورے تعمیر کُن اَمہٕ بچارِ کوٚر پرزنے بیہ نامس نیوکھ۔ یوٚدوے تتھ منز تمس
نصف حصہ بتہٕ نس ماَلی سُند اوس۔ تمہِ اوس نہٕ زاہنہ تہٕ دخل دیتمُت زِ تہٕند
روان کتہٕ بناوِ بنگلہ نہٕ کمہٕ نقشک تعمیر کرہٕ۔ مگر بیلہِ اُہندی راَنی نگینہٕ بنگلس کُن

دِتھ پلینٹھ تعمیر کَرنٕس پیوٚو دۄن ریٚتن ہیتھے جنگلہٕ روزُن۔ تَس اوس بڈ ڈوکھ زِ
بنگلہٕ ما بنہٕ پتہٕ تِہٕتر پسنٛدٕ ہُند۔ مگر حاجی بابہٕ کوٚر بنگلہٕ حاجی پتھرٕ غار حاضری منٛز تیتھے
تعمیر یُتھ حاجی ہسندین خیالن منٛز تہٕ تصوٗرس منٛز اوس۔ حاجی بابہ اَس سعدٕ گیلانی
ہسندی پاٹھی پننس شاہ جہانہٕ ہسندین خیالن پٮ۪ٹھ آہر تہٕ بنگلہٕ اوسن بالکل تہندٕ
غابک تاج محل ہیو بنوومُت۔"

غوجہ بابہ ژارہٕ بلّیہٕ اَتھ زنانہٕ محفلہٕ منٛز اَتھ گِبہ بلّیہٕ ژھوپہٕ تہٕ اَمہٕ کوٚر کھلہٕ
سارنی کُن خطاب۔ "ساری پیر آے۔ لوٚڈ پیر صاب تہٕ آسہٕ پکان۔ قون آد . . .
تَم چھہٕ گژھ درامٕتی۔ وُٹھو بیس یَس رحمتس دۄ میدوار گژھن چھُ سو سو چھُپواتھ تھوٚ۔
تُہو ڈلوز ازتہٕ ماچھ حاجی امردین جنگل گوٚمُت، کُنہٕ مرگہٕ پھیران یا کُنہٕ ناگہٕ رادس
پیٹھ رُستہٕ گوٚمُت۔ یُس ستی حساب کرِتھ دُین وازس نِش گانٹہٕ کھنڈ تَس دِتھ ہدایت
زِ فی ترامہٕ کوتاہ مازٕ گژھِ بیوٚن۔ ختمہٕ مجلسہٕ کیاہ گژھِ سیٚن تراوُن، مردہٕ مجلسہٕ منٛز
کُمہٕ ضیافژ اژِن تہٕ زنانہٕ سبہٕ کیاہ کیاہ گژھِ یُن کم کرنہٕ۔ اَمہٕ برونٛٹھے اوسن ماگرے
صاب ستی تِس کنسر ویٹرس ناد سوزمُت، تہٕ اوس آمُت تہٕ تَس ستی اوسن کھلہٕ
دربار کوٚرمُت۔ اَمہٕ پتہٕ اَسن نوجوان آشناو کُلین الگ الگ کام سپرد کرمٕژ زِ
ختمہٕ محفلہٕ منٛز کُس دِیہٕ آب کُس تراوِ بتہٕ، تیتھے کُنی مردہٕ محفلہٕ منٛز کُس کُس کرِ سرِ تہٕ
ترٕمہٕ ہندین پرانی آزمودہٕ ملازم تھوٚوِن زنانہٕ محفلہٕ آب دِنَس تہٕ بتہٕ تراونس پیٹھ۔
اَمہٕ علاوٕ اوسن اکہٕ اکہٕ ختم گراکن استقبال کوٚرمُت تہٕ وۄنی اوس غالی کُدرکِس
پینہٕ زنس آبائی پیرس ڈیڈِ پیٹھ استقبالس پننس سوٚنس کنسر ویٹر صابس ستی
اسناد۔

دگر نماز پٔرِتھ لوگ ختمہٕ والیو گوڈٕ حضورٕ رساں درودِ نجات پٔنہٕ کبریت شریف
پٔتہٕ حفظِ مراتبہٕ سان وُلیٖن ہندی ختمات یِم اُسی   اوراد شریف پٔرِتھ فارغ سپدان
وٲلی اکثر ییٚرو تہٕ بابو کمر بابہٕ ختمانٕ وانہٕ وُنی مگر حاج امیر دیٖنؐ اوس تسبیح ہیتھ پانہٕ
شُمارٕ رٹتھ تہٕ بٔڈی پیر صابن تہٕ دِنتھ ہٕ پٔتہٕ ییٚبِٹھ شیٖن وٲلیتھ ژھٔنِتھ۔ نعت، درود
تہٕ منقبت آسہٕ ہسہٕ ہسہٕ خلوصہٕ تہٕ نیرٔ زمی ستۍ پرنہٕ۔ جان صاب تہٕ یعقوب تہٕ اوس ختم
گراکن ستۍ وُٹھن تُلہٕ نراد گران۔ یِم مرد دیوان خانس بیٚٹھ آسی تمن منز تہٕ آسی اکثر ختمہٕ
محفلہٕ منز ہیتھ تہٕ یِمو تہٕ محفلہٕ منز شرکت کٔر تِم تہٕ آسی دم چھٹ۔ نیٚبر کُنہٕ آسہٕ ڈٲنس
منز ہیرن پیٚٹھ تہٕ ہنگ کٹھ زنانہٕ بچہٕ، اڈورٕ تہٕ جوان استاد دُری کرِتھ اَتھ وُہرد
وُہرِ دُتی ہیک تہٕ عاقبتک پٔژر منگان، پل صراطس تار ژھاران، گونہن عفو منگان،
ڈٔکس تہٕ ڈمبس آہی ژھاران سے کاری تہٕ بیمٲری نِشہٕ نجات منگان۔ حاکم وانو
تہٕ حکیم وانو نِشہٕ پناہ ژھاران۔ دُشمنن ووکرٕ منگان تہٕ ہمدردن یٲری ژھاران۔
حاسدن ہندِ حسدہٕ تہٕ نظر بدن ہندِ چشم زخمہٕ نِشہٕ نجات منگان۔ مہرازن کیٚت
کارٕ بار ژھاران۔ تہٕ مٲتر مہرنین غیبی ستر تہٕ سامانہٕ ژھاران۔ پرتھ کانٛسہٕ بچہٕ، اڈورٕ
با جوان زنہٕ، امیر یا غریب مونڈِ پرتھ کانٛسہٕ اوس وُنی کیٚس یتھ مقدس محفلہٕ منز
پٔتہٕ ووہ ندگ طمع وُٹھن بیٚٹھ تہٕ پیغمبر تہٕ وٲلی اکہٕ اکہٕ وسیلہٕ اُنتھ آسہٕ سارینے خدایس
ساسہٕ بٔدن عرضین ہندی طومار پیش کران۔

ختمکہٕ عروجک وق ہیوٚتن وانٛتن۔ سلامہٕ ہُند گژھُر لوگ سارے ہی اندی ہکیس
منز گرد زنہٕ۔ اندرٕ ختم گراکھ نیٚبر ووہ تہٕ وٲلی تہٕ دیوان خانکی ژٔرچھ، کُٹھین، وٲڈین تہٕ
وُڑن منز استاد آرکاژ زنہٕ۔ سارٕی آسی پنٕنہٕ پنٕنہٕ جایہٕ استاد اوزٕ رمان۔ اُتھ

تہٕ ووشہ گتہٕ گمتہٕ، پتہٕ پنٕنہٕ منزلہٕ سُلہٕ ووتھ تہٕ ژٕتھ ہینز لولہٕ ٹلہٕ دِتھ ینہٕ ارمان پنٕنٕس آغوش پوشہ پدرٕن زٕنہٕ چھیپہٕ دِوان۔ سلامہٕ پنٕنہٕ زمزمہ نغمہ ہیتہٕ آسہٕ نبہٕ چَھن تارٕن معنرابہ دِنہٕ لجمژٕ۔ السلام والصلوٰۃ کہٕ سرمدی آلو آسہٕ عالمہٕ ملکوتس للہٕ دان۔ سارِنے منتظر وجودن آسہ ویرہ پنچ ٹھرہ ٹھرہ۔ نِکلو صبحہٕ اُتھ تژالہٕ تہٕ امارچہٕ ووشہ مالہٕ ہیتھ آسہٕ تبہٕ لدہٕ ہجر بیمار مکہٕ کِس ٹاٹھس تہٕ مدنی لالس استقبالس۔ اوچھ مُشکہٕ عنبر، گولاب، عطر تہٕ نافہٕ ہیون چارسوٗ ووتلِن اکہٕ اکہٕ ووہ ندک بار اوس پتہٕ اندٕ پراٹہٕ پراٹہٕ سپتھر آمت لاینہٕ۔ اکہٕ اکہٕ ٹل بری تہٕ زہنگ کرٕ ینہار اوس رضوانُک آب کوثرہٕ چھلِتھ تیوٗمت۔ سوٗرے اونٕدلوک اوس دم پھٹہٕ۔ یمن اچھو گاش اوس تمو کیاہ وُچھ تہٕ باوٕن تہٕ کُس؟ مگر عام حاضرن تہٕ یا سیودٕ زمانہٕ کین تہٕ مکانہٕ کین شہنشاہن ہُندہ سرتاج آو بُرزٕ ناہ بیٹھ تہٕ دراو۔ اونٕدپوک مُشکاوِتھ تہٕ دٲدی لدن اُدِ کھشہ ترٲوِتھ۔

# باب ۹

دۆد گنگارِ ہُند پادشاہ نار چھُ اَز تَتھ گرٚشمہٕ تۄندی بیٚٹھ پالٚس تہٕ بےٚ زار چھُ
حسرت ہیٚتھ سوٚتیوٚمُت یُس تۄندی ہُندِ گرٚزِ اُنۍ صرف سارٕ تریٚ رِیتھ برونٛٹھ اوٚس
مہارٕزٕ پارکرس دِرٛشس ( VISTOR ) ماۍسٕزٕ نَمن ہاے زِ چھُنہٕ تانۍ مہرِ نٕ اَڈٕ ژٕڈی ووتمٕژ
کرٕمژ آسٕ یِسٕ اٲنِکہٕ کُنۍ آرچ اَس اَز زٕھر تہٕ چھوٚٹۍ جَمان ژٕد، یُتھ بیٚٹھ سوٚ خرٕچ
یاوٕرم ہارٕ رٲنس فوٹو باپتھ پوز ( POSE ) دِوان آسٕ زِ آبچہٕ گیٚتنہٕ رٕنیہٕ گلہٕ وان، گٕنٕن
کھمبرن تہٕ پٕلٕن چھاوان چھاوان ـــ رٕٹن یِچار پیوس یہٕ ڈیٚمٕ ڈاس کیمرٕکہ لینس
( LENSE ) منٛزٕ وُچھنہٕ آرٕ بٕلنٛٹن بیٚٹھ نٕقشس۔ اَکھی ہتٕر لدکٕ اَندرٕ یکٕ پناہ ژٕدٕلن
لوٚکچن کنٕن بیٚٹھ آبہٕ رٕیشہٕ تٕہتٕرٕ ڈٕلس نازٕل تہٕ یِنیہٕ زٕ ژٕورٕ گیٚر تہٕ پھٕلی کورٕ شاید
تٕمُس سوٚندیہٕ چھندس اَڈ پھٕلس یاوٕنس ماتم کران۔ بٕتھٕلن اَکہٕ زیٚرٕ دٕکہٕ سارینٕی
غوطن تہٕ گردابن پیٚٹھ۔ دۆد گنگا آہ اوس رٕسہٕ رسہٕ لیول کُن وسان یِتہٕ آسٕ اَرچ
پیٚٹھ آبشار ہیٚمرٕ زٕ پیٚٹھٕ تن گُبٕر لوچن تہٕ اوس پٕ کرٕ ترگوٚٹت۔ صاف شفاف
تہٕ تُرن آب اوس ڈٕکین مٕن دٕن پُریٚن ہندین الاندین تٕھلن ہُند تصویر

پیٚہر دالان۔

پادشاہ تار چھُ بوٗس مرگہِ بیٚٹھ ڈُچھنۍ کنۍ پکھنہٕ ڈوڈ میل دوٗر۔ یہ چھُ دوٗد گنگا نالکہِ ووریاہ خُنُک نبتھ نوٗن نظارٕ۔ ڈُلہ فانہٕ ووگہنارن شی شی گروٗنہِ سبز استادٕ رٲیل۔ چھانہِ کوٗڈمُت شفاف ٹھُنہٕ تلُک دود ہیوٗ آب۔ آرٕ بٮ۪ن زہر مو ہرِ رنگہٕ اہنٕ لگتھہ۔ تُندی سان گرزیٚنہٕ تہٕ جذبن دیہ کھوٗلو۔ زیٚہ زٮ۪ہ دسہ تہٕ خیالن تہٕ تصورن اَنہٕ بولبوش کتھن پان آلوان چھکراو لکہ نبہ دوٗزہ مولُل موٗنت تہٕ سوٗمبرتھ بہٕ بٮ۪یہ ہیلمس تیٚشرادِس منز لگہ نُٹھس کئن لہرہ مارنہٕ تہٕ برجستہ کرِ یٔلہٕ چُھلپہ نہٕ دیوٗرتھسہ ۔ داپلہ پنج جوشن گرتھہ بئے شوٗنکی پاٹھی گوڈ برُتھہ تہٕ کاتکرِ یتن ازُونہٕ راٲشن منز نیہ زوٗنہٕ ہنہ سوُتسے اموب رعہ پھہ وونہ کس داہنس برِتھ۔

زہ شوٗرے آسہ دم ھُچ شاید سونچان زِ دوٗد گنگا یہٕ ہنز گتہٕ چھُے نہٕ از یٮ۪ہند جنوٗن نالہِ منہٕ رِٹہِ پنج توٗرتھ تہٕ "ریشمے اسی چھ دہ شورے بیقل۔ اَسہ پزِ نہٕ زوٗن کھیٚنہٕ کھسُن"۔ زھو پہٕ ہنُد ماحول پھُٹ تہٕ ریشمن نروو۔ زیوٗٹھ ووٗش۔

"نازلیٚ شہرکین تھوبہِ کتھن گرزھن دِل سنبلاونہٕ خاطرِ اصل اصل تماشہٕ آسنہٕ۔ دیپان تہٕ چھکہ شہرن منز کیاہ تام فلمہٕ کھیلہٕ آسان جنگلن منز کتہٕ بتہٕ نکھ تم۔ اتہٕ چھکھ زِ یئے ہوی تہٕ ریشمس ہوی چھوٗنچہِ لوٗتی۔ اَدِ گندنکھ وُریاہ۔ چھوٗنچہِ لوٗتی پرانن تہٕ پھیٹن پلنے۔ اَدِ بَن ہہسہ واتہٕ ناوہ آتی ترٕکھ گرِ۔ ہنش آسم گرزھ گڈان تہٕ تاوِ بران"۔ یہ وَنان وُڑھ ڈُچھن کنۍ بیٚٹھ پہٕلی نوٗش پاشاہ کرِتھ نکھود۔ آتی لبہ کھچہِ کلس بیٚٹھ برِتھ دراپہ آرہ منز پلیزار تہٕ نو ہناہ ہیوٗر یہن زٹھتہٕ تہٕ امس پیتہٕ پتے وُڑھ بیٚنہِ پہٕلی کوٗر تہٕ گجر کوٗر اکی چانٹہِ پکوٗنہٕ وَنان وَنان۔

"مالی ۔ اَتی روزی ۔ اَسی تہٕ ہیٚے ہِموٗ ۔ وونی نازکی ریشمس پنٕنۍ دادی تہٕ ریشمہ
ہاوِنس پَنٕنہٕ ووندٕکی آکھ۔" ژوٗ شوے دراے، پوٚت نظرٕ یمَن دوٗشوٗنی کنُ ترٲوِتھ تہٕ یِم
دوٗشوے آیہٕ دَم پھٕچھ پنٕنین حالن ستۍ نٕتھ ۔

"ہا کیٚہہ وَنیوتھ تٕسے نازکی؟"

"ژٕ کیٚہہ شونگتھ آسہٕ کھٕے ہا پوٚز ہیٚے دوٚن عمہ ہٕلی نہٕ مالہٕ ژٕ اَسی چھے دوٗشوے
یمَن دوٗن شُرین ہنٛز ٹِکہٕ واوجہٕ۔ پکھر پورہٕ چھنا وونہ رسس بیٹھ بساٹی حریرہٕ ٹِکہٕ واوجہٕ
ہکان۔ لورہٕ کُہ نین حریرہٕ پوش ہٕلی ہنٛز نوٗ ستۍ ہُرِتھ۔ شُری ٹِکہٕ واوجہٕ اَکتن منٛز ژٕٹھتہٕ دوراہ
کُڈان۔ اَکے ٹِکہٕ حریرہٕ اوٚک طرف لایہٕ لوان ہنٛزن دوٚیمہ طرفہٕ تہٕ لورِ کُٹن دوان
ترارتہٕ بورُت شُری اَتھ منٛز دأرِتھ تہٕ اَندری بساطس لیکھاہ ژرأرِتھ بوم لٕدِتھ
گوگُن نیران۔ اَسہٕ گنٛدن دٲلی شُری پیٚلہٕ اَسہٕ اَتھو منٛز دٲرِتھ دِن تہٕ لٕدن بوم، نہٕ
آسکھ ژِکھ، نہٕ ترارن بساطس لیکہٕ۔"

اَڈٕ نبندرِ زَن وُزٕھ ہنٛز ریشمہٕ رِچُ کاڈ کڈنہٕ نہٕ زامنہٕ کرِنہٕ ولیہٕ ہنٛز کنھ درژن
ژاپھ تہٕ کینٛزھاہ بابیوس پوٚتُے تہٕ کینٛزھاہ بےکار ذہنک فتوٗر۔

"تٕسے کیٚہہ کاگی وَنان ۔ مےٚ چھُسنہٕ فکرِ تٕران ۔ ژٕ ہیکہٕ ہَس لیقوٗلبس بیٹھ
پہٕ وُنِتھ ۔ مگر مےٚ گیہٕ ووٗنی کتۍ وُری جانَس ستۍ یمَن نیرِن نہٕ مرگن منٛز ، پھیری سُہ
تہٕ لبے انتابہٕ تہٕ اوس نہٕ وُچھان ۔ سانہٕ تہٕ اَس سُہ نہٕ لبے واریاہ لٕکہٕ بکوٗرٕ
مام اوس کوٗپس بیٹھ آسان تہٕ مامنۍ جلبس ستۍ۔ تہندِس کوٗپس بیٹھ تہٕ اَسی
اَسی نہٕ واریاہ لٕکہٕ نِنہا۔ اگر سُہ مےٚ گنٛدن تماشہٕ زانان آسہِ ہے تمُی آسہٕ ہَس
خبر کٲژاہ لٕکہٕ مےٚ گنٛدِتھ نیوٗمُت۔

نہٕ اَنہٕ ۔ "بہٕ مانَس نہٕ پٮ۪ون ۔"

ناآزٕل لٔج اَندری کٔنۍ زاپھ دِنہٕ ۔ تَس تہٕ آو سُہ واقع اُچھن تَل یٮ۪لہِ فراس ناگہٕ
پیٹھ درگہِ ڈولن کُن لیوان لیوان تَس تہٕ یعقوبَس منز وَتہٕ خطرناک رٔود راہٕ لاگِتھ ۔
اَڈِس دوہَس رٔودۍ تم دوشوے فقیر گجرنَس واٲران کوٹھس منز ۔ یوت نہٕ راتہٕ موغلُ
نہٕ وانان چھُ ، مگر یودوے ناآزلہِ تَمہِ وقتہٕ ہتہٕ بٔڈۍ خدشہٕ یادٕ آسی گامتی یعقوبہٕ بین خلاف چھِ
نظرن اُسنہٕ کُنہِ وزِ تہٕ فرق آمُت ۔ "مگر نو تہٕ کیازِ چھُس بہٕ شکہِ نمبلہِ منز بندٕ گومُت؟"
اَس ناآزل اَندری پانَس پرزھان تہٕ اَندرِم ناآزل اَس دَم پھُٹ ۔ "ریشمے مٔے تہٕ چھُ
یعقوبس پیٹھ حد کھوتہٕ زیادٕ یقین یودوے سانِس لولَس صرف شٮ۪ے سَتھ رٮ۪تھ
گٔیہ تہٕ سُہ چھُ جانہٕ نہٕ کھوتہٕ نیار ۔ بوے چھُس ٹالان ۔ یس گوو یہ زِ ٹالہِ نا او ہندٕ مول ۔
یوٚڈ حاکم میون بب مکرہِ زیچہِ لاگِتھ جب رٔچھان ۔ تمِس بنگلہٕ تہٕ اَسہ نہٕ بہر تہٕ ۔
تمۍ وُہ جماژ پیرمژ مٔے نہٕ روپیہ فُٹہٕ ووٹ تہٕ سیوٚد گُٹنزن لگان ۔ سُہ شہرگ
بہٕ نہٕ گاہچ تہٕ بلکہ وَنہٕ واسی ۔ آخر میون تہٕ تہند میُل گوو زمینگ تہٕ آسمانگ میُل ۔
تہٕ یٮ۪لہِ بُنزاتھ آکاشَس نالہٕ متہٕ رٔزِتھ دِیان قیامَت ۔"

وُنان وُنان اَس ناآزلہِ زٕلو دالہٕ کھنڈ ہِش گامٕژ ۔ تزنۍ آبہٕ تھوٚمبی لوتسہِ
نین اکی شہہ گبگہٕ بون وٲلتھ نہٕ ہانیمتی اتھ نرآدِن بٮ۪یہ منز ۔ نام آس گلہٕ پیہ دجہِ
گنڈ مُستراونہٕ تہٕ مدہم واوِ رنگہٕ دِژ دُج ووٚد گنگا یہ ہندِس وُچھس پیٹھ بُرُنتھ ۔ ناآزلہِ
ہندہِ ووڈِ نٔنہِ کلگ روپہ ناولِ مَس وال آس پیٚنزِ تہٕ زیچہِ سُمہِ ڈٔلرفانہٕ تتھے کُنۍ
رٔتھ کُنۍ شہلِس ووٚد گنگاہس ڈٔلرفانہٕ لیہٕ گرٔشہٕ ببرہِ پھٔنگ لرزاوِتھ چھِ آسان .
ریشمن دِژ رَسہٕ رَسہٕ وَسہٕ وِلنِ آبس منز وَسہٕ وِنہٕ کلہٕ دُجہِ تھپھہ تہٕ دُج ناآزلہِ کُن

پلناوان لۄگ رووُمت پان لبان لبان وَنہٕ۔

"نازلی پوٗژُے چھکھ وَنان۔ مےٚ اوس ہلم کھٹاںہٕ وَنان زِ جاپہٕ نس ہنگکس چھیس ژٕژی کُنڈو یائِنس چھکھ رنگ برنگی پوش۔ وَنہٕ کالہِ تہٕ گملن پیٹھ پوش پھولان۔ دیٚپان ہے پرینژھ کُنڈس چھکھ رنگ برنگی قالینہٕ وَتھرِتھ۔"

"قالینہٕ کیہے گووٚ؟" نازلِ رٕنیہ اُدر دٕج کلس گنڈان گنڈان ریشمنہٕ کتھ ژٕٹھ۔

ریشمہ تہٕ آس سونچان اما قالینہٕ کیاہ گووٚ؟ تہٕ امیک مطلب کتھ کنہٕ وانہٕ تاوِ سوویسہ پننس ذہنس منز۔ تس پیوٚ یاد زِ اکہِ دوہہ اوس فراس ناگہٕ جاپہٕ آمُت تس پیٹھ بہتھ اَمہِ ہیٚیر اُمس پننہِ پوٗژٕ وَتھرٕنی ترآونی تہٕ تمہِ اوسُس ووٗنمُت۔

"اوہ! یتھ ہیٚر قالینس پیٹھ دُلنہٕ دٕنی گیہ زندگی چھاونی" یہ کتھ یاد پیتھ ووٚن ریشمن۔ "آسہس آسان۔ بہوے ہیٚر درمن ہیوٚ۔ مگر مکانن تہٕ کُنٹھن منز چھا درمن گھسان۔"

دوشوَے آسہ پدٕن پدٕن آیہ قالینک تصوُر پننین ذہنن کین قالباف وانن پیٹھ وونان مگر پینہٕ تہٕ دوٚشن اوس اُتھر برنگیتھ ترووُمت۔

"پتہٕ کیہے ووٚنے علیمن۔"

دوٚیُن ہے سائین خوجن ہندِ ین دیوان خانُک کھونہٕ چھکھ سرانہٕ کُنٹھی مارٕ منڈِ کہ ہیرن چھکھ زرٕ دوہان۔ رنگ برنگی چیزٕ چھکھ جرٕ تھ۔

"ژٕلی کتھ" رٕنیہ نازلِ بلیہ کتھ ژٕٹھ تہٕ دوشا ترآوتھ ووٚنُن۔ "اُسی چھینہٕ یمن روپہٕ خانن ہنز کنہٕ جہ۔ اُسی چھے یمنے شتہٕ بائِن ہنز شینہٕ بیتہ۔ یمن وَنن ہنز وَن ہارِ تہٕ سائنی ٹمنگ چھ پے سنگر تہٕ وَن۔ اُسی ہیکوٚ نہٕ تمن رنگہٕ

بنگلس منٛدرِن پاگل خانس منٛز کلہٕ ٹھاسہِ وِتھ۔ اَسہِ پٮ۪ہ بیٚیتے آرپلین پیٚنٛن پاوُل بلایہِ دیُت تہٕ
آخر پیٚتے آرپلین پان چھاوِتھ پیٚنہٕ لاشہٕ تام غائب گژھنہٕ۔"

"بیٚنی بہٕ چھس پی سوچان۔ تمہِ بیٚلہِ اَبل وُن اوسُس تیٚلہِ کیاہ آیس اَبہ
عقل کھیٚتھ۔ اَمی ماہکوس پیٚنُن پان گارٕتھ۔ مگر تمن بچارن کیاہ بنیس یمن اَسہِ پیٚمیٚتہٕ
پیاروِ لن منٛز لوٚرِمُت چھُس۔"

"بیقلی تمن کیاہ بنہِ۔ وِدن رٲچھاہ پھچاہ تہٕ پتہٕ کرن اصل پاٹھو خاندلاہ۔"

وو شوٚوے آسہِ اَسہِ وتہٕ وِنس آلبس ٹھلہِ ٹھلہِ وُچھان تہٕ اَندری آسہِ
پشیمان۔ وودگنگاپہ منٛز اَتہٕ چھیٚرِ گیٚنہٕ وَنان۔ "ولے۔ آرسو ماہ پچ گیٚتھ گیٚنہٕ
چھیے۔ اَسہِ نہٕ واتہٕ نادکھ ناتس پارمہ وِزٕ مھرینہٕ نٕش" یمہِ آسہِ ٹھلہِ ٹھلہِ آبس
کُن وُچھان رِ آبہ منٛز آیہ نازلہِ بیقوپچ ژھاے بوزنہٕ سوگیہ حالان تہٕ بےوایہ
گیہ تھوٚدٕ دٕھتھ۔ مگر حقیقتن اوس بیقوپہ نٕش اَچھن بروٚنٹھ گیہ۔ نازلی تراوِہا تس ژنالو
وِنہ ہیس۔ "اسمانک تہٕ زمینک میُل اَنہٕ قیامت۔ قیامت دِموٚنہ اَنہٕ نہٕ۔ اَسمان ژھٹہِ پٮ۪ن
تھزرِ تہٕ زمینس سیٚدن پٮ۪نہٕ تیزمی ہند احساس" مگر ریٚشمن دِژ نہٕ تس کیٚنھتے کرنہٕ ڈٕھٹھ
پیٚپھٕ وٕیت تس نہٕ وُکھ تلنہٕ۔ مگر بیقوبہ نوٚمِریو آس ہنہٕ بدی نالہٕ متی نازلہِ ہنزن
نظرن سنٛز کرمتے۔ ریشمن تراو یہ ڈٕپزِ نہٕ بیقوبس جیٚپھ تہٕ مزٕمیرٕ مزٕ ہندک
پاٹھو لجس گگراپہ کرنہٕ۔

"ژ بیٚہ ہیو لوے گژھس آسُن۔ میٚہ نام اَنتھ نہٕ تہٕ منٛز شیٚچھ نہٕ۔
میٚہ وُنس تہٕ ہند کیتھ حال چھُس۔ میٚہ چھُس پیٚنُن دِل ونان، سہ آسیس
بلبومُت۔ سہ ما چھُس میٚہ یوسہ بنگلس نِش پراران۔"

"پکھر پورہ"

نازلہٕ ہنٛز دٕ مدیوٚ منز یٮ۪نہٕ نظر کڈتھ دِیت یعقوبن چھندریامژ تہٕ اوسیامژ رٔشمس جواب ۔ رٔشمُن حال وُچھتھ موٚٹھ یعقوٗبس پنُن حال بدتہٕ جانُن حسبِ حال تہٕ ۔ یمن کیٚتژن دوہن منزٕ اُسی رٔشمہٕ حُسنکِ بہار پیٚچ گرٕ شمہٕ گریکھ ماگہٕ کہِ شٹھیامتہٕ شاہچ تیر ہش سعوٕ ہٲری رُمہٕ زاودِس مستس اُس زٕٹھ نٕ کُنہِ سُم تہٕ مس لٹن کرُن ہنٛز تینزر تہٕ تٔندی ابا اُسی رہ خن زرزرن ژھاے ہش لگِتھ ۔ گلابہٕ وُٹھن ہام بیٹھمژ مس کھاسی اُچھ ٹارن منز شرییتھ گامژ مگر بیمار نظرن جادی مالکہٕ اوٚیزان کالہٕ پگاہ جوٚر بدلاوُن واجینہٕ باوُن واوجہِ ژھیوٚنمُت پھیرُن رینٹن تالی ۔ دامَن رہنیامُت تہٕ نالہٕ ہٹ تزانزٕ ووٚتھمُت ۔ مگر یہٕ غمہٕ ہیوٚت انداز اوٚہند تہٕ اوس اُہندِ نیچرل حُسنک رٔنگین تصویر ۔ نازنینن ہندی ساری ادا چھ مارٕ وُمندی "نازل ۔ میٚے چھُ وقت کم ۔ تہِ دوہ شوٚے واتی زلو دِگر تام پکھر پور ! یہ : جانہٕ توٚہند موٗل موج تہٕ ترٔیشوے بیٚنہٕ آسو پکھر پوری ۔

جانہٕ وُچھ رٔشمس تہٕ رٔشمہٕ جانس ۔ یہندِ غارانٕ یٮ۪نہٕ اسہٕ نہٕ ملاقات اُسی تہٕ گنڈو امار پیٚہ دُنہٕ"

اَکھ طرف اُس رٔشمہٕ وُڈو نیتھ ووٚنی اُچھ ٹیٚہٕ رارے منزے پکھر پور واتہٕ پیچ سنز کران تہٕ بیٚیہ طرفہٕ اُسس خدشہٕ ہران زِ اما جانُن حال ہیکیا ہٕرِتھ؟ تس وُچھتھ نہٕ ہیکیا خاموش روزِتھ ؟ تاب پیہ سا ۔ دامنس مازِ محبتس تھپھ راز مابیٚیہ وٕرنہٕ بیٹھ تہٕ حاجس نہٕ جانہٕ نین آشناوُن کتھ ہیکیاہ نہٕ کرِتھ ۔ اگر زن مژرن نٕ کرہٕ ناوٕ کُند مانزاونس نالی ۔ پاگل خان مانس ۔ گرژھن تہٕ جانُن درشُن بانس یتہٕ وُلِ وُلے ۔ سہٕ ما آسہٕ سوٕ نہٕ بنجر کھسُن لایق دُنہٕ ۔ یتہٕ ہیٚس وندِ تہٕ

مُلاقات گژھِس مُشکِل۔

"مگر یعقوب ہے چھیہٕ تٕہے سٕتۍ ضوٗرٕوری کتھ کرٕنۍ۔" ڈُنۍ کین چھُنہٕ موقہٕ۔
اَسہِ چھُ ژھَل کرُتھ یکھر لوٗرِیک پروگرام بنووُنت، کتھ کرو ووٗمرٕ۔"

رِیٚشمس توٚر فِکرِ چھو کہِ لۍ جانس تہٕ چھِنے صرف تِہنزے فِکرِ آسہٕنز۔ تیمہٕ غایبہٕ
پیٹھ تہٕ چھُ تمۍ اَڈِ زٕمہٕ تی استانک ہیتھ کرُتھ یُنہٕ رِیٚشمس بُتھ وُچھنک جیلہٕ کوٚرمُت۔
بھوے جانہٕ ہیکیاہ وانس رِیٚشمس وٕرائے گُذٕارِتھ۔ رِیٚشمس گو یقین زِ تِہنز۔ اُڈرن
چھِنے ارٕنے جانہٕ خاطرٕ ۔یعقوب کھوت وٕتہٕ پٕدٕ ہیوٚر تہٕ ہیٚر کِنہٕ گنڈِ مِتس گرِس
لُرٕزن لٕگتھ۔

"نازلی اسی ما چھِنے یِمن علوٗمہٕ یُرتِن دِلن تماشہٕ نظرِ وُچھان۔ یہندِس امارس
شک کرُن گو وُلوس موٗل پرانیٚنز۔"

"مگر رِیٚشمے یہٕ ما چھِس شک کران۔ یوٚدوے مُنزٕ مُنزٕ خیال چھم گُڈٕکو وُتھان
نبر یعقوبہٕ ماجائِس جانس سٕتۍ مان مان کرِتھ تِہنز۔ وٕلیہٕ ہنزِ ولیسہٕ سٕتۍ خاندر کرٕنچ بلہٕ بوہے
کران تہٕ اگر خُدا نخواستہٕ یوٗن تہٕ تِہندِ رِشتہٕ آدسہٕ میأنِس لوٗس کیاہ بنہٕ۔ تتہٕ ما
چھُ وورہٕ ماجہِ ہنز زرٕ ! . . ."

"آہنی"۔ تُرٹ رِیٚشمن نازلہٕ ہنز کتھ۔ "مے اوٗس جانن صاحب دوہٕ زانہہ
یہٕ حالِ بد گژھیہٕ بروٗنہہ وٕنان زِ یعقوبس چھِنے وورہٕ مہج کتام بدصورت تہٕ بدنام
خوجہٕ کورِ سٕتۍ خاندر کرٕنہٕ خاطرٕ مجبوٗر کران۔

ژٕنۍ وُچھتھ نازلی زِ یعقوبہٕ کمو آرِ بٕرژو اُچھو اوٗسُس ژٕنۍ کُن تھلِہ تھلِہ
وُچھان۔ ریلہٕ ہنس تہٕ چھو کَس زِ بِہی غار ہیو نالہٕ متہٕ۔"

"کأشُر ہیٚچھناوٕ ہیٚچھناوٕ نہٕ چھُے ہ تِگان ۔ غار چھِیہٕ وَنان، دپان چھِہ چھِھ کَس بُلغار رَڑِ ہی نالہِ مَتہٕ ۔"

رِیٚشِمہٕ آسہٕ سٔنجِہ پأٹھۍ سوٚنچان زِ اما اگر جانُن گرُ وأتِھ اَمہٕ پیٚتھے کأشُر لبُول خبر ہنش تہٕ زأم ما آسنس ٹیپہٕ ژٕٹان اما واتیا سوٚ زانہہ اور ۔ زٕمین رَلیا بَلِس ستہٕ ؟ یِمے تہٕ یِتھی یِیال وہ نہٕ پشانڈ بار گنڈِتھ درایہ دوٚ شوٚے سٕنگرٕ ڈُز کِنہٕ ہِچھر لوٚدرِ کُن ۔

# باب ۱۰

نومبرچ ترېیٔ آس بندن بندن ٹھنٛتھ گژھان۔ دُہہ کس نالس آس مانٛچھُک
میچھر۔ جان صابن اوس وُنی دُنی سارٕ کھٕہ بجہٕ گرم آبہٕ سران کورمُت۔ چھوکہٕ لَد
گژھنہٕ پتہٕ اوس اُمؠ گوڈنچہِ لٹہِ پننؠ وُدی بدن نووُمت۔ پننہٕ بنگلہٕ کس درمن بانس
منز کُرسی بیٹھ دُہہ کِس نالس حظ تُلان۔ موج اَسس اُندی اُندی زن یونیورگتھ
دِوان۔ اکھ بینہٕ اَسس دٔہ لوکچہٕ تاہ شیران۔ بیاکھ اَسس دمہٕ تٔنٛتھی فنجانہٕ
چھاوان، کینس ہنش بینہٕ اَسس نرِ گردنہٕ نالہٕ ستراوتھ اَسہٕ ناوٕنچ کوشش کران۔
بچھر پور وسنہٕ پتہٕ اوس جانہٕ ہناہ زیادے سنجید بنتھ پتر کال سونچان آسان۔
اہنزن بینین اوس اُہ ہند پؠ ذہنی آر پارٕ وبد ور تُلان۔ جانہٕ اوس نہٕ بینین ہند
دل زانہہ دُکھاوان نہٕ تِمن دِلس گرائے دِیُن یژھان۔ تمن ہنش اوسنہٕ کینہہ کھٹن
تہٕ یژھان پتہٕ نہٕ اوسس وونہ مُترتھ سہر بوقچہٕ تمن ہنش ڈیوڑٕ ترا ونس وار۔
بماتن اوس بچھرپور ریتشمن حالن وُچھتھ فوران کانہہ فاصلہ ننگ اُٹھی برادہٕ

بنوومُت۔ تمُ اُس وُچھِم ہرد ہی رُزران۔ مگر رِٹشمُن حال اوس تمہٕ تہٕ بدتر۔ توٚ سُند
انگ انگ اوسُس بیمار باسیومُت۔ تہنزٕ ن نظرن منز اُسی غمکی تہٕ دودکھکو سایہ
بُدی سمندر تشر پیٹھ۔ جانہٕ اوس اوتر پیٹھ ہی سوٗنچان زِ سُہ ماچھُ بے غارتی ہاوان تس
ماچھنہٕ جرأت تہٕ تہنز بے جرتی تہٕ بے غارتی ماچھنے کٲتسہٕ ہنز جوٲنی داوس لاگان۔
"یہ ژھے بے جرتی تہٕ چھے اکہ وقتہٕ ماحولس ستی مفاہمت کرناوان"۔ یتھی خیال اُسی
تس اکثر وودبدور تُلان۔ تس اوس اندریم جانہٕ پرژھان زِ تس ماچھُ دس تلنس تژیر
گرژھان۔ یہ تاثیر ما آسہٕ کٲتسہٕ ہندس ذہنس کُنہٕ نٔو رلو چھان اَمہٕ بوٚچھنہٕ ماگرژھ سو
وُدی۔ وُق ماگرژھِ یدلوٚ ٹی ژلیتھ، کاُتس کالس تھوٚ سو مامس آور۔ کیتس کالس نہاونادِ
تس پتھ فاصلہٕ ملتوی۔ رِٹشمنس مامہٕ سُند تصوُر یتھی گیہ تس واہ وُسیتھ۔ سُہ ونوت،
کُدریل، رٲیل قد، کھل گوڈ ہو، مگر بار باش۔ پانژاہہ پیٹھی تہٕ گونژھن کُنہٕ بھیژن
تام وُردھ۔ گرزنہٕ یہٕ ہکِن سِتن گرزن زرقہٕ برق سفید لٹھک پیزار۔ کوٹھوبوٗن نام
زِبیٹھ کرِ یہٕ صوتیج گرتمین نالس رو یہٕ ہنز بٹن رزکھن منارِ سِٹشا اٲسی چھیہٕ تہٕ لاگیتھ رول گولڈ
بٹن لاگیتھ تری اکثر بلے۔ ریتہٕ کالہٕ قمیضہٕ پیٹھ زیٹھ صدری تہٕ ونِدس پیٹھ لوسی کوٹھ۔
دُنیہٕ اکثر کھوورس پھیکس پیٹھ اوٚیزان اگیے ہاتس مارِتھ مُسلہٕ والان گھے سہہ
مُسلہٕ پھیکبن پیٹھ تراوِتھ شترکِسک (CERCUS) سہہ ہیوٚ باسان۔ گیے حاج
ھابنس شُتنس ستی ہر کران تہٕ گیے گامہٕ کِس موفندس دبارِ دِتھ کھوژناوان۔ لڑاین
تہٕ تناژن سالہٕ اَنان تہٕ اُہند روبہٕ علاقکی تصرفدار نام تہنز ہاتھ زنانہٕ تہٕ
کھوژان۔ نفرن غارتھ کرن واجنہٕ تہنز بینز رِٹشمس کُن نہٕ درِ کاہہ مدے تہٕ
ہلِتھ ہیکان۔ علاقکی زِلٹی تہٕ ہمدر ژھتھ ہیکان اَمایہ زنانہٕ کیاہ وارِ تس تہٕ اُمس

ستی پرٛیووُنا نکاح زانہہ۔ مریم جانَن یِہ ریٚشمہِ ماموٗ یار ریٚشمہ ہنٛس مامہ سنٛز ونیس سوٚتہ ملاقات

آیہ ہمہ چارتھ حشمہ ہتھ نظر چھکرتھ بیاکھ پکان تیاری کانسہ نتہ کانسہ ٹاٹہ ژٹان۔ تِمہ

کران تہ ہنگہ منگہ وُہو پونسہ مارتھ نوان۔ ییٚتہِ راہ ہمتھ ہنٛز نہ غنڈہ آیہ آسنہ باوجود

اُسہ پھٕٹی بوزرگن ستی تام ٹھٹھ مسخری کران۔ ہمسایہ اکار بکار یوان۔ اکس ہمسایہ موندہ

پریتھ وِزِ حاجت کڈان۔ بیٚیس معذوٗر گجرانہ گریک کاروبار اَتھ دِتھ نوان تہ ہانٛڈ

آسہ نہ باوجود محلکین شُرین رچھان۔ یِمی ہنٛزِ تیمہ بیٚنٛہ ریٚشمس موٗل تہ موج

مُشراوان نہ ریٚشمس نہ جانُس لول پھانپھ لاونس پوٗرٕ موقہ دِوان، پردٕ کران تہ

برس نہ فاش دِوان گژھنہ۔ ییٚلہِ جانہ گوڈ گوڈ ریٚشمن گرٕ گژھان اوس تہ مریمہ

جانہِ ہنٛد اوسُس اکثر خوف تہ ڈر روزان۔ مگر وینی آسی اُمس تمی جانہ تہ ریٚشمہ

پہرس پہرس ہیتھ اکھ اَکِس ماے تہ لول بران۔ یِم ساری خلوت آسس اَز یاد

یوان تہ سُہ دوہ تہ اوسُس یاد پیوان ییٚلہِ مریمن جانُس برس ہیتھ ہرکارش استاد

روٗزِتھ وونمُت اوس خوبا، ژٕ چھُس سون مالک، ریٚشمہ چھُس سون برٛونہہ اَتھ

یُوتُس اسہ بے عزتی کرکھ۔"

جان صاحبن اوس توتہ واریاہن پرژھتھ مریم جانہ ہنٛد پتہ کال زانہ پنٛچ

کوٗشش کرمٕژ تہ تیوٗ تاہ اوسُس معلوم سپدمُت یوٗتاہ نہ ریٚشمس تہ معلوم

اوس۔ ریٚشمس اُس ییٚتھہے پتاہ زِ مریم جان چھے اَہنز مامنی تہ موج مرٕتھ ییٚلہِ

تس شداد ہندی پاکٹی بچہ کانس ہیتھ واو بیوہو امی مامنہ دِلُس پھاہ۔ ژھرین ییٚن

اُس ژٕہ دیا وناوان تہ ہیتھ کنہ آسی نس وچھکھ ژھوری نار ژٕھنہ دِتی مٕژ۔ جانس

اوس یِہ معلوم سپدمُت زِ ریٚشمہ نیتھے اُس تس ہچار موج موہژ۔ مگر تمہ وِزِ

اَسہِ مریم جان اُمِس مامنہِ بلکہ زانہہ ہی نہ اوہند مام مریمس تمہِ وَنیٚہ ۔ ریشمہِ اَس دعہ ن ڈاین
منز میلہِ ییلہِ حاجہ صاأبس لولابہ کھر ہامہِ جنگس منز کام آمژ اَس ۔ ریشمن مام اوس تمن
دوہن حاأبس راتھ دوہ سیٚتہ رتہ آسان تہ باشہ کمہِ وِنی میمہ کُڈ ریشمہِ اَس مامس پھلکین
پیٹھے آسان ۔ یہ اَس وٚرتہ لوکن ٹاٹھ گژھان ۔ حسین گِندن تماشاہ ہش اَس نہٚ تہ محمل
دارِ دُعِن ہنز مہرنیٚ ۔ ییتس کالس اوہند مام حاجہ سندِ کیمپہ کام اوس کران تتھ وقتس
اوس موج اُمِس پانے رٚچھان تُہنزی پلو بدلاوان ، بدلاوِہس نا ۔ مأری مُندس شُرِس
کُس چھُنہ وانجہِ منز جاے کران ۔ ریشمس آس تمن دوہن مامنہ تہ زِندے ییمہ بچارِ ژین
پانژھ وُہر نیچو مُرتھ ریشمہ گوٚبہ گرنز ژٹھمژ آس ۔ سوٚ آس بدصورت تہ نہ بے صفت
تہ ۔ ریشمنس مامس اَس تہنز مٔنہ میچھ ۔

جانہ اوس ییتس باغس منز بہتھ لوٚہے تہر الیٚمت ہیوٚ ۔ دُہ لونٹ
آیس یتھ لاینہ ۔ تُھتس کھوٚنس وٚشلُن ۔ موج ہینزنس بابر نی ۔ بیٚٹین نہ راٚوس
وانہ ۔ "کھوجاناہ تپ ماکھوٚتے دُشمنَن" ۔ لج اُہنز موج اُمِس گیتہ کران پھر
پھر پر ژھیتہ ۔ جانس اوسہِ دگہ ہند تیمہ نہ دادیگ ۔ تَس اوس سُہ واقع یاد
پیوان ییٚس تمہ کلاروٚ سہ کیٚس تَس بڈ کھڈ بیچس نتش بوٚزمت اوس ۔ تس اوس ذہن
ریشمہِ نِس مامہ سندِ خوفہ اڈمور گومت ۔ گژھہِ ہس نا ۔ کوٚل پیٚتھ خطرناک ۔
دیان ییلہِ حاجہ صاأبس کھر ہامہِ کام منظور گیہِ ۔ ریشمنس مامہ سندِ گرُک
کاروان ۔ ڈاین یا ساڈن دون باژن ہند کاروان تہ دراو جنگلی وَنہ گاگلی کِنی تہ اوس
کلاروٚس چھیمبس وَسان ۔ ریشمہِ اُمِس پشانڈس گنڈِتھ ۔ روٚد راتھ اُہن لاجمژ
ریشمنہِ مامنہِ ڈول کھوٚر ۔ سو آپہِ گز کھنڈ بون لاینہ تہ روٚن آس دوران دوران

نتہ دوہ بوز ڈلہ بُرکھ تہ پکار ہنز لاش تہ آپہٕ نہ اَتھ ۔ پتہٕ اُس تمہِ گھر نامہٕ کِس سلیم
گجرن حسین جسوار نہٕ یاوُن ہُرشکوٕلی مریم جان ورغلاوِتھ۔ یمن دوٕن وُریِن حاجی
سُند کیمپ اَتہٕ اوس رٹِتھ مام تہٕ مریم آس تُہندِ ژھیپہ باژ ہٕ بنتھ ۔ مریمن رودن
سلیم گجر تہٕ اوس وُچھتھ اَچھ لُوان تہٕ کتھ کھوان ۔ پتہٕ بیٚلہِ حاجی اَتہٕ کام بند کرتھ
اکہِ رأتہٕ اُس یہٕ ژھنِتھ مأتن مریمہِ ہُنز کوٚت وانہٕ تام ہُرش۔ سلیم گجر بچارن کرناو پُلیس
منز اغوا مقدمہٕ تہٕ پتہٕ عدالتس منز ژوٗر سنتھ تہٕ ژھنٛنک استغاثہٕ تہٕ ۔ مگر بیٚلہِ
پتہٕ تارِیخس وُسیُو سی ژانگہ پٹھس تہ مریمن تہٕ تہندِس یارس سُند تامیل تہِ آو نہٕ تمہِ
تراو استغاثچ پاروی تہٕ ۔

پُلیسہ تہٕ عدالتچہِ وارنٹہٕ ناکام کرناونس منز اوس حاجی سُند اثر تہٕ رسوٗخ بکار
آمُت ۔ حاجی اوس اوٚسے کنہٕ اَمس بنہٕ علاقہٕ دوٗر نلہ ناگ ٹھس بیٹھ مکانہٕ بناوِتھ
دیتمُت ۔ جانس اوس یقین ژہِ تتھس خطرناک مجرمہٕ سنز پِٹھ ڈری کرنن وول اوس
توہندِ مول تس ہیوتن عظیم مألی سندِ عظمتک نقشہٕ ڈلُن ۔ سُہ اوس اتھی سوچس زِ پیاری
گوو" اوہ ! ہو ۔ مبارکھ" مأیہ محبتک تہٕ بیہٕ شفقتک گرایہٕ مارن وول سمندر
علاج صاحب اوس تیچِھس کُن تیز رسان لپکان ۔ قدمہٕ منز داہ قدم کڈان ۔ جانس
ژھینٛز خیالن ہنز مال ۔ موج تہنز بنے یہ ہناہ سنجیدہ ژیادے تہٕ بیٹھ تیچس نزدیک
بٔنیس آرام کُرسی بیٹھ ۔

حاجس آیہٕ ترلیشوٚے کوٚر الہنہٕ تہٕ وُلنہٕ ۔ کورن تہٕ اوس مألی سندِس شہلس
تہٕ موٚدرِس ژھدنس تل مُس بیران تہٕ مأیس تہِ اوس یمن ترن کورن ہنز یمہ
خلوصہٕ بُرژہ اُسن ترمایہ تھگن ژلراوان تہٕ ووندگ بار ژلِتھ نوان ۔

"وَن سا گوٚبرا۔ سران کوٚر تھاہ ۔ دُشمن چھاٗنی کیاز رٲدِ میتی ہی"۔

"اباجان ازوٚوت جان صابُس صُبحہٕ بیٹھے کیاہتام سونچان ۔ خبر کیتھ کنتھ چھُ

سنیومُت"۔

"زمرُدے یہ ہے آسہٕ سنان زِ اگر تُس گجرُی کور رُیتمس ۔

"کس گجرُی کورِ"۔ ہنیہ جانٕن بینٕہ بجہ بینہٕ شمس کنتھ ژٹھ۔

"تُس ہسا یوٚہ"۔

"تلاشم دِن بلایہ بینہٕ کمن ہکزانن ہنز کنتھ چھُو گران یہ دریہ ہس بلایہ بینہٕ زِ"

جاپنہٕ ماہرِ دِرُشہٕ بجہ کورِ شمس کنتھ پوٚر کرنے۔ جانٕن ذہن اوس حاران اماپم

چھا اُہنز رُیتمن تذکرہ کران کہ یعقوب بنہٕ داستانہٕ ہنز فرضی رُیتمہ ہنز۔ جاپنہٕ ہیوٚتُن

نیادِے پریشان سپدُن۔ تمو اوٚن وُٹھن تام تہٕ ہشُرون بجہ بینہٕ پروٚژُھن زِ سو کمِس

رُیتمنہ کنتھ آس کران۔ خبر کمو اندری خدشو دِرُس نہٕ ڈھونبر کنتھ گڈنہٕ تہٕ حاجی صابن

نیوٚ تام ادٕہند پریشان ذہن ہناہ ڈٲنجرِ تھ۔

"وَن سہ گوٚبرا کیاز چھتھکھ بینہٕ تہٕ موج پریشان کرمُتہٕ"۔

"رکھہن نہٕ یمن بلی تصرُف وَن گوو۔۔"

"کیاہتام چھُ ضرُور نتہٕ ونہٕ مکھ نہٕ ؤُل گوو۔ اَسہٕ وَن وۆہ ذِ کیاہ گوو۔؟"

"رکھہن نہٕ حق ذہنس بیٹھ چھُم یہوے بار ہیوٚ"۔

جانٕن یم الفاظ ادا کرنہٕ سٕتی گیہ یم ساری ہُشیار۔ بینہٕ تہٕ آیس گرمال

گرِتھ تہٕ موج لجُس پھرِ کپھری پرژھنہٕ۔ حاجی صابُن تہٕ بنیاو سنجیدٕ ذہن لجُس دِنَن

ہش۔ اکِ کورِ اُہنس گرسی برونٹھ کُن تہٕ بیوٚٹھ نیجوس بتھ۔

"وَن سا جگراہ کیاہ۔"

" سہ سون چوکی دَر۔ برنہ وار کمپیک یُس ڈپٹی منیجر بنتھ چھُ۔"

" اَدِ سہ تس کیاہ گوو۔"

" تس کیتھ پاٹھۍ دِیتہ وۍ تو ہہ پناہ۔"

" اچھا اُمِس آ مجرم گژھِس۔۔۔؟"

پیٹھۍ حاج صابن مجرم لفظ ادا کورِ جانس گوو ذہنہ پیٹھ لفف زیادہ بار نَھوڈ ڈلھتھ۔

" گوڈنتھ نا تس پناہ دیُن۔"

"جانہ گوو بَند نہ ہیکان باوِتھ نہ نہ چھِس ووۂنۍ دَم کرنس وار۔ نہ چھُ پیُن لفظ واپس نِنس لایق رُوٗدمُت۔ نہ نہ چھِس کتھ برو نہہ لگان یکہ ناوِنۍ۔ خو بہ بابے آس یمن مالیٚ پیٚتھرٚن ہِند یہ کلامہ بوزِتھ یمن گِندان تہ برٚیڈی کڈان۔ تہنزٚن ترٚیشوِنۍ کورِن اوسہ اَمہ کلامُک مانہ مفہوم کیہتہ تہ فِکرٕ ترٚان۔"

" اچھا یِکھی دِمس حکم زِ سُہ گژھِ نِلہ ناگہ کہ مکانہ منز نیبرٕن تہ برنہ وار کہ کمپیک چارج تہ نموس یِکھے۔"

" مگر یُوتاہ ژیری۔؟"

" دیر آید دُرست آید' غلطی دِمو پھیٚش ژیری زَن دِمو۔"

جانہ اوس بیٚیہ شَشِ پنجس منز لگِتھ۔ تس اوس اُندری شرم ہیوٚ تہ دَم زَن گومُت زِ یہ کیتھے کیاز ترجابہ تمۍ۔ سُہ اوس یمنۍ زَلو دَندن منز برکان تہ پیرہ نِس مامِس متعلق اَزادیٔ خدشہ اُمِس یکدم بیٚیہ دوٗر گمتۍ۔

"مگر ابا جان پیٚہ فیصلہٕ اوس اَبۍ وٕنۍ منز ژھُنُن ییٚلہٕ اسلم گژھن گرٕ ڈیران گژھنہٕ
ہنش بچہٕ ہا۔ وۄنۍ کیٚن ییٚلہٕ نہٕ اسلمہٕ زنانہٕ تہٕ تیتھ گرس لایق روزمژ چھیٚنہٕ تہٕ ییٚلہٕ اُمس اُکس
اہرٕ وشہ بےکس کورٕ ہُند بار ہیٚکین پیٚٹھ چھُو۔"

حاجۍ تراو حقارژ ہُند اسہٕ ہناہ۔ قراقُلی ٹوپۍ ژَجن کلہٕ پیٚٹھہٕ تھوٚو تہٕ تھوٚن
برونہہ ڈکہٕ کانہہ وِس میجس پیٚٹھ کلس ہیوٚتُن مارٕنہٕ ہُند تیٚتن منس واتُن کھوٚش اَتھ
پھٔلش دیُن۔

"گوٚبرٕ گاشا۔ مرجا چاینس سوٚنچس۔ ییٚتہٕ سوٚنچ اوٚ مینہٕ تہٕ تمہٕ وِزہٕ بُتھہٕ تہٕ اُمس
دیٚتم پناہ۔ یمہٕ وِزِ مےٚ پتاہ لٕج تمہٕ وقتہٕ اَسہٕ مریم سلیم گژھس لایق کینہہ روزمژ میٚن
دوٚن ہندۍ ٹکرۍ تعلقات اَسۍ دوٚہہ لۄوٕریو پیٚٹھ چلان تہٕ اُہنز زنانہٕ مرتہٕ پتہٕ لوٚکہ مےٚ
تربیتہٕ وُہرِ دِز سے اوس نہٕ حادثہٕ بلکہٕ قتل۔"

"اَدٕ کیاز تھوٚوُن تۄہہ پیٚہ پتہٕ نوکری منز۔" یہٕ یکدم زمرووُن زکھہ تہٕ حقارتہٕ
سان پنٕنہٕ کتھ چارتھ۔

"کتھے چھو تہٕ سنان۔" برلیوٚ ڈکہٕ تہٕ ترلیشو نی کورن جاڈ دکھ وُزتھ
خوچہٕ باسے تہٕ حقارتہٕ سان دراپہٕ رسہٕ رسہٕ وند لوشن پمبچھ ستہٕ نوہ کرنہٕ۔ دُر
تہٕ دراپہٕ نہٕ تہٕ نزدیک تہٕ روزنہٕ۔

"میانۍ ہوٚٹا ٹھوٚو مےٚ آسن یم دوٚ شوٚرے بدکار تمی دوٚہہ پُلس حوالہٕ
کرِ متھ، مگر حاکمانی سپنہٕ ژم تس بے نیاز خدایہٕ سنزِ مےٚ نیازی پیٚٹھ ییم بچہٕ کاینہہ
پیٚٹھ شداس واو زھن نہٕ آگرٕ پچھنہٕ اَتھ دیاونس دود۔ دوٚنی اگر آگرٕ پچھنی
مارتھ نہٕ ھیون پہٕ ستہٕ زاو مابنہٕ ہاشداد۔"

"وپان ابا جان پتہ چھ اَمی سٟتۍ زانٛہ شدادن عدنک جنت بنوومٕت"

"آہَن سہٕ گوٚبراد پان کھوٗ ہاو اُمِس أتھ جنتس ژانٛنے برٕ قبض روٗح کوٚرنس ملکمالس تہٕ چھ ییکنٛہ دوٗن وَزَن تھٕہر بلے نیازی پیٹھ پانس ترٛٲوٕ دوٚہمت تہٕ دوشوے وٕژھے شدادس سیتۍ منسوٗب۔"

# باب ۱۱

"خالاجی! چون وَنُن چھُ سانہِ نالہٕ پیٹھ۔ می ماہِیکہِ برونٛٹھ کنہِ وُنہٕ تہٕ مگر اَسہِ چھُ یعقوب
صٲب جان صٲبنہِ کھوتہٕ زیادٕ ٹوٹھ۔ اوٚت تام اوس اَسہِ اکے بوے، وونۍ چھہِ اَلحمدُللہ
زٕ باے گاش۔ یہٕ اگر جان صٲبنہِ خاطرٕ یُژھ خُدائیس پیٹھ تہٕ جان صٲبنٕ بچھ دِہے
تمہِ کھوتہٕ رُت تہٕ جان نٕ یعقوبنہِ خاطرٕ ژھاران چھِنہٕ تہٕ یژھان چھِنہٕ۔"

"مگر زمرودٕ لالو! وونۍ کیاہ ناکارٕ گی آیی ژٕ یٚتہٕ اَتھ منز بوزنہٕ"

"کہٕن نہٕ! دِژ حاج صٲبنہِ خانہٕ دارنہٕ تہٕ زمرودنہٕ ماجہِ کورکُن اَچھ زٕ زکرٲوِتھ
گوبرٕ سان کتھ وٲرِنو۔ "علیفہٕ لالہ۔ تہنزٕ دِہے یعقوبنے چاٲنی دِرہے کران چھُ۔
یہٕ قسہ کیُت تہٕ یُژھکھ نہٕ کانچھکھ تہٕ آسہٕ نہٕ فِہے ناکار۔ مول موج چھُ ہمیشہِ رُتے
یژھان تہٕ کانچھالی۔"

جُمعہ نمازِ پتہٕ اَس اَز علیفس الغابہٕ خوجہ بابہ سنٛز درگاہ زان گمژ۔ یہٕ اوس
ہندوستانۍ فلمی ملاقات ہیوٚ۔ یمہٕ آسہٕ دوشہِ نوٗرخانس منز اکی سے صُفس

نمازٕ پَران زِ عطیقہٕ دراپہٕ فرض پٔری پھٔے روٗڈ ہیتھ۔ بامبرِ منز اوس اُمس پرٛس بیوٗمت یُس خوجہ بابہٕ ہنز نمازٕ فرد وٕلہٕ اوس آمُت۔ خوجہ بابہٕ وُچھ تٔمۍ نمازِ فرد بگیس پَران پَران نہٕ الاَنی گوس شک آسہٕ ہئے نہٕ گرنھِ تس مأری منزٕ نہٕ بٔختہٕ بٔجہٕ خوجہ بابہٕ ہنٛد آسُن۔ یوسہٕ تَس ڈُچھنہٕ کنہٕ فرض پٔرتھ دراپہٕ۔ صفن چیران دراپہٕ خوجہ بابے تہٕ عطیقہٕ وُچھن ڈُچھنہٕ دارِ تَل خلوٚچ مُرزٕ ہٮ۪تھ ژِیتھ۔ اُشس دارٕ نگیتھ اد ییزان گٔلی کانپان کانپان دُعا منگان، خوجہ بلے تہٕ برار یابہٕ نوٚن نام لوٚنٛت نام عطیقس دُعا مٔنگتھ دِلس الیمنان گوو زِ تٔہنز منگہٕ منگ لوٚز تٔہندی خدا ے۔ تٔمۍ عطیقس دِتھ سیٖد دوٚن پانہٕ واکٔی تعارف تہٕ بیتے عطیقن راکِی سُنٛد ناو لوٗوٗس خوجہ بلے وٕژھ خوشی نہٕ حاراکی سان۔ ”ژٕ ما چھکھ میانِس یعقوٗب لالنی موج؟“

عطیقہٕ گیہٕ زِرِن ژِیتھ۔ اُما تٔہندِس یعقوٗبس کُس وَنہٕ گوٚل بُرتھ میون۔ یعقوٗبہٕ وَنہٕ لے نہٕ فقط جانَن موج۔ امی شنانکہٕ وٕژھس اُمتس ہٮ۪تھ ژِیتھ۔ ”ژٕ ما چھکھ میانِس جان صاأبنی والدہٕ“۔ زِن نہٕ اَز ژھینہٕ گامٕژن دوٚن بینہٕ تین پٔترٕکالی میٖل اوس گومُت۔ خوجہ بابے کوٚنت نزاوِ با عطیقس۔ سیوٗدُے واتہٕ ناوِن پنٕنہٕ گرٕ نگین۔ زمرودٕ اُسہٕ اَز درگاہ شریف گامٕژ۔ پتھے تمہٕ ماجہٕ یتہٕ اکھ ڈکہٕ بڈ پُرٕژھی بابے گرٕ اَژان وُچھ، سوٚ گیہٕ واریاہ خوش۔ عطیقن حُسن، اخلاق، ادا تہٕ اسہٕ وُنی موکھ وُچھتھ آس زمرودس نہٕ یہٕ پُرٕژھی بابے گرٕ اژوُنے ٹاٹھ گامٕژ۔ زمرودس آس پُرٕژھن پُرٕژھی باین ہنز سخ غأمی۔ یمہٕ عطیقنی پأٹھی شُبہٕ دار، وضعدار تہٕ مأری منز آسہٕن۔ زیادٕ خوشی آسس اَمہٕ سببہٕ زِ اَمہٕ آس اَز گوڈنچہٕ لٹہٕ ماجہٕ ہنز کاہہٕ وٕرِس ڈُچھمٕژ۔ گرٕ اَژوٚن اوس گوڈٕ خوجہ بابِ عطیقنٕ تعارف یہٕ وٕنِتھ کوٚرمُت زِ سوٚ آس تس

آدیٚج وبس۔ زمرٛودس تہٕ تہنزن دوشوٚنی بیٚنین اوس یُتھ کالک طمع زِ یِیلہِ رتہٕ پرچھ رٕتہٕ مالہِ ہنٛدین یارن دوستن ہندِ خاطرٕ سٔب سال رُتان چھیٚے تہٕ ماجہِ ہنٛز۔ ولیسا تہٕ وُچھہٕن تس تہٕ کرٕن وٕرٛتھٕ وانجہِ پٔرٛتھی لازمی تہٕ گوٚل تُہرتھ وڈنہٕ نس ماسہٕ ٹاٹھی یا خالاجی۔

عطیقہٕ آسی شاید گوڈٕنیچ پٔرٛتھی بارٕ یوسہٕ یٔنہ گرٕ میہتر ماجہِ ہنٛز وبس ٹٕنتھ ازٕ تام آمٕژ آس ازٕ اوس زمرٛودس دِل خوش زِ سو گرٕ کُتی ژٕنی ماجہِ ہنٛز۔ وٕلیسہِ ہنٛز پیالہٕ بُردارٕی تہٕ اکھ سعادتس آسن نہٕ اُمس بٔینہٕ بٔینہٕ تہٕ شریک سو آس اَندری خدایس منگان زِ تہنٛز اکھ بٔینہِ تہٕ گرٕ ھنہٕ توٚت تام ازٕمالیٚن بَرٕ اژٕن یوٚتام سو ساٹھ پے تا بدار ی اُمس ماسہٕ ٹاٹھہِ گرٕتھ موکلہا تہٕ یتھے اُمس پٔرٛتھو بایہٕ گرٕ ییرنکٕ وٕق وانہٕ ہا اُہنٛز ادوشٕدے بٔینہٕ گرٕتھ بَرٕ اژٕنہٕ۔ وٕدیمہٕ طرفہٕ گٔیس یہٕ بوزِتھ زیادہٕ خُشی زِ سو آس تہنٛدس دٕدیس بارے لاہنٕی یعقوب صابنٕ موج۔ یُتر کالہٕ پیٹھٕ اوس یمن سٕتی قریب زِ یمن دوٚن گرٕن گرٛتھی خاندانی تعلقات پادٕ گرٕتھی۔ ترٛیشوٚنی کورٕ خاندرن پیٹھٕ اوس جانس مالہِ ماجہِ تہٕ پیٚنو نٕدور کورٕمُت زِ سُہ دِین یارٕ ہٕندین گروالین زٕ دعوت مگر جانٕ اوسہٕ زاہنہٕ موٚنمُت۔

یوٚددے یمن دوٚن لوکہٕ چار پیٹھٕ برادری آس مگر دوشوٚے آسی نہٕ اکھ اُکی ہٕندین محلہ خانن منٛز اژان۔ جانہٕ یوٚددے یعقوٚبہٕ نہٕ نانہٕ واریاہ لٹہٕ سمکھمُت اوس مگر یعقوٚبہٕ اوسہٕ زاہنہٕ تہٕ جانٕہٕ سُلہرٕ منٛز ژامُت۔ یم ساری پردٕ آسی جانٕ صابنہٕ حادثک دوہہ وُتھی ہتٕر۔

چائے قہوٕ چاونتھ تہٕ پٔرٛتھی بایہٕ نہٕ ماجہِ ٹھلی کٔرِتھ آس زمرٛودٕ ہسید بامرٛ نہٕ آس یمن دوٚن ٹٕنند دربار بوزان۔ خوجہِ بارے آس اکثر ہوٚل نہٕ ہاں کران

تہٕ عطیقہ اُس رُسہٕ رُسہٕ اُسوٕنہٕ چانٛٹہٕ کلامہ کران ۔ پانژہہ داہ منٹ اُس زمرُودہٕ پہٕ کلامہ
بوزان تہٕ چھیکرس آسن تہٕ تاب تہٕ دِژٕن کیتھ بُرتھ ۔ "مےٚ اباجان چھ اکثر وَنان تہٕ بجا طور
وَنان زِ منافق وَنوتس یُس کانٛسہٕ نِش پۆز رکھٕ ۔ محض امہِ سببہٕ زِ وقتی طور گوژھہٕ بوزن
وٲنِس دِل گرِ کھیوٚن ۔ مگر پۆز بور گودیُس بردہ نہ کہِ تی وَنہٕ پہٕ پتہٕ کہِ وَنان آسہٕ ۔"

"نہٕ حض اَسہٕ گرٲوتس سنٛزٕ یہِ کتھ کرنُک موقعہٕ ۔ بحورا سہٕ چھ تمہِ دوہہٕ وٕچھمت
یتیلہِ جانٛ صابس وۄنہٕ زانہہ سہٕ حادِثہٕ گوو" دِژٕ منزٕ حاج بابہٕ کتھاہ داریتھ تہٕ بیاکھ
اُس عطیقہ زمرُودنہٕ پۆژٕ الاُنہ گمژٕ ۔

"ہےٚ وَن زمرُودہٕ لالا ۔ اگر ژےٚ یعقوبُن کیہنہ وۄنمُت چھےٚ بہٕ وَنہٕ تہٕ زِ نہےٚ
اَکھ مُنافقی ۔"

"ہتہٕ حض مےٚ باخدا مٲرِتھ وۄنےٚ زِ اَسہٕ آونہٕ یعقوبس ستی یِم کلامہ
کرنُک زانہہ موقعہٕ ۔"

"تھرجانس مآسینٛو کینہہ وۄنمُت تہٕ زمرُودہٕ لالن مآسہٕ بآے صاب نےٚ زبۆہ
بوزٕ مُت ۔"

نہٕ حض خالاجی ۔ مےٚ نہٕ چھ یعقوبُن کینہہ وۄنمُت نہ جانٛن مےٚ بوزٕ ژےٚ
نِش وِنی ۔ ژٕ آسکھ ماجہِ وَنان زِ یعقوبنہٕ بمبیہ نیرنہٕ برونٛہہ سلیمس ستی ۔"
"زمرُودا"
دِژٕ تمہ نژکہ راوِتھ خوجہ بابہٕ کور کُن کریکھ ۔

"مےٚ چانہٕ تمہ نژکہ راونہٕ سنٛزٕ کمہ نہٕ بہٕ ژھوپہٕ ۔ بوز حض خالاجی ۔ سلیمہ چھےٚ نہٕ ہرگز
یعقوب لالس لایق ۔ نہٕ تہندِس گرِس لایق ۔"

"زمرُودا ! زمرُودے ۔ تلاشمس کرتہٕ فارِ یوفون زِ وارےٚ چھا ۔"

زمرودن زن ہ ماجہ ہنز۔ کتھے بوز تہ کلامہ جاری تھوتھ وُزتھ پرٛژھی بابہ کُن۔ "سلیمہ چھے
ژیٚیے ماجہِ ترٛ بیٚنہ ہنز کور، مگر یعقوبہ چھےٚ ژٕرِ یہ بابہ لوے؛ اولاد اولاد۔ انیس صٲبنہ
کھوتہ گوٚل بٔرتھ ماٹھی وَنان تہ خدائس نِش چھٲنی درے گران۔ بہ ہمہ ہیے نہ ییتھ کنہٕ
مٔژراوَنہ مگر چھٲنی خندہ جبینن مٔژراوٲنس۔" عطیقن نزاو اکھ نزاے زیادے ڈیکھ
یمہِ ستیٚ اوٚسُند ڈکہِ وارے پھولہِ لوٗگ تہ اسہِ وُنہ چھانہٕ لٚچ زمرودس ییٚیہ پرٛژھنہ۔
"آہن بی بہ چھٕ پرٛزر۔ سلیمہ چھےٚ شکلہِ اٗدرٕ مٲدرٕ۔ قد ہناہ ژھوٹ، رنگ بہ ڈیپ زرٕ تہ
گیشا ہے مگر کراسن تھرٛوٗ نیتہ بدی بابہٕ اٗڈی چھ ییران ماری مندی تہ اٗڈ ہٕ کلی۔
دوٕنی گوو" "ووٕنی گوو" ییہِ زمرودن اندری ژٕرکھ ژٲپیٹھ تہ ظاہری زہر خندہ ہناہ
چھارتھ، عطیقن کتھ ژٕٹھ۔ "شکل تہٕ صورت نہ حصّ چھےٚ اہم سیرت چھے
بڈٕ اہم۔"

عطیقہٕ گیہٕ بند۔ کلامہ اے بروٚنٹھ یکہٕ ناہ وُ تہ کتھ کنہٕ۔ کتھ اے گیہٕ کڈٕ تہ
گیاہ۔ تہٕ دار کتھ منز آسٕ کتھ ہنز۔ باوتھ نٕنی تہ ٹاکارٕ۔ "آہن بازموٗدٕ لالاکتھ
چھےٚ پرٛزرٕ نہ سلیمہ چھےٚ ہناہ تروٚش۔ ووٕنی گوو خانہ ماجر چھس زیادہ بین تہ
تروٚشر چھا یتہ روزان؟"

"کم کم ناہ پر باد چھہٕ چھٹان تہ پھٹتھ سوٗری گرٛژھان۔" خوجہ بابہ ہیز او
کتھ اند واتہ نٲونی تہ ہیٚژون کتھ ہند موضوع بدلاوُن مگر۔

"می نا پر باد کٔر ووٚن زہر باد نہ چھ بلان مگر عادت چھنہ بدلان" عطیقہ
بنیٚ یہ تہ دٕنی زیادے سنجیدہ۔ خوجہ بابہ لٚج کورہٕ گاہ ہے خٕمچھ درنہ تہ گلہ ہے اٗچھ
ترٛٹکہ راواہنہ۔ زمرودس اوس باسان زٕ تمہ نیو وُ حندہ بیٹھک بار خودٕ تلتھ تہ نیٚن

فرمش کرٕن پیوٚر ۔ "کوٗری یوٗت کیاہ سنگین عادت چھُ تس لیُس زہر بادٕ کھوتہٕ کُڈر چھُہ ۔" پننہٕ کتھہِ ناوِلِ عطیقہٕ نٕ زیٚنوٕ لوٗزِتھ گوو زمرٗدس ینٛنین استعمال کرٕ مِتین لفظن ہندِ گوبرُگ زبردس احساس ، تس زن ییوٚو کوہِ قاف پیٹھہٕ ۔ دانائی چھیس ونان زٕھو یہٕ پیچھے روٗبہٕ ہسنز نہٕ ضمیر چھیس ژٕمچہ ہیوان زِکنھہ مترادِ اُڈٕ لیٚچ ۔ "خالاجی نہٕ گووپاپہٕ پرزٕھ گار کرِتھ اندۍ ٹکۍ معلوم کرُن ۔ تاجیل کُری زِنہٕ ۔ ناوٕ گیہٕ تہٕ نیرِتھ ۔" عطیقہٕ اُس پلیٹہٕ پیٹھہٕ ڈوٗنۍ گوجن تہٕ کیشو گوجن ژاری ژاری تُلان تہٕ گوجہِ لوٚکُس ژاپھا دِوان ۔ اَتھۍ ژاپہٕ ستۍ لاگِن زمرٗدنہٕ کَتھہٕ تہٕ ژاپھ دِنۍ ۔ مسلسل ژاپھ دِنہٕ ستۍ چھِے مینگن دگ ہیٚش کران ۔ الماس کَرس کمہٕ دِژ ژاپھ ۔ فولادس چھا دَند ژِن کران تہٕ زمرودنہٕ شیشہٕ ستر کَتھ کتھ گژھ لگِہ عطیقہٕ تہٕ موغتہٕ دندٕو ژاپھ ۔ عطیقہٕ اُس زمرٗدنِس ذہنس وُتش دِوان ۔ مگر سوٗ اُس نہٕ کتھہِ ہندِ گنڈٕ تہٕ شٕرکی مُژراوان ۔ زمرٗدہٕ اُس بدستور تس اکھوے جواب دِوان زِ کتھہ یَزِنہٕ تاجیل کرُن ۔ بحث ہیوٚتُن زیٚٹھُن تہٕ غوجہِ باپہٕ دیُت کتھہِ پیٹھہٕ کُنۍ ٹکھ ۔

"عطیقہٕ لالا یمَن چھِے یعقوب جانہٕ کھوتہٕ سیٚح لوٗکھٹہٕ تہٕ یہندِ کِنۍ گرژھن یمَن دروشونۍ پرۍ یہٕ یا حورِ باگیٚہ بہٕ ۔ اَدِ باشہٕرن منز کتہٕ گیہٕ پرۍ یہٕ پاٗدٕ ۔"

"باخدا چھیس بہٕ تہٕ تی ژھاران ۔ تی اوس مےٚ تہٕ طمع مگر ...؟" "مگر" نیہٕ بیٚیہٕ زمرٗدن موقعہٕ غنیمت زانِتھ پننہٕ کتھ پارسنگہٕ بدلہٕ باژنس تراوِتھ ۔ "نیٚلہِ کیازِ چھکھ سلیمہٕ سلیمہٕ کران ۔ یمہِ گرِچ خانہٕ دارِن ژےٚ ہیٚش شوٗبہٕ دار ماری منزٕ تہٕ اَچھِ دار ہیٚش آسہٕ تتھ گرس گژھ بڑی کِنۍ پری ہیٚش نوش آسُن ۔" عطیقہٕ اُس کتھہِ تام سوچِس کیا ہتام وَنُن یژھان ۔ وُٹھن پیٹھہٕ اُنتھ اُس بیٚیہ کتھ ننگلتھ

ژھنان ۔ تۄہنٛد ذہن اوس تمِس اندرٕٹس منز ہیٚتھ آمُت یُس نہٕ باوتھ کٔس گژھِتھ پاراوس
منز تہٕ بیٹھ ہیکہٕ ہا ۔ زمرودِ چھیے سوچان زِ تہنز پرٛژھی باپتھ چھیے دلائن منز مگر تہنز خلوص
برٛزرٕ رایہٕ متعلق آیہٕ ناراض بوزنہٕ ۔ امہِ لوگ بییہٕ کیاہتام دُنٛٹھ زِ ماجہِ نزٕ کراونس اُچھ ۔
" اماجی اگر مےٚ گوڈے فکرِ ترٛاہ زِ خالاجی گیہٕ میانہٕ کتھہ بیٹھ ناراض خدالیس پتھ آسہم ادی
کتھے زٕکھرٕ ۔" " نارے گوٚبری ، تیوٚت بیوٚواکر ہتٕ شین نہٕ بہ گژھہٕ چائنس خلوصس
پیٹھ ناراض ۔ آخر یعقوب تہٕ انیسہٕ دٕ شوے پوتھر چھِم بیٚنہٕ روٚزس ۔ تہی چھیوٚ تہنز بیٚنہٕ ۔"
" خالاجی ۔ اَسہِ زَن چھِہ دٕشوٚنی گرن ہیوی حالات ۔ یعقوبن تہٕ چائن زن چھیہٕ کمیے
حالات وُچھتھ یار زٕ لاگمژٕ ۔ نہٕ اَسہِ مام یا بیٚترٕ نہٕ یعقوبس تہٕ انیسس ۔ اَسی تہٕ اکہِ
حسابہٕ بے کس تہٕ تم زٕ ماشہٕ غدوٗد بچارٕ تہٕ ۔ وونی پیٚزٕ اَسہِ اکھ اَکی سٕند کٔس کےٚ
بننُ ۔"

عطیقس آس یہٕ کتھ منٕہ کِین نارن شٕر بیتھ ۔ سہ آس مالیُن طرفہٕ تہٕ وارٕ وٕ
رکھتہٕ کٔس کےٚ لحاظ ترٛھ نہٕ چھوٚنی تہٕ یہٕ ژٕھر پرٕ تہٕ چھوٚنہٕ اوس باسان امِس زمرودِس
کُن وُچھ وُچھ پیٚمُن پوان ۔

" اچھا بھابی ژٕرے وُنتم توہہ کیاہ سوٚنچ جان مالیٚن متعلق ۔"

عطیقنی کتھ گیہِ صحراوس منز پٔرِدیہٕ آلوٗزن ۔ امہ پیٚر ژھ بییہٕ نیٚن سوال ۔
زمرودن کٔر ماجہِ کُن بییہٕ نظراہ تہٕ مدیہٕ نزٕ کراوان ووٚنُن ۔ " اماجی ہیُو کیاز بنیہ کتھ
اندری نَفوان توہہ کُس وق چھُوٚ دونی ۔"

" مےٚ چھیہٕ باخدا کینہہ خبر ۔ بہ چھیسہٕ زانہہ ستان ۔ مول اگر دس دِلیٚ
تہٕ پگاہ تام گژھِہ کتھ صحی ۔"

"مگر" عطیقن ووٚن برابٕر گٔنڑنہٕ۔" آہن حق اَدٕ کُس سَنہٕ۔ بہٕ گٔیس لوکن
نِش وۄرٕ ماج مےٚ بیٚلہٕ پھیرن ہٕگو زِ تیٚتو چھِم بالیٚغ گرس منٛز نہٕ ژٕہ ونتم زٕ گژھہٕ
موج چھکھ۔ بیٚیہٕ چھیا مردن ہُنٛدٕ کامہِ ہنٛز فرصت آسان۔ یم چھہٕ دُنیاہٕ کِہن کارن لگتھ۔
نوش گژھہٕ گژھہٕ آہن کٔر گژھہٕ آسہِ یہٕ چھےٚ سأنی کام۔" آدٕ لگے۔ پوٚز کیاہ ووٚنتھس۔
اَمہٕ چھےٚ اَسہٕ تٔلیٚشہٕ لوٚدٕ لوکُت نہٕ سوٗدٕ۔ ابا جانس بیٚٹھ ترووُمُت، اُہنٛدِ کِنہِ مَتہٕ
کٔرِ تَہٕ جانس خاندرٕ۔ ابا جانن سوٗنچ زِ جانس یِیہٕ تٔہنٛزِ مرضی مطابق خاندر کرنہٕ،
موج سوٗنچہٕ زِ مول تُلِس پانے وِس۔ گوبر سوٗنچ یہٕ چھےٚ زِٹھِن ہُنٛد فرض تہٕ ترین
ہنٛدی ترےٚ سوٗنچ ترین وٕتن چھکہٕ رٕتھ یینہٕ یٔتہٕ گژھہٕ وَق زالبو منٛزٕ نیرتھ۔"

خوجہ بابہٕ اُس کورِ ہنٛد زٕ لوٚکٹ تعریہ لگنہٕ تہٕ ژٕکھ زیادٕے گُمرٕ شرٕ۔ خبر باوُن
کیازِ اوسُس دشوار بنیومُت۔ مگر کیاہ سناہ اوسُس وٕنُن۔ اَمہٕ کٔر اوس
یَمن اُندرٕ یُم سوٗنچ زانہٕ وُٹھن بیٚٹھ اوسمُت زِ اَنہٕ اَنہٕ عطیقہٕ ژھس نارٕ چھوکس
نوٗنہٕ پھیکہٕ پھیکتھ۔ "نہٕ حق بابی کینہٕ وٕن حق۔"

"مےٚ نہٕ حق زانہٕ یِمن ماٹن منٛز دخل دیتمُت تہٕ نہٕ دِمہٕ۔" دیت خوجہ بابہٕ
عتمی فاصلہٕ۔"

"کیازِ؟"

"کیازِ؟ ابا جانن چھیا ژےٚ زانہٕ کینہٕ نوقص خلاف کوٚرمُت۔
گوڈٕ دِژٕتھ نہٕ کُنہٕ تہٕ ماٹس منٛز میانہٕ زینہٕ بیٚٹھ اوتام تَس ژےٚ رلے
اگر سا سہٕ پھیر تہٕ راے زانہٕ ہنٛج نے۔"

"کیازِ کیازِ۔" یمو عطیقہٕ نو تہٕ زمرٕ وٕنہٕ نو سوالو اوس خوجہ بابہٕ ووٚدُر

تُلمُت۔ سہ اَس مُژرِتھ بیٚٹھ تہٕ وٕٹھہٕ لیوان تہٕ دہشوٚنی ہندین سوالن دِنہٕ اَکُے
جواب۔ "میون عادت۔ بہٕ چھُس نہٕ مردٕ ہندین مامٕلن منز زنگ نراوان۔"

"مگر نوش اُنٛز چھےٚ مردٕ سٕنٛز کام۔ گرٕ چھُ کرُن ہشہٕ تہٕ نوشہٕ۔"

"آہن حصٕ بالی کورین ہندی گرٕ اَسی حاج صٲبَس ژھارُن مگر نوش گرٕ ٹھی
ژےٚ پسند پیٚیہٕ۔"

"جانٛس پہٕ پسند آسہِ تی چھےٚ میانی پسند تہٕ توٚہہ بٔنیٚن نرین پہٕ ٹارکھہٕ وٕ
تی کھٕسِ میٚتے تہٕ ٹارٕ پہٕ تٔہنٛد مول یٚیٚژھ تٔھتھ بٕرہ بہٕ تہٕ یٚژھ۔ یہ مول بیٚژھ ہیٚس
تَتھ منز تہٕ آسیس ہٕژرٕ۔"

بحث رُود جٲری نَہٕ ہیٚچ حاج بابے بدٕلتھ تہٕ نہٕ عطیقہٕ۔ زمرود ٲس
اوس اُندری کِنہ یعقوبس تہٕ تہندِس مٲلس بیٚٹھ رحم لیوان تہٕ عطیقی مداخلت
اَٲسٕ بالادستی بٲسان۔ مگر یِنہٕ ماجہٕ ہُند زوٚریہٕ تہٕ اوسُس غٲر معقول لبنہٕ
لیوان۔ نہٕ اَس عطیقہٕ اعتدالیہٕ وٕرتہٕ لکان نہٕ تٔہنٛز موج۔ تٔہنٛز نظر آسہِ تٔہنٛز یٔڈٕ
کُن درٕ نگتھ۔ سہ اَس اُندری سوچان زٕ صرف دہ یہٕ ریٚتی آسہِ سہ تہٕ گوڈٕ نِکس
اولادٕ سٕنٛز موج۔ وُرین چھےٚ ڈوٚنی گرند گژھان۔ وُنہٕ یا پیٚنٛژھ وٕہری آسہِ سہ تہٕ
اُٹھی مرحلس بیٚٹھ یِیِتھ تٔہنٛز موج یا عطیقہٕ چھےٚ۔ پانس سٕتی اَس اُندری فیصلہٕ
لوان زٕ نہٕ رنیہ سہ تمہٕ وزٕ عطیقہٕ یا ٹھی بکطرفہٕ فیصلہٕ نہٕ روزٕ ماجہ ہندی یا ٹھی لوٚب۔
اما تہیم دعوی چھا پوشان۔ اعتدالیہٕ کُنہٕ کرنہٕ یٚیژھا سہل چھےٚ تیوتاہ چھُ
اعتدال ہٕژھرُن مُشکِل۔

# باب ۱۲

یعقوبہٕ اوس پننس کُٹھس منز اٹیچی سامانہٕ بران۔ بسترٕ اوسُن بسترٕ بندس گوٚنڈمُت۔
اٚنیٚسہٕ اوسُس معصوم تہٕ دوٚد اکھوٚ سٟتھو سامانہٕ، کریمہٕ لوٚتلہٕ، ٹنک ٹامہٕ بینیٚرلیٚہ وان ءٚبے شوٚکی
پاٚٹھی پیٚرِن دِنٕرٕٹھ دِوان۔ آخر دِیہاتا بٲیس مدد۔ سُہ اَتہٕ ہیس نا دِلہٕ تہٕ بمبیہ بیٚٹھ
نوٚی نوٚی گنڈن تماشہ۔ اٚنیس ہیوٚت نام بٲے ہنزِ کریمہٕ ڈبہٕ سٟتۍ گنڈُن۔ سُہ اوس
بربٹنہٕ ہِندی پاٚٹھی اکھ ڈبس نٔرٕ ناوان۔ بیلہٕ بٲے جان رٟلی اٚنیس تٔتھ کنٕہ پاٚٹھی
آسہٕ گنڈان تیٚمیٚ مشق اوس اٚمی کریمہٕ ڈبہٕ سٟتۍ کران۔ نام دیُت اٚمی یہ کریمہٕ ڈبہٕ اکھ طرف
داٚرِتھ تہٕ نوٚزک اکھ لوگُن بسترٕ بندکِس رندکس چار دیُن۔ یعقوبہٕ اوس بٲے ہنز
شٔرُل ہنجار پاٚٹھی ژرژان تہٕ تہٕ اندری اسان تہٕ عطیقہٕ آس دروازکہٕ بَرٕ دٕتِتھ پٔنٕتس
سَتہٕ زاو بھودرہٕ ہنز بھودری دٕچھتھ اندری وسان تہٕ اندر اٚژِتھ آس نہٕ تَس
ٹھوٚتھ کرُن بیٚرٕھان۔ اٚنیٚسہٕ اوس اکِہ طرفہٕ رندکِس لمان تہٕ تِمہٕ طرفہٕ اوسُس زیٚٹھان
مگر بیٚیہ طرفہٕ ژھوٚٹان پوان اوس تِمہٕ طرفہٕ تہٕ اپارِ نہٕ اوسُس لیٚوٚ ہیے حال گژھان۔
ییٚمہٕ عوٚنل بُجہٕ کران کران بٟییس اَلغابہ بَرد ہٕیتہٕ کنہٕ استادٕ رُہتھ گامٕ ماجہٕ کُن نظر۔

تس تہٕ گوو اہنزن معصوم، مگر تھچہِ مرزن مدین ستیٚ نظرن دچار تہٕ ماجہ امارپچ۔ گریکہٕ ووتہٕ روہ پہٕ ہناج گوو روہ پھ پیٹھی تہٕ سوآیہ اکی ووہٹہٕ تہٕ روٚن اُنیسہٕ وچھس ستیٚ۔ ہنا بہود رہ میاناہ، لجیا موج ہمن نوزک اکھن تہٕ ہمن ووشہ لاستین اباسی ووخن۔ چاتہٕ تو زک نرہیکہٕ نما ہمن رندکن چار دِتھ۔ اگر یاہ یم موہنوی بلایہ۔ ژے چھیا لۄت طاقت"۔

"کیاز تہٕ؟" یعقوب نیو یکدم اٹیچی کھان دِتھ ماجہ کُن کلامہ مارتھ۔ "تاکھی نوکر چانی تہٕ ابا جانٕنی۔ اُسی چھِ بائے بارنی پننہٕ سہار پننین کوٹھن بیٹھ تگن یتھ ہان"۔

"یہ کیاہ کلامہ چھکھ ژہ ار کران۔ اسہ کرا نوکرن تہٕ حصہ، کنہٕ کانسہ نوکرن ووٚنے نرِ کیہنہ"۔

"انیس می نیو       نجبر کیاہ مطلب۔ تلہٕ سادِس نائیم یوسہ ہتے ترے دِژہ نہ چھے"۔

"می سیلف ہلپ"۔

"تہٕ کیاہ گوو؟"

"تاکھی ونان چھُے سیلف ہلپ (SELF HELP) پانہٕ پننۍ مدد گار بنُن"

"اوہ ہو، بلگیس بہٕ پریشان۔ مے دوٚپ تہٕ ما چھو روشہٕ متہٕ"۔

۔ تہٕ یہ نائیم کیاز آیہ انیس لانس دِنہٕ۔"

عطیفہٕ ژ نظر دُنبالہٕ یعقوبس کُن آویزان ترادِتھ پرزھرنہٕ تہٕ انیسس لج رمہ زاوِلس ھنگس ھش ھش دِنہٕ۔ مرژھچہِ کُلہٕ ہندی پاٹھی اوس انیسہ ماجہٕ ہنز پچھ منز ژلان عطیفہٕ اَس امس تھپہٕ ژھنی ژھنی ستیچہٕ زالی کران۔ زالی اَس بری برٚد تہٕ ژھری۔ "می مدِ کام گیہٕ تہٕ بائے لانس چھُ شبہٕ ہائے نے ین پتہٕ کیا بٕی گنڈو

شامانہٕ:-

"کھوژِ لالا - تۄہہ کیاہ مجبوری چھےٚ پانہٕ سامانہٕ گنڈُن - کرٕ موہنوکہ نہٕ چپراسی

دِمۄ تۄہہ بلایہ:-

"مۍ پیوٚ اسی چھا شائی نوکےٚ نہٕ موہنۍ کہ چھنا ماجِن جامنہ تِم لگن اُتھ بلایہ:-

عطیقہ اُس تیچوٚرِ سِندِ تانہٕ خیالات لۄنہِ تھ اَندری وٕتھان نہٕ یعقوبس

کُن لۄح وٕنہٕ -

"تۄرِم فکرِ نہٕ اَنیس لاس چھےٚ پوان تایم دِنہٕ -

"انقلابی تایم - گژھہس تا دِنی - یی گژھیا تیچھ ناوُن نہٕ یِم چپراسی یِم نوکر،

یِم ماتحت، یِم بیچارِ چھہِ سانۍ بارکھر"

"لاگ کاکی گی" ماجہ پیٚہِ یعقوبنہٕ کنتھ کرٕ بیچھ - "ژوٚن ژٕ کرٕ چھےٚ تیرُن -

"پگاہ صُبحہ ہاے:-

"جانہٕ ہاے ٹاکھس ستی گژھہِ بمبیہ نہٕ سےٚ اَنہٕ ٹرِیننگ"

"مگر یعقوبا! کیاژِ چھکھ نہٕ کانہہ جواباہ دِوان - بہٕ گئس گیر:-

عطیقنہٕ اَمہٕ سوالہٕ پیتہٕ گیہٕ اَتہٕ یکدم ژھوپہ - سو بیٹھ یعقوبہٕ نِس پلنگس پیٹھ -

یعقوبہٕ آوزِن آرام کرسی پیٹھ لاینہٕ - تام گیہٕ دروازس بل (BELL) عطیقن

دِژ دارہٕ کِنۍ نظر نہٕ اَنیس دوٚنُن زٕ ماسٹر ہا اوسے - تس نہٕ ڈَج رنگہٕ ژھلے نہٕ

کتابہٕ پور ہیتھ دراو لارِ لارِ -

"ٹاکھی نہٕ کیاژِ گیکھ گیر نہٕ کنتھ منز گیکھ گیر"

سوال اوس ٹاکارٕ تہٕ اَکھ اَکِس سوالَس منٛز۔ اوس تِمن سارِنی سوالن ہُند جواب یِم عطیقہٕ یعقوبَس پرٛژھنہٕ خاطرٕ آمژٕ آس۔ یِکھِٹس منٛز آسِن یِمہٕ ژھوپہ۔

" چھناگیر گرٕ ھنَس لایق۔"

" کیاہ سناہ، چون نیچوٕ وُنہٕ بے کار۔ لگہِ کامہِ کارس ژھارتَس نیتھرا۔ اگر زَن کانٛسہِ کورِ نیتھرَس وانٛژھٕ پھِٹھے، مُلکس منٛز چھا اکھے گرٕ تہٕ اَکھے چون گوبُرا یعقوبہٕ۔"

" ہرگاہ کورِ مول ازتام کانٛسہِ براہٕ وُن نٕکھوٚ دمُت آسہِ۔"

" اگر کانٛہہ خلوصہٕ سان پرارَیوٚدمُت آسہِ یعقوبہٕ دِیہٕ تتھٕ انتظارس بٔتنہٕ جاینٛج قوربٲنی۔"

" ہے ژٕ سَیہٕ بلابہٕ۔" یعقوبن کتھ ژٕٹھٕ، وانٛج بَتھِ لاگِتھ تہٕ دم سنبھالِتھ ژوٚل عطیقس بے وایہ نیرِتھ۔

" مگر اگر کانٛسہِ ہنٛز مجبوری ہند استحصال آسہِ کرنہٕ یِوان تتھ چھُ یعقوبہٕ خلاف۔"

عطیقہٕ گیہِ دم پھٹی۔ اَمِس زَن لوٚگ کُنہٕ تھوٚپ۔ اَچھن بیٹھِس ژٕھایہٕ کتھِ ہُند مطلب بُدلوٚبُن، مگر مانہِ زَن توٚرُس نہٕ فکرِ۔

" یعقوب چانہٕ پرٛژھِ چھُنہٕ مے فکرِ تَران۔"

ٹاکٹی۔ یِژ چالاک آسِتھ تہٕ چھکھ وارِیاہ سیٚز۔ یہٕ وُنہٕ ہے ژٕ سوٗرے مگر اَچھن منٛز کُس تار تراوِ۔ خارِ لوز!

یعقوبن کرٕ ماجہِ کُن کھر۔ اَچھ لجِس الماری کُن درٕ۔

" عنایت صابہٕ نِین چھُ مکانس بُتھِ کولِ ہُند مکانہٕ تتھٕ چھِ ژٕہ وان

منٛز مس چھُ بہان عمہٕ تہٕ ژٕ، تہٕندِس یارباش نیچوِس ندیرِس تہٕ سلیمس چھے ساری ہیے علاقس منز۔۔۔"

"یعقوبہٕ کاتنہٕ ہند داماہ پرٛنہٕ پتہٕ پاٹھۍ الوٗد کرُن۔ تمن ماجہ کوٗرٕن دون ہندِس دامنس بیٹھ ییٖ نمازٕ۔"

یعقوبہٕ پھیوٗر ماجہ کُن زن ڈٕرِل ماشٹر سُنٛز دِل بوزِتھ اُلوٹہٕ ن یتھ ن ماڈتھ۔ الماریتھ گوٚو استادٕ تہٕ ماجہ کُن لوٗگ ٹھلہٕ ٹھلہٕ وچھنہٕ۔ یعقوبہٕ نین نظرن منٛز اوٚس خشم تہٕ بے باکی تہٕ نہٕ بیبانہٕ یمن ترٕن حالتن ہندین اشعرایس منٛز اوس یِرتِھرے اُچھ ٹھوٗد نلان تہٕ اُتی نظرٕ نوٚمراوان۔ مُدیہٕ ماجہ ہندین کھورٕ ٹیٚٹہٕ ن کُن اُلایٕ ترٛاوِتھ چھُس وَنان۔

"میانی سیٚزٕ تہٕ سادٕ موج لکن فیلشنی باسان۔ چالاک لبہٕ نہٕ نوان، مگر اکہٕ گرزنانہٕ اُزتام تیتھ پاٹھۍ بتقلاوُمُژٕ حالات بوزِتھ تہٕ نہٕ حقیقتس بیٚٹھ وُنہٕ پرٛژھ کران۔ اکھ عربی بُرقعہ دِنہٕ واجنۍ افسر بلے کالجہٕ تہٕ پُرمژ کاشُر بُرقہٕ دِنہٕ واجنہٕ گرزنانہٕ تیتھ کُنہٕ زالہٕ ٹھاوُمُژ لاگِتھ زِ یمیس سیٚزٕ ن وُنہٕ تہٕ نہٕ زالگ احساس نہٕ دالہٕ برِن ہُند پھہ ریار ذہنچہٕ ژٕمہٕ ژٕچہٕ ہیوان۔"

"ژٕ چھکھ رس گنڈا" میانہٕ ماہ ترٕ بیبہٕ شہزادٕ لالُن وَنان۔

شہزادٕ لالہ متاوِن تہٕ، "شفہٕ مرزہٕ نی ولِس وَنتس۔"

عطیقس ژٕچ کھور تلہٕ میٚتر نیرٕ نٔہ۔ شفہٕ مرزُن ناو بوزِتھ گیہٕ سو دَم پھٔٹ۔ دَچھ لوگُس ڈُبہٕ رلے کمرٕ نہٕ۔ آس گوس خوشک، تالس لجِس زٕلو۔ ہیٚر گو گُل گوس ہوٚکھنہٕ۔ ڈُبنگہٕ تہٕ وُدوُنہٕ آوازِ منٛز آس سو تیتھ وَنان۔ "ژٕ چھکھاہ میانہٕ

بیٚنہٕ یِم الزام دِوان۔ "ٹاٹھی ژٕ کیازِ وَدان۔ تَس مَنہٕ وَنہٕ ژٕ بیٚنہِ۔ سوٗ ہیکہٕ نہٕ ژٕ بیٚنہِ آسِتھ نہٕ اُبتِھ۔ ژےٚ بوٗزہٕ صبر سان۔ چانہِ عزتہٕ، وقارہٕ تہٕ دل تسلاہ خاطرٕ دیہِ یعقوبہٕ جان پنُن تہٕ۔ ہرگاہ ڈٔلیل بوزِتھ ژٕ لی فٲصلہٕ نِکھ اَتھ درِ اگر ے انکار کرے مگر بوزہٕ تہٕ۔"

عطیقہٕ آسہٕ بوزنہٕ خاطرٕ تیار کیہٕ سوٗ تو ژھ کَتہٕ اَنہٕ ہازِ دَرِ وُن الاو رٹہٕ ہا منزٕ اَکھ کیتھ تہٕ زہرٕ خار کرہا گنے اَم۔ تمہٕ ہشاو کُنھ منزٕ نیرُن۔ مگر یعقوبس وٕون اُندرم خاجہٕ خضرن ترِیاہ گوٚزھنہٕ بیشرھن زٕلوِ بیٹھ اَتُ نہٕ پرٕ کَنھ اندوانہٕ ناوِنی۔ مینٛدِس علاج کرنہٕ خاطرٕ چھُ نستر دیُن ضروٗری تہٕ نسترِ رگ کم کرنہٕ باپتھ چھُ مُشک دیُن لابدی۔ اکثر چھیٚے کیتھے میوٚنٛد بنان۔ میٚنٛدیُک نسترٕ تہٕ، تہٕ نسترِ رگ لوٚژراونہٕ خاطرٕ نہٕ چھیٚے کیتھے مُشکلیچ کٲم دِوان تہٕ کیتھ کرٕ نی زٲنی تمی لابدی تہٕ اہم۔ اُندرِم خاجہٕ خضرن دِژ تس زٕ پہٕ زٕ ترِ لوِ بیٹھ اَدٕ مرٕ کَنھ گژھِ پیٚنٛ اظہارکس وردتس وٕلہٕ نہٕ۔ موج ٹھہراون تہٕ یہ ڈٲپِ زٕ تہٕ بیٚہہ ناون جبرن۔ تس تہِ آسہٕ اَمہِ تھپہٕ منزٕ نیرٕنچ توژھ۔

"اباجانن نہٕ چانہِ خاندٲنہٕ تے آس مےٚ وِزٕ وِزٕ گرٕ نوان تہٕ پرٕ بتھ وِزٕ چانی غٲیبت وٕنان۔"

یعقوبس گیہ بیٚہہِ ژھوپہٕ۔ کینٛہہ لوٚگ ژاپھ دِنہٕ۔ کیا تام زَنٕ اوس گیگہٕ بوٚن والان زَنٕ تہٕ ہٹس اوسس گٔیل روٹہٕ ہٕنتھ۔ "سوٚمبہٕ راوِ کیاہ کیاہ سمی۔ منافقن چھُ آخرس تمُن لاران۔" "ژٕ بوز اگر ژےٚ بوزِتھ باسی زِ بہٕ چھس اَپزٕ وَنان یا منافقی کران پہٕ ژٕ سزا دِکھ تتھ دارٕ کٲر، مگر مےٚ دِ اَز بوس ژھانٛژھ ناونہٕ۔"

مےٚ چھُنہٕ بوزُن۔" عطیقن ہیوٚت تھوٚڈ وۄتھُن۔ مگر زَن آسس کلم ژراپنچ لٲرِتھ گامژ تہٕ واپس بیٚہنہٕ خاطرٕ دِرٕ دِوان۔ "اگر نہٕ ژٕ بوزکھ بہٕ نٕرا وِ پانس

چھٚرٕ۔" یہ وَنان وَنان کڈ یعقوبن الماری منٛز المٲسی چھٚرٕ تہٕ آے ہیوٚتنس تہٕنس سینس

کُن گرٕن۔ "رٹھ کھٕسی نے مارہٕ۔"

عطیقن نیہ اُہنٛد اکھ منٛز چھٚرٕ تہٕ یعقوبہٕ وٚونُس۔ "تہٕ بوز" عطیقہٕ اُس دم پھٹٕ

خوف تہٕ زہر یامہٕ لیدرٕ منٛز ہِش۔ یعقوبن دِژ تا یہ وِنی چھٚرٕ ٹیبلس کُن دارِتھ۔ واپٕ رٕٹھ

لاج کمرٕ چِھنٕ شیشہٕ دارِ ٹاس رارٕ تہٕ دارِ بند کران کران تھو یعقوبن کتھ جاری۔

"شہزادہ اُس سیٚتہ اکثر صرف شفٕہ مرزس متعلق تہٕ وَنان یہ بوزِتھ سیٚتہ اسمان

پیٹھ اوس پیوان۔ یعقوب بس گیہ گلہ زٕ لو تہٕ اکھ دارِ ہندی ترٕ ٹیٹھ بند کرِتھ دِتن پان

پلنگس پیٹھ ٹرٕتھ۔ اُچھو کنہ ہیوٚتنس ڈوٚکھ ہیوٚ اوس وُن۔ عطیقہٕ اُس اوٚہند یہ حال وُچھتھ

سنان تہٕ تہٕ حٲران تہٕ گژھان، کینژھا اوس نموٚاشہٕ قطرو منٛز۔ خلوص کہ خون جگرک

مُشک پوان تہٕ کینژھا اوس محض ڈراما باسان۔ مگر وہ نی اُسی سورے بوزُن پیٚیہ ژھان۔

بوزنہٕ خاطر اُسس کن تھٲوِ لان۔

"مگر یہ مٲز رٕٹھ ماجہ متعلق یہ کلام۔ بعضے اُسم کینہ فوٹو تہٕ چھِکِ ہاوان۔ وارِیا یہ

لٕکِ کریام کوشش زِ تمن اکِ اکِ زٲنتھ گرٕ گرس دِمس بٲژ ہیتھ نار۔ مگر صرف

گوس زٕ فوٹو نین منٛز کامیاب۔ یم وہٕ نی ژٕ ہاوے تہٕ ژھینہٕ زٕ بے تھی زٲنتھ۔"

عطیقہٕ اُس دم کھٕٹٕ لاش ہش بوزان۔ یعقوب اوس موقہ غنیمت زٲنتھ بٕرٕ کالک

ملبہ سینہ بیچھ تھوٚ تلنہٕ خاطر بے تاب۔

"یِیلہ انسان ماجہ متعلق یِتھ پاٹھی زہر ستی سنگ وِہ یہ بیہ تس گژھِ ماجہ ہنز کم

دوپ خدایہ سنز تہٕ نعرت۔"

"تا یہ حال اُسہ سیٚتہ یہ وُہ یہ آئی۔"

"تہٕ تٔری. تٔرسے وۄنی فکرٕ۔ اگر چاونی نفرت گٲمژ آسہٕ ہم سۄنے نیٚ بجھتس کُن
تہٕ وُچھمٕت آسہی۔ مگر میانی ضمیرن کر کر پمژ ژدہ بہٕ تسیم امئے یؠو فاصلہٕ زِنشفہٕ مژس
ہمہٕ انتقام۔ کینہہ پاکھٹو؟ . . . .

"کینہہ پاکھٹو؟"؟ ژوٗل بے اختیار غار ارادی طور عطیفنس دٔندیو کِنۍ نیرتھ۔

"مےٚ لٲج تس سیتۍ یار رٕژ۔ یوٚدوے سُہ مےٚ دوہ گنہٕ وانہِ چھ مگر مےٚ دیُت نہٕ تس
بلہ زہرکس چھپس تس لۄ نہٕ زاہنہٕ تہٕ پتاہ زہرہ چھپس چون نیچوٗ۔"

"نیچوٗ نہٕ بنتھر"۔ درژ عطیفن یعقوبن کتھ ژٹھ شرارتہٕ بُرژ نٮ۪ن کتھ لٲینتھ۔

"بنتھر۔ کوٚسں بوے۔ اولاد یہ ژوٚنکھ تتہٕ۔ اکھ وۄدپر ہمدرد تہٕ زاتم
مگر ژہ بوزہٕ میون۔"

"وۄنی کیاہ چھسے ونُن وَن۔ وۄنی کیاہ کتھن چانہن کرانا دیرٕ۔"

تمۍ بدماشن لوٗرژ روو اکہ ددہ میانہٕ منگ بار بیلہ سُہ بٔبنہٕ لوکچار چھن وٲسن
ہند فہرس گنز ران گوو۔ بیلہ اکھ فہرستس منز تمۍ سُہ ناو ہیوٗت یتھ سیتۍ میانین
پاک جذبن تینیٚ واٹھ چھ بیتھ. بندس خدابس تہٕ تہندس ناوس سیتۍ چھ تہٕ لٲزِمن
وُژھ مےٚ دگ۔ یمن جذبن لۄ پسر عقل گیہ بے قابو تہٕ دیوانگی ہیٚژن ہند ڈلنہ
نبرہ کیاہ کرہاتس سیتۍ تہندسے گرس منز مگر تام تھوو تمۍ ینن کلامہ جاری تہٕ میانہٕ
احترامہٕ کِس خدایہ سُند ناد ہیتھ دوٚنُن۔ مگر موعطیفہٕ ہش پاکباز راہ تہٕ کانہہ وُچھم نہٕ۔
دِہ"۔ ادہ ونتھ گوو یعقوب، ہیٚر خوشک۔ ٹیبلہ بیٹھ ہیوٗن آبہ گلاسہ تُلتھ تہٕ یتوٗن
گرہ ٹھ گرہ ٹھ گران ہیتھ۔ ہیٚتس کالس اُمی یہ تریشہٕ گلاسہ چیدوو سُہ بٔرنز زن
اوس عطیفہٕ نس استطرابس نزن ہنٛز شیشن دہ من برابر باسان۔ تتہٕ اوس وۄنی

اضطراب ہُر یوٗمت سوٗرتہٕ اُس احساسچہِ گتہٕ لگمتہٕ۔

"اد ووگینیا پہ میانی بچھِ شکارت"

عطیقن تہٕ ژٕ بکھو منز کار ہتھ وٕد۔ سو اُس جل جل بوٗزن یژھان۔ اکہِ اکہِ حرفہٕ۔

یعقوٗبس اوس نہٕ امیک کانہہ خیال زِ عطیقہٕ چھا بوزنہٕ خاطرٕ تیار کینہٕ نہٕ۔ مگر سُہ اوس پننہِ

سینہٕ لوٗتہٕ راوٗن یژھان تمیٚ ہتھ وٕد کلامہ جأری۔

"پتہٕ اُس امس پہ چانی ٹاکہٹ ماہتر بیننہٕ پتہٕ لگمتہٕ ژٕ تسےٚ کرِی بدنام۔ سُہ اوس

ستھن منز پانٹرہ ہأرٕ شہزادہ بس ورنیہے منز گدأران۔ کیازِ عنایت صاحب اوس

رنتس منز دوہ چوراہ گرٕ دِوان۔ یہ عمل چھےٚ دُنہٕ تہٕ جأری ییلہِ شہزادہ اڈور نہٕ گیہٕ

نہٕ شقہٕ مرزس شکس نہٕ آو۔ اَتھ پہ چھےٚ شقس شہزادس منز دِلچسپی کم تہٕ سلیمس ستِی....

پتس گوو ہم فوٹوزٕ ہ۔ یہ گیہٕ گندکھ تیٚ نہٕ ہیم گیہٕ ییمہ اُلاوہ تُرزی گرن۔"

عطیقس اوس ساپہٕ بوٗد کھأرہ بار بیٹھ بیوٗمت۔ سو آس اَتھ اُنیکھ بارس

تل برکہٕ ووٗنہٕ آمٕرٕ ش۔ برکُس گژھتہٕ اَسس زٕرن ژٕنگن دگ۔ نہٕ اَسس ہتھ روزنُن

بٕتژھان تہٕ نہٕ اَسس ہتھ وٕد ووتھ ژٕ یِچ تہٕ ژھ۔ اَتھلہٕ کوتھلہٕ ہتھ وٕد وُتھتہٕ کٕلہٕ بون ترأوِتھ،

کُٹھِ منز ییران ییران نِیوٗ تمہٕ سوچنےٚ جملہ مأرٕ تھ۔

"ژےٚ چھےٚ نہٕ سلیمس ستِی خاندر کرُن مگر پہ ڈلیلہٕ مہ بناو۔ اَفسانہٕ آزنہٕ

بیٚھ کُنہٕ کٹھران زِ کانسہٕ ہندِس دامنس پیہ تمن منتھنہٕ۔"

پہ ووٗنا عطیقن وُٹھِ کنہٕ دِلہٕ، پہ اَس نہٕ تس پانس تہٕ خبر۔ مگر اَمہِ کنہٕ ہند ییٚر

گوو یعقوٗبس اڈ گھنٹہٕ ترأوِتھ۔ سُہ دراو کُٹھِ منز اکی ژھالہ ہنبرتہٕ ماجہِ دِژن بتھہِ

نرٕ "ماٹھی پہ بوزِتھ تہٕ اگر چون فاصلہٕ چھُ زِ بہٕ گژھ سلیمہ سےٚ ستِی خاندر کرُن۔

گژھہِ میانۍ گردن چھےٚ مُنڈِس پیٹھ"۔ عطیقہٕ اُس دَم کھٔٹِتھ ووٚدنہٕ۔ یعقوبہٕ اوس تس برونٹھہٕ کنہٕ اِستادٕ۔ تہنزٕ زٕ تھپہ ژھٔنیتھ۔ عطیقہٕ اُس ژٕ پتھ لمان مگر یعقوبہٕ اوس تس مضبوط تھپہ ژٕھٔنیتھ زٕ سو بوزناوِ تس پنُن فاصلہٕ یا کرِ یعقوبنیٚ دٔلیل پوٚزٕ تہٕ حق تسلیم تہٕ پنیٚنۍ لفظ نیہٕ واپس نتہٕ ورہٕ تس بے واپہ پاٹھۍ سودلہٕ زٕ تہنز سو سارے داستان اُس تس اپزٕ باسان تہٕ دِلہٕ وٕزھمزٕ دٔلیل لگان۔ دوشوٚنۍ اُس دٔلہ حمل۔ بوٚزٕ تہٕ آو بَرمُژراوٕنہٕ عطیقن دِژ دوٚنہٕ اندازٕ کرِتھ۔

"کوسا دِوٕکھ وُژھے۔ رس گنڈا۔ نتہٕ کر اُس ہیٚے وومید زٕ تہٕ نا ٹکھ مےٚ معج۔ مگر وۄہٕ ماجہٕ ہنزتے تہٕ وۄہٕ ماسہٕ ہنزے قدر کرِ زٕ ہم"۔

یہٕ شور بوزِتھ چھےٚ کھوٚت منصوٗر ژٕلہٕ لارِ ہیر پاوِن دوٚن پادن اکوے کرِتھ۔ وُٹھ منز وُچھن یعقوبہٕ تہٕ عطیقہٕ اکھ اکس مقابل۔ موکھ مٔلے لٔگتھ۔ یعقوبن اُسی عطیقنی دوشوٚے ہتھ پنہٕ نین دوٚن موٚچھن منز بند کرِ مُتہٕ۔ منصوٗرن ذہن آو شکن ہندس بٔچھہٕ کوٚنٹس پیٹھ خدشن ہندن طنابن دلنہٕ۔

# باب ١٣

ژُژو موکھ چھُ ترٛن شیٖنہٕ سنگرن ہندِس اَندی مکِس منز اَنِکھ تہٕ مارِ موٚنٛد نیوٚر۔ یہِ
مرگ چھےٚ اَکھ کُن لولاب کِس دِوَر اِندرٕ ژَگِس۔ ٹکی پورس تہٕ ژٕژٕ ٹاگامہٕ کیٚن ترٛن کلن ہیٚتھ ردیہ
ناگ تہٕ بیٚیہ طرفہٕ چھےٚ یہِ مرگ زیٖنہٕ گیپر علاقس ڈلس تَل رٕٹتھ پھاہ دِوان تہٕ تریٚیمہ طرفہٕ چھےٚ
کھوٚیہامہٕ کِس نیٖتہٕ ہُبرس زوم رٕچھان۔ یوٚدوے سیٚہ منزٕس اِستادٕ روٗزِتھ یہِ مرگ تہٕ بیٚین
نیٚبرِ ہندی پاٹھی ژوٚکوٚ نجل باسان چھےٚ مگر اَندی اَندی پھیرن واکِس چھُ پاتےٚ نَنان زِ
یہِ چھےٚ قُطری حُسنُک اکھ تثلیث۔ لولاب کُن وسَن وِتہٕ فداور دیودار صعَن ہندی صفہٕ زُلفہٕ
پھنگ یِتھ کُن اَویزان نظرٕ اَو یِتھ۔ دوٚیمہ طرفہٕ زیٖرہٕ ہارہٕ تہٕ کاو وآری گامن کُن وَسَن وَتہٕ یارٕبن
ہُند گَہل وَن یارِ کھسگرن ہنز زنجیرٕ نالی نرآوی نرآوی کتام لاٗلہٕ ہندٕ بن اِنہاری جدٕبَن
ہانکلہٕ گَنڈِتھ روہٕ گوڈکِہ شروٗنیک صدائے بازگشت للہٕوان۔ کھوٚیہامہٕ علاقس کُن وسیٚنج
وِتھ شیٖنہٕ مانین ہندِ سنگِ مرمرٕ فلائے گنڈِتھ تہٕ اَمہٕ قلایہٕ منٛزی زن ساسہٕ بدلو
انجینرو وآنہٕ بدس ہُد دِژمرٕش۔

ژُژو موکھ مرگہٕ ہتی منزس اِستادٕ روٗزِتھ چھُ باسان زِ شُو ہندِس نیٚتھ تنس

روپہ بدنس چھےٚ پاروتی ترٛواگرِتھ نالہٕ مَتہٕ رٹِتھ تہٕ تِہنٛد رُمہٕ رٛاوِتھ ببرِ مُس چھُ شوٚہ ہٕنز بدنچہِ دوہہٕ زیٚلہٕ برگہٕ برگہٕ لارِتھ گوٚمُت۔

حاجی امر دین اوس بٹہٕ پورٕ کیٚنز کیٚنٛس سردار خان ٹھانڈرِ دوٚ تمُت۔ تہٕ تہٕ اوٚسُن تِہنٛد پےٚ ہیوان بوزمُت زِ سہٕ اوس یٔتہٕ کالہٕ پیٹھ زیٚرِ بارِ لبان۔ سیوٚدُے دوٚت چِھیہٕ منز وٹلب تہٕ گوٚرس پیٹھ گوو زیٚرِ بار۔ مگر تہٕ تہٕ نیٚنیوس زِ سردار خان اوٚس دوٗرِ اندرِ یگ گرہٕ یٚنِتھ گوٚمُت۔ کالہٕ کائے دوٚت لولاب تہٕ بیوٚٹھ درِ دِ پورٕ کِس ریسٹ ہاوٗسس منز۔

از بروٗنٛہ داہ پنٛداہ وٚری اوس اتھ علاقس منز حاجی امر دین گامہٕ گام تہٕ جنگلہٕ پیٹھ جنگلہٕ پھیوٗرمُت۔ اکِس اکِس مرگہٕ اوٚسُن حظ تُلمُت۔ مگر از سردار خان ٹھانڈرِ ان ٹھانڈان آوٚ امس زٕنٛن نظارن ہنٛد نوٚ سرٕ لول۔ اُمی آسہٕ رینٛہٕ کالہٕ تہٕ ہیوٚنہٕ ہرِ دِ لولاب تہٕ لولابچہِ مرگہٕ چھاوٚمِتۍ مگر از دوٚنہٕ وندہٕ کالگ نیٚتھ نوٚن حسُن اوٚسن تہٕ از نام زانہہ وُچھمُت یہ اَزٕ چھینٛی زِ ہوٚپہٕ، شیٚنہٕ وردن وٚلِتھ یم نیٚتھ نیٚز بالہٕ کھوٚنگی بارِ ن تہٕ رٕائن ہنٛدِ ذکرِ چارنہٕ پتہٕ عنٛبس لفس فطرتہٕ کہ مرحلہٕ سازٕک لوسہٕ دُن وُسوٚل تہٕ مقام راستہٕ کشیری یکٕ سوٚت سوٚت زیر و بم۔ کشیرِ ہنٛد پرینٛتھ کانٛہہ موسم بلکہِ پرینٛتھ کانٛہہ دوہ تہٕ پرینٛتھ دُکھ مُختلف زِہیٚ چھےٚ ازلی حسنٕک نوٚی نوٚی آہنگ تہٕ اکِس مخموار نازلہٕ ہندی نوٚی نوٚی ادا باسان۔ یمے ادا، یمے آہنگ، یہوے زیر و بم اوس امر دینس ہر رنگہٕ تجربس منز تہٕ نوٚجوانی ہنٛد آبِ حیات چاوان۔

"تُہی کیازِ کرُو جناب مٕنچہِ تہٕ رِ منز نِرُو مو کھ مرگہٕ گھٕنٛک تکلیف، سردار خان اَنہٕ ناوٗن پوٗری نادِ دِتھ۔"

عمہٕ ماگرے اوس ڈٕوٗڈ گوجہِ زِ لِتھ حاجی صابس کُن دِوان دِوان پنٛنیٚ رلے

حاجس پیٹھ ناقد کہنی پیٹھاں "تہ مانۍ حق۔ نب چھ پیاول گاوہش۔ وۄنہ منز اگر نہین وولن دشمن گژھ ہ لیتہ۔ اوترے چھے ڈاکٹر صابن وڈرن کھسن منع گورمنٹ۔"

حاجی صاب اوس ڈونی گوبہ سنز عمہ ماگرے نہ کہنہ تہ ژاپھ دِوان۔ گینٹھا اوس عمہ ماگرے پونڈے وُنان تیر اُس چلہ کلانہ بروٹھے چلہ کلانگ جہار ورتاوان۔ وُڈکین تہ اکھن نہ اوبرہ ژادرہ نلہ ہیچ ہے تہ تہن منزی منزی اُس کرییئہ اوبرک نالہ ہرمنز ژہ داہم زون تہ ہ نو منزی زن نظر دِوان امہ اڈی جاہ اوس درد پور یگ اوندپوک روپیہ وانہ زن لونہ لیوان تہ اکی سے ژہس منز اوس زونہ ہنہ سورے بدن کریٹہنہ کملہ دلنہ لیوان۔ بپاری اوس حاج خبر کیاہ کیاہ سونچان کمن کمن خیالن تہ غوطن منز بوڈان تہ بوٹھ لگان " تیلہ سوزون سردار خانن ہہرتس صبحاے نادس۔ کالے اَنہ ناوون ناد دِتھ ناکہ پچاے جنس تام وانہ سردار خان پوری۔" ماگرے پیاے گنہ تہ چھے روپیہ منز شراہ آنہ درس۔ مگر مرتھ گس پیہ دالس تہ ترھو موکھ مرگہ بیہ وندگ نظار وچھنہ۔ بہ کھسہ نوری۔ پس گوو ژہے بیٹی پر ارکھ جانے گوو خبر " کیا زِ جناب۔ رنیہ روشونہ اندازہ عمہ ماگرے ین اہنز کنہ ژٹھ۔ " بہ ژونہ وسہ توہہ تیوتاہ اورژھ تہ بے غارتھ۔"

دردپورہ راتھ گذارتھ اوس صبحاے گرم براندی لاگتھ۔ حاج صابس ستہ عمہ ماگرے تہ بیٹیہ ژ ژور پانشرھ گرپچ تہ سردار خانن ہہر ترو موکھ مرگہ منز داتھ پیٹھتی عمہ ماگرے پس آسی حاج صابن براندی براندی تنوکھ بدتس زن پھیرن ناگی گمرژ تہ ژہنہ نمن تام اویزان۔ سہ اوس ماگن باتھرگ مسخر ہیو لگان۔ یمن بروٹھہ گنہ اوس سردار خان ستھ گنہ تہ پاو پہ دبزِ تہ نمن حاج بن عشق ہیو۔ سینہ تھ ہنہ

اوس دِوِدارِ گیلہٕ اڈٕ ہیوٚ۔ گونٛژھ وٕنِتھ شہار کرِتھ کال تہٕ ہتِھ پیٚٹھ اٰسس نارٕ چیاژ
وۄتھان۔ یوٗدوے سردار خان بدماش ہیوٚ باسان اوس پوٗزٕ بچارٕ اوس مرٛژھن ہُند
مازٕ کھیوان۔ پننِہ محنت تہٕ موٗزوٗری کران یُس گیلہٕ جنگلس منٛز کھنگرِ ڈکرن منٛز
بند گرٛزھتھ دِہن موٗزوٗرن تہٕ ڈُلان کرُن اوس ہٕ تگان تتھ اوس سردار خان ڈُلرفانہٕ
اُڑٕ ترادِتھ اُکس موٗزوٗرہ سندِ مدتہٕ لبنہٕ وان والان۔ یُس جنگل ٹھیکہٕ درس تہٕ یتھ
مُشکلِ دربیش پیہ ہاسہٕ اوس سردار خانسے ژھانڈان، پلالہٕ کرِتھ اُنان تہٕ پننِہ کامہِ
منٛز خاص ماہر آسنہٕ کنہٕ اوسنہٕ سردار خان خاص کاٗنہٕ تہٕ ٹھیکہٕ درس سنٛزِ ہینتھے روزان
بلکہ پینٛتھ کامہِ دِوہ بزنہٕ سان تہٕ پرٕتہٕ اُجرتہٕ سان بیتہٕ ہس توٗت گرٛژھہ ہاسہٕ کیازِ اٰسہس
ہنٛز کوہِ قاف پتھ نہٕ گرٛژھن سردار خان اوس بذاتی کھوہاہی علاقک مگر سولی اوٗسس
لوٗکہٕ ہسے مودمتٕ۔ پننہٕ اوس اُہترٕ ماجِ زیٚنہٕ گیر علاقس منٛز دوٛیم خاندر کوٚرمتٕ تہٕ سردار
اوٗسس پچلکہٕ ستیٚ لوٗکچار اوٗسن وٚوہرٕ ماٗلی سندی گرٕ پھاڑٕ ژوٗر کرٕی کرٕی گندرمتٕ
پتہٕ اٰسس اُتھ پلیشس ستیٚ نفرت گامژ کیازِ یہ کینژھاہ پھاڑٕ ژوٗر کرِتھ زینان اوس
تہٕ اوس سوٗرے سوٗد ہینتھ راکھن تہٕ فارسٹرن ہندِ بُرٕژ گرٛژھان تہٕ پانس اوٗسس یکہٕ
مارٕتھ اتھن پھکھے یوت لاران۔ چھیکرس اوس ماٗلی دراتنس پیٹھٕ واپس ژوٗلمت مگر
تتہٕ اوٗسس کنٛڈہانہٕ تہٕ زمینس ذراعتس پترلو قبضہٕ چارتھ نیومُت تہٕ پوٗژس اوس
لولہٕ پہٕ دوٗر اندر تگ گامس منٛز اُکس پہارٕژنہٕ سُند گرٕ پیٹھ گومُت۔

سردار خانن بیلہٕ نرٛو موکھ مرگہٕ منٛز کوٚوقتہٕ حاجی صاب پانس بروٚنہہ ڈکنہٕ
منٛز کوٚکرُ ہیوٚ وُچھ کینژھاہ گُبس حارانی تہٕ زیادٕ پہن آبس نفرت وۄتلتھ۔

"کیاہ حضِ حاجی صاب اُزِ چھا بلیہ کانہہ آشناو بأے سأتی پموٗ ستیٚ باجو منٛزٕ

کأنسہٕ اَکھ گلوٗٹھ بناوُن"۔

"بدتمیز کیاہ گوو"

رٔیپہٕ ژکھہٕ ہتھ ماگرے صأبن سردار خانس کَنہٕ تُھٹھ تہٕ گرٕ پیٹھے ہین سردار خانس کُن اَچھ تیز کرأوِتھ۔ مگر تُہنزے ٹُو والیس نار منتقل ہیکہٕ اَچھ نزرکہٕ راوٕس تہٕ گونٔٹرھن ہیوٚتُن وَردین۔

عمہٕ ماگرے بَن پھرِدٕ اَچھ ساڑِی سپہٕ وأناکھ مرگہٕ۔ تہٕ وأناکھ، ناہنجار موسم، نب اوبر تہٕ اُور وُلیتھ تہٕ باگہٕ بوٚرُتھ رُستم ہیوٚ عنشہٕ ہوٚت سردار خان تٔمہٕ اکھس کیتھ ہیتھ بروٚنیتھ کینہٕ استادٕ۔ عمہٕ ماگرے یس ہیوٚتُن پنُنہٕ حماقژ ہند احساس گژھن، وُچھکھ دُب دُب لوٗگُس تیز نہٕ۔ خطرٕ او ہیوٚتُس نال وُلُن تہٕ تُہنٛدس زَن ژھنہس لیڈرٕ تہٕ تہند اَنمہٕ ملتھ۔ حأجس تورٕ فکرٕ ژماگرے یس ہیوٚتُن پنہٕ ولبسُرن تہٕ وُوٚتھ بسم اللہ کرٕتھ گرٕ پیٹھ لوٗن تہٕ پانٛہٕ تھوٚد آسنہٕ باوجود وُوٚتھ بٔنٛڈن پیٹھ استادٕ تہٕ نرأون دُچھی تُہٕ سردار خانہٕ نس پھیکس پیٹھ مایہٕ سان "خانس چھہٕ پُزی پاٹھی سوٚن ملالہٕ۔ آسیس ناہٕ آسی جنتی یس اوٚسُس یاوُن سانہٕ خدمت کران کران ڈاکی گوٚمُت مگر بلاے حاکم دینس"۔

"مگر یڈن لوٗکن چھا کأنسہٕ ہنز قوربانی یاد روزان، توہہٕ گژھہٕ پَنُن دم شونتھ ہیوٚ نیرُن"۔

"سردار خان۔ سوٚ چھےٚ کتھ پتہٕ زَن اَزٕ کانہہٕ مجرم کعبس منز تہٕ تُس چھ خانہٕ خدایس منز تہٕ پناہ میلان"۔ سردار خان دراو رَسے پوٚت پوٚت تہٕ اہند لو پھیکو پیٹھ آیہٕ حاجی صأبنی دُچھن تہٕ اوٚک طرف لاینہٕ۔ اَمہٕ پتہٕ دیُب اَمی گونٔٹرھن بیہٕ بناورتہٕ گنٛڈن ژنجہٕ ہٹر بڈرے حاجی صأبس کُن۔ نب اوس کریٚہنہٕ اوٚبر ژادرِ تَل پان سأپنتھ تہٕ دُچھنی کنی آسہٕ کالہٕ اوٚبرہٕ منز نار وُزملہٕ یہٕ تہٕ اَچھن وُنیوب کران۔ کانہہٕ دِو زَن

ادٕس نے شکرِچ کمان چارٕتھ مگر شوٗس آس نارٕ منفل ہش ترٛیم اُچھ وُہان، گگرایہٕ گرٕزٕ ستۍ ترٕہریاو ہرگہِ ہند اوٚند پوٚکھ۔ دیوٗدارن لوٗگ شۍ شۍ تہٕ کھِلن وٕنٛزھ ھرٕ ھرٕ۔ بیٚیہٕ اکہٕ لٹہِ تجٕ سرداران خٕمہٕ ہٕنٛز مدٕیہٕ حاجس کُن۔

"حاجہ صاب غیبر پمی چایہٕ سوٗ نٕٹن مابا سہٕ تہنٛد دیوان خانہٕ مشبہ یا کعبہٕ مگر میٚے چھ کیہنہٕ بڑھ مثال گرٕزھ ہنہٕ میٚیٛے نمی دِنۍ۔ تہنٛدِس دیوان خانس منٛز مجرمس پناہ لگہٕ ستۍ بنیاد تہنٛد دیوان خانہٕ جبرٕمک گٕڈھ تہٕ تکرٕبک اڈٕ" تیٚر آس ہران روٗدٕ ٹاس اوس وَسن ووٚل، حاجہ صاہنٕ ستۍ باجہ عمہٕ ماگرے، کاشۍ ناتھ، نانہ جی تہٕ موہمہ بٹ بیتٕر آسۍ سردار خانٕنۍ بدتمیزی تہٕ بے ادبی وُچھتھ اندری دٕزان۔ مگر دم بُھٹ۔ احتجاج اوس شاید یمن سارِنے وُھٹن بیٛٹھ مگر ماحولن آسۍ دم بٕپٹھ کرٕی متۍ۔ نکرِ اوشکہ تہٕ کیہنہ تہٕ نٕران اِلانٕ سردار خان چھ بدتمیز، مغرور تہٕ جاہل۔ حاجہ صابہٕ نین وُھٹن بیٛٹھ اوس اٛپنٕ تبسم تہٕ اُندٕ ہٕ اوس بشکل خود ناٗدم۔ سردار خانٕن زُرزُرٕ بیتنس لوکن منٛز حاجس یینہٕ کنۍ زٕٹ کرٕنی اوس تہٕ جان تہٕ اکس پٕنہٕ ہس سنۍ امہٕ آپہٕ سُتھ بِنۍ اوس ناکارٕ تمۍ ہیٚتٕر نہج بدلاونۍ۔

"یتھ گوٗرہٕ تہٕ ووڈ منٛشن والن۔ حاجہ صاب نٕنر چھوٚ اُزٕ میانس غریب کوٹھس منٛز، اُنو تام تشریف" حوج تہٕ زن اوس یمۍ لفظن پراران۔ شہ گو وپرایہٕ کوکرِ ہندی پاٹھی ریکہٕ مرٕس اُزٕتھ تہٕ پوٗتٕ کھیٚچ ژاٰیس پیٚتہٕ پیٚتہٕ۔ سردار خانٕن نیہ اکی یکہٕ ٹاسہٕ رٕاٰیس ٹانٛگہٕ داہ پنٛداہ پھارٕ دِتھ۔ زٕنی لوٗراہ ژوٚن کوٹھس منٛز تہٕ لشہٕ ذرٕ راہ تھوٚنس نٕی تہٕ نیوٗن الاوٗ زٕلتھ۔ تیٚر دوٚدمُت حاجہ صاب تہٕ تہنٛدی ساتھی بیٛٹھو ساٗری خشمناک الاوس اُندی اُندی نال وٕلتھ سردار خانٕن پھِر مدٕیہٕ ٹکی پور کین ہمسایَن کاشۍ ناتھس، نانہ جیس تہٕ موہمہ بٹس کُن۔ "تہۍ کیتھہٕ کنۍ آسیو کوکالی ادیور

ٹُگہیتو کِنہٕ حاج صاب پیہہ سۭتۍ اۆو۔

نٕ ساخانار۔ لوگ زِٹھی پاٹھی پھِرن نوٚر نکھس کٕن بُرِتھ دِوان کاشی ناتھ

دٕنہٕ۔ اَسۍ اٚکۍ اکھ مرگہٕ لوچہٕ امبر ناتھ مندرس بَر برآندٕ کھوٚنہٕ گٔمتۍ۔ نہٕ "بہٕ"——

نیوٚ ہیتۍ سوٚمہٕ ہیٚن دٕنہٕ۔ بہٕ نہٕ اوٚسس تور جدٕ پاکس "عمر" بھٹ صابس فاتحہ پرنہٕ گومت

تہٕ بیٚنہ خود تہٕ نظراہ گُذراہ دِتھ۔ دٕندٕ رازن کس ہیکہٕ پتہٕ گٔڈسنہٕ۔

"یہِ لوچہٕ امرناتھ کیتہٕ چھُ تہٕ عمر بٹ صابن استان کیتہٕ نس چھُ۔ حاج صابن تہٕ

تہٕ پاٹھی بین تیہ بکہٕ دٕنہٕ سولٲکھ ہیہ مارا گوو چھوٚٹا امرناتھ یہ چھُ امر مرگہٕ منز بیٚنہ بیٚتھ پرٛاو

جوراہ دوٚر۔"

"ناتھ جی کاشری پاٹھی نہٕ تریوم فکرٕ زٕ لوچہٕ امرناتھ کیاہ گوو۔ مگر پارم پاٹھی ترجمہٕ

کرِہہ کیاہ ضرورت آیہ تو ہہ۔"

"حاج صاب۔ اَسہِ مارا چھِنہٕ ووٚنی یمن کٕٹن نش کلامہٕ کرٕن تگان، یمو چھنے مالی

پسترٕ "ڈرٕ" کلامہٕ منز ٹُلے نیبر گُذرِتھ ہُرٕ تہٕ تمہٕ بجایہٕ چھکھ کلامس "بائی فادر"

پیوند ترومت۔ توٚے پیوس لوٚکس نہٕ اردوٕ ترجمہٕ کرِتھ چھوٚٹا وٕنُن۔

"اچھا یہ عمر بٹ صابن استان کیتہٕ چھُ۔" ہنیہ حاج صابن کاشی ناتھن کُنہ

ژٕلِتھ نیتہٕ اَس تیٚہنٛز ہیچ زیٚوٕ ٹھ تعریر کرِہہ۔

"کیتہٕ چھُ اٲتی سانہٕ دیوی ہندرس استھاپس منز قبر اکھ یم دیان سعہ قبر

چھنے پہندرس بَجہٕ ہنز۔ اَتی چھِنے یم فاتحہ پران نہٕ اَسی پاٹھ پوزا کران۔"

"واہ واہ" ژوٚل حاج صابس بے اختیار پاٹھی نیبر تھ۔ "سانہٕ تہذیبکہٕ

خدوخال کاتیاہ مأری مٔندی چھہٕ۔ عمر صابن استان تہٕ دیوی ہنز گوپھ یکہٕ وٕٹہ۔

دوشوٕنۍ ہند فیض مشترکہ ہیندِس تہٕ تہٕ مُسلمانَس تہٕ۔"

حاجی صابن تس تَھکس بیٚٹھ آسہٕ اُتھ نرایہٕ ڈالہ ماران۔ کاشی ناتھ تہٕ موہن بٹ تہٕ آسۍ حاجی صابُن کلامہٕ پٔرِتھ تہٕ پرٔتھ بوزان۔ مگر سردار خان اوس بر لوٚڈ گٔنڈِتھ بُتھ اُلوٚنۍ ترٲوِتھ حقارتہٕ سیٚتۍ نظرو سارِنٕے کُن وُچھان۔ یِہُند کلامہٕ اُڈرٕ ژھوٚٹ کٔرِتھ ووٚتھ خان حاجس کُن۔

"اَدٕ حض حاجی صاب تُہۍ کیتھہٕ کٕنۍ کوٚکاڈ یِتھ مر گرِہ کُن لگِہتی۔"

"خاکہ ژبیٚے تُہش لوٚگم حاجت تہٕ اَدٕ آس یوٚتاہ سفر طے کٔرِتھ۔"

"میٚے تُہش حاجت۔ بادشاہن فقیرن ہندِن گرن منٛز حاجت۔"

"خاکہ سأنۍ یوٚہ پھ ٹانگہٕ چھا وارے۔ چھا دایہ توتاہ ٹھیک پاٹھۍ کران۔ یِس گوو انشاء اللہ تعالیٰ تس عمدٕ ٹس ستیٚ کرن یم مٔزتھ فاصلہٕ، مَرنٕے یوٚت گرتھہٕ تہٕ۔"

"خاناہ ییٚٔنے معو کلیایہٕ نیلہٕ ناگ کوٚپس کام۔ گیلہٕ زے ترییٚ ساس فِٹہٕ چھم منٛز جنگلس پھیسنہٕ۔ بُتھہٕ چھے یِنہٕ جوش تہٕ یوٚل۔"

"اَدٕ حض ووٚتۍ کیاہ پرواے یُڈہن ٹھیکہٕ درن کُس چھُ پوٚلن تہٕ یِنہٕ جوشن ڈیٚڈاس کرنس پیٚٹھ پرٔزِتھ گار کران۔"

"سو چھیٚنہٕ کتھ اکھ چھِم تہٕ پَنُن ضمیر مانان پٔیہِ چھِم ڈی ایف او دُشمن۔ تس چھُ کرتام میانۍ سوٚنۍ کیاہ تام گوٚرمت، میٚے چھُ تنگ انان۔"

حاجی صاب تہٕ ہن گیہٕ لوٚپز مگر ضمیر وَنَن چھُمنہٕ زیادٕ بیہن ویان۔

"روٚتھہٕ بچارٕ"

حاجی صاب اوس کوٚڈھِ کس اُکس کوٗتس منٛز کھٔڈہٕ بیٚٹھ زنگہٕ اُویزالی ترٲوِتھ

تہٕ سردار خان اوس کھٮ۪نہٕ بٕنٕتھ پتھر بہٕتھ۔ کاشی ناتھ، عمہٕ ماگرے بیتر آسی برٛاتھ وٕنے ناراٮ۪لادس
اُندۍ اُندۍ نالہِ وَلِتھ۔ حوٗج تہٕ خان آسی ووٚنۍ کیاہ نام اکھ اَکِس سٕنٛزِ لوٚتہٕ وَنان یمو
لاج اَلگ نارس اُندۍ اُندۍ پننہٕ ڈیٚھر منز پننۍ داستان ورناوٕنۍ۔ کاشی ناتھ اوس
حاجہ صابنۍ تارٕیف کران۔ پنداہ وُری برونٛہہ واقعات وَنان۔ حوٗج کتھہٕ کنۍ اوس
غریبن غربان بد کران۔ موہمہ بٹ اوس سُہ واقہ وَنان یٕلہِ حاجہ صابنہٕ فرمہ ہنٛدہ بٹہ ملازم
اکھ ہارٹ فیل گژھتھ ہنگہ منگہ موٗد یاو تہٕ حاجہ کتھہ کنۍ پھاپھلاو تہٕندۍ شُرۍ۔ پانشرن آٹھن وریٚن
پتہٕ سوزہ نوٚوُنس نیٖچوٗ ٹرٛینِنگہ تہٕ۔

"یہ گوو اوٚنہٕندے بجر نتہٕ ژھولن اُمس سردار گجرین یُوناہ کلامہٕ بد۔ کتھ حاجہ امرالدین
تہٕ کجا سند دُور گجر تَرٛدٕ۔"

"ہتہٕ مہرا کیاہ چھو وَنان۔ کاشی ناتھ، تُہۍ چھِوٕ پٔنٕنۍ سٔزر وَنان۔ یوتام نہٕ سردار
خانس حاجہ صابنہٕ کُنہٕ کمزوری ہٕندٕ پے چھُ تہٕ تاجس نہٕ تمیک احساس چھُ توٚتام نہٕ کرِ ہا
سردار خان یژھ حماقت نتہٕ نہٕ کرِہا حوٗج برداشت۔"

عمہٕ ماگرے لیس گوو ناتھ جٮ۪ن یہ کلامہٕ سخ ناپسند، تس کھوٚت دریہ ڈکس گبین گیہٕ
ژروٗنکی الاندۍ۔

"کیاہ چھکھ وَنان حاجہ صاب گوو سمندر تہٕ صدرس چھا ینز لاینہٕ ملر ووتھان۔
اوٚہٕند مول تہٕ قدر زانن سانہٕ علاقکو لوکھ۔"

"نہ حقہ نتہٕ مٔہ وَن۔ اَسی چھا یٮ۪تھ پوٚر کینہہ یہ بے وقوف زمٕٹ چھُنہ سانہٕ علاقک۔
ہزا نندریشی ہے اوے دٕوپمنٹ چھُ،" مجھ کیاہ زانے پومپرۍ گٔنتھ" اَسی چھِنہٕ مجھہ"۔

"تبلہٕ چھُ میانۍ کنۍ حاجہ صاب یا تہٕ غرضنک اوٚس۔ حاجت چھس اُمس گٔلس نتش

پَتہٕ ژھوٚپہٕ کٔرِتھ تَتہٕ چھُے غارتھ۔" موٚمہٕ ماگرےیس کُھرٕ دۆدِ زیادٕ شرارت۔ موٚمہٕ یِن دیُت ناکھوجی یس جواب۔ "مےٚ ہیاچھے بہٕ کٔٹھا پتّاہ پانژھ ہمارٕ چھیتھ پرمژ۔ بوٗز سردار خانٕنۍ اَشناوباے اَسی کلاروٗسہٕ باگنٕ آمژ سہ ژٕج حاجہٕ ہنٛز فرمہٕ ہندِس کٔنہٕ نام نوکرس ستۍ سردار خانس چھُ شک زِ تِس کوٚر مدد حاج صابن۔"

عمہٕ ماگرے پیوٚو یہ بوٗزتھ زَن دولابن منز۔ یپارِ دراے سردار خان نہ حاج صاب کُنہ کٔتھ کران بَرٕ نیبر حاج صابن کوٚڈ پانژ روپین نوٚو بنڈل تہٕ دِتن سردار خانس اَتھہٕ۔

"ناپیہٕ وۆدِ تعوفل بوزکھ۔ یِنہٕ موٚزوٗری ہیتھ واتِ زِ پگہ ہے نیلہٕ ناگ پٔتہٕ اَتھ چلہٕ کلان۔ کیٛوار پیٹھ کھسی تۆ لارِ پہ منز شہر، تَتہٕ تری زِ بڈٕ مالنہٕ پیٹھ حضوٗری باغ زِیارتہٕ اَڈس منز۔ یِتھری۔ تَتہٕ چھُو نیبران زِیارتہٕ شریف لاری نہ تتھی منز گژھہٕ کھسُن ناگم تام۔ ناگمہٕ پیٹھ لگہٕ نوٚ زیادٕ کھوٚتہٕ زیادٕ زٕ گانٹہٕ وۆدکھلی میانِس کوٚپس تام نیلہٕ ناگ۔ پگاہ شامس واتوٚ بہٕ تتہٕ۔"

روپیہ بنڈل چندس تراوان دیُت ڈِچھنہٕ نَرِ یِنہٕ سردار خانن زوٚرٕ سان درسہٕ نہٕ ٹاس کٔرِتھ دِژن وُٹھ موٚٹھ لَبہٕ ستۍ بَرِتھ۔ کھوٚش اَتھ کٔرِنیٛٹھ تہٕ اوٚنگجہٕ ستۍ اوس کھوٚرِ گوتُرتھ وَردِوان نہ گژان گژان ووٚنُن۔ "انشاء اللہ کَرٕ کانٛہ کٲم صُبحاے کٲم پوٗرٕ۔"

# باب ۱۴

تٔمۍ کباز چھُ یُہ ییٚتھ دُشمنَن ہُنٛد تراتٕھ ووٚتھمُت۔ یہ روشن چھُ چُھ میانِس
کابنانس ہنٛہ دوٚب کران۔ یُتھ یے کسی ہندِس عالمس منز نے چھون اکھ روٚٹ آسہِم حاصل گومت۔
میانِٛ زندگی آسہِ ہاسٕنگیپٔہ کُس قدری ہندی کھونہٕ بدٕزرٕ۔ ہٕتہ ووٚنی بیٚلہِ زِٔ ے روشم ... ؟
عطیقہٕ اُس ماجہِ ہندِس شونگن کُھٹس منز اَڈ پیاٚلس وَتھرِتس منز لَرِ تراٚوِتھ غم بند
تالوٚچہِ ہیچہِ گنٛزران۔ منصوٗر صاب اوس اُہندِ شانہٕ کِتہٕ بہتھ اُمس ببرِ مسٔتس بینیوا ونگیو
پھیرِ پھیرِ دِوان۔ عطیقن پھِر گردن کھووٚر کُن تہٕ ڈُھبن کِنِ لوٚگ منصوٗر بٔیہِ اُہندِس سینس
رِسہ رِسہ ڈُھپُن اکھ پھرورِ۔ ژٕکھ ہٕرِ عطیقن نیوٚ راٚنی سُند ڈُھپُن اکھ ہٕتہٕ سینہٕ ییٚتھ
تھوٚد تُلِتھ۔ شانٛدس ییٚتھ یِتمِس ڈیٚٹس منز نیوٚن مَس ہنٛہ زَن ٹھیلس بٔرِتھ۔ لَرِ پھِرِن
دِتھو نِ کھووٚرِ لبہٕ کُن درِ۔ آرٕکوٚٹ منصوٗر آو ڈُھپہِ گتھ مارنہٕ۔ ووٚنی پھیمر ڈُھپنِ کیوٚ
تہٕ یہ گیتہِ گیبٕور نہٕ اوسٕتہٕ عطیقس اَز مِنہٕ والٕن۔ منصوٗرس اوس پرٕون
تجربو زِ بیٚلہِ نہٕ عطیقہٕ روشان آسہِ ژِھیو کھنڈ ارِس منصوٗرتس مِنہٕ ناوِنٕچ کوشش
کران تہٕ عطیقس تہٕ اوسہٕ زیادٕ کالس روزان، سو یوٚد وے سُنٛجہِ بُنتھ سٕتھ لٔدتھ تہٕ

بوم کھاڑتھ روزان ٲس مگر یہ موڈ تھہند اوس اکس ژھس منز بدلان۔ معمولک اُن اوس
تھہندین وٚتھن پیٹھ نژن لگان۔ مگر اَز اوس نہ منصورن گژھ گیوڈ تہ کیٚن پتہ تٔمس کانہہ ردِعمل
پادٕ کران۔ منصورن زون زِ مالہ چھُ سخ، کینژھ چھ سرون تہ اُرزچ ژکھ چھے دیر پا۔ اَز ٲس
ژورو دوہو پیٹھ عطیقہ مسلسل پاگھٹی روشتھ، نہ بٔنس بڈرومس منز اژان نہ جامہ خانس
منز پلو بدلاونہ اژان۔ نہ کتھے، نہ کمرس اندر صُبحس یا شامس ہَتہ کھیٚنہ اژان، نہ ٹھکہ
زیبایٔشہ ہندس مالس منز دَس دِوان، نہ کٔنس منز اُزھ توجہُ دِوان زِ صُبحس کیاہ چھُ صُبحس
تہ اَنیٚس ناشتَس منز کھیون دیُن نہ نہ سنائی زِ کاٹِس نہ کالس کیٚٹ کیاہ چھُ سیٚن
تہ سبزی رَنہ۔ ییٚن ژو ن دوہن ٲس عطیقنِ کائنات اُتھی بجہ ہندس کمرس نام محدود۔
سو ٲسہ اَز کل پائنس کُن تہ توجہ دِوان وندہ پوشن ہنز ٹھل تہ ٲسس نہ دیُتہ
لاگ دمُژ۔ البتہ اوسُن تربیٚہ دوہ صُبحس اَنیٚس وردی بدلاومُژ۔ سو نہ سوے
وردی، یوس اَز صُبحن ہیٚرن اُڈ مُژ ٲس۔

حاجرٔ اَیِس تہ اوسہ اُشند یہ دِیُن ہیٚنس فکر تران۔ مگر شک اوسُس
زِ یعقوبن چھُس کیاہتام خلاف توقع دوئمت نہ گورمُت۔ اَنیٚہ تہ اوس ماجہ ہند
رودُن ژرژ، مگر تو تہ اوس سکولہ پیٹھ ییتھ ماجہ گوڈ ینک سوال کران۔ "می بٲے
جانہ چھی ماوٲژ؟ مےٚ آو توہند لول۔" می ٲس نہ کانہہ جواب دِوان۔ مگر اَز اوسُس
سکولہ پیٹھ دِرِ ستھ تہنا دِتھ نیومُت۔ "بٲے جان۔ بٲے جان! وظیفہ پرِن نرادٕ
وہ دِ ر گو و وہ وُ سے۔"

اَنیٚس اوس ماجہ ہند یہ کلامہ ژن ہلہ تلہ گولی آمُژ۔ سُہ اوس بٔنس کُٹھس
منز شرکہ ہیٚن ژامُت تہ تھہندین معصوم رودُن ہند لیڈرپار وُچھتھ ٲس منصور صابس

دانجہ کھش وسان ۔ سہ اوس گرگ بہ بوم تہ دِدون ماحول ازیکوٹہ بدلاون یژھان ۔

از اوسن عطیقہ مناونک اٹل ارادٕ کورمت ۔ کوتاہ قیمت تہ بییہ ہس دین مگر گمرچ خاندارن لیہ انہٕ اُس گمر کرٕ زینہٕ خاطرٕ ضروری ۔ کیا تمام اوس واقعات ہند عادتہ ہیٔو ، یمن ژون دوہن اوسنہ کاہہ پوژھ گمر آمت نتہ بییہ ہا گھریک سر دتہ پیٹھ ۔ سرک پژھ دژھنا ضروری ۔ منصورن اوس از عطیقہ لیہ اُنتھ مَنہ ناونک ارادٕ کرتھ آمت ۔

" برٕ افسوس چھ زِ بہ چھسے ژربہ پوپرٕ گتھ کران تہ تئے چھےنہ احساس تہ گژھان ۔ مے ونتہ سائنس خشتی ہندرن پھلیہ بانس کوس شبیہ ژھنڈ لچ ہنگہ تہ منگہ اگر توجہ ہا کرن چھ ئے کیا زنکہ پانس توس بہ تہ کرناوٕ لداخ نندیلی تو تہ اتہ ڈبل تنخواہ ۔" زسئے کیاہ چھے ۔ تتھ کر چھبتھ ڈبل تنخواہ علاوٕ زندگیہ متعلق کیتہ سوچمت رچائی کائنات چھے تنخواہ ...... تہ دولت ۔"

" اوہ ہو ۔ یینہ خاطرٕ کینہ ماپس حاجہٕ دِتم دیار ٹھی ۔ کینہ بینن بھاین تہ انگن اشناون کرم رفاقت ۔ دین تہ ایمان زولم تہند خاطرٕ ۔"

" بالہ پیچھے " ۔ عطیقہ گیہ بسترٕ منز بیاول سیمنہ ہندٕ جلالہ ژکھ ہتر کھود وچھتھ ۔ شاندس پیٹھ تھون کُھرٕ ۔ نار برٕ بہ ہتہ مدیہ تراوان ژوہ واپاری زنتہ ووزجہ رٕبیہ منصورنس ئنس بدنس تراوہن ۔ منصورس زن گود بومبر گن بچھنہ ۔ یہ نار بہ ژکھ اُمہ انمانچ تندی اُس منصورن از عطیقس نش گودنچے لہٕ وچھمژ ۔ کھاندرٕ پتہ اُس منصورن برابر اُکس وریس عطیقنی سرد مہری تہ وچھمژ ۔ مگر تہ اوس محض خاموش احتجاج منصورس سیتی تہ بلکہ تنس تقدیرس سیتی ینس ناکام محبتس سیتی ۔ ازیک

غوٚصہٕ نہٕ اوسُس منفی ردِ عمل نہٕ خاموش احتجاج تہٕ نہٕ ژُھنگ ادا۔ اَز اوس عطیقہٕ انتقامُک جذبہٕ ہیتھ۔ اَتھی جذبکِس اظہارس منز اوس تُندی تہٕ پتہٕ سپدان تہٕ۔

"گوونا یہٕ دولت چُھکھ ژٕ میانہٕ خاطرٕ کماوان۔ کیٛنہٕ میانس مارٕنہٕ غوٚد دس لگی لچھ تہٕ کروٚر، کیٛنہٕ میانہٕ ماجہِ بچارِ کِھیٛی دولت یوٚسہٕ تربیہٕ کالی تیوٚت بِتھ کھوان چھے یمہِ کھوتہٕ زیادٕ تمبلس نزادان چھےٚ۔" عطیقن ہیٚہ باکھ ژھٹتھ۔ اَہنٕز ڈلام اَچھو منزٕ ہیٚتِن ڈلامی ڈلامی اَش قطرٕ پٔہ راہ وسن۔ اَز اوس عطیقہٕ امہِ اَکانٕہ منصورن گوڈنچہ لٕٹہٕ ووداں وچھمُت۔ "کیاہ کرٕ مےٚ آیہٕ عقل کھینہٕ نتہٕ دپہاو مےٚ ماجہ گوڈے کوٚری نامتُر گوو یا متُر۔" ژٕ کیازِ چھکھ ورگہٕ تِیمہِ از لایان۔ مےٚ کرزا اَنز چانہٕ ماجہ کانہہ فرق مےٚ پھچھے سو یُنہٕ ماجہ ہندِ تہٕ مالی ہتہٕ نہٕ زاَنی مژ۔ سوٚ اَس مےٚ کھاندرٕ برونہٕ پیٚچھے موج تسلیم کرمژ۔ یہٕ چھے تمس جمال الدینٕنی مقدس امانت یُمی میون تقدیر بدلاونس منز مےٚ بنیٛس مالی سندِ کھوتہٕ اَتھ روٚٹ کوٚرمُت چُھ۔"

"نہٕ سہٕ اوس نہ فقیر۔ دانی بہرِ بان" عطیقس ہیٚتھ گٔتہٕ گژھنہٕ۔ یہٕ اُس اَش پھیرا وونگجہٕ ٹینڈلو پیچہٕ دارِتھ دِوان۔ "اَمس تیٚ بچارِ ڈیکہ راوِہا زامترِ سبتس نالگہِ ہا۔"

"ژٕ کیازِ چھکھ نہٕ مژرِتھ ونان زِ ژےٚ کیاہ ڈلیل چھے۔ کانٕہ چھا اَیس متعلق دوٚنمُت کینہہ۔ اَخرٕ!!"

منصور دزاو کُٹھہِ منزٕ نیبر۔ اَمی ہیوٚت آیہٕ آپہٕ گرٕتھ آلو دیُن نہٕ عطیقن ڈینس جارٕ۔ "اَمس بچارِ مہٕ نزاو چھوکن نوٚن۔ سہٕ کیازِ اَنہٕ ہن ناد دِتھ۔ سہٕ چھا کُرزم چانی۔ وادے زَن پیوس۔"

منصوٗر اوس حاران زِ امایوٗت کیاہ انقلاب چھُ آمُت یہِ کمیُ سناہ چھُ شیٖتر
بُتھ لاگِتھ تہنزِ ہشہِ متعلق کینہہ وۄنمُت ۔ مگر وۄنہِ کُس ۔ چھِنہٕ منصوٗرس مول یا موج زندٕ زِ
تِمو آسہِ کانہہ پام عطیقن دِژمُژ ۔ چھُنہٕ منصوٗرس بیٚنِن بایَن سٟتۍ تعلق زِ تِمو آسہِ کانہہ اعتراضس
لایق کلامہٕ کوٗرمُت نہ اوس منصوٗرنے تِمَن نیوٗن دسگاہ تھوٚومُت ۔ یِس گوو یعقوٗبہٕ سٕہ
چھُ اُہندِ تہٕ عطیقہٕ نہٕ کھوتہٕ زیادٕ نانہٕ عزت کران ۔ بلکہِ تھوکَن اَتھہٕ داران ۔
ہرگاہ عطیقہٕ ڈیکہٕ ژٕکرِتھ ماجہِ سٟتۍ کلامہٕ کران اُس یا منصوٗر شاہ کُنہِ ساتہٕ ہشہٕ ہندین بےمحل
سوالَن تہٕ جواب دِنس منز ژٕریر کران اوس یعقوٗبہٕ اوس یمَن دوٚشوٕنی باژن سٟتۍ تِمہِ وِزِ
بُتھ لاگے کران ۔ اوترے اوس منصوٗر صابَس ترقی ہند دوہ ہاجہِ آیَن زامترس پھیری
پھیری پیرژھمُت زِ ترقی سٟتۍ کُمہِ قسمُک ہدٕ اوس تَس بڑلومُت، کوتاہ اوس تَس تنخواہ ہرُتمُت
مگر منصوٗر شہن اوسہٕ یمَن سوالَن کانہہ جواب دِتمُت تہٕ بلکہِ اُہس عطیقن نَس
ڈاجھرژ ۔ "تلے موجی ژٕ ئے کیاہ تژی فکرِ" یمَن دوٚن باژن ہند ژٕرِ یہِ وچھِتھ اوس یعقوٗبن
دوٚشوٕنی احتجاج کوٗرمُت ۔ "اباجان اگر ژٕ ئے آپہٕ کانہہ سوال پرژھان چھے ، مأجہِ تہٕ
موجِنہٕ ، دردٕ تہٕ شفقتہٕ سٟتۍ تہٕ توہہ کیازِ چھُ بار گران گرٕژھان اُمس جواب دِیُن" ۔ یتہٕ
اوسُن عطیقس ژٕکھ کھسان وۄنمُت ۔ "ٹاٹھی ، اگرے ژٕ ئے آپس جواب دِیُن تو ژھ
چھےٕ نہٕ ۔ مگر تَس یہ تہنا ویلٕس ۔ اگر بہ یٚتھے رٕوِ یہِ ژٕ ئے سٟتۍ ورتاوے ژٕ مے پھٹی نادِلک
شیشہ ۔ یِس گوو نہٕ کرٕی توٚ صاحب گی ۔ اگر مےٚ ملازمت تہٕ بنِزہٕ بہٕ کرہٕ موٚزوٗری تہٕ
نانہٕ تھوٚو عزتہٕ ہندِ مازٕ تہٕ آیش ۔"

یم ساری لفظ آسی اکہِ اکہِ ونی گیمتس منصوٗرس یاد پیوان تہٕ تِمُ نیوٚ اُندری فاصلہٕ
زِ یعقوٗبہٕ کرِنہٕ ورگہٕ تہٕ نانہٕ دِلی دُکھاونٕچ حماقت ۔

"آخر ژےٚ کیازِ چھہٕ منٛزراوُن پوان" کیاہ وَنےٚ چانٛی فرزندن کتھ لابِتھ ژھونٛس۔
مامہٕ ہٕز وبینہٕ دِیُتنَم بدمعاشی ہُند الزام"۔ عطیقن نیہ بَرٕ پٮ۪ہن وَدَن باکھ دِتھ، تہٕ تہٕ وَدٕن
تمُی یِمہٕ ستی اسمان کلس ییٚتھ ہیوم۔ زمین ژُرجم کھورٕ تلہٕ نیرتھ تہٕ جیٚھ تہٕ نٛراوِ یتم"۔ "کرٕ" ننشدرٕ
تہٕ حارٕان منصورٕ اوس سوالیہ علامت بنِتھ تہٕ ہیٚچ کارکرِتھ اِستادٕ "کرٕ" ییلہٕ تہٕ ژٕےٚ وچھنیٚہ
زن ہہ نظرے ییٚی۔ آخر خانہٕ مالی سند کرتوت کرٕ ینےٚ بوزٕنہٕ"۔

"ژٕ کیا ساچھکھ پرژٕ ہٕشہٕ نٛراوان۔ مےٚ کرٕ وُچھ؟"

"کیازِ اوتر ییلہٕ وٕلِش منز نالس کھیچھ ژہنتھ اوسُم ییلہٕ ژٕ ہیرٕن تہٕ کھوکھ تہٕ
تو نہٕ نٛراوُنم نہ چھِم"۔

"مگر؟ مگر؟"

منصورس آو تمہٕ شامک سین اچھن تل ییلہٕ عطیقہٕ رِتھ ہٮ۪ش اُس یعقوبہٕ اوس
بتھِ نس فرِ تھیپھ ژہنتھ۔ عطیقہٕ اُس نرٕ یتھ لمان، منصورن اوس زونٛمُت نہٕ ماجہ
پوتھر چھہ حسبِ دستورٕ گنِدان۔ مگر وُنی کینس اوس یعقوبہٕ مٲلی جِنز نن نظرن تل اَنانہٕ کس
ییوٚ ڈبہٕ ہندس تھیچ سندی پاٹھی اُترٕ۔ مگر یقین اُوس زِ تہند یوسف تہٕ چھُ دورٕ
رگہٕ ہندی گوو لامن جیس ژھنمُت۔ تضادن منز اوس شاہ صابُن ذہن بڑکُس گرِتھ
تہٕ بیوٚتھ زنگہٕ وَہرتھ ٹیٚچرس ییتھ زن تہٕ اِستادٕ رٲیل آو پتھر لاینہٕ۔

"مگر عطیقا تمی زانٛکھ ژٕ ہمیشہٕ موج۔ گوڈٕ گوڈٕ اوسےٚ بینہٕ زانان۔ نس اوس
لوکچارس پوٚرٕ یقین زِ سُہ چھُ آپس زامُت تہٕ ژٕ چھہس جگرٕچ بینہٕ، یُہٕ زون تمی
موج مٕرتھ واریاہہٕ کالہٕ زٕ ژٕ چھہس ماس تہٕ تو نہٕ دیتم نکھ بینےٚ"۔

"لہٕ بدلہٕ [illegible] لرٕ ھل"۔ نیہ عطیقن منصورٕ شہس کتھ اڈٕ ژٹ کرٕتھ۔

"تیٚژاہ قیامت آیہِ زِ رِشتٕن ہند آب زمزم ناگ بنٕن گرٚژھتی ہند بہٕ چھیسے ونان زِ نیٚچو چانی تُراوِم ناہ ہرِس کیٚنچھ ۔ شاید مالا یِہَم ۔ پان نے بچاوِہا مس رُم مادِیہ یَم اُکھتِس گیتھ ۔ امہِ کھوتہٕ زیادٕ کیاہ گوژُھم کرُن ۔"

منصوٗرن ژُرُژ زِ پوٚت منظر کیاہ ہیکہِ آسِتھ ۔ شاید آسہٕ ہا عطیقن یعقوٗبس شہزادہٕ کور سٕتی خاندر کرنک اصرار کوٗرمُت ۔ یعقوٗبن آسہِ اِنکار کوٗرمُت تہٕ نتیجہ آسہِ نیٚبر کلامی بیٚٹھ ووتمُت ۔ مگر یعقوٗبس پٔزٕہی نہٕ ہیٚکہ لاگٕے ماجہِ سٕتی کرٕنی ۔

منصوٗرصاب اوس بیٚیہٕ تہٕ خبر کیاہ کیاہ سوچان ۔ عطیقہ آس دَم گھٹی پاران زِ تہندِ روٗن کیاہ فاصلہٕ ریٚیہٕ ۔ یوٗدوٕے تَس یقین اوس زِ فاصلہٕ آسہِ تہندِ حقہ مگر خدشہ اوس تس زِ فاصلہٕ آسہِ مفاہمتُک نہٕ عذرخواہی ہند ۔

ٹھیک چھُ یعقوٗبن چھے دارِیاہ بےادبی کرمٕژ ۔ یہٕ چھُس سزا اوٚر مُناسب سزا چھُ یٚیتی زِ یعقوٗبس گژھہِ سلیمہ سٕتی خاندر سیدُن ۔"

"تیٚوٗناہ کیاہ سون چھُ چانِس یعقوٗبس لاس لور تہٕ کم لعل تہٕ جواہر چھیس ہران زِ عنایت صاٲبس بنہٕ ہیٚکہ زامتُر ۔ اگر تہٕ دوشوٕے مٲلی پیٚتھر کھوہ تہٕ وہٕ کھوڈ کھٕنو بہٕ دمہٕ یہِ رِشتہٕ گژھنہٕ ۔ یوٚسہٕ ہٕشکھ تراو سوٕ چھُہ: بیٚیہِ تلان ۔ سزا گوو مٔتے دیُن ۔ فاصلہٕ گووٕ مےٚ سٕتی کرُن ۔ یا بسو اُسی نرٕے ماجہِ پیٚتھر بیٚتھ گرِس منز ۔ نہٕ بس تِرےٚ بیٚن خانہٕ مول ہیٚنتھ ۔"

منصوٗرصاب اوس وُچھن بیٹھ انان زِ شہ وٕرِنس اماتی یا تہنڈی نیٚچوِ کر اوس مُنزیم لور عنایت صاٲبس ۔ سوزٕ رٕٹم کرِ گیہٕ تمن ہلم دارِتھ تہٕ تمن کو سہ مٔتہ کامن چھیٚنے یہِ رِشتہٕ کرنچ مگر ......

"جان من پہٕ تُہُند فاصلہ آسہِ ۔"

کینژھاہ اوس منصوٗر عطیقس نِش ہتھیار تراوِتھ تُہُند بول بجا اَنہٕ خاطرٕ پہٕ وَنان تہٕ کینژھاہ اوس تُس یقین زِ پہٕ ناراضگی سپدِ وٕہراتھ ہُند رُود ثابت ۔ عطیقس تہٕ اوس یقین زِ منصوٗر صاب دِیہِ تس بول بجا اَنہٕ ۔ مگر خدشہٕ اوس تُس زِ نو ہُند امار تہٕ محبت ہیکہِ نہٕ تحق امارس مغلوب کٔرِتھ ییس منصوٗرنس دِلس منز یعقوبہٕ نہٕ خاطرٕ اوس ۔ بیاکھ آس سوچان زِ ہُتھ من کینژن وٕرین اوس منصوٗر صرف عطیقہٕ تہٕ اُنیسہ وظیفہٕ پران یعقوبٕنۍ امار اوس کم گوٚمُت تہٕ زیادے ییہٕ یونیورسٹی گژھنہٕ پتہٕ یعقوبہٕ ۔ راتھ زن تہٕ اوس جانہٕ ہیۍ سنٛزٕ روزان تہٕ وٕند ریتہٕ کالجہٕ چھُٹیہ اوس تس سٕتۍ گُزاران ۔ اکثر اوس منصوٗر صاب تس ونان عطیقے ۔ ژٕے تہٕ آین کوٗرِ یعقوب زیادٕ خانہ ماجرِ دِتھ خراب رٕسہ چھُہٕ ووٚنی میٚنۍ بُتھ تہٕ ہاوان گژھنہٕ میون بُتھ وُچھِتھ تہٕ چھُسنہٕ خوش کران ۔"

ڈُلرفہٕ اَس ژھوپہٕ ۔ عطیقہٕ لُج بلیہِ ماجہ ہندِس وٕنہٕ لس بیٚٹھ تیٚہِ لَد بیمار سٕندی پاٹھۍ لر نراوہٕ تہٕ ژٕرکلس تَل شاند نھوٚوان تھوان لُج لارِتِس وَنہٕ ۔

" فاصلہ گژھہِ جلدے رٕنُن ۔ بیٚہ پتہٕ کتھ بیلیہ ۔ ۔ ۔ ۔"

# باب ۱۵

بوپہٕ وَندرپچ خوشنک تٕسر اُس بنڈرن بنڈرن سُننتھ گژھان ۔ ریٚشمن آسہٕ گٕنہٕ یہِ کس کُھڈس دارِ لیپہ نام ترٛوٚپرٕتھ ٹھُوٗمٕژ ۔ یِین تام اوسُن بعتہ مایہ سیتۍ اخبار کاغذ لاگِتھ تھوٗومُت ۔ دانس اُسن ہوٚکھ ڈوٗلۍ مُنڈۍ جوراہ ٹرٛی مَتۍ ۔ نارٕ لمبکھ آسۍ کھسان تہٕ اُمی ریٚتہٕ ہنٛدِ کاشہٕ اوس کُٹھ گاہ نراوان ۔ ریٚشمہٕ تہٕ تہنٛز وسہ نازٕل، فقیر گجرٕ نۍ نوش مرجان بی بی تہٕ بییہٕ ژٕ تروٚہم عُمرٕ کوٗرِ آسہٕ اَتھ نارِ لمبکس مُنٛتھ بِہِتھ وُشنیر کران ۔ دوہ اوس وُنۍ وُنۍ لوسمُت ۔ ہلہٕ ناگہٕ کِس سارِ ی ہیو آنٛدۍ تکمیس اُس کرٕہنۍ اُرہ گُڈ نال وٕلِتھ ۔ نازٕل اُس زٕنۍ ہرٕ ن پشیٚنتر کرِ یٚتھ سیتۍ ژنٛنگ ژٕمتگ دِوان، یِمہٕ سیتۍ یمن دٕزٕونین منڈٕہن ہنٛزٕ تہمبرٕ پاس گُڈۍ گُڈۍ ٹکہٕ ژٕلان آسہٕ ۔ مرجان بیب اُسن نُو نوٕ ترٛشہٕ ہیو چھ تیٖل ہشہِ اَلاوس پُشراوان تہٕ اَلاو چ ریٚتہٕ اُس نیٖزان ۔

"ریٚشمہٕ، نازٕل ۔ وُنۍ وے، یہِ کہے وعدٕ یقرار ہیوٚتو ادٕ نٕہٕ یارن بکھر لوٚر گرٕ شِتھ ۔

"اَہنی مرجان بی بی اَزٕہے ہیمو کھ جواب" دٕرٕ تھ اکی آواز یکو بیٚیہ ہم عُمر کوٗرِ یِمہٕ اَتھ دایرس مُنٛتھ اَلاوس زَن موت کٔرِتھ آسہٕ ۔ نازٕل اُس ریٚشمس تھٕلہٕ تھٕلہٕ وُچھان

زِ سو دِیہ کانہہ جواب، مگر ریشمہٕ اُس اَبا سی روخن ہندِس الاوس دامبرچہ ریہہ ستی خاز ملان تہٕ
دم پھٹے کیاہ نام سوچان۔ نازل اُس ژھوپہ گرِتھ زِ جواب گژھِ ریشمہ دِنہٕ تہٕ ریشمن زن اوسہٕ
مرجان بیِیہ ہند سوالے بوزمُت بیِیہ گییہ ژھوپہ۔ مرجان بیِیہ ڈیھن کنی بہنہ گریسی کور دِتھ
مس لِٹہٕ زِ پتہ کُن ژکھ سان اُرِتھ تہٕ نازلہ دِتن پتھ کُن ہکہ دکہ زِ سو آیا یہ برونٹھ کُن لاے تہٕ۔
"ہے کہے گوٚے دربدر چھکھ گامژ۔ دِزوٚنہ ریہہ ہنز دِژ بھَس بُرِتھ۔"

"اہن ہی۔ بے تر پاگھٹے دِزبتھس بُرِتھ بیتھ کنی چھا دکہ دِوان۔ یہ گو واگینڈن۔"

"اوہ ہو۔ ڈونہ چھے یمہ بچار یدرِن وارِی دِنہٕ وانِنے۔ دماغ چھُنکھ خراب ہیوٚ تمنٕ
گژھن تہٕ یدن چھک آویلوٗمت۔ دکہ بینہ ستی چھکھ نِکہ نار الان۔ ونتھ وے ووٚہ نی اُڈ گییہ
جنگل کور تہٕ وُن نوشہ۔ اَسہ پُزہ تہٕ یمن روبہ خانِچ کُتِجن ستی یے تھوٚنی۔ یمہ گییہ سیٹھن نہ ماکمن
ہنز نوشہ۔ یِلی وُنان درایہ یمن ژوہن پانژن چھکھ چھندرن ہنز کھُچ نِلہ ناگ۔ ییژ کہ تنہا مکانہ
منز تہ تر تہٕ اَنہ گدہ منز اکھ اکس پتہ پتہ لاٗنہ منز تہٕ ٹنگہ براو والیس ٹاس کرِتھ لایہ نہ۔ مرجانہ
دیٹ بیِیہ براندر کُن ٹاس کرِتھ برِتھے وایہ تھوجن دزان دزان تر اکس کیتھ تہٕ کیتھ
منزے نیبِّ اکس کادر بھیلِہ لشہ کھنچہ ٹکتھ۔ اکہ لشہ گیجہ نیبوٚن اندی اندی کریلہ گندہ مارِتھ
تہٕ دیتنس دامبرچہ ریہہ ستی ژکھ۔ لشہ ڈھر آو الاوہ گنڈنہ تہٕ یہ بنایہ نار مشالِ
ہتھ درایہ ژکھ ہنز بیِیہ دروازہ ٹاس کرِتھ دِتھ تہٕ پیچ برونٹھ برونٹھ وُڈرِ کُن پکنہ
ہمہ آسہ اُمس پتہ پتہ یچلس زان جب۔ البتہ اُس نازل ریشمس؛ چھو تہٕ کھور لیہ
ہاوان ہر سو دی تہٕ یمن بیزنہ۔ مگر ریشمہ اُس اندری خوش زِ یمو نجاتس تھچھ۔ نازل
اُس عوطن گامژ اما اگر ریشمن یمہ ساکی راتس بیبژ اہرژ آسہہ تہٕ ووٚہ نی کیاہ زِ اسی
یمن یوٚت ژیر وانا کھ و لو کنی گرِ کُن بیزنہ دِوان۔ نازلہ اوس باسان زِ شاید

ماوَنہٕ ہاتس تہٕ "گٔرٕھی بچاُر گۄ" ۔ مگر وَنِس لے تہٕ وَنہٕ س کیٛتھ پاگھی ۔ اُمس چھ گرِ ترےٚ میل
دوٗر ، چھمبو تہٕ چھارو کنہٕ پکُن ۔

"ژٕےٚ کیٛہہ گوٚب ۔ بہٕ چھ بچارِ آسہٕ چانہٕ موکھ آمژ ژٕ ہ آسکھ کُنی زٕنی ۔ بہٕ آسہ گرد
منٛز رۄخصت ہیتھ راتس پیٹھ آمژ ، ژٕےٚ ژٕھنٛو نھکہ یہٕ ڈٕبی زٕ تہٕ گھر منٛزٕ نیبر کڑٕتھ ۔"

رٕیٚشمہٕ اُس اَندٕرۍ شوٗرٕ زِ ۔ تس اوس اکھ دوکھ زِ تمہٕ کیاز دیت پنُن وٕسن
نیبر تہٕ سو ہیکہ پانُن اُڈوتی واپس اَنِتھ ، اگر زٕن ژٕھوٗرٕے آلو دیہہکھ ، مگر تس اوس
آلوٕ نہٕ تاس لارٕنہٕ گومُت ۔ سو اُس دم چھیٹ ۔ وو زٕنیہٕ ۔ نازل تمن آلو ، مگر پرانو چھینا
دۄیمت ، پُرٕھس پوژٕہ تہٕ خاندارس دو شوٚرے ۔

"میٚےٚ اگر سلہٕ خبر آسہاٗ زِ ژٕےٚ چھےٚ از اَندرۍ دم ہیوٚ ، بہٕ نہٕ آسہا گرٕے ڈٔتھمژ ،
مگر ووٗ زٕ گوٚنت گرٕتھ لیو تاہ ژٕہرٕ ۔"

"کیٛہہ گوٚب میٚےٚ چھس از ووہ ندرس پیٹھ خار بوٚد بار ۔ لیوٚ ہےٚ لوٚٹرا و ژٕےٚ تہٕ
درباراہ کرٕتھ ۔"

"کیٛہہ ڈلیل چھےٚ ۔ جانٕ کانہہ پانٕغام مےٚ چھُے آمُت ۔"

"ناےٚ اُڈٕ دٕگرن اُسم زولہ ہیمٕز ۔ سوٚ پُن وُچھُم تتہٕ چھس ترٕہرا اُمٕز ۔ خبر جانہٕ
چھا وارے ۔"

"وارے ہے آسہ ۔ آسہ ہے چھُ از کلی دل تہٕ دماغ پریشان ۔ توےٚ چھ اُسی ہم
وولہ دولہ خاب وُچھان ۔ ژٕوٗن ژٕےٚ کیاہ خاب وُچھتھ ۔"

رٕیٚشمہ زٕن گیہ یچھ خاب وُچھتھ اُڈٕ نیندرِ ۔ سو تیاہٕنس اُلاوس دٕ ژٕن
نوٗ ریٚہہ ۔ اُمر یتہٕ آسہ بٔبیہ پیٹھ دامبرس نزدیکھ ۔" اسہٕ چھُنا آنگنس منٛز سہٕ ڈوٚنی

بوٚنۍ۔ تتھ اَندی اَندی وُچھِم کرٕہن ویوٚڈ پوٚڈھ گگر ژھالہِ ماران تہٕ گنِدان گنِدان نیوٚن کلیگ گوڈکھو کُھر کرِتھ تہٕ ترٕک ترٕک کران تہٕ تِمَس مۄل کرٕنہٕ، تہٕ یہ جوان ڈۄنی کلُ آو پتھر لایہٕ۔ مےٚ کڈٕس یہ وُچھِتھ ووٚڈھ تہٕ گییَس      اَڈ نیندرِ ہُشیار۔"

نازلہٕ اَس ہوٚنگنہٕ دُچھُن اَتھ دِتھ ریشمہٕ خاب بوزان بوزان کمہٕ تام خابن تہٕ خیالن منٛز پیٚمژ۔ تام دِژٕن ریشمہٕ بیٚیہٕ کرٕکھ ہش "اَتھ کیاہ آسہِ تعبیر۔"

"اکہٕ دوہ ہا اَے اوس رٕوہ یہ ڈنگ پیر صاب بَبس کیا ہنتام وَنان زِ خابس منٛز گگر وُچھُن گوو دُشمن پادٕ گژھُن۔ مگر اَسہِ کُس دُشمن چھُ تہٕ اَسہِ کیاہ کرن دُشمن ؟"۔

"بیٚقلہِ اَسی چھنا دُشمن، اَسی اَے پانہٕ پننی دُشمن چھہ۔ اگر تہٕ اَسی دوہ شوے پانہٕ پننہِ دُشمن بانہٕ آسہ اسو تہٕ کیاہ ونیوکھس زِ تِمہٕ دوہ دود گنگا یہ پیٹھ۔"

"کہے ونیوم مےٚ تےٚ باہے"

"دوٚپتھ نا اَسی چھہٕ آسمان زوٚن کھیٚتہٕ کھسان۔"

ریشمہٕ اَس بے ترتیب پاٹھۍ وَنان تہٕ نازلہٕ اَس ترتیبہٕ سان فکرن بیوان تہٕ فکرن منٛز بدٕتھ چھس وَنان۔ "گوو ازٕ چھے میون وَنُن فکرِ ژان۔"

"نتہٕ کراوُسس تہٕ مےٚ فکرِ ژان یتھ پیارس چھُس یوٚہے تپالی زِ کتھ فکرِ ترٕتھ چھُسنہٕ فکرِ اَژان۔ دِیان ہے لول چھُس اوٚن تہٕ اَمی آسان۔"

"غار ریشمے تمی پیرن کیاہ بہٕ ونیو وزِ خابس گژھہ تہٕ زانہٕ خاب تعبیر کرُن۔ خبر کیاہ آسہ رُتے وُچھُن۔۔۔"

نازلہٕ اَس سونچان کینہہ نتہٕ کینہہ تعبیر اَنیٚرہا، وُنتھ یتھ ریشمن دِل سنبلاوِتھ ہیٚکہٕ ہا۔ مگر کانہہ تعبیر اوسُس نہٕ سماں۔ ووٚنی اَسُس زِ لو گلہ گام شرٕ زِ بیاکھ کانہہ کتھ

تلہٕ نَنگ نہٕ اوسُے پتہٕ کانٛہہ اند شانہ اکھ پوان۔ زرٛیشمن ییٚو پَلنے تعبیرُک ورگہٕ اثر بأوتھ۔

"باسان ہے چھم زرجانہٕ ماکرِس مئے ستی خاندرکرنک اعلان تہٕ ننٛہند قبیلہٕ ماگرٛتھ یکدم اَسہٕ خلاف"۔ ریشمس ہیوتُن اوٚش ددراپہٕ وَسُن، گبتی چھس گرٛتھان تہٕ ہکہن منز چھہ لفظ لفظ ونان ۔" تہٕ اد دِن یم قبیلہٕ داری ہندی گگر سائنس محبتہٕ کِس کلس درٛام گرٛتھ پھٔر دأرتھ۔"

دوشوٕے آسہٕ بیٚیہٕ دم پھٹٕ۔ ریشمہٕ اَس وُدی وُدی ارٛ ھیمڑ۔ نازلہٕ تہٕ اَس ریشمس تسلا دِیَچ نہٕ کانٛہہ لوٚرتھ تہٕ نہٕ اَیزُن لفظن ہُند سرمایہٕ۔ تَس اوس باسان زریشمہٕ خابک تعبیر چھُ یُسھٕ تہٕ اَمہٕ تعبیرُک اثر چھُ تہندس لوٚلس پیٹھ تہٕ لابدی طور بینہٕ دوٚل۔ اگر جانٛن تہٕ ریشمن یہٕ انقلأبی محبّت ناکام گو وبعقوٗبہٕ ہیکہ نہٕ کُن زوٚن وِتیچ بدلأوِتھ سہٕ تہٕ تمن حالاتن ستر بیٚلہ یعقوٗبس موج ووہر تہٕ موٚل کعہ ہگور تہٕ کأکی افسر چھُ، اکھ برعکس چھُ جانٛس موٚل تہٕ رُت تہٕ موج تھوکُن اُکھ داران۔ کائیرنار چھُ بے بھروسہٕ۔ اُتی ریٚہہ تھٔدان تہٕ الاو نالوس موٚ نہٕ کران ۔ تہٕ اُتی وُچھان وُچھان ریٚہہ سوٚنان سوٚرس منز دامبر ہند راونہٕ باپتھ تمبر تہٕ نہٕ موٚزان ۔ دامبر ٹیک الاو اوس سوٚنیوموٚت تہٕ ریٚہہ تہٕ اَس ہمیمڑ ۔ نازل وُرتھ لوٚسہتیو کو کھبو کھوٚد" وٕے بلاے بیٚتھ کادِرس زِنس، ریشمے ڈوٚ وٕی زیٚن گتہٕ ۂ نے چھے۔"

"گرٛھی آنگنس منز چھے ڈوٗنٛ بوہ پیتھرآمت لاینہٕ، تتھی اَن لَنگ اکھ زٔٹھتھ۔"

نازل درٛاپہٕ ٹنگہٕ برمٔز راوٕتھ بامبر ۂتر۔ اوہ ترٛاپہٕ ترٛن کِتھ کوٚش ہش تمر زُھتھ۔ جوان ڈوٗنٛ گُل اوس اِستادے نازلہٕ آونہٕ اُندی نکہ کُنہ تہٕ پھیتھر پیٚمتی ڈوٗنٛ لنگاہ نظرِ تِل۔ اَمہٕ استادہ ڈوٗنٛ گلیکہ وُتھر اسی ہردِ زندرِنتھ پیٚمتی۔ مگر اُزی ہردے اوس باسان زِنوٚورِیہٕ آسن اکھ کلس پیٚتھ لگنہٕ ڈوٗنٛ۔ شاید آسہ آسس نوٚورِ یہٕ وار

نازل ژاپہ ژھرے بیٚنہٕ واپس۔

"ژٕ کہے بکواس وُنان۔ کُسُے ڈٲنٛ کُل چھُ سپھر پیومُت تہٕ کٔھتھے ژرٕ لنگ"۔

"اَچھا۔ اچھا! مےٚ اوسُس خابُک یاد۔ ہاں۔ خا۔ بُک"۔ مُژ ہندی پاٹھۍ وُژھ رێشمہٕ ٹھوٚد۔ ہیچھِ بڈِ توٚملہ صندوقہٕ نٕکہٕ تِجِن ہوچھ ڈٲنٛ ہلہٕ پانژھ شۆسے تہٕ اَجہٕ نزاوِن دامبرس اکھا تین ذالِتھ دراپہ بُرٕ ہنبرِ پتہٕ اُمہٕ دَدِکہٕ تیوٚ لگ گاشکہٕ اَنمانہٕ کھِتھ اَکھ ڈٲنٛ کُلس اَندی اَندی۔ خبر پہ کیاہ اوسُس اَز لیوٗتاہ لوٗٹھ ژٕ اکھ مارٕنی تِتھی گٔتھ یُتھ پہ جانِس دِوان اَس ہیٚلہٕ سوٗ نہٕ بنجرس کمَس منز وٕٹھ ینہٕ واجنہٕ چارپایہ پیٹھ لرٕ ترا وِتھ اوس آسان۔ تیوٚ لگ گاش تہٕ گوو وِتہٕ ہٕ رێشمہٕ اُس اَنہٕ ہندی پاٹھۍ ڈٲنٛ کُلہٕ کِس گوڈس پرِتھ طرفہٕ اَکھ ہِستہٕ ساران۔ اُمس آو یقین زِ خاب چھُنہٕ حقیقت نہٕ حقیقت چھےٚ یہ زِ ڈٲنٛ کُل چھُ بُلنہٕ جایہ اَستادہ سوٗ تِتس امارہٕ تہٕ آشہٕ سان پراران۔ یہ ژاپہ مطمین پاٹھۍ اندر برٕ دِنتھ بیٚیہ ٹاس کرِتھ بُرٕنتھ تہٕ بیٹھ اَکھ الاوس نزدیکھ۔ یوٚدوے ووٚنہٕ رێشمہٕ ہنا اطمینانس منز آس۔ مگر اُہندی خابکہٕ بِچھ تصوُرن اوس نازلہٕ ہندِس ذہنس کرِتھ پیٚس کوٚرمُت۔ تس اَسی پٔنٕنِس پیرہندِس تعبیرس پیٹھ پرٕژھ۔ دل اوسُس یِچھ نتیجن ہندی خیالن شُر کہٕ نِہ ژونمُت۔ نازلہٕ زودانہٕ مناسب گٔتھ بدلاوُنۍ۔

"دوٚپہمےٚ ہے رێشماہ۔ یہ لرٕ بناونہٕ بروٚنٹھ گٔژھ اَسہٕ تھوٚ لٕبان"۔

"دربدر"۔

"ہتہٕ ہے کہے گوو"۔

"یعنے ییٚنہٕ بہٕ فکرٕ بیٚتھیٚس تہٕ اَسی یِیٚتی لٕبان۔ تمہٕ بروٚنٹھ چھُم کمہے ہیٚہن ووٚنہٕ زِ اَسی اَسی لولابہٕ۔ تہٕ اُنی مامن یہ میاٚنی مامنہٕ۔۔۔

"تہ کیاہ گوو مامنہ اَنِتھ۔ نیھر کرِتھ لے کنہ بازر اَنِتھ۔"

نازلہ نیبہ رَنیتِھ ہسز کتھ ترِٹھتھ تہ مترٔ تراوِن بیاکھ پرٔژھ پننہ ولیسہ۔

سہلابن آسہ ہمہ دوشوے وُنی کین ڈُستھ نیمرٔش تہ مامنہ ہِندِ ونگیح مہرِنیح بُننھ یُن یا آسمانہ وُسنہ پیوٚن چھُ اکھ معمولی حادثاہ یُس محض وُٹھ گمہ نادِتھ ہیکہ، تگر خشی ہند ماحول یاندا پرِفح گنجائش پادٔ ہیکہ نہ کرِتھ۔

"یوٚ ہے اَسس نکرِہ پیھرٔش۔ تنہ اوس لولابہ حاج صاب اَکس اڈیر انسن سنگلس منز روزان تتھ اَسی الگ سوہ یہ ہرٔ کرِتھ منز مبون مام حاج سُند کھاہ بتیر لگاوان اوس تہ اَسی مامس نہ بر اَسی تتھ روزان۔ مے اوس مام پہے راجہ کُڈ ہش تھوان۔ بہ اَدس دُیاں ہہے، وُتہ پکہ وِنین ٹاٹھ گرِتھان۔ مام اوسنہ مے نہ گجرِ شرٔ ہن ستیٚ گندنہ دِوان، نہ اوس کانہہ گجرِ یا گجرانہ مے کُن وُچھینہ دِوان۔ مدرسک ماسٹر، حاج ہُندۍ مُلازم۔ جنگلاتک افسر ساری اَسی مے رٔچھان۔ بوزن اَہس پہے گِندن تماشاہ۔ یہ مامنہ اَس بے شوٚنکھ مامس ورائے مے لوان۔ سوٚنہ ٹھولہ ہن دِوان۔ تھنہ تھیبہ آپران۔ اَڈ کور دوہ د چاوان تہ تہند روٚن تہ اوسم رٔچھان۔" اَمس اوس سے بنیہ کانہہ روٚن۔" "شاید یہے اوسس سہ روتے تیلہِ اوسم تہ نکرِ نٔران زِ روٚن کیاہ گوو۔ اَڈ از چھم فکر نٔران زِ پیٹھ پاٹھی مامنہ از کل مامس ستیٚ کلاہ کران چھنے، ترِٹھے کتھ آسہ تس ستیٚ نہ کران۔"

دوشوے گیہ بنیہ خوش۔ شاید آسہِ سونچان زِ تمہ تہ آسہ تتھے کیٚنہ جانس تہ یعقوبس ستیٚ کتھ کران۔ اگر نہ از نتہ پاٹھی ورگہ آیہ تمہ مین پننین یارن ستیٚ کلامہ کران چھنے تہ یتھ آے کرِ یہ پہندس کلامس۔ نازل گیہ بنیہ بے تاب تہ اضطرابہ

سان لۍجس زہ پرِ دِتھ وٲنہٕ۔ "پتہٕ ووٚنی تمہٕ پتہٕ" میٚ گوٚ دمہٕ شد۔ کیاہ اُسس بہٕ وَنان۔
اَتی روٗزی بہٕ پانہٕ یاد۔ "اِں۔ تہٕ اُسکھ وَنان پیٚلہِ زِٹے یہ اُرِحمامن بےشونکھ نوان آسے۔
"اَو۔ پیوم یاد۔ اَچھن تَل اَے چھُم۔ زَن تہٕ اَدِج کُمی ووٚن وُنڈکنیح ڈیلی چھے۔
اَو۔ پَتہٕ میٚے وُچھیس اکِہ دوہ ماموٗ اہنزِ کھوٚنہٕ منز۔ مام مَنیاو اُمس تہٕ اُہنز د
اَچھو منز ووٚتھ ڈوٗٹھ۔ ہانٹ اُس نابچار۔ شُر بوچھہِ ہوٗنی کوٚ چھِہ"۔
"پتہٕ لَج یہ ہمسایہ گجرٲنی سون دوہدِش یِنہٕ۔ تہٕ اُٹھی منز آیہٕ بدلے تبدیلیاہ
اُمس۔ اوٚت نام اُس مَل ٹریٚٹھ پلو لاگان۔ اَتھ کھور مالہٕ ٹھوان۔ نَنہٕ ہاری پکان تہٕ
دارِ والہِ لَج یہ ہے نغو جبرٲے ہنش بنہٕ بنہٕ۔ تہٕ اکہِ دوہ گیس صبحاے ہشار تہٕ یہ وُچھم سامنہٕ
نیران۔ شاید اُس لاتس تَتی۔ تہٕ کتھ واٚرِ یوٚت تام زِ اکہِ دوہ دراے اُسی تریشوے نصف
راتَس تہٕ دِنہٕ اَندری واٚتی تتھ شاید وَنان بَنڈہٕ پوٗر۔ کُس نام گام۔ اَتہٕ تُلے اُسی کوٚت نام۔
دِیان ہے اصلی گرِ اوس مامَس سُے۔ "توبتہٕ؟" تَتہٕ ہے ووٚتھ کُنام بُڈہٕ گجُر، مامس
کھ ہتھ تہٕ اوس کھان کھان گر بران تہٕ وَدان وَدان وَنان۔
"ہے بد معاشا۔ بینہٕ کرُتھن خار۔ ووٚنی چھیا نہنز کوٗر تہٕ کینہٕ۔ زنانہٕ زِھنی تھَن بالہٕ
ڈلہٕ تہٕ یہ کو بد معاش ہنتھ آکھ یور۔ بہٕ کرِ ناوَتھ پلسس حوالہ"۔
ریٚتسہٕ اُس بیٚنہٕ دَم پھٹ۔ اَندری سونچان زِ سُہ ماچھے مامہٕ سُند موٗل
والامی راز وَنہٕ بیٹھ نراوتھ پرتیتھ راوِ راوان۔ مگر وَنہٕ باپتھ تہٕ سخت بے تاب۔
اَخر غندی یہ وادن ہند بار ماننہٕ قبرِ منز ستی۔ "پتہٕ ہے زُل اَتہٕ تہٕ تہٕ خدا
کرِن ماجس دین تہٕ دُنیا رُت یم گوٚڈ اَیہٕ شہرِ نزدیکھ تتھ دِیان پارم پور
تُتی پنہٕ ہشینہٕ بیٹھ اکھ زِے کم دِت تہٕ پتہٕ دِتم یِیتہٕ تہٕ مکانہٕ بناوِتھ یم گیہٕ

آدم صورتَن منز ملک ۔ یتہٕ نٕے اَسہٕ سایہ دِیہ ہا اُسی کتھ لایق آسہٕ ہو۔"

"آہنی توٚے نیوٚکھنس نیچوٗ ورغلاوِتھ۔"

"حق ہٕ پوٗز چھُس ۔ بہٕ چھُس حرام نمک ۔ تمۍ دیُت گریشمہٕ تاوس منز شہلُ تہٕ بہٕ چھُس تھندِس گرِس نکھ ہیوان دیُن ۔ مےٚ چھُ پنُن دِل وَنان زِ ریشمےٚ ژٕرکِہ ہے درایکھ بدذاتھے ۔ مگر کرِہ کیاہ ، نہٕ چھُ پتھ بکہٕ تس وار ۔ گوڈٕ آسہٕ ہم پناہ زِ جانٛ صاب چھُ اُمی سِہ سائنس مہربان حاج سُند نیچوٗ ۔ یا خُدا ، بھیر ہا پتھ کرُن کیاہ اوس پوٗزِ سونتہٕ اوس آرس ترانٛ نمران اُکھت بلنُن کھرُڈالُن تہٕ وانُن مزار بل ۔ مگر؟"

"مگر وونِہ چھےٚ نہٕ ہیوان۔"

"ییتہٕ موکھہٕ ۔ با خُدا صرف چھُم غم جانٛ ۔ مےٚ چھُ یقین زِ اُسی چھِ لوٗلس منز پیٚوماہ برونٹھ پکان گمتیٚ زِ پتھ یُن چھُ اسہٕ دوشوٚنی ہُند موت"

"اُمی حاج صابن کہےٚ زِ لوٗناہ تھندِ خاطرٕ کوٚر مُت۔"

"شہےٚ چھُ وقتک ولی ۔ مےٚ چھُ ماسہ نش بوزمُت زِ شہرس منز چھےٚ اُمی واریاہ یتیم کور نکھہٕ ڈکھ واجمہٕ ۔ مےٚ چھےٚ پانس پتاہ زِ فرمہٕ ہندِس بٔڈ مینجرس گیہِ لاعلاج بیمار اگادِ ۔ علاجس تہٕ لوگنس ۔ نابالغ شُرکو تہٕ بیرناٗوی نس ۔ اکھ بنیوس انجینیر ۔ حاجس چھُ یاد زِ میانی ہڈی بلن چھےٚ یہندِس ماٗلس نوکر آزی کٔر مژتہٕ ماہنی شُری پانہٕ بیچھٕ اُہنز ادِ پہٕ ماگوو نوکرن ۔ پرہا وُن وول۔" نازل تہٕ آسس اُندہری اُندہری حاج صابس اعتقادکہ ہور ووکھناوان ۔ ریشمہٕ اُس لبہٕ اُدیزان حاج صابنس تصویرس کُن آرہٕ بُرژِو اُچھو وُچھان ۔ احترامک خراج تس آیتہٕ تھوان

"ریشمے موٗل کتیٖتھ چھےٚ ژرےٚ اوسمُت تہٕ ژٕ کاژاہ بڈ آسکھ پیلیہِ مود۔"

"موٗدِ ژےٚ تہٕنٛد دشمن۔ مام ہیے دِپان زِ بہٕ آسس ماجہِ بڈ منٛزِ پیے نہٕ مقبول موٗن آو پاکستان بلنس کُن بُجور ہیپنہٕ۔ ویسے ژاوٕ نم اوٚنہٕ مامنہِ بُڈ لیے پیر ژاہ۔ ویہہ کیاہ پوٗز کیاہ چھُ تہٕ اپُز کیاہ چھُ۔"

"ہیٚے پر ژھ...؟"

ریشمہِ آس دم ژھٚٹٕمٕژ۔ تس اوس فکر پیٚنہٕ کہ دوہ بیٚٹھِ ماما پاوِی پاوِی وَنمُت زِ تہٕنٛد موٗل چھُ پاکستان کُن نتہٕ گُرِ دوہ ہیپیہِ۔ ماج آسس یہ زیٚٹھے موٗمژ۔ امہِ کتھِ ہُنٛد اوس تس یقین۔ مگر ماما ہنز کتھ تہٕ آس نہٕ شک ہیکان کٔرِتھ امہِ اوٚسُس وو پرا سیٹھا خلوص تہٕ محبت دیتمُت۔ یوٚدوَے شرعن یہ امِس کہنہٕ وایہِ ہیٚے نہٕ مگر امہِ اوٚسُس پیٚنہٕ ماجہِ ہنٛدِ کھوتہٕ شوٗد تہٕ شوٗژ امار دیتمُت اکھ امارس کیاژِ کرِ ہاز شک! ریشمس آس ذہنس پیٹھ ہیٚر ڈیٚنگس برے آمُژ۔ اکھ ستہِ ستہ اوس امِس پیٚتمی ہُنٛد احساس تہٕ گُنان۔ یوٚدوَے مامنہِ ہٕنس پیٚنہٕ لنس مٲلی سنٛدِ کھوتہٕ تہٕ ماما پیٚنہٕ ماجہِ ہنٛدِ کھوتہٕ امار دیتمُت مگر یہِ چھو تیر نہٕ ماجہِ ویژھے چھُ انسانہٕ ہنٛدِ ذہنس منٛز سہ کھوٚن پاد کران یُس نہٕ سوٗہ ساوی وقتک سوٗہ ورش تہٕ پُر ہیکان کٔرِتھ چھُ۔

ہانزواچھو منز لوٗگ بے واپہِ اوٚش زن وہراژ روٗد وُسن۔ نازلہِ آسہ خدائے دوشوے سُرژ ازتام پوٗرِ ہُکومژ تمس آو اندری احساس وو تلیتھ زِ ریشمہِ کُمہِ نعمتہٕ نِش چھےٚ خدائے محروٗم کٔرمژ تہٕ اہنٛدِس حالس پیٚٹھ رحم لوان ووٚتھ امِس دُرایہِ اوٚش۔ ہناہ ماحول بدلاونہٕ موکھ وُژھ سو تھوٗد سدا نمرچ ریٚہہ بٔیہِ شولہٕ ناونہٕ خاطرٕ۔ ریشمہِ لج امِس شہجہِ وایہِ ودونہٕ چشمو ژھلہِ ژھلہِ وُچھنہٕ۔ نازل آس الاو شولہٕ نادِتھ ریٚہہ ہنٛدِ اَنہٕ منز

پَننہٕ ولبہٕ رٮ۪شمہٕ دَزٕ پٮ۪ٹھ تہٕ وُہوٗنہٕ جوٲنی ہُند عکس وُچھان۔ سو ٲس نہٕ پانہٕ کم حسیٖن کینٛہہ۔
یا نہٕ یاوَن رأیِن ہنٛدین اِنہارٕ ی خابَن ہُند تعبیر آسنہٕ تہٕ اُس نازِل سونچان زِ پٔری کینٛہ
آسہا لوٗچ رٮ۪شمہٕ پکہٕ ووٚنین سنگدلن تام واتِتھ پھٕچھ دِوان ازٕ اُہنٛدِ اباسی وُٹھ تہٕ گولٲبی رُخ،
رُمہٕ زاوِیل سوٗ نہٕ مَس، ستہٕ زاوٕ موصمہ سُند شوٗزر، پادشاہ ترائے تہٕ پتھ پرستانٕچ
پٔری یہٕ ہٮ۪تھ ژھاے۔ اما یہ اِنہار وُچھتھ تہٕ وُچھ وُچھ سٔرتھ نزاونا جان صاحب مٲلی
ہنز پادشاہی تہٕ یتیمس مُلکانہٕ ہنز کاسہ گدایی کرٕ۔ اَندری ٲس نازِل سوال کران تہٕ
پانٔے سوالَن جواب دِوان۔

" کیٛہہ دم گوٚس رٮ۪شمے۔ کیٛہہ پرٕ ژھونی مامنہٕ۔"

دوٚہ یم ہِیے دپان چھےٚ زِمبٲنی موج تہٕ ٲس مٮ۪ٚے ہٮ۪ش۔ نتہٕ ماما نہٕ کھوتہٕ تہٕ
حسیٖن۔ کُنہ تام یار باش ٲسن رٕم دِتھ ناوِ واتِھرٕ۔ دپان ہے نکاح تہٕ اوٗس
مگر ژھوپہٕ ژھپا پہٕ پاٹھی۔ مگر یم رشتہٕ ماچھ ژھوپہٕ ہنٛد رشتہٕ۔ یا چھہٕ
داش کٔرتھ باوُن نتہٕ چھہٕ اَندری دَم ژالن اَدٕ دپان گوٚس بچار اَندری دَم۔ کیٛہہ
سُند پھرٕتھ تہٕ بہٕ روٗزس مُصیبتس گژھ۔"

نازِلہٕ گوو بٔنیہ اکہٕ لٕٹہ احساس زِ کیٛتھ بدلاوان اوس تمہٕ کِتھن تبدیلہ
وُنِش دیتیمت زِ زنمہٕ زنمہٕ کین یادن اوس پھیر لوگمت۔ یادن ہنٛد پھیر چھپہ
تلخ ترٕ اہنز، وسی ٲس یادن پھیر پھیرٕ دوان زہرٕ گُرٕ ژاپان۔ امہٕ بدلاوٕ بٔنیہ طرفہ
کتھ۔

" مامنہٕ کتی چھےٚ۔۔؟"
" سوٗ چھےٚ ترٕ مرٕ شلبس ژرار۔۔"

تہٕ مام کیٛتہٕ چھُے -؟

شُہ ہےٚ کوٚسپ بیٛنٹھ حاجس موٚہ کلیایہٕ یَنٛخہ کوٚپس کاٚم
دپان افسرس ستہٕ چھپَس وُزیمُت۔ وونہٕ چھن گیلہ ڈولان کرتہٕ خاطرٕ لولابُک ماٚہر
گنٛلی اٚنہٕ ستہٕ۔ تمُو چھہٕ ہیٛری وُڈر بیٛنٹھ تہٕ حوج آو کالے۔ مام چھُ تس ستہٕ۔"

# باب ۱۶

ٹیکسی ڈرائیور اوس گاڑی سِٹارٹ تھاوِتھ ہارن ہارن دِوان۔ ژ̮ٕچ ترےٚ آسہٕ بیٚہِمژٕ۔ جانٕن کارُ آسۍ ٹیکسی ہندِس پۆتمِس سیٹس پیٹھ یعقوبہٕ نہٕ لوٗکٕ منز لایہٕ آمژٕ۔ یعقوٗبس تہٕ آسۍ پننہِ گرِدن ٹیکسی ہندِس بیک سیٹس (BACK SEAT) پیٹھ کُن لایہٕ آمژٕ۔ تمام دِژٕ ڈرائیورن یکدم زورٕ سان بریک ٹیکسی آیہٕ اَڈک طرف لایہٕ نہٕ۔ یم دۆشوٕے تھکِتھ دوس گیہ نیندرِ ہۆشیار تہٕ دۆشوٕے آے ڈُلرفانہٕ لایہٕ۔ اَچھِن مُرناوِتھ دِژِکھ دۆشوٕے بروٚنہہ کُن نظراہ۔ تُہنٛد آکھ نہٕ کینہہ تہٕ بوزُن نہٕ سواے چھکرٕٹن، بسن، موٹرن تہٕ ملٹری گاڑین ہنٛز لان تگیتھ۔ ٹریفک اوس سورُے بند گومُت۔ ٹیکسی ڈرائیورن تہٕ کٔرِ پننہِ گاڑی بند تہٕ ووٚتھ گاڑِ ہنٛد دروازٕ ہکہٕ دِتھ بوٗن۔ بسو، گاڑیو تہٕ کارو منٛز آسہٕ لگ بھگ سارےٚ سوارِ بوٗن ووٚتھ یِژ داوی لڈن ہندی پاٹھو ژھرٕ نِتھ دِنان۔

"جاناں! چھِیا ہمت۔" اسی تہٕ وۆسو چھوٚز یِتھ کیاہ وکانہٕ چھُ سڑکِہ پیٹھ گومُت۔

"پیٚتہٕ ازٕ راتھ ہیٚیہ یِیٚس رِاہ گذارٕنی۔"

"اسی کوٗتو چھِ واتی ہتی۔"

"خوٗنی نالس آسس نش"

خوٗنی نالُک لفظ بوٗزتھ لوٗگ جانُن ذہن گنڈنہِ۔ سُہ نہٕ دراو ٹیکسی منٛز تہِ بیٖہتھ بارتم دوشوٗے آپہ سڑکہِ سوٗنمی کِنہِ۔ یون کُن نظر دِتھ آکھ دوشوٗلی کھوژُن۔ سڑکہِ اپارِ بیپارادِس اَلپہ پلہِ گارڑ ساسا، کُنہِ وَنہِ نہٕ گوٗل یلہٕ گژھنہٕ خاطرِ پراران تہٕ مگر اَسنہٕ زاوٕ شُرِی، بُڈٕ، زنانہٕ تہٕ مرد ساری آسی اَتھ وآناکھس منٛز۔ اَندری اَستانن تہٕ مندرن دَشہِ گنڈان نہٕ نیٖپرِی تٕس کران زِ دَنتھ ما گژھہِ شاہ بروٗنٹھے یلہٕ۔

"یعقوٗب گوٗمُت کیاہ ساحُبس"۔

"سمّے ہا پر ژھاو پانسِن دُہن۔ دیان خوٗنی نالہ چھُ وولیوٗمُت، کو سہ تام ملٹری ٹرک چھے نالس کُن وُگرادنہٕ آمژ۔ کرین تہٕ لاگہس مگر کَنہِ تام موٗبہ والس چھے اوٗیزان نہٕ۔ بہٕ تنگ آہتی تہٕ بجنگ آہتی مسافرِ آسی بَدہِ بَدہِ خُدائس منگان زِ ووٗنی گوٗتھ سُہ مھیبہ وال تہٕ وسُرن یتھ بہٕ بیشراہ بُڈ گاڑی آوٗیزان اُس۔

"وائے گوڈ چھُ سعون قومی وجود اجتماعی طور خوٗنی نالچہ گہتہٕ نگمتھ"۔

"یوٗز ہا جانا۔ وُچھتہٕ اپارِ چھے ہُمہ کیٛہ ٹکارِ پانسٕژھ شتھ۔ اگر دوہ کھنڈ ٹریفک بند گژھہِ شہرس ووتھ ماز دراگ"۔

"ہناہ یعقوٗبا۔ دَپھ اَسی کروانوٗ جوٗم۔ ژٕئے کیاہ چھے شہرچ فکر۔ کھیادنکھ کھرمانناہ گرِی مازاہ۔ اَسہِ کیٛہ فکر۔ کاشرِن گژھہِ ماز آسُن۔ کیاہ ماز آسہِ، کُمہِ قسمُک آسہِ تمن کیاہ۔ دَس ٹوٗرِس منٛز گژھہِ مسلمان خوٗجبن ناپہ ڈیھوٗل آسُن۔ بوٗہ گژھس منٛز گژھہِ بٹہ باپس کُلی پھوٗل ہاکہ موٗجہ ژھاپہ تی کرن"۔

نادوٗنی چھُنا کُہہ مُسلمانن دستگیر صابُن دودٕس تہٕ شتوٗ ہُمہ بٹن ہیرٕ تھ۔ اگر

خوٗانی نالس زیادٕ لٔٹھ آیہِ تہٕ دوشوے بڈی دوہہ نیرٕ نکھ پنڈی۔"

"یعقوبا ژٕ تہٕ چھکھ عام سطحس پیٹھ سوٗچان۔ بڈی دوہہ چھا صرف ماز کھینہٕ مستی اوت بڈی دوہہ بنان کینہٕ یمن تہوارن چھے پننہٕ کینہہ عظمتھ۔"

"یعقوبہٕ اوس بند گاہمتس ٹریفکس اکہِ اندٕ پیٹھ بیٚیس اندس نام مدے نژاوتھ سام ہیوان۔ سہٕ اوس وُچھان اما اکھ موٹرٕ سرچھ لائنہٕ ماگرتھ کینہٕ سو سہٕ راے۔ مگر گرتھ اے تہٕ کیتھ کنہ۔ پہنزِ ٹیکسی پتھ تہٕ آسہ دوٕنی گاڑ پیتھ شنہ جمع گمژ۔

"جان صاحب مے کوٗر عرض ژٕ تکن نیرن بڈی دوہہ پنڈی۔ مے دوٗن ہٕ ژٕ مے نیر با میانین یارس جاتس نیرِ یا جانہٕ نی ترقی پسند مارس نیرِ بوڈ دوہہ پنڈی۔ عام تکن ہنزٕ عید تہٕ ہیرکھ گیہِ ناہٹھ بتا کھیوٗن، روٗفاہ کروٗن، زاراہ گندٕن، ٹاس ترہٕ تہٕ بوسیج زالنہٕ۔ یہٕ چھیس تمی عادتہٕ کیتھ کران"۔

"ہنہٕ سا یعقوب دِ نظر گے کو کر گاڑ ژومرِ تہٕ کھرڈا ہوکباہ ہپاری۔"

"حضرت یم کوکر چھینہٕ سرِی نگرٕ واتتھ ذبح کرنچ ضرورت چھے۔ سہٕ تکلیف تہٕ داتنہٕ ساہنین لوٗکن یم گرٕ ھن ذبح گژھتھ تہٕ پورے جانا۔ یمن دوہن منزٕ ہا چھے شاید ٹھولہٕ ٹرک تہٕ"۔

"اُف۔ بحیثیتِ قوم چھا اسی جانا زندٕ ے۔ تمہٕ قومس کُمی ووٗن زندٕ روزن یتھ ڈے ذہکی ضرورٕ یاتکی موموٗلی چیز تہٕ پین نیبرٕ انہٕ ناوٕنی تہٕ خوٗانی نالہ کرٕ ژھرے ہعد تہٕ گشیر دوٗتھ دراگ ٹھوٗل، مازٕ، دود، بتہٕ، مدریر بتیر۔ موردن کیٛت کفن، کورٕ ہندٕ وردن، دفترن وُشینبر پھرناوٕنہٕ خاطرٕ بخارن کیٛت زیٚن ژٕ ہنز، زندہ روزٕ نکی ساری سامانہٕ چھی خوٗانی نالہٕ کس روشہ نس تہٕ لوشہ نس تا بین۔

وندِ پارٕژن بجلی تہٕ اَندریُم نارٕ ہوکھان تہٕ اَنہِ گٹہٕ راَژن گاشرٕ اوِنہٕ خاطرٕ میٖژرٕ تیٖلی ضرورت۔
سُتہٕ ناشری جانَس بنش واَستہٕ رکنہٕ پنٛنابہٕ منٛز رٕٹنہٕ گژھان۔ اُف ہُوَ اَپرٕ لوٚ تہٕ اَژھوٚ بیاکھٕ
کوتاہ ہیکو اُسی بروٚنٛہہ پکِتھ۔"

ڈُلہٕ فانہٕ اوس خوٚنی ناسَس، گاڑیو، ٹرکَن ہُنٛد نُمبرٕ گَن ہیٚنہٕ۔ وۄنۍ اَسۍ نہٕ ڈُلہٕ فانہٕ
نظرِ وَاتِتھ ہیکان زِ اَندرٕ کنٛنتھ چھِ یمَن گاڑِین ہنٛز سوارٕ آسہٕ دوٚنٛی زٕباڈے ترٛہان،
تمبلان تہٕ ناوومید گژھان۔

"یعقوٗب یہٕ کیٛتھ انتظام، ہیٛور کوٗنہٕ رام بَنہٕ پیٚٹھے ٹریفک رُکاونہٕ یِوان تہٕ یور کُوٗنہٕ
بانہٕ بالے گاڑِ بند یِوان کرنہٕ، تاکہِ ہر گاہ رانٛہ لگِ ہا یِتھ دانا کھسٕ منٛز لوکھ مرہن نہٕ فاقہٕ
پھُرٕ۔"

"جانا مانان نہٕ کَس چھُ۔ ساَنِس ڈرائیورَس اوس شاید یانہٕ ہالہِ چیک پوسٹ پیٚٹھ
ٹریفک افسر کیا ہتام ہاوان۔ رفتار ژھوٚکھرونَکہٕ ہدایت دِوان۔ اَسہِ آسہٕ دوٚشوٚنی
ییٚنہٕ دَرِ ہیٛژ اُچھ"۔

"مگر مے ہاوٕ چھِ یعقوٗب بازِ ساَنۍ ڈرائیورن پلہٕ نوٗ وُس کیاہتام تہٕ تَمۍ تہِ دِژس اِشاہ پستی
تیٚرنٕچ اجازت۔ کیاہ کرِ ڈُلکہ تہٕ بے ناب تہٕ قوٗنوٗن نافذ کرن والی تہٕ ٹُکرِس پیٛمتی۔ ییٚنہٕ
گوٚو مُصیبت ٹلی یوٚن۔ ییٚکیاہ ہیوٚت ساَنۍ دوستَن مُصیبت ٹلی۔۔۔"

دوٚشوٚے آسی اکھ اَکِس سوالہٕ بُرژو مدیو وُچھان۔ وۄستہٕ ٹیکسی ہُنٛد جوان
ڈرائیور تہٕ اوس سِگریٹس کَش کڈان پنٛنہٕ کلامہٕ بوزان۔ "نہٕ حق۔ اَسہِ چھُنا تجربہٕ۔ اکثر
چھِ ٹریفکہٕ والی دنان یی زٕبروٚنٛہہ ہکرٕنچ چھُنہٕ اجازت۔ اَسۍ چھِ روٗپیہ داہ دِوان۔
بروٚنٛہہ چھِ نیران تہٕ گژھنہٕ تہٕ چھُنہٕ وُتھ بند آسان۔ مے دوٚپ اَز تہٕ چھُ ییٚتھے بد دود

"بہٕ وۄسہٕ پلوٚ بدلاونہٕ" موہنوی آسہٕ حمام تاونہٕ وۄنۍمُت تہٕ آپن آسہٕ شُکار نۆلِتھ تھوٚومُت۔
از کیٚھو وٲرِیاہ کالہٕ پتہٕ یکوٚٹہٕ بَتہٕ حمامس منٛزٕ ۔"

منصور صاب اوس ہیرِن گَھسان۔ عتیقہٕ نِس بِچہٕ نۆٗد یہٕ اَتھ تحریرس کُن دٕرِیُس
اَمہٕ پتہٕ گُو ٹی پایس بیٖٹھ فقیرٕ سٕنٛز ٹوٗپۍ ہش آسمان کُن تھوٚومُت اوس۔ عجیب ڈول چُھس
منٛزٕ گیر عتیقہٕ اُس اِبہامکین وجہہٕ کٲنٛسِہ کھرٕ لِد خیالن ہنٛز یٖنۍ وۄنان تہٕ مُنٛزران۔

"اَنیٖسی مٲلۍ کیاہ کوٚر یہٕ؟ آخر یعقوب کرٕ میانِس شیٖشہٕ دِلس ژٕرن۔ مگر یوٗتاہ بوڈ
سزا میٚ کیاہ دِیٖنوو۔ یہٕ کتھ تمۍ کرٕ تمن منٛز اوس وارِیاہ پژر تہٕ۔ تِتہٕ کِنہٕ اُنہٕ ہاسہٕ
تمہٕ فوٹوٗ یم شگفتہ مرزٕ ہن شہزادُن واتہٕ ناوِی میٚتۍ آسہٕ۔" عتیقہٕ آیہٕ کھوژِ ہش سٕتۍ ہیش نَظارہٕ
ہُرتٕ ٹی پایس کُن دورٕ۔ اشٹام نیوٗن ٹی پایہٕ بیٖٹھہٕ تھوٚد تُلِتھ۔ دوشوے اَتھو ہیوٚتُن یہٕ
اشٹام ژٕٹُن۔ ژٕہس منٛز آو کیاہ تام خیال۔ دوٚن موچھن منٛز روٚٹمُت دستاویز ہیوٚتُن
اُہندِ لوٚ اَتھوٚ منٛز ہیرٕ کھونُن۔ تصور ہیوٚتُن گَژھن۔ اُنہٕ جوانہٕ راناہ کالِج کُن نیران۔
ڈیوڈی بڈبوٚومُت ریٹائرڈ، بے کار پینشن پونسن حساب کران۔ یعقوب کُتام میمہ کُچہٕ
ہشہٕ فینشنی، کیہِ درٕ سیتۍ الگ بنگلس منٛز پنُن مارٕی موند دُنیاہ بساوان۔ عید دوہ
تہٕ ہہ ماجس ماجہ کُن نظر دِوان تہٕ انیٖسس کُن ہہ مدے تہٕ تھوٚد تُلان۔ عتیقہٕ ہُن موچھن
ہنٛز کھیچھ ڈیلیایہٕ تہٕ یہٕ دستاویز آو رِسہٕ رسہٕ اُہندِ لوٚ اَتھوٚ منٛز نیرِتھ ہیوٚ پیٹھ
بیوٚو اُہندِ بِن کھورَن پیٹھ۔ بے اختیار پاکٹہٕ بنوٗ آیہ یہٕ اشٹامپ ورق بنٛتہو مٲنٛزٕ
بُرٕتو کھور ٹینڈ لوٚ بیٖٹھ تھوٚد تُلِتھ تہٕ میلاپہ پچہٕ ہندی پاٹھی لوگُن چھو کہ لد وَچھس سیٖتۍ۔

"نہ نہ۔ یعقوب چُھ منٛزٕ نس دوٚومُت۔ اُنہٕ لالہ آسہٕ مول ریٹائر گژھن برٕ
دہمہِ ہند امتحان دِوان نہٕ آسن ماشٹر گرہٕ شامس پرناونہٕ یوان تہٕ نہٕ ... نہٕ نہٕ یہٕ

بنگلہٕ گژھہِ صرف اَنیسس بنُن۔ اکھ زٕ سیٹ تھوٚوِ کرایہ پٮ۪ہ۔۔۔۔۔ باغ تہٕ گژھہِ ہم اَپیٖسہٕ
لالہٕ سٮ۪ے ترٛاوُن۔ یعقوب لگِ پگہٕ سے مُلازم۔ کانٛہہ بوٚڈ گرٕ ہ نگبس بلایہ۔۔۔"

عطیقہ سٕگُے پٕ بیٚنہ رٚوبوٚد ہنٛش۔ تمہٕ لوگ بیٚنہ دستاویز لفظ لفظ پرُن۔ سو اُس وونی
اکھ اکھ لفظ اَمیک سٕنٛز سٕنٛز پران۔

"مگر مےٚ گیاہ وَتُن لکھ۔ سوے دہ رموج بیمہ ہیٚنہ بیٚنہ ہُند بتیم نیچو رأنس
گلُ گُڈٕ تھ وریہ بیٹھ تراہ نوو۔ مےٚ کُس وُچھ بُجھس کُن۔ مگر انیسہ! اَنیٚس یونیورسٹی ہُند فیس؟
ٹیوٗشن فیس۔ اَلبتہ تس مالِ سُند زٕ ہور پینشن۔ تہٕ پیٖٹھ واَلِ۔۔۔۔ تہٕ سہٕ"

عطیقہ اُس عجیب کشمکشس منٛز ہیٚنہ آمٕژ۔ نہ اُس اِشٹامس رٕچھ کٔرتھ ہیکان نہٕ
تمسیچ کٔرتھ ہیکان۔ اکھ کشمکشہٕ کِس حالتس منٛز نیٖو اُمہٕ تحریر ماجہ ہندس شانَدس
تلٕ ڈٔوٚن کٔرتھ۔ اکھ شاندہ تل اُس قاضی جمال دیٖنمٕژ تم دارِ یاہ اِشٹام یمن ماجہ آیہ بنیو
اُٹھ لوگ زانہٕ تھ راچھ کران اُس۔

# باب ۲۰

مدتی اوس گرزہ ہمیوت ـ مگر اچھہ ترنہ لٗہر آسہ سونرٕ وٕنی ہندرس ہندرس مگر
نیتھ تس بدنس گٕنہ پچھ چھ کرٕ ہینہ راتس ہند سیاہ کرٕ شن صوفہ ولان ـ بونہ کوٹ کٕن ییتھ
کھسہ وٕنہ ڈکر ہیٹھ نیتھ کٕنس کنٹھس آسہ دوشوے دارِ تہ کٕنے دروازٕ ترٕوٕپرِتھ ـ مگر دارِ ییوٚ
نہ دروازٕ ترٕ ڈیوٚ منز اوس اکہ مکانٕکہ اندرِ رِ لٕتہ کنگک سوٚت گاہ وحہ ہالہ منز نیتہ زوٚل
ہیوٚ ـ کنٹھس منز اوس سٕے منزس کنگ وٕہان ییتھ ہیٹھ کرٕ ییہنہ مار کھنجہ ہنتہ لٕتہ پھلہ پیہ رایہ
منز شولن پان آلہ وان آسہ نہ پٕنجیجہ ریٹھہ آس تمنٕ کنٹھ کس کرٕ ہیٹس تاپہ وس معونہ کران ـ یہ
تاپٕہ بنوومت کنٹھ اوس زمینس اتھن نزٕ کنٕ سٕے منزس تہ یہ زمینہ وٕچ اس اکہ کھسہ وٕنہ
لبریک منز یُم ڈب ـ یہ ڈب آس تاپٕہ مکانہ کانڈ لونتھ قدمہ ییتھ قدمہ کانڈٕ گوڈ اہ رووٕمت ـ
کنٹھس دچھنہ طرفہ اوس ژوٚن لانزن ہیٹھ کانڈٕ ساساہ ٹلس برِتھ ـ کھووری کنہ اوس اُڈلس
بوہرس تام ٹانڈٕ گیجہ سنتھ بوراہ اکھ اکس ہیٹھ ـ یٔتی کنہ اس ترہ ژنجی کاوہ تہ دِوٕدار
پھارٕ جمع ـ برونٹھ آنگنس منز آس ہیچھو کنز جوراہ پھرٕتھ تمن نزدیک اس لبہ ساوٕتھ
مٕہلی پولتھ ـ برٕ ژرِ نیوٕ کنہ اس لٕتہ گاپیچ ژھاے ہش آنگنہ کس کرٕہیٹس اندی اکس ستی

أچھ ناٹہ کران ۔ کُٹھ أندرِمِن اوس نہٕ یِنہٕ مہٕ کاینانٹک کانہہ أندازٕ ہٕ نہٕ کانہہ احساس ۔ یِنہٕ چھیا
شین پوان کیٛنہہ ٹکری ییٚران یہٕ وُچھنہٕ تہٕ اوس نہٕ کانہہ دارِ ہے مُژراوٕنہٕ خاطر نیار ۔ لۄشہٕ کۄنکس
أندیٚ أندی آسہٕ ترٛے ژۄر اڈۄرٕ گجر بایہٕ ہیتھ یمَن منزٕس دہٕ کھ لدٕنی، عُمہٕ ہُژ تہٕ لبدٕ رآمُژ
رٛیٚشمہٕ گُٹھِمِن منز کار ٹھیٚرتھ اُس ۔ رٛیٚشمہٕ اُس أندری سونچان زِ کُجا ژار علاقس منز گوکجہٕ یِتھہٕ
ہُند گام تہٕ کُجا یہٕ گام ۔ کتہٕ کور أس واٚژمژ، کیتھ کُنٛی واٚژ؟ کُمی واتہٕ ناو تہٕ کیاز واتہٕ ناو
مرزِ ناوا اوس نہٕ کانہہ اینہٕ ! اکس اڈٕ پرأنس ہٕ مل بُرتنس مسٹرس رینہٕ ٹٕنس پیٹھ أمی شُرِ
ژومبر اکیٛ ہے ژادرِ شکرُس تٔل کھرٕ وکھ ماران ۔ رٛیٚشمہٕ نہٕ اچھ آسہٕ لۄشہٕ کنگہٕ کھوتہٕ وُہان ناری
نار ۔ ویلہ کہٕ رۄد اوس نہند پوٗ اچھومنزٕ اوٗش وسان ۔ وُہرأژ رۄدِ چھلِتھ واجہٕ مژ ڈکمہٕ ہیٚش آسہٕ
رٛیٚشمہٕ نہٕ بُتھ لبہٕ زٕ ۔ نہٕ ری اوس کرہنہِ ! ڈبرہٕ لوٚ قحبس گنڈ ڈٕلیوودت تہٕ شیٚن اوس ہینس
نیارہٕ تہٕ أندرٕ اوس رٛیٚشمس ٹارِن پیٹھ اوٗش ژژان تہٕ ژژان وُژھ اہنزٕ د اچھومنزٕ
ڈوٗٹھہٕ ژادرِ ہیٚش اُش ژالہٕ تہٕ برمکہٕ آمژِ دہٕ کھ لدٕ نہٕ ہندی پاٹھی تیٚن باکھ ژھیٚٹھ ۔

" رٛیٚشما تیونوں کی ہوندا ۔ تو پرایی گھر وِچ ہنیں ۔ یہ تیرا طا گھر ہے ۔ میں تیری ماسی
لگتی "۔

" بہٕ زانہٕ تھٕ نہٕ از تام "۔ بیٛوٗرٛیٚشمن پتنس اڈٕ کاشرِس منز جواب ماٚرتھ ۔ میانٛی
مانٛز اُسس بے چارِ بے کسی منزٕس زُد دوان تہٕ بہٕ "۔ رٛیٚشمن کرِ باکھ نیرٕ ژٕ ۔ تہٕ
بُتھہٕ بُتھ ہیٚتی دِنٕ ۔ " سو اے مریم بیب ۔ سو بد ماشہٕ ہٕن چھسنہٕ چاٚنی مانٛز، سو وانٕس
نہٕ آسہٕ رُکہیس تہٕ ۔ تمی ژوٚٹ لوے سون آسہٕ نش تہٕ نیٚچو ژوٚٹ ماٗرس لنش ماجہٕ نش ۔
مایہ بیچارٕ آسٕ اچھ دٔرِ "لگِ تھ زِ نیٚچوس وُچھ ہس تُتھ"۔ یہٕ اَڈ دٕرِ گجرأنی اُس
رٛیٚشمہٕ نہٕ کھوتہٕ تیوٚنہٕ جگر ہاران ۔ اُمس اُس گنٛ گرژھان ۔ اوٗش تہٕ پیوٗنٕہ اوسُس اکھ

گومُت ۔ رنیامتہٕ کرہسہ ڈبل زینگ پھرٕن نال اوس اُتھ پھیرلو ہندرہٕ نال بنیومُت ۔ امہ
رنیہ چارسان ریشمہٕ وُچھس ستی مُرتھ ۔ اوّت نام اُسنہٕ ریشمہ ہمن نکھ تہٕ بِہنس تیار، امہ گرٕ
گرٕچھِن زنانہٕ تہٕ شُرِن نہ اَتھہ ماحوس کھوٗژان ۔ مگر اُہندی یم ہِکی، شُرکی تہٕ ڈوڈھ ہیوٗ
اوس وُچھتھ اُس یہٕ ریشمین زرِن ہند طاقت ختم گومُت ۔ اُمس ہیوٗتُن اُندرِ کی جذبک
وُٹھس گومُت ناگ برٕبکہٕ ین ۔ اُمس ہیوٗتُن اُمس اُڈورٕ گجرانہٕ ہندِس اُتھس ، ودنس ، گنین
تہٕ نالہٕ متہٕ کین پھارن منز غلوٗمُک جذبہ درینٹھ ہیو گرٕ شُھن ۔ یوٗت نام ہٕ جذبچہٕ تارٕ واری داکر
مضرابچ چھہٕ لگٕ ، توٗت تام چھُ تارٕ ہند صدا محض بے اثر گوٗن آسان ۔ اپُز یوٗد وے نظرن
فریب وقتی طور دِکھ ہیکان چھُ ، مگر یہٕ ز چھُ مقناطیس ۔ یہ چھُ امارِس کُشش کران ۔ ریشمہ
اُس اُمس اُڈورٕ گجرانہٕ لگ ہگ لوہ منز تہندِس گِینہٕ کامہس ہجِس ٹھلہٕ ٹھلہٕ وُچھان ۔
اگر ریشمِن موج وُچھ: آسہٕ ہا نہ کرہٕ لبہٕ ہچ کوشش زٕ اُمس گجرانہٕ ہندہٕن بتھہٕ چِھن گیٖنہٕن
منز ماچھُ تہنز ماجہ ہندہٕ اتھارکُ کانہہ اَنگ ژھینتھ ۔ مگر یہ اُس وُدی کین اُنس منز
ادرٕ پَننہ وُچھ شکلہٕ تہٕ اُمس اُڈورٕ تہٕ بُرژ گیٖنہٕ کامِژ گجرانہٕ ہنز شکلہٕ مقابلہ کران ۔
تہٕ عکس تہٕ اُزدِکس حقیقتس اُس واریاہ فرق نُنہ تہٕ ماکار ، مگر پَننہٕ زادو چہ نسبتہ ہُند
تیوٗنت تہٕ نہ اُڈی جہ سے منز سِ یہ دو گینار اوُس تھہٕ لبنہٕ یِوان بتھہ اُمس
اُڈورٕ گجرانہٕ تہٕ آسہٕ ہا ، ہونگہٕ ہنہ یہ اُلزہ دب آسہٕ ہا گیٖنہٕ گرٕ ژھنہٕ بروٗنھ نُنھے بیتھ میانہٕ
عکسچ ہونگہٕ چھُ ، اُمس اُڈورٕ گجرانہٕ تہٕ اُس وُٹھ فانہٕ بتھہٕ لبن ژمیاہمہ عنب عنب کینہٕ
ژونگو پھٹِس دُلیتھ تہٕ ریشمِن دِدن گٕمن بیٹھ تہٕ اُس عنب عنبن ہنز برٕبتہٕ ڈالہٕ
ماران ۔ ہرتھے بمہ ہلہ ون اُس ریشمس اُڈورٕ گجرانہٕ ہنزن بمن منز نظر گژھان ۔
برٕ ٹھ امہ ادرٕ عانہٕ جہ ریشمہ ہنزن بمن وُچھ اُس ۔ ریشمہ اُس اکھ نظر اُمس اُڈورٕ

گُجرانہٕ کُن تراوان تہٕ بیاکھ مُدٕے۔ اُس ذہنَس منز ژھراوُ ہنٛس پننٛس عکسس کُن تماوان
یہ تقابلی موازانہٕ کٔرِتھ دِژ رٔیشمس ہانکیٖن ژیٖنہٕ وَن زِ زالہٕ خوٗن جگر ہارن واجینٛی اُڈوٗر زنانہٕ
گرٛھنہٕ تَس دوٚہ پرٛآسنی۔ اُمس ہیٚژن اَمہِ کَل بٔرٛژ ڈٕبل زیٖن پھیرنہٕ ژٕلی پَکنہٕ رٕنٛج بوے پیٚو۔
یہ اُڈوٗرٕ گجرأنؠ چھس وَنان "ہتے نٕج سبہٕ بلایہ۔ ژٕےٚ کیاہ وٕنِس بہٕ۔ زن ہے چلیم سوٗ جنتی
بیٚنہٕ اَز بروٗنٹھ گٔیہٕ۔ تَس اُڈٕ ژیہٕ ہُند انہار۔" یی وَنان نیٖہ رٔیشمہٕ اَمہِ زیادٕے چیٖر نالہٕ مَتہٕ
رُٹِتھ۔

اَکھ نالہٕ مُتس دیٚت رٔیشمن بے اختیار چیٖر سان جواب تہٕ بے اختیار وَدٕن ٹانگ
دِتھ رُٹُن یہ اُڈوٗرٕ گجرأنؠ وارٕے نالہٕ مَتہٕ۔ "ہتے مأسی۔ ژٕکتی آسہم۔ بہٕ کیازِ نژاوٕس
ازمام بےکَس تہٕ بےبس۔ ہتے میانہِ ستہٕ وٕرِشہِ ماجہِ کمی اَندرٕی کاڑِن اوس ملہٕ کماس
ستی میٚل کوٚرمُت۔ بہٕ تہٕ کھنے بَرٕے تَس پانہٕ ہیے ستی۔ مگر ازس کیازِ تھوٗنس تٕکہٕ ہیٚژن کھٕتن
تھوٚکن تہٕ لَتَن کٔرِتھ۔" دوٚشوٕے مأسہٕ بیٚنِہ آسہٕ اکھ اَکس موٚت کٔرِتھ زَن دوٚر گنڈِتھ
وٕتھی موٚننس موٗردس وَدان۔ اُتھ بٕہتھ ژٕ ترٕےٚ گجرانہٕ تہٕ گیہِ بے قابو تَمہٕ تہٕ ہیٚژ باکہٕ
زَھٹنہٕ۔ رٔیشمہٕ اُس ماجی ماجی کٔرِتھ وَدان۔ اُڈوٗرٕ گجرأنؠ اُس بیٚنی تہٕ اَڈٕ ژٕٹی بٕنی کٔرِتھ ٹانگہٕ
دِوان تہٕ شُمہٕ گجرانہٕ آسہٕ دردل بایہٕ وَدان۔ لَشہِ کنگس اُس رٕیہہٕ سوٗنان تہٕ کٕتھس منز
اُس وارٕ وارٕ اَنہٕ گٹہٕ گژھان۔ نام گوٚو نیٚبر بکہٕ وٕرِٹ پانٛژن شَن گرٛین ہُند ربدار کٔرن۔
وٕدنس ستی نٕج وۄذ پھسراے تہٕ اُتھی ستی آو درواز ٹاس کٔرِتھ ٹنگہٕ نیٚبرٕ تھ تہٕ دچھنہٕ طرفہٕ
لَبہٕ ہنز دأر تہٕ آیہٕ اَکی مکرٕ ٹاسہٕ نیٚبرِتھ۔ دروازٕکِنہ ژٕلے نژٕے کُڈٕبل جوان تھٕبن کریٚنہٕ
کھیٚش وُلہ وُلی، اَکلن کنٹوٚیہٕ پیٚٹھ کرٕیٚنہٕ کپر زادرٕ وٕلتھ کھوٚکھ ہوو۔ دارِکِنہ ژٕاے
زٕ رس گنڈ کرٕیٚنہٕ سیاکھ ہوو۔ تھٕبن آسکھ زن تیٚلہٕ ٹلیم ٹلیتھ، اُچھ آسکھ نارٕ ٹاری

ہوی وُہان۔ دُطرفانہٕ آے پانژھ رس گنڈٕ تہٕ کوٚرکھ وٕدی ژٕدی تہٕ پیٚٹھ پتہٕ اَژھیاہ مرژ تُشمس گیر بیٚلہٕ اُکس مظلومس ظالمہٕ سندِس چنگس منز ژھیٚنتھ جان بچاونک تسلاہ گرژھان چھُ تُس زَن چھیٚے پتہٕ ملک غیبی مژھ بل عطا کران یُسہٕ زور تہٕ طاقت گوڈ ریٚشمس یادٕ تہٕ اوہند بودُھ وُچھتھ گووِمَن زنانَن تہٕ غیبی زور یادٕ۔ پانژن اَژھیپرن ایکس زنانَن لوگ پانژن خطرناک غنڈن ستیٚ مقابلہٕ۔ یمَن اُسی تہٕ زِنی ھِل تہٕ دردس لگان ہُم اُسی اورے کمیہٕ، تبرٕ تہٕ بندوق ہیتھ۔ نام تج نیٚے سنگاہ ریٚشمن سوے تبریوسہ لٹہٕ کنگس نش لُتیٚ پھالونہٕ خاطرٕ موجود اُس، کنگ اوس ژھہتہٕ گومُت۔ ریٚشمن وول پتیٚ کنیٚ اُکس غنڈس گردنہٕ اَمہٕ تبرٕ سُند دَب۔ خون گو وجاری۔ مگر اَمہٕ ستیٚ گیہٕ حملہٕ آور زیادٕ خون خار۔ ژٕ زنہٕ دراپہٕ کنتھ نام کنیٚ حملہٕ آورن ہتنٕ وزنگو منزٕ کہٕ تہٕ واتہٕ آنگنس منز۔ شُری تہٕ گیہٕ کھوژتھ ہُشیار تموتہٕ تل وَدن گریز تہٕ زنگو تُلی تلی واتی تم تہٕ آنگنس منز۔ نیٚبرٕ اُسی چار وطرف اَنہٕ گٹہٕ۔ ٹکرٕ اُس بیران۔ تبرٕ اُس یمَن نیٚبھ نیٚن شُرین تہٕ پھرین ریبنٹہٕ نَن منز۔ ملبوس زِنین بندن بدن شرٕ پیتھ گرژھان۔ ریٚشمہٕ مابہٕ آے کمس نام حملہٕ آور ہتہٕ لٹھ ٹکٕ کانہٕ۔ سو اُس بے ہوش یتھرس پیٚٹھ پہٕ ڈیٚپہٕ زٕ تہٕ ترٕژھ نرسان مگر کُس نراوس ترٕ لیش یمو دہ لوٚ زنالوٚ تہٕ شرٕلو لوگ آنگنس منز شور و شر۔ کُس اوُسکھ ہمسایہٕ یُس مددس واتہٕ ہیکھ۔ کُس بوزہٕ ہیکھ اَتھ واراتس منز۔ یمو غنڈو منزٕ دراو اکھ تبرٕ وایان تہٕ لاجن یمَن لار۔ اکھ آیہٕ پھاٹن پیٚٹھ لاینہٕ۔ ژٕ شُری ژاے کنزن تل تہٕ اکھ ژٕنی روٗز ماے لاگتھ بے خود ہش پیٚھنے اُمی پتھ کُن واپس نیٚبرٕن ہیوٚت اُکی شُری تل مُہل اَتھس کنتھ تہٕ وولُن اُمس غنڈس کلس۔ مگر تمیٚ ڈاج کھاہہٕ۔ اندرٕ اُس ریٚشمہٕ سو تتھ بے ہوش گمژ۔ یتھ کنیٚ اَڈٕ کھشہٕ تبرس

نَچ ذبح خانہ منز لیتھ وان رٕتہ پان ہیتھ کڈان چھ ہیتھے گٔژ ہنہٕ اڈٕ ژھٕر ریشمہٕ کی غنڈن نکھس
بٔرِتھ۔ اُہنزن زچین اوس توے ہہ گومت۔ پہ اُس ہیم عُریانہٕ تہ ہیتھے گٔژ ہنہٕ اُڈٕ کڈٕلِیس
کھوٚ کِ گرِس بٔرتھ۔ اوہند چھہرن قمیض، شلوار تہ پوژنہ ساری اُس تارتار میس لٹن
اُسس ہو چھمرٕ ہنگہٕ ہند ورکیمیتی کرٕ ہوٚی تہ پہ غنڈیس ریشمن گردن نصف زیادٕ
ژٕٹھ اُسی ہیمرٕ تہ ہوٚ ہیٚے غنڈن گرِس بٔرِتھ تہ ژٕنچل زور شہسوار دزلے رہدار۔ پانژم
گرٕ اوس زِین کرِتھ یمن زون پتہٕ پتہٕ دوران۔

بونہ سوٚ زٕوٚنی اوس پہ شور بوزِتھ ملٹری ایریا پہ ڈیپِزِ تہ الاٹ 'ALERT' کامہِ۔
یمن دوہن اُس ہندوستانہ کین تہ پاکستانہ کین سرحدن پیٹھ مٔر کری زیادے
بہن بدیمرٕ تہ اُو سیہ گوو ملٹری کیمپس منز افسرن تہ جوانن شک زِ خبر دُشمنہٕ
سندی ایجینٹ ما آسی خوف تہ ہراسہ پھہلاوان۔ کمانڈنگ افسرن اوس اکھ
ڈکر زٕوہ شوے طرفو جوانن ہند زال وولمت۔ منٹن تہ سیکنڈن منز آسی کمانڈرن
چاروطرف کاروائی کرمرٕ۔ ہیتھے گرٕ دوران چھمبو کنہٕ ندرٕ ماتی آہ بیٹھ بیٹھ
دورنہ لگی، ملٹری کرٕ چاروطرف فایر آسمانی تہ یمن گرٕی سوارن آپہ پانژو طرفو
وارننگ دِنہٕ زِ اگر نہ تم گرٕی ٹھہراوِتھ ہینن ہینن جاین پیٹھ روزِتھ گرٕھن
تمن پیہ گولہ سیتی پرٕن کرنہ۔ گرٕی سوار نہ ہیتنی ژھوکنہٕ، تم آسی اکِ طرفہٕ دور
پوان تہ ہیٚیہ دِرکنہٕ نیرن ہوان، مگر اپاری تہ آسی وُچھان ملٹری والی پوزیشن
رٹتھ۔ ہینٹ پان زٕہ وا باسے باسلاح ملٹری والین ہندِس نرغس منز وُچھتھ
چار تمو گرن ہنز لانکمہ تہ گیہ ہینن ہینن مقامن پیٹھ رٹتھ۔ پانژھ بندوقچی
آپہ بندوق نکہ یمن پانژن سوارن ہندین سینن کُن نشانہ کرِتھ رٕہ۔ یمن

برونٹھ کُن گوڈ آسی یم ملٹری وٲلی پناہ نز ہیر آئتی زِ یم مانچھ باسلاح دُشمن ایجنٹ
مگر پتہٕ پیٚلِ یم اکہِ اکہِ یمن نزدیک وٲتی تہٕ یمن پیوٚد یقین زِ یم آسی مقامی لوٗٹر۔
یہ یقین پیوٚد یمن اکھ نوجوان زنانہٕ بےہوش مازو پھٹرن ہش اُکس گرٕ ی سوار
ہنزِ کھچھ منز وُچھتھ۔ ژور سوار تہٕ اکھ اَڈموردِ لوٗٹری آیہ پانٛنڈ وے گرفتار کرتہٕ تہٕ
یہ بےہوش عُرباہ تہٕ مَس پریشان پھنٛڈر آیہ کمانڈر صٲبس پیش کرنہٕ۔ یام یہ کمانڈر
صٲبنس ڈیرس ہش اُکس چارپایہ پیٹھ تراونہٕ آیہ۔ بجلی بنہٕ تَل اوسُند اہنار وُچھتھ گیہ دوٚن
ژوٚن ملٹری والین اَچھ دٕرِ لگتھ۔ اَکی وُچھ اُمس نبض تہٕ باسیوس زِ لاش چھےٚ اَڈ زُمرِ۔ نام
آدمرِ کمانڈر یہ پھنٛڈر تِلہٕ ناوِن خوٚد تہٕ آیہ جیپہ منز تراونہٕ وِتھ سوِل ڈاک بنگلس
منز واتناونہٕ۔ پیٚتہٕ ورٕمیک ایس، پی راتس ٹھہرِتھ اوس۔ یہ شوٗر بوٗزِن وقتہٕ
اوس کمانڈر صٲبن پنُن ڈی کیو سپرنٹنڈنٹ صٲبس تِتھ ریسٹ ہاوس منز
سوزمُت تہٕ تس تہٕ اوسُن الاٹ روزنُک اطلاع دیتمُت۔ ریسٹ ہاوس
منز تھاونہٕ اوو یہ اَڈزُمرِ لاش ایس پی صٲبن گوڈ اُکس الگ کمرس منز
مگر برٛدبار تہٕ دوٗربین کمانڈرن دیُت تس ہدایت زِ یتھ جوانہٕ تہٕ نظرن نگرانی
کرُن واجبی نعمت پزِ نہٕ ٹھانہٕ وُزتھ تھاونی تہٕ یہ آیہ تِلہٕ ناوِتھ اَکھی کمرس اندر
اُکس چارپایہ پیٹھ تراونہٕ تہٕ پیٚتہٕ ملٹری افسر یعنی کمانڈر تہٕنٛد ڈی کیو تہٕ میجر ایس پی
صٲبس تہٕ کمانڈرس ستۍ اُمی ہیے کورِ متعلق مشورہٕ کران آسی۔ یام یہ بجلی لمپہ سیٚدِ
پلنگس پیٹھ تراونہٕ آیہ، اوسُند نیتھ نوٗن رہ یہ بدن، ووگُن سیاہ، بیرِ زلوٗن معصوم
بُتھ، اُرمہ زٲوِیل سوتہٕ نار ہیٚر مس وُچھتھ لوٗگ ایس پی صٲبس تہٕ کمانڈرس بحث
کمانڈر اوس اصرار کران زِ یہ کوٗر گژھہِ لابدی طور شہرِچ آسِتھ تہٕ تتہٕ کُنہِ بڈِ خاندانُچ

پُرمژ لیچھمر مگر ایس پی اوس وَنان زِ کور گژھ پُرمژ تہٕ آسُن تہٕ بڈٕ گھرِچ تہٕ مگر تس اوس باسان زِ یہ چھنے اُندی کِنی کھوٗ یہ ہاوِ علاقہٕ منٛز چی کاہنہ خوجہ کور پنٛنس افسر سٕنزِ کتھِ تائید کران کران اوس۔ ایس ایچ او وَنان۔ "جناب۔ تیُٛتھ علاقس منٛز چھنے ماسٹر بایِن، تہٕ سوٗ تہٕ فاشِشی۔ اشٹر بایِن ہنٛز کسٹرتھ۔"

وائے، اُف۔ مےٚ کیاہ گوو۔ اُف خدایا۔ وائے جان"۔۔۔۔ یہ سوٗرِ دم پھٹِ کتھ پانسے سٟتی کران کران نیوٗ امہٕ لرٕ پھرُن دِتھ۔ بیاکھ لرٕ پھرُن دِوان دِوان آیہ ہناہ پور ہوشہٕ تہٕ ییٚنُن پان بجلی زِ ژولہٕ کس لورالس منٛز اُکس اُسیرانہٕ پلنگس پیٹھ وُچھتھ گیہٕ زیادٕے حٲران تہٕ اتھی سٟتی گوس احساس ہس پریشان آسنُک، بیینہٕ لوٗلن آسنُک، مرتھ ییلہ آسنُک تہٕ امہٕ ہیٚتِ پلنگہ لیف کلہٕ پیٹھ نلس تام وٚلنِ۔ یہ ماحول وُچھتھ گوس گمانہٕ زِ شاید چھ یمُن منٛز حاجی صاٮ۔ شاید چھنے یہ حاجی صابن لوٗشرن ہندِ نرغہٕ منٛز بچاوِتھ یلیہ کرمدتہٕ اُنی مرژ تہٕ اُندری چھنے تھ خلوتکس عظمتس قصید وو کھناوان تہٕ وُکھن لجس زیرِ۔ "حاجی صاٮ ساہٕ ببہٕ۔۔۔۔"

"کُس سا حاجی صاٮ، وُن سا کور یا۔"

"بہٕ رسون ہتہٕ نیٚب۔"

"تُس کیاہ ناو؟"۔ "حاجی امرالدین۔"

"ژےٚ کیاہ واتی سہٕ؟ پرژھ حٲرانی منٛز سوالس پیٹھ سوال رٟشمس۔"

"سہٕ واتِس مول۔"

"کُمس واتِس مول"؟ "مےٚ واتِس۔ مگر؟ مگر؟ ایس پی صاٮ اوس حٲران۔ کمانڈر صاٮ اوسہٕ کانٛشر سمجھان۔ مگر حاجی امرالدینُن ناو بوزِتھ

توٚرُس فِکرِ زِ کُس تام حاجؠ صابُن نٲد کرِ اوس سپدان ۔ تِمؠ پرٛژھ ایس پی صابس "کیا ۔ ؟
کس حاجی صاحب کی بات ہو رہی ہے" ۔ ایس پی صابن ووٚن یِمَن ووج دِوان دِوان
زِ شہ زانہِ حاجؠ امر دینہٕ یِمن ترٛیٚشہِ وٕلؠ کورِ ین تہٕ اکھ ہیٚنز کور چھےٚ اَہندِس بٔنتھرس بیٹھی ۔
تہٕ اَمؠ ہٕنز کاشری زِلؠ اَسہٕ شوٗزٕ کاشُر باسان ۔ امر الدینہٕ کورِ چھےٚ سیٚود تہٕ شوٗزٕ کاشُر
بولان ۔ یِم اَکؠ صوفس پیٹھ ہناہ لوٚتہِ لوٚتہٕ کتھ کران تہٕ رٛیٚشمہٕ اَس نہٕ یِہُنٛد گفتگو بوزان ۔
سو اَس بٔلیہ زن ڈُبگہ بیٹھمٕژ ۔ نہٕ بٔلیہ ہوشہٕ پٮ۪ٹھ نٕتہٕ اوس تَس بٔلیتہٕ حسبِ حالُک زیادٕ
احساس گژھان ۔ مےٚ کیاہ گوٚمُت ۔ بہٕ کَتہٕ ۔ بہٕ کوٚت واتٕژس ۔ ہیٚو کم چھُو " رٛیٚشمن ہیٚنز
کلہٕ پٮ۪ٹھ لیف تہٕ لیفہِ تٔل چھےٚ یِمن سوال دِوان ۔ " ہیٚتہٕ حَف ہیٚو چھُس ناکورِ مالی ۔
یِمِس یتیم کورِس تہٕ کٔرِو توٚس سترِ عورت . . . . "
" اَدِ ساکورِ یا ۔ اَسہٕ نیرو نیٚبرٕ ۔ تہٕ لاگ میوٚن یہٕ نابیٹ گوٚن تہٕ نابیٹ سوٚٹ " !
ایس پی صابن دیُت کجہٕ پٮ۪ٹھ بٔتھ گاوٕن اَمِس ہٕالیٚنھ تہٕ اَتاچی مَنزٕ دِرٕنس قمیض
ییٚزار کڈِتھ ۔ یِم درائے ساری نیٚبرٕ ۔ رٛیٚشمہٕ اَس گٔنےٚ ہرٕ اُژھیامٕژ ، اَلِتھ وِنہٕ آمٕژ تہٕ
زَن تمِس بدنس اَنگ اَنگ ڈٔلتھ اوسکھ تھوٚوٕمُت ۔ دگِہ ہیٚوت پان لِتھِ وان وٕزِتھ
سو وارِ وارِ پلنگہ پیٹھ تہٕ پہٕ تلمہٕ تلمہٕ گوٚمُت قمیض ییٚزار نیٚون کڈِتھ ، قمیض ییٚزار
بدلاوِتھ بھیوٚر اَمِس پہٕ ڈٔلیشِتھ دوٚشلُن زانِتھ تانہٕ تارٕ گٔمتِس لباسس منز کاژاہ
عُریاہ اَس پہٕ ۔ اَمِس ہیٚتی گُمہٕ سران گرٕھنی ۔ بام ییٚزار تالوق نام ژھیوٚمُت وُچھن
تہٕ قمیصہٕ نالہٕ ہیوٚر رنیچہٕ رنیچہٕ وُچھن گوٚمُت ۔ اَمہٕ کرٕ یِمَن دوٚشوٗنی رٛیٚنچن سیٚٹ تہٕ
تھوٚوُن پلنگس تَل شاید باسیوس زِ یہٕ سیٚٹ کرنٕ سٕتؠ ماوول تمہٕ لِتوٚسر پَردیُس
غارتگرو عُریاہ کوٚرمُت اوُسُس ۔ مردانہٕ شلوار ، کِنھ مردانہٕ قمیض تہٕ داوٚدار

زبوٗٹھ تہٕ کھوٚل مردانہٕ نایٹ گوٗن لاگتھ یوٚدوے یہ روٗدنہٕ مہرٕنی ہش گیہٕ، مگر ووٚنی اوس اکھ اندازٕ سپُنتھ فیصدی تائید سپدان زِ یہ چھےٚ شہر کِ کُنہٕ بڈٕ گھرٕچ کور۔ یمس پیٹھس حسبِ حالس منز نایٹ گوٗنٕچ ہیٚتھ دار ڈوٗر گنڈِتھ ۔ کرٛنتہٕ کالر، گاونکہٕ مخمل کالرٕ پیٹھ سجاوُن تہٕ لوٗگ تَس گرٛدٕھ لابدی طور شب خابی ہُند گاوُن لاگنک ماحول آسُن اوسمُت تہٕ زبانِ حالچ شہادت وُچھان وُچھانی نیوٗکھ والیس اَڑانی کمانڈر صابن یہ فاصلہٕ ہٕ بیٚیہ دراو ورنڈٕ ہس کُن یتھ تہٕ ایس پی صابس ووٚنُن لوٚتہٕ لوٚتہٕ

"YOU CAN HOW IMAGINE OF HER LOOKS"

ایس پی کمانڈر، میجر تہٕ تھانہ دار ژٕ شوے ژلے کمرس منز والیس۔ ریشمہٕ بیٹھ بہند ٹیزنہٕ بُخارِ نزدیکھ اَس کرُسی پیٹھ۔ تمہٕ نیوٗبیان ہمیٚن کھلیٚن پلوٚن منز ژلتھ۔ تہٕ ایس پی لوٗگ تَس وَنہٕ۔ "وُچھ سا وونی چھکھ ژٕ ٹھیکھ۔ بہٕ چھُس یمہٕ ضلعک سپری ڈنٹ پولیس تہٕ یم چھِ مرہٹہ صاب غوجکی کمانڈر کھوژنہٕ وراے وَن ژٕ..."

"کیاہ جناب"؟

"ژٕ کیاہ چھُے ناو؟"

"ریشمہ"۔

"ژٕ کتہٕ روزان"۔

"جناب نِلہٕ ناگ۔ ژرارِ علاقس منز۔ ژرارِ ہمُو ککر سبنہ کِنِ وسو ہا یتھ نار۔"

"اچھا اچھا" تۆژم فکرِ، گوہ گجہٕ بیتھر"

"جناب"

"مگر ژٕ کتہٕ اُنی ہتھ وُنی کین، تتی نِلہ ناگہٕ بیٹھ۔"

"نہ جناب۔ بہٕ کتہِ اُنی ہس وُنی کین۔ تتھ گامس کیاہ ناو۔ نہٕ چھُم ازتام وُچھمُت
تہٕ نہٕ چھم تمہِ گامچ پتاہ۔"

"اَدٕ توٚت کیتھہٕ کٔنہ واتِکھ۔"

"جناب خبر کٔرٕ دوہہ گیہِ۔ میٚ کٔرٕ دوہہ گیہِ بے ہوش۔ ہوشہٕ لیوان تہٕ بے ہوش گژھان۔ حاجی صاب اوس گیلہ ڈٔلہِ وان تہٕ میوٚن مام گو وگیلہِ نٔل۔ اَڈٕ زٕمتٕ نٔل حاجی صابُن چارپایہِ پیٹھہٕ زٕزار کینہٕ شہر علاجِ خاطرٕ ہنہٕ۔ بہٕ تہٕ لارے یسٚ پتے۔ مام موٚد اَڈٕ وتہٕ، بہٕ نیس وَتہٕ کلہِ چھہِ ویسہِ نازلہِ پننِ گھرِ وتہٕ کل۔ مامنی اُس بیمار زٕو دِوان گِمِرِ۔ نصف راتھ آیہِ کمہِ تام۔ دٕوٚیکھ مامنی اُس سخ بیمار گامٕرٕ۔ سوٚ ہنیہِ ہسپتال۔ بہٕ تہٕ درالیس نہٕ سنگاہ واتہٕ س تمن ستیٚ شاید ناگمِ۔ تتہٕ بٕہس موٹر گاڑِ تہٕ کوٚت واتہٕ ناوِسس تہٕ چھُمہٕ خبر۔ وونی آسس اُکس گھرس منزٕ اَتہٕ وُچھم تہٕ کانہہ مرداہ۔ صرف زٕ نہٕ زٕوٚر تہٕ شُرٕ، راتہٕ پیٹھہٕ اَسہِ تمہِ گل مار کران زٕاجہِ چھم مامنہٕ نہٕ اکھ ماس مگر بہٕ زانہٕ نکھٕ نہٕ تمبر دلن کتھہٕ دزٕ نم گواہی زِ اکھ اُڈٕ ورٕ زٔنی اَہم تمن منزٕ ماس۔ یوٚہ تام چھم نہٕ زانہٕ وُچھمُت۔ اُسی آسہِ ماسہِ بیٚنہِ ونہٕ اکھ اُکس پرزٕ ناوِچ کوشش کران یانزہ ڈاکو گرٕ سوار آسے تہٕ۔ ۔ ۔ ۔ ۔"

"یہ ماچھے پتاہ اکھ گامس کیاہ چھہِ وَنان؟"

"نہ جناب"۔

"یتہٕ پیٹھہٕ کوناہ دوٗر؟"

"بہٕ کرٕ آیس نٔہِ پیٹھ ہوشس منزٕ یوٚت تام تہٕ بہٕ ونہٕ فاصلہٕ کیاہ چھُ۔"

ایس پی اوس ڈُبنگہٕ ذہنس کیجہِ دِواوان زِ کینہٕ پاٹھی لیہہِ ہاسہ گام یتہٕ پیٹھہٕ

پہ اَس یِموٚ اغوا کٔرِتھ اُنی مٕتۍ زِ تام ژاو تفتیشی سارجنٹ سیلوٚتھ کٔرِتھ اندر۔

"جناب، یِموٚ مٔلِس موٚمون تِم کھٔنٛدی ایجنٹ چھِ۔ تہٕ یہ چھینے وُنی کین تِموٚ پیٹھ کوٚتہٕ پیٹھ اغوا کٔرِتھ اُنی مٕتۍ۔ یہ اَنہٕ نوٚو اَسہٕ لوٚتہٕ کوٹیک زُیٹھ ملک صاب نہٕ۔"

ملک صاٖب ژاو تفتیشی سارجنٹس پتہٕ پتہٕ۔ فراغلی ٹوٚپہٕ پیٹھ رفلی گلوبند کلہٕ پیٹھ ہیٚرِتھ۔ گلوبند پیٹھی کندہٕ دار ژادر کلہٕ پیٹھ تِمس تام وُٹھ۔ اینٛدِس اَژ تِس ستی دراد کمانڈر صاٖب پٔنٛنۍ فوجی عملہٕ سیتھ کمیپس کُن۔ پہ وُٹھ زِ یہ اوس محسوس وُنی اکھ جرم تیمیک تفتیش پلیس کرُن چھُ۔

ایس، پی صاٖبن نیوٚ ملک صاٖب اکھ طرف الگ پانٛھ تہٕ لوٚگس وَنٛنہٕ۔ ملک صاٖب ژٕ نے چھیے پرون خاندانی اخلاص حاجی امر الدینس ستی۔ مینے چھُ صبحانے کنٹرول وَن سرکٲری دوس ترٛن۔ حاجی صاٖبنس عزتس خلاف چھُ مے کمہٕ نام ژھوٚپہٕ ہُند مُشک لوان۔ یہ کوٚر چھا دانستہٕ طور استعمال لوان کرنہٕ کیتہٕ یہ تہٕ چھیے ژھوٚپہٕ منز شامل۔ تمیک بیکھ ژٕ پننہٕ جایہ زٕنٛھی پانٛھی مشکھ تہٕ بیٚیہٕ سوزکھ حالاتن ہتر بگرہٕ ہی حاجی صاٖبس شیٚنچھ تہٕ گرُ حسن بہٕ پانے شیٚنچھ ہیتھ۔"

ملک صاٖب اوس عتر کوٚ کرُ ہیوٚ نیم بمار زٕلن اَڈ بٔنٛدر گومُت۔ ایس پی ہنٛدِ لحاظ اور کلہٕ زیر ستی تہنزن کتھن جواب دِوان تہٕ اَمہٕ پتہٕ دیُت ایس پی صاٖبن تھانہ دارس حکم زِ رٔٹیٚمۍ گرٛہٕ تحقیقات اندوانتس تام یا ایس پی صاٖبنس واپس ینس تام ملک صاٖبس سپرد نامس پیٹھ حوالہ کرنہٕ یِم۔

# باب ۲۱

سوینہ مرگہ ہند سورے ماحول اوس چھوٹ وردن ولبتھ دم پھٹ سپر بل کٔرٕ کھسان کھسان آسی حاجی امرالدین، عمہ ماگرے تہٕ سردار خان شینہ بالو پیٹھ ٹکہ ٹکہ لایہ پوان۔ اکھ قدم آسی گژھان تہٕ داہ قدم آسی رکنہ پتہٕ وستھ گژھان۔ تاز ہیوٗ مٕت شین اوس دونمت پھمب زَن پلون تہٕ زنگن لالان مگر آبہ شین آسنہ کنہ گوب تہٕ ابیک گومبر اوس مسافرن زنگہ والان تریشوے آسی پان لبتھ وان پکان تہٕ تریشوی اسکھ بندوق ترے گو ہیمتی ژھینہ ہیَن دأرتھ مگر تہٕ اوسکھ نتہ وار تہٕ نہ آسی ہیکان یم شینہ بندوق ہم ہندین پھیکین ٹوکہ سور کران اسی۔ تپر ستی اسکھ لتہٕ کمہ لیمپر تہٕ منیٹہ پتہ منٹہ اوسکھ پوان پیونہ وہ تھراون۔ حاجی صاب اوس نستہ تیتس گلوبندستی گھکھر دروان ماگرے اوس گوش اتھ کرِ چھاپنہ ستی قدمس قدمس پیٹھ نس وہ تھراوان۔ سورے اوند پوک شین تاحد نظر شین۔ مرگہ ژوپاسے بٹھن بائن شین، یارن، دِودارن شینہ وردن نالی نبس تہٕ سفید ژادر

کھوڑ شوٗر وٕلنۍ۔ سردار خان گوو سۭہ منٛزس مرگہِ استادٕ "حاجۍ صاحب یپلہِ یہِ ڈاکر صاحبس ستۍ شکارس پیوان اوٚس یتھۍ مرگہِ منٛزس پوو اسہِ اکھ دوہ مارخورٕ تہٕ بیٚیہ دوہ موٗر شینہٕ شیر"۔ سردار خان اوس کھمان کھمان تھکہٕ ہوٚت ڈٕمن لبتہٕ منٛز زَن شاہ کھاران تہٕ والان۔ حاجۍ صاحب ٹٕرٕ ٹٕرٕ ونان "میٚے تہٕ چھُ نگینہٕ کس بنگلس بٹھکہِ لبہٕ "سنو لیپرڈ" سُند مارٕ موٚند چمٕڑ لگاونک شوق تہٕ ..."

حاجۍ صاحبس گیہ کتھ لبتہٕ منٛز وٕلٹھ ہش تہٕ عمہٕ ماگرے ین نیوٗ اہندس جذبس برتلان وٕنتھ تہٕ مارخورٕ سنٛز کلہٕ ہیر لاگہٕ ہمہٕ ورندٕ ہس پیٹھ کنہٕ بٹھکہِ اژونس برس انش۔

"بالکل" کوٚر حاجۍ تائید۔ "فکر نہٕ جناب"۔ بھیوٗر سردار خانن اکھ شینہٕ واناکھس منٛز حاجۍ صاحبس پیٹھ کُن تہٕ لوٗگس بندوقہٕ نلہِ ستۍ۔ اندۍ اکۍ شینہٕ بالن کُن ہادنہٕ۔" یہ کھسہٕ" ہیتھ شینہٕ ڈکر کُن ماگرے ہین یٕتی کنہٕ تہٕ ژٕ روز یمن شینہٕ کھچلن پیٹھ کُن موٗدی مایہ ہیتھ مگر بندوقٕ تھوٚوٕزٕ وہرتھ ودلۍ وسہ۔ یمہٕ ہنہٕ مرگہِ ہنٛد اَندٕ روٗسی کچہِ کھیٚچ بیٚپارۍ کھسہٕ زوجہ بالہٕ کنۍ ہمو کھنگرٕ ڈکر پوٚ ہالکل یا مارخورٕ تہٕ یپارۍ ہمہٕ دراسچہِ گلہِ منٛز چھ بیٚھنۍ مرگہِ کُن چھُنۍ شینہٕ سہہ ژٕ ژوٗرٕ پوان۔۔۔" اوٚت تام واتۍ شنۍ ستھ گجرۍ مزوٗر جوان تہٕ یم حاجۍ صاحبن کنگنہٕ پیٹھے بروٚنٹھ نیٚھرۍ آسی کڈی متۍ تہٕ پانہٕ آسی سعہٕ مرگہِ تام پلٹۍ جونگس منٛز آمتۍ۔ دوٗری لاے سردار خانن یمن کمہٕ کتھ۔

"ہے نذیر خان، کالوچی او عمہٕ گرٹا تھو رٕوٗزٕ ژون طرفن چھکرتھ۔ جمہٕ کھارا ژٕ روز حاجس پتہٕ کُن دوٗر ہن مگر ساری روٗز پو خبر دار۔۔۔"

اکھ تریچھ مرگہِ منٛز لاج ہمو پانٛژو اکھو موٗدی مایے۔ تام وٕژھ چھیٚلۍ روٗسی کچہِ ژوٚمبر شینہٕ تھونگین ستۍ خوشنہٕ بادشاہ گران۔ عمہٕ ماگرے ین یرتھو یمن کُن اکے شرن

مگر سردار خانن ہوٚوس اشارٕ ۔ دوٚیمہ طرفہٕ وٕژھ کھمان گیرٕ زان گرہ زان شرارتہٕ
برٕژٕ سیمنی ۔ سو اُس شاید یوٚتین لش ژھینہٕ گمژ ۔ پتہٕ آمہٕ سیمنہٕ دوٗرٕ دوٚیمہ طرفہٕ رٕژس
کجہٕ کھیٚچ وُچھ سو لُج زیادے گرزن تہٕ گرزٕ تھ ہیوٚت تمہٕ شینہٕ منزٕ ژٕ چلُن ٹکہٕ تار
کرٕن ۔ گنس شینس منز اُسس زنگہٕ بند گژھان تہٕ پان اُس لتھٕ وان لتھٕ وان کڈان ۔
پتہٕ سیمنی برونٹھ برونٹھ پکان اُس سردار خان اوس پتہٕ پتہٕ آسے ڈالان ۔ اوسہٕ
شاید اُمس پیاوٕل سیمنہٕ مارُن یژھان فاتکلس تہٕ چھ آداب آسان ۔ سردار خان
پھیور پتھ کُن اُمس نزدیک ہش وانتھ اُس سیمنی نکہٕ وارٕ دہرادٕ ہرادٕ شینہٕ
اندٕ کیس زیٹھی زیٹھی مشک ہوان ۔ ہر سو اُسس شاید ماژ لوٚبے لوان ۔ سردار خان
اوس شینہٕ پتھرِس منز پان لگ بھگ دوٚہ راوان مگر بندقہٕ ٹریگرس پیٹھ اوس
ہوشہٕ سان کنٹرول ۔ اُمس مقابلہٕ اوس واریاہ دوٗر حاجی صاب بندوقس آسے ژٕ تھ ۔
پتہٕ سیمنی سردار خانس نزدیک واتٕ حاجی نیو جمہٕ کھارِس کُن لوٚتی ونتھ ۔

" جُما شاید کھیوٚو سردار سیمنہٕ ۔ "

" نہٕ جناب ۔ سردار چھُ پرون شکاری ۔ "

" نہٕ "

" نہٕ نہٕ "

تہٕ لی وٕنان وٕنان دراپہٕ سیمنہٕ ہندلوز نگو ٹُلی گوٗلی مگر گیہٕ سردار خانہٕ نش کلس
پرٕین کرِتھ ۔

" ہے گیاہ گوم ۔ ہے گیاہ گوم ۔ حاجی صاب ۔ یہ آیا تُہنز کینہٕ ماگرے صاحبنی ۔ ۔ "
گوٗلہٕ ہند کھش گوو شینہٕ وانہ کھس نال پرانٹھ تہٕ اُمیک صدائے بازگشت

اوس وانہ کھس منز یتھ کال گرزان زِ میوٚ ساروے مزوٗرو ہنہٕ مرگہٕ اوٚک طرف دوٗر پان بچاونہٕ خاطرٕ ژھالہٕ مارِتھ۔ صاحب صابن عمہٕ ماکرے تہٕ یم ساری مزوٗر گییہٕ لاران لاران اکھلِ کوٚھلِ تہٕ وانی سردار خانس نش۔ سہٕ اوس شینہٕ ماداس یڈِ دِتھ زنگہٕ وہرِتھ بیٚنز اسس بروٚنھ کنۍ زیٹھہٕ اوٚتھ تہٕ دوٚن اکھن ہنز کھیہٕ منز اوسس بندوٗق نگراہ بندوقہٕ بیٹھ، اہندلو اکھو بیٹھ آسی گوٗلی آمژ تہٕ کھاسرِ اہنز اندرٕ سد کھنِتھ زامژ۔ کلہٕ کھاسرِ اسس پھٹمژ۔ زٕرِ تہٕ کاڈِس اوس شینہٕ ماداس منز ہیٚمہٕ کانس شُشرُ لوٚگمت تہٕ سردار خان اوس شینہٕ مُہل ہیوٚ کرنام شہلیومت۔

"جناب۔ بہٕ اوسس بندوقس سیمتہٕ کنۍ آے زٕٹھتھ۔ مےٚ دوٚپ زِ سیمتہٕ نیو سردار خان ہنگہٕ لاوِتھ مگر اکھہٕ زٕن آسم زٕسِتھ گمتہٕ۔" مےٚ کریاہ کوشش گوٗلی چلاونٕچ مگر۔۔۔۔"

"اوٚکتہٕ آیہٕ گوٗلہٕ۔ بہٕ تہٕ اوسس سیمتہٕ ہنز ژکجہٕ گوٗلی لاینچ یرِتھان مگر جمہٕ کھارن دِیتم نہٕ بندوٗق چلاونہٕ۔"

"یہٕ زٕن وُزھ جناب اسمانہٕ گوٗلی۔" جمہٕ کھار اوس وَنان یمن دوہ شوٗتی آس ہمتہ ہاے تھتھین پھیرمژ۔ جمہٕ کھارن زٕٹی ہیندی بندوٗق نہٕ دِتن نذیر خانس کنۍ پانہٕ تہٕ کالو بچی گییہٕ یکہٕ وٹہٕ تہٕ نیکھ سردار خانٕنی لاش تلِتھ۔ اکھلِ کوٚھلِ چھ واپس تمہٕ ہنزی گیتاہ ہنز تہٕ ازھیاہ شکاری زٕ تہٕ تہندی مزوٗر سرِ بل کنۍ واپس پکان۔ مزوٗرو ہیژ پیہٕ سردار خانٕنی لاش بالس ڈلہٕ والنۍ زِ حاج دِژنکھ کرکھ۔

"ہیا بےوقوفو اگر تہو تھکیوٚ، بہٕ دِمس بچارس پانے نکھ پہٕ تہٕ اوس وفہٕ جوانی ہندِ تاوٕ گرزان۔ تو بہٕ چھوٚنا گاش زِکس جوان گوو جانہٕ مرگ وُچھان وُچھان۔"

"بعض شینہ پیٹھ کیاہ گژھس بہ چھس کفنہ کھوتہ نرم" اوس جمہ کھار ونان تہ
فالوچی اوس پانسے ستی ونان" اُمی تہ چھ کم جوان زِ وزانٔہ کم مارنہ رتہ ہالگل بتھے پاٹھی
لیتھ وان والی منز۔ نتہ چھ زیر نگر اندھیر چھنہ"

سردار خانن مود بدن وول مزورو کھکھر اکھ شینہ بالس حاجی صابن تہ
زون تہ مداخلت کرنی مناسب۔ موقہ محل اوسس نہ کنہ اصرار کرنک۔ فالوچی اوس
لاش لیتھ وان لیتھ وان جمہ کھارس ونان۔ "کوُلل گوڈ اوسس جوانی ہندِ تہ طاقتک
غرور۔ وندہ راتن منز اوس امیر لوکن شکار کرتھ انان۔ وولہ بہ ہرِ دموو مارِ خود
مارتھ۔ سیمنہ شکار دِموو پانوتھ۔ اما یمن مارِ خورن تہ سیمنن چھنا زو۔ یمن چھنا بچہ
آسان۔ آیس دلس ہنز عمل پانسے بکار۔ یمہ علاقکی ، لولاب علاقکی تہ کھوتہ یہ بامی
علاقکی جنگلو دد کرن شادی۔ . . . "

حاجی امرالدین اوس از برونٹھ داہ ہندہ وری وندہ راتن منز شینہ طوفان
ستی گندتھ جانور شکار کرتھ گران تہ جنگلی شکار تہ۔ مگر ییتہ پینزاہہ ڈول تتھ اوسن
شکار بالکل ترو ومت۔ ازاوس امس ییتہ تیر تہ شینس منز دم گومت۔ بعض اندری
شرم امس پکہ پچ تو زہ دتھ نتہ امس ہمت کرنا موکلیاہو۔ سربلہ وسان
وسان اوس گیران زنگہ آسس لرزہ ہتہ لاینہ پوان۔ برونٹھ اوس اکھ قدم تراوان
تہ ہتھ اوس پتھ گژھان، کھورکن تہ ڈھی اوس لاینہ پوان۔ عمہ ماگرے لیس تور
نکھر زِ حاجی صاب اوس محض شرمہ تہ غارتہ ستی برونٹھ برونٹھ پکان۔ رتہ آولارِ
تہ ژاو دچھنہ کرتھ کنی حاجس بساکھ ہندی پاٹھی لوگس سہاہ دِرتہ۔

"ماگرے صاب بہ کرہ ہورے ژے۔ ژھ چھکھ یکدم ژیان نرمے کرچھے تو زھ

موکلان۔ مگر بہٕ چھُسنہٕ یَنہٕ یَراد چھِ توٚژھِ سێتۍ پکان۔ اگر چانہِ سہارن پٮ۪ٹھ توٚژھ یَراد پاچ تہٕ
چٕھم کرہم تہٕ ینہٕ چھُ سَرو بہٕ اُتھ لاشہِ زَن پکناونہٕ۔ لہٰذا اَدٕ ہیٚیہ اَمی شہرِ ہنٛز توٚژھ
برونٛٹھ پکنہٕ۔"

مگر کوتاہ کال ہیٚکہِ صرف یَراد توٚژھِ ہنٛد بدل بنتھ۔ یَراد چھِ تِلی منٛزٕ لس واناوان
بیٚلہِ یَراد باعمل اَنہٕ پتھ توٚژھ آسہٕ توٚژھ اُس حاجس کرنام لوسمژ۔ بلکہ اوس اَڈٕ ہندے
کمال زٕ اَز ادٕس حاج صاب سۅ نہٕ مرگہِ پیٹھ نہٕ مرگہِ بیدل کھوتمت۔ نتہٕ اوس شینہٕ
وآنا کھس منٛز اوردِ یور پھیرتھ اُژھبامُت تہٕ سردار خانس صدمہٕ آسِس زنگن گنڈٕ لور
لابہٕ آمژ۔ وۅنۍ اوس یہٕ ڈیپر تہٕ اَڈمور دٕزان نیربلہ پیٹھ واپس دَسان۔ پَدٕ
آسِس شیٹھامتۍ۔ کوٚٹھۍ آسس لوسی متۍ، اَتھہ ہیناہتۍ، توٚژھ موکلیمژ تہٕ ہمتک دٕوہ
اوسُس لوسمُت۔ یپارِ اوس دوہ نہٕ لوسنس تیار۔ شہرِ ہنٛد زوم رچھان رچھان کُر
حاج صابن بیٚیہ شرُل زوٚسہٕ وینس شبہٕ بالس ژھنُن پان ہیٚر پیٹھ کھر بون۔ ماگرے ییٚ
تہٕ ہمن پانژوٚنۍ زجہٕ کریکہ نیرتھ۔ فالوچی لوگ بُتھ بُتھ دینہٕ۔ تمۍ تراو سردار خانۍ لاش
ہُمن پیٹھ تہٕ پانہٕ دِتُن تمی کھکھر نشانہٕ پیٹھ پان کھر بون دآرِتھ۔ یمہِ نشانہٕ حاج صاب
ڈلہِ ووتھمُت اوس۔ پانسے سێتۍ اوس وَنان ہے کیاہ گوم۔ بونہٕ چھُ آرس منٛز شینہٕ طوفان
گژھان دوہ لوسن وِزِ ووٚنۍ ہوج اَتھۍ طوفانس منٛز ژھینہٕ تہٕ برم راہ چوک راور ارس
وُتھ پتہٕ گتہٕ لبون۔ شینہٕ رٮ۪تۍ یپہٕ نہٕ لاش تہٕ اَتھ۔" اُمس پتے ووٚتھ عمہ ماگرے تہٕ۔
مگر حاجس اوس عمرِ ہنٛد اندازٕ زِ کتھ شاپہ یِنہٕ وآنا کھن منٛز بُتھ خطرٕ مۅلی ہیوٚن۔ یہٕ اوس
ہتہٕ پھِر اَمہٕ دِتہٕ کھر ووتھمُت تمی اندازٕ نہٕ تمی انماز اوس اَز آمی یرانہٕ آپہٕ خطرٕ مۅلی ہیوتمت
ترٛلِشوٗے یعنے ہوج صاب، فالوچی نہٕ عمہ ماگرے اَسی پانژن منٛزٕ منز سۅنہٕ مرگہِ

کرِتھ سوٗنچِتھ سمجھِتھ کاروائی کرنہٕ خاطرٕ تیار کیٚنہٕ از نیٚنہٕ اُکس ہٕڈرس رسوٗچھ دأیس سِتۍ بلٹِکر

تہٕ پیہ وقتہٕ کیٚمِن پُھہین متھِیہ ۔ تمہٕ کھیٚیر رأئس بیاکھ چایہ پیالاہ تہٕ چھس وَنان ۔ "شاہ صاحب

کیچھ کہتے تھے" ۔ "ہاں شاہ صاحب" ۔ بیٚیاکھ چایہ پیالہٕ تُلان جسونت سنگھن سیکنڈ

افسرس کُن خطاب کرِتھ ۔ "زِ چھکھ پوٗز وَنان ۔ مگر پانے چھُ حاجی صاحب وَنان زِ

تس گٔمُتس پانٛژ دہ سال شکار ترٛاوِتھ ۔ از تِھیس وَنِتھ کائس منٛز اُکس اَڈوٗرِہ

موہنوی شُتد نہٕ مرگہٕ گژھن ۔ خود چھُ شُگر پیشینٹ ۔ "WHY SO RISK?"

مگر سردار پتہٕ چھُ ثابت زِ سردار خان چھُ اوسمُت پرِتھ وَنِتھ امیرن تہٕ انگریزن

یوٗر مارخور شکارس اَنان رُودمُت ۔ حاجی صاحب چھُ پرُون شوقین ۔ پتہٕ چھُ ثابت

زِ حاجی اوس نہٕ سُہ مرگہٕ بیٚٹھ ہیٚور کھسن موکمُت ۔ مگر سردار خانٕ اوس یہ وَنِتھ

تنبیہ لوٗومُت زِ بیٚلہٕ مارخورس گوٗلی لگان چھےٚ نہٕ ۔ تمہٕ وِزِ سوٗ مخصوص ٹانگ پیٚھے

وَنٕ اُلہٕ راوان تہٕ سُہ نظارٕ چھُ وُچھن لایق" ۔

"مگر زِ بندوٗق چھُ پُرِتھ ۔ اکہٕ منٛز چھےٚ گولہٕ دراژ ، یہ چھُ نہٕ اَسہٕ ثابت گژھان

زِ یہ بندوٗق کٔہندِس اَتھس منٛز چھُ اوسمُت ۔ اگر یا نہٕ آیس ماگرے ہتہٕ گوٗلی یا نہٕ

حاجی ہتہٕ ۔ ہم کیاز چھےٚ نہٕ وَنان زِ گوٗلی کٔہتہٕ آیہٕ ۔ کچھ دال میں کالا ہے" ۔

"سردار جی یہ حادثہٕ چھُ اُتھی ڈرامائی حالتس منٛز سپدمُت نہٕ ہم دوشوے

اَسی ہتی چھِ نیرٕ کالی شکارس درامُت تہٕ حالاتٕ ہٕندِ ہنگامی لِرٕ پھِرن کھنہٕ سِتۍ

چھِ ہم CONFUSE زِ گوٗلی کٔہتہٕ لٔج" ۔

جسونت سنگھ اوس دم پھٹی سوٗنچان ۔ چلہٕ تِمس آو موقہٕ غنیمت تہٕ سُہ

دراو اَتہٕ رٕبہٕ رٕبہٕ جسونت کور گیہٕ تِہندِس نیرنس سِتۍ پینس رأئی ہندِس اُتی بیہنس

پیٹھ سخ خوش، تاہینکہ سو کرِ از راؐنی ہندِس مالس منز مداخلت یہٕ تس دِیہٕ یہٕ کانہہ غلط قدم تُلنہٕ یہٕ۔ جلہٕ شاہ اوس سٹرکہِ بیٹھ دوٚنمُت۔ جسونت کور کھڑ ہرنزِس منز لوٚیہٕ درواز بند کرُتھ۔

"تم نے ہر گھڑی جلد بازی کر کے مطلب گنوایا" کی گل ہے؟

رٚنیہ جسونت سنگھن زنانہٕ کن اُچھ ترٛٲوِتھ۔

"پھر کیا جو تمہارے نال میٹرک تھانے دار لگے او سب ایس پی بنے تم اِک ابھی تھانیدار ہو۔"

"جسونتی تُہٕ کیاہ ترٛیس فکرِ۔ پلیسہٕ افسرس پیٹھ چھُس دارِ باہ ذمہ وارِیہ سٟتۍ چھُس نہٕ ضمیر مانان۔"

"کیاہ چھے یہٕ ضمیر مانان۔ یِ چھُیا ضمیرٕ وٚنان زِ اکھ اوتار، اکھ گرو کرِ بیاکرِناوِکانہٕ ہُند قتل سہ یہٕ اکس دوٚن ٹکن ہندِس مزوٗرس سُند، آخر کیوں؟ تینوں اپنا اندر دا آکھش..."

"جسونتی.." رٚنیہ راؐنی کر بچھ دِتھ یہٕ زنانہٕ گیہٕ بچاّر دم پھُٹ۔ اُہندِس ذہنکس نقار خانس منز اَسۍ اوتار، گرو یہٕ راکھش الفاظ ڈُم ڈُم زن گرزان۔ اُندری اوس سوچان زِ بُتھ اہم شخص حاج صاب یہٕ سردار خان اکھ معمولی گوٗٹھ یا تبرداریُس مٔلی ہیتھ کولِہ زھینہٕ پیہٕ ہا۔ مگر؟ "مگر؟؟" اَمِہ نٟہٕ تلوار ہیش اُہندِس ذہنس بڑٕ تھ گامژ۔ اَتہٕ اکس زھوپیہٕ۔ ماحول دم پھُٹ۔

بینس کالس منز اوس جلہٕ شاہ سیکنڈ افسر ڈاک بنگلس منز تنتھ کمرس اندر وا تِتھ نوٚہٕ چاے تہٕ کوکرباوٕ تراپان۔ تس بروٚنہہ کنہٕ اوس دم پھُٹ حاج صاب۔ زن رات پیٹھے سوچ شیشہٕ دُہر زُز بڈٕ بنیومُت "کیاہ حض چھو سوچان"۔

بیٚیہ جلہٕ شہن حاجن سند سوچ پیٚہ داو ژٕھٹہِ "کہیں نہ راتہٕ بیٹھ گیہٕ قیامت ۔ سردار خان
تہٕ دوٚیہ رود ۔ دیپوم وٕ دٕنی کھسو گرٕ۔ گرو آرامہ نہٕ ۔ مگر چون پاگل تھاندار چھینہٕ اجانہٕ تھے
دوان ۔ اُمانتس کیاہ کرو اُسی ۔ بیانہٕ تہٕ روٚزٕن "۔

" ہا ڈوٗنسیٚن تھانہٕ دار " بیٚیہ عمہٕ ماگرین بلہٕ بیٹھ کس پیٚنزی سندی پاٹھی وودھ
ژٕٹھہ ۔ " کُس چھو پراران ۔ کس کوٚنڈلہِ چھُہ پرژھن ، اُمس چھُنا پتاہ ز ہتھنز ۔ ۔ ۔ ۔ "

" ماگرے صاب " بیٚیہ جلہٕ شہن اُہنز کتھ ژٕٹھہ " زرہٕ حکومت گو ٹوتدے اشرفی ۔
یتھ مشور چھینہٕ دوان ۔ النانس چھُ عزت بناوان بناوان پان مٹاوٗن بیوان تہٕ اکھ
جلدباز افسر ہیکہ نہٕ بنودمت عزت ژٕہن سنز ملیامیٹ کرتھ ۔ بیٚیہ سُہ تہٕ ساٹھن
شہرس منز ۔ ییٚنہٕ بلہٕ ودل وٕنہٕ دستار لوکہِ لگائی چھُ آسان تہٕ اخبار والی چھ ٹوٹ
چھپاوتھ نوان ۔ کانہٕ ستر ساوہٕ چھے آسان پوژھ ٹوٹھ ڈلہٕنی تہٕ سرکی نگر کی اخبار
چھ لُڈی شاہ چھاپتھ نوان "۔

حاجن صاب لوگ ییٚڈ داڈی لد ہندی پاٹھی کمرس ژھرٹ دِنہٕ ۔

" تُوہی کیاہ ز چھو جناب ہا بزان ۔ تہندہِ اکہِ فونہٕ سنز گرژھنس یم دو شوے پھول
پھیٚنگو بیٚیھ ہرد ۔ زز ریامتی بیٚیہ وُٹھر وُڈ تھو "۔

مگر شاہ صاب آخر کیاہ چھُ وَنان ؟ " بیٚیہ حاجن صابن ماگرے ہنز کتھ
اُلوٗزی تہٕ گژھتھ ۔

" کیاہ چھُ وَنان ۔ تہندی کنہٕ چھُہ یہ قتل ژٕے تہٕ ماگرین بہ نیت مُشترکہ
گوٚرمُت ، تِہ چھُہ ۳۰۲ دفعہ ژٕو یہ نزہٕ ہش (۳۴) تحت پرچہ دِنہٕ یِیٚن ہاں ۔
میون لُوزوتھو سوزلیوٗن فوراً شہر کانہٕ "۔

"مگر یہ کیتھ سوٗنچ چھُ اَمِس۔"

"عجیب۔ دیہان ژوٗر چھِنہٕ توٚت تام ژوٗر کران، یوٚت تام نہٕ بانہٕ پلیسہٕ کرناوِس نہٕ تہٕ علاقُک کانہہ زیٚٹھ۔ اوتہٕ ہہٕ یوٗن اَکِس شَنہِ برچِس منز یینہٕ کِس مُقدمس تفتیش لاگُن۔"

جلہٰ شاہ ییٚتھ دراو۔ حاجی صابن سوٗز پبلک ورکس بٔڑ مستری امرناتھ سرنگر پنِس سوٗلیس کنسرویٹرس چِھٹھ ہیتھ۔ امرناتھن موٗل چھُ یہند ملازم اوسمُت، توٚے اوس امرناتھ یہنز راتہٕ بیٚٹھ سیٚنہٕ ہٕل کران۔ ترٚے بجے تام ووت شہرُک ایس پی راے زادہ دوٗی پینہ کنگن۔ اَوٚت تام اَس جسونت سنگھن ضمنی یمن لفظن پیٹھ واتناوِتھ مسدوٗد کٔرمِژ۔

"وارِ داتچہ جایہ یُند موقہ محل نظرِ تل تھاوِتھ، ترٚنشوٚے بندوٗق رلہٕ مِلہٕ کرنہٕ ستی تہٕ حاجی صابن تہٕ ماگرے صابن اکہٕ کتھہِ خاطر خواہ جواب نہٕ دیُن زِ گوٗلہ کتھ بندوٗقہٕ منز درایہٕ چھُ رٔژھِن واقعاتن ہنز نشاندہی کران۔ یمو ستی باسان چھُ زِ سردار خان چھنہٕ اَلغایہٕ موٗدمُت، بلکہ چھُ تہند اِس مارنس ستی حاجی امرِدینس تہٕ عمہٕ ماگرے لیس ضروٗری واتھ۔ اوسبہٕ چھُ ضروٗری زِ $\frac{302}{34}$ رنبیر پینل کوڈس تل گرِتھ پرچہٕ لگِتھ تفتیش سپدُن۔ چونکہ یمن متعلق شک چھُ، تم چھِ نیک کِردارن ہندی مالک، لہٰذا چھُ بالا افسرن ستی مشورٕ ضروٗری۔ پگاہ یِن شہر کھسِتھ ایس پی صابس واقعات گوش گذار کرنہٕ۔"

یہ ضمنی پرِتھ کوٚر ایس پی صابن ییٚر کالہ جسونت سنگھس ستی بکٔتھ جسونت سنگھس متعلق اوس راے زادہ صابس ظوٚن نیک تہٕ اَمی اوس یہ کنگنہٕ تھانہٕ دار

لوٚگمُت نہٕ اوس اَوٚتام ترقی میلنہٕ پٮ۪نہٕ جسونت سنگھ لأنہٕ منز۔ ییٚلہٕ سکھ بٮ۪نہٕ ہمہٕ
ڈوٚلنہٕ ایس پی صاُبن تیوٚ تفتیش پٮ۪ٹھ اَکَس منز تہٕ کوٚرُن یمَن لفظن منز بند۔

" حالات نظرِ تَل تھاٲوِتھ چھُ صاف ثابت زِ یہ چھُ محض اکھ حادِثہٕ، اکھ اتفاق
یُس نہٕ جُرمہِ کِس تعریفس منز یوان چھُ۔ جُرمُک کانہہ غرض یا غرضُک کانہہ شک تہٕ چھُنہٕ
موجوٗد تہٕ کُنہ غرضہٕ وراے ہیٚکی نہٕ یُتھ فعل ظاہر گژھِتھ۔ حادِثس جُرمُک وردن وُلُن
گوٚو کاُنسہِ ہُند عزت داوس لاگُن، اَپُز چھُو دیُن ۔۔۔۔"

"حضرت توہہ کیاز کوٚرِو اَمس ٲکرِس نہاںہٕ دارس اَتھٕ داس تہٕ" اوس کٲکہٕ جییہ
کھُستھ عمہٕ ماگرے نیران حاجس وُنان۔ "ماگرے صاب سٕۓ گوٚو اَمی سُند
انتہائی عزت۔ اَکس پُلیسہٕ افسرس گژھہِ نہٕ ژھے بےباکی آسٕنۍ۔"

# باب ۲۲

یوٚدوَے ہرمن گامن شین پیوٚمُت اوس مگر شہرٕ تہٕ شہرس اَندرٕ یکِہ علاقن منٛز
اوس یِتھٕ مسوٚنزٕ پیٚیہِ دوہٕ ہوٚ پیٹھٕ تیٚس بوم تہٕ اوس کیٚہنہٕ پیوان تہٕ نہٕ اوس تیٚس پیٹھٕ اوٚبرٕ
لیفُن گژھان تہٕ ڈیچہِ ترٛاوان بجلی تہٕ اَس تزٕ پیٚیہِ دوہٕ ہوٚ پیٹھٕ دَم پھُٹ۔ اَتی اَس بجلی اُچھناہٕ ٹھکران
تہٕ اَتی اَس دَم پھُٹ گژھان۔ شمعن، ژٲنگین تہٕ دیٖوار گیٖرن اَس زبردس پاٹھۍ ڈِمانڈ
بڑیمژٕ۔ دیپان ناشری اَس وُسِتھ گامژٕ۔ امیٖراکدلہٕ پیٹھٕ چھترٕ بل ناو اَسہٕ واتن شمع
تہٕ کاہنژٕ گامژ۔ میٚٹرٕ تیٖل اوس ڈِپووالین ہندین گُدامن ہنزن ٹینن لیٚین منٛز ژھیپھ
دِتھ۔ اَنہٕ گژھٕ شہرس اوس اَنہٕ گٹہٕ نال وولمُت مگر اَتھ گژھٕ کارس منٛز تہٕ اوس حاجی
امردینُن بنگلہٕ گاہ تراوان۔ امردینَن اوس اَز برونٹھ ژرے وُری بمبئہ پیٹھٕ ڈیٖزل جنریٹر
اوٚنمُت یُس اَہندِس مکانس اَنہٕ گٹہٕ کِس ماحولس منٛز تہٕ نوٗر خانہٕ بناوان اوس یِتھیں
ماحولس اَندر آسی اَہندی ہمسایہ تہٕ یار دوس اَہندِ سے حمامس منٛز ژیرِ تام دربار کران۔
راتھ تہٕ آسی اَٹھ داہ ہمسایہ اَہندِ ژیرِ تام اُتی بہان سے حمامس منٛز سیاست دگان۔
توٚے آسو حاجی صابنی گروٲلی راتھ ژیرِ بہن شوٗنگمتۍ۔ مگر از اوس حاجی صاب توٚرٕ

تہجد وقتہ نیندرِ وۄتھمُت تہجدٕ تہٕ صُبح نماز پٔرتھ اوس بیٚیہ بسترس منز لرٕ ترٲوِتھ۔ دٔہن کالہ
چھے لگ بھگ اَنہٕ گٹہِ منزے صبح نماز اداکران سہٕ تہٕ ییلہِ نہٕ بجلی آسہ نہٕ آسِن حمام
دارِ ہندی پردٕ نہٕ اور پور ڈالنہٕ آمتی۔ عمہ ماگرے تہٕ اوس نہٕ سونہ مرگ ییتہ پیٚٹھ گرکھۄتمُت۔
سُہ تہٕ اوس بیٚیس کُٹھس منز شونگتھ تہٕ صبح نماز اوس محلہٕ مشہدِ درامُت۔ ادرٕ اوس
نماز تہٕ اوراد پٔرتھ واپس گرٕ اَژان زٕ امبیرِ منزلہ کس نیبرِمس دروازس نش وُچھن
گرانچ جیپ کھڑا۔ جیپہٕ ڈرائیور اوس برٕ اَژان نہٕ ماگرے آو بامبرٕ ہوت اُمس بُتھ۔
اُمس پوٚت سۄلہِ ہنگ وجہ پرٕ زٕ ژھتھ پوٚز عمہ ماگرے ین زِ یہ اوس کنسروِیٹر سُند ڈرائیور
تہٕ کیاہ تام چِٹھی چھس حاجس دِنی۔ بامبرِ لایمُت ماگرے صاٰبن تیوٗ حمام دروازٕ ڈٗلہ ڈٗلہ
مُشرٲوِتھ تہٕ تیوٗن تۄج ہُشیار کٔرِتھ۔ "یہ جناب چھوٗ کنسرویٹر صاٰبن کیاہ تام اہم چِٹھی"
بامبرِ ہوت اڈٕ نیندرِ گٔمتی حاج تیوٗ اَچھن مۄرن مۄرن دِوان لفافہٕ ژٕرِتھ
ژٕ ٹھٕ۔ اَتہٕ لوٚگ اُمس کیاہ تام زِ مُن۔ یہ اوس اڈٕ کمُل شنین۔ تِلہِ سا ماگرے
صاٰب دارِ تِلِ پردٕ۔ اوٚہ ہو شنین چھُ پیوٗمُت۔ تِلہٕ حضِ فون دِکُن۔ اما اَتھ
ما چھے رگہٕ سنٹھیامژ۔ ماگرے صاٰبن پلہِ تووٕ فون حاجس کُن تہٕ تام کُڈ حاج لفافہٕ
منزٕ کاگد تِلم بُتھ "برف نو افتاد" مبارک بادِ لیکھتھ اوس۔ ماگرے صاٰبن یام
فون ڈایل ٹُن بجاو وُچھ اُمی پلہِ تووٕ رسیور حاجس کُن۔ "اَز چھُ مبارک زٕ تِھس
شیلنس منز چھپنہٕ وُنہٕ کلیوٗمُت حاج کوٚر ۵۴۳۲ ڈایل۔

ہیلو ۷۲۲۹ سپیکنگ۔

فایو، فور، تھری، ٹو دِس اینڈ۔

صحب کیتہ چھہ۔

"حضرت دلیل۔ اَز کیاز چھو نہ پریٚنہ نادان۔ عرض چھس کران۔"

جناب مُبارک نامہ ووت۔ مگر اُسہ گیہ اَکھ دوہ برف نو وُچھتھس"

"حضرت براہ پورکی چھ اکھ دوہ شہر کین برونٹھے روزِ عید کران تہ شہر کی تمی دوہ

عید مبارک یمہ دوہ یور عید داتہ۔"

"اچھا جناب مُبارک ووت۔ کٔرِو تو پگاہ شام واتِ بتہ سون قبول۔"

"پگاہ چھ جوم تیٚرُن۔"

"اَز شامس۔"

"شام چھ ٹُک۔"

"چلو بہ تہ کرناو امرجنسی کاجس پیٹھے۔"

"کاجس چھ ڈاکٹر صاب نین۔"

"اچھا یہ نیتھ تہ ہمی دم۔ تو زُم نکرِ۔ صبح منظور۔"

حاج امرالدین صابن سوزِ پننُ ڈرائیور صراف کدل ۂری سہ گرِس تہ ڈرائیورس
دِتُن ہدایت زِ سُہ اَنِہ تتہ یوتاہ تہ تس وٗنی کین موجود آسہ۔ اگر کم باسس تیٚلہ نیہ
صراف کدلہ بیٹھ پننِس وازس ستی تہ عالی کدلہ کس ۂری سہ گرِ ہند تہ اَنہ دیچھ
کھنڈ بُرتھ۔ سلام واز اَنہ ناوُن سو لہارِ بیٹھ فورن تہ تس دِتُن بادم گوجن، ملایہ
تہ کھتہ بیٹھ ژٔنی پوش رنگہ نوہ چاے بناونک حکم۔ مگر سلاماہ" وٗرِ بیٹھ واپس
اَنتھ کوٗرُن ہدایت۔ نوٗن بھوو زِ موٗدر۔ ماگرے صاب سوزُن پننِس کاندرس
تہ شیچھ ہیتھ زِ کاشرِس گاڈ گوس بیٹھ اَنہ سُہ گیو گردہ درجن جوراہ جل جل ترِووٕش ترِووٕش
بوزُت خشخاس لاگِتھ۔ ۂری سہ اوس وُنہ واتنے۔ سلامہ اوس خوجہ بابہ ہتھ نگرانی

مٕنٛز بَڈٕ دیارٕ سٟتۍ چارٕ ٹیبٕلَس دٟلِون دِوان۔ اَمہِ دیارٕ سٟتۍ اوس چارٕ ہُند رنٛگ کوتُر رَتھ ہیوٗ گوٚمُت۔ کانٛدُر اوس وُرٕ پلانۍ اکہِ اکہِ گرِدٕ سیٚٹھہٕ تیٚنتن بُرِتھ تٕلِتھ تیوٗ نگَن ہندِ وُشنیرٕ تہٕ دوٗرٕ جارٕ ووٚتہٕ شلاوان تہٕ ترووٗشراوان۔ تام آیہِ سفید بیوک کار پان پان کران تہٕ نوکرن نیوٗ گیٹ اَندری مُرٕ راوِتھ۔ کار واٹِ اکی زِھالہِ حمام دروازس تَل۔ مہمانن ہُند اوس کنسرویٹر حاجِ صابس تعارف کران۔

"مسٹر بوس ڈپٹی سیکرٹری منسٹر آف ایگریکلچر گورنمنٹ آف انڈیا۔

مسٹر قدوائی فارسٹ کنزرویٹر گورکھپور"

"اچھا آئی ایف ایس حاصل کرِتھ بی سی روڈ تہٕ قدوائی صاب جواہر ٹنَل۔"

نیوٗ حاجِ صابَن یمَن دوٚن سٟتۍ الگ اَتھ واس مارِتھ تہٕ کنسرویٹرس نیوٗن خندٕ جیبنی سان ٹُناہ زٕبتھ۔ مہمانو کوٚر اَتھ واس تہٕ حاجِ صابن تبصر بوٗزِتھ کُمہٕ لاوِکھ وٕنٛھ یوٗدوے یمن اکھ لفظ تہٕ فکر توٚر نہٕ۔ اَمہِ پتہٕ نیوٗ لونہٕ پاکھٹی حاجِ صابن کنسرویٹرس وٕنٛتھ۔

"بوس آہ دِس بوسہ دِنہٕ"۔ کنسرویٹرن نیوٗ کھنگالہِ مارِتھ تہٕ پرٛژھ وٕنتہٕ بیوٗر سمَن اَتھ کھنگالس سٟتۍ پیٚنٛنٕ رلہِ ہٕلہِ اَسن ہلہٕ ناوِتھ۔"

"حضرت یم گیہ ساٗنۍ نوٚنۍ دوس"

"جناب یہُند تعارف چھُ اَب۔ یم چھِ کوٗ لگامکو تحصیلدار صاحب۔" نہٕ حفض ازکل اسسٹنٹ کمشنر سرینگر تہٕ رتَس کھنڈس نام جنگلاتک ایڈیشنل سکریٹری بنِنہٕ والی۔

"منصوٗر صاب مُبارک۔ اَسی چھِ خوش تہٕ تہٕ زِ جنگل ترقی متعلق بوٗزِتھ۔ مٕنٛے تہٕ اوس زِ مرکہ تقریبہٕ پتہٕ تہٕند مُلاقاتک شوق زیادے ہیوٗ مُت۔ کبتر ژھاہ تہٕندِ شوہرنہٕ کنی تہٕ کبتر ژھاہ پہ بوٗزِتھ زِ تہٕ چھو ساٗنس فرزند سندِس یار سندی

قبلہٕ گاہ۔"

"یعنے یعقوب لاس؟"

"میون فرزند حفض۔"

یہ بوزِتھ ہیوٚ نوٚانمانہٕ بڈٕ گرمجوٗشی سان حاجؠ صابن منصوٗر صابس الگ پاٹھۍ نانہٕ موت کٔرِتھ تہٕ لاجِکھ اکھ اکی ہنٛدِ ین گرِ باژٔن ہنز خبر اتر۔ اکہِ اکہِ ناوِ ہیٚتے ہیٚتے پرٛژھنی۔ یوٚدوٕے ازتام یمَن دوٚن اَمہِ کتھِ ہنز نیاہ تہٕ اَس ہٕ زِ یہندی زنٛانہٕ مألی چھہِ یانہٕ والی یار یار مگر اکھ اکی ہنٛدِ ین باژٔن ہنٛد ناو گنٛز راوان اوس باسان زِ یم چھہِ واریاہ ورِی یوٚہِ پیٹھہ اکھ اکی سٕتۍ گرِ یوان گژھان روٗدی متیٚ۔ تیٚلہِ اوس مایِین ہنٛدی کِنۍ اولاد زانہٕ یوان اَز چھہِ اولادن ہنٛدِ کِنۍ مألین یانہٕ وٲنۍ زان سپدان۔ "حضرت دوٚنۍ چھا ولیسہٕ توٚن اَسہٕ بوزُن کینہٕ ہرِی سہٕ مُشکہٕ سٕتۍ چھیٚ حامیچ گرمی معطر کرٕنۍ۔"

"کنسرویٹر صاب نٕہو کیاز چھو سأنِس بڈٕ یارانس پیٹھ اندری دزان۔ حضرت ہٕ کرٕ نہٕ رقیب بنہٕ تُک جرأت۔ بہٕ چھُس گوٚو تہٕ سہٕ دوٚن ہنٛد مشترکہ دوس بنہٕ کِنۍ عظمت گیِم حاصل۔"

"وِہل منصوٗر صاب۔ امیر صاب چھہِ آل ریڈی فری تہٕ اَسۍ تہٕ چھہِ پیٚنٛن گرٕ حصہ ریٚنٛن والِی۔ "خوٗب گذرے گی۔۔ گرمیں دلوانے دو۔" ییوٚ منصوٗر صابن کنسرویٹرس جملہٕ پرٛی کٔرِتھ۔ "تہٕ حفض دوٚن سٕتۍ آفات ہٕزِ ین سٕتۍ خار،" دپت حاجؠ صابن لیکھِتھ تہٕ اَتھ سٕتۍ ژٲو حاجؠ صابُن اکھ نوکر تہٕ حمامہٕ کِس نٔدہٕ فرشس پیٹھ تیوٚن سہٕ منٛزِ س دسترخان ترٲوِتھ۔ اَمہِ پتہٕ اَنۍ پانٛژھ ترامہٕ تُبشکہٕ یمَن حمامہٕ کہ گرم آبہٕ نوٗ یُر آو وُشنیر کرنہٕ۔ دروازٕ اوس حامُک اَڈٕ وٚوتھ تہٕ پردٕ لوٗنہٕٹ اَس وُٹھِتھ۔ اَندرٕ اوس صاف نظر یوان۔

زِ بیا کھ موہنوٗ اوس حمام برٛکس براندس بیٹھ وُہوٗنی نار اِنگیٹھ ہتھ یِتھ پیٹھ بڈٕس
اُکس کرٛ مژھس منٛز نیٖلۍ گرٛوہ تہٕ گرٛوہ تہٕ کران اوس ، سلام ، حاجی صاٚبن گروانہٕ ژاو
قلایہ دار نرٛ اُکِس دکِس منٛز بہہ ووٚتھ وُن ہُرِ سہ دچھ ہنہ تہٕ ہجو چونچہ سنٛز گوو
پرٛیتھ بُشکابس ہُرِ سہ سیراہ سیراہ نراوان ۔ امہِ پتہٕ ژوٗن گرٛوہ تہٕ گرٛوہ تہٕ کرٛوُن نیٖلہ
کروٚنزھ نہٕ پرٛیتھ بُشکابس ژراہون نیٖلہٕ اَڈ اڈ پاواہ ۔ امہِ بگار ووٚنھ شوٗر تہٕ تہٕ بگار
کربڈون نہٕ پھلیو و کُنھس ۔ مسٹر بوٚس تہٕ قدوائی صاٚب اُسی یہ تماشہ بڈٕ اطمیناہ
تہٕ شوقہٕ سان وُچھان ۔ یمَن اوس آب پوان زِ یہ نعمت لاگہ یمَن فورن کھیٚنی مگر کنٛہہ
پاٚکھ کھین ۔ پتہٕ پٔتھ میزبان ہندس دُسلابس اُسی پراران ۔ پتہٕ نرٛاوی سلامن
پرٛیتھ بُشکابس لوکچہ دچہ وار منٛز ژٔنی تتہٕ زز میتھ رٔبی تہٕ زِز کباب ۔ قند کاٚری
مجمس کنیتھ ژاو ماگرے صاٚب ترٛوٚش ترٛوٚش ، وونہٕ خشخاشہ برٛنہ گیو گرٛد مجمہ سیتھ
تہٕ ہُرِ سہ کھینُک دور گوو شروع ۔

"حاجی صاٚب کریہ بیٚیہ سہ لوکچار زِ پراٚنی پاٚکھ گژھہِ سویاہ تہٕ عاٚلی کدل نِشہٕ
صراف کدل ہُرِ سہ وانس پیٹھ ہرِ ساہ کھیٚنہ ۔"

" جناب ۔ لطف تہٕ چھ پوان ہُرِ سٕس بَس ہُرِ سہ وانہٕ سے بلکہ ترٛشہ
ہُرِ سہ مچہ پیٹھ بہتھ کھینس ، تہٕ یہ حقٕ منصوٗر صاٚب ۔"

منصوٗر لوگ ادہ تہٕ آکرنہٕ ۔ تمی بچارن گر اُسی تم دوہ وُچھی زِنٕس آسہ ہا
ہُرِ سہ گرٛ پتُن ہند تجربہ ۔ شرکی لاژی منٛز آسُن واریاہ لٹہ ہُرِ سہ پھو ہرِ
کھیمژ ۔ مگر غریبی کنٛہ تہٕ حیاکنی اوس نہٕ زانہہ ہُرِ سہ وانس ژامژت منصوٗرنہٕ
طرفہٕ جواب نہٕ پتہٕ کنی گرٛ حاجی صاٚبن بیٚیہ کلامہ شروع ۔ یتھ کنی مے خانہٕ دراے

شرابس منز چھپہٕ تھٕکنٕ چھٕنہٕ ہرٕ صہ وانہ روٗس ہرٕ سس لُطفے۔"

"گو تو ہہ چھہٕ دوٚ شۆوے تجربہ۔" ہرٕ مچ مازیش ٹاپان ٹاپان نیوٗ کنسرویٹر صاٮ۪بن یارس ٹُناہ ژٕ ٹھ۔ "حضور دوٚیم تجربہ چھُم ذاتی تہٕ گوڈنکہٕ لطفُک تجربہ تُہندی کنہِ شُنید۔"

" لنگویج پلیز "LANGUAGE PLEASE"۔ نیوٗ لوٚسن تہٕ ہندوٚ لے اکی چانٹہ دِنتھ۔ ناول نگارس بچارس ہیوٚو دِتھس حسب حالس منز ترجمہ کاربنُن۔ "بوٚس صاٮ۪ب۔ نہٕ بیلہٕ بنگالی ژٕ، ترٕ ےٚ بکوہ ٹہ ہان چھو۔ تہٕ چھوا کانہہ ہند پروا ے کران۔"

"بنگالی، مدراسی تہٕ پنجابی چھہٕ اَتھ معاملس منز زیادے خطرناک" نیوٗ قد دا ے کنسرویٹر ہندِس مذاقس سنجیدہ جواب دِتھ۔ "تہٕ کاشُر احساسِ کمتری ہُک شکار۔" تہٕ حاجی قدوے ہسنز کتھ کرٕ تھ۔

"بیلہٕ ژٕ ژوٗر کاشری تہٕ غار کاشر دُسمن گوڈنیُک شہید چھے کاشر زبان پیدان۔"

"خاجہ صاٮ۪ب۔ اوٚ تر ہیچھ کھیا دٕ اُسی کنسرویٹر صاٮ۪بن ژٕ ترٕ ےٚ وار وان۔ مگر از کھیٮ۪ہ بدٕ ے نعمتاہ۔ اوٚف کاشُر کوتاہ چھُہ کھوان تہٕ کھین بناونکی کاتیاہ مختلف انداز چھِ کاشرین۔ کنسرویٹر صاٮ۪ب چھہٕ وٕتان ژٕ یم سنج چھہٕ اِمرانہ ہیچھ آمنہٕ۔"

اوس مسٹر بوس اَڈ کلس ہندی ٲیس منز بولان۔

"یہ ہروٚسہ چھُہ تاشقند آسنت۔" تہٕ پننہٕ جنرل نالیجہ مطابق کنسرویٹر صاٮ۪بن ہرٕ سہ کس توارٕ خس ہیچھ ہرٕ سہ بشکابس لیوان لیوان تقریر پھیچ ٹارتھ۔

حاجی امرالدین اوس ژٕ وچہ ہیٹھک زلہ وٕن ہرٕ سہ آسس کُن نزادان ژٕ کنسرویٹر صاٮ۪بن کلامہ بوزتھ اوٚش بٕنی اَتھ دٕ ھوٚ ہیچھ بیٮ۪ہ والس تہٕ ہینٕ ان اطمینانہ سان

کلامہٕ کرِ تھ۔

"ممکن چھُ تاشقندس منز تہٕ ما آسہٕ ہٕری سہٕ نُما کانہہ چیز تمیُک مطلب گوو یہٕ سون ہٕری سہٕ چھُ تاشقندہٕ آمُت۔ یتھ کیٚن دلیلن منز مُسلمانی نہارٕ وٕنِد کالہٕ کھبوان چھِ تمیُک مطلب گوو یہٕ زِ ہٕری سہٕ چھُ نہارِ ہند بدل یا نہارٕ چھُ ہٕری سُند ہندوستٲنی رُوپ"۔

"بالکل درٕس"۔ نیوٗ قدوٲے فٲصلہٕ چارِتھ۔ "مگر وازٕ وانس متعلق کیاہ راے چھےٚ تُہنز"۔ اوس قدوٲے حاجی صٲبس کُن زیلہِ ہٕری سچہ لطافتُک ہند ٹاس کڈان کڈان وُنان۔ کنسروٚیٹر صٲبن اَے فرموو زِ یہٕ چھُ ایرانہٕ آمُت"۔ اوس منصوٗر صاٲب وٕنِد منز ماز بش کڈان کڈان قدوٲے صٲبس جواب دِوان۔ "مگر مےٚ چھُ پتہٕ یمو وازٕ وانہٕ کیو سِنو منز ایرانس منز کانہہ خاص سیٚن وُچھمُت۔ نہٕ چھےٚ یہٕ ترتیب۔ نہٕ یہٕ تہذیب تہٕ نہٕ یمہٕ مخصوص ضیافتن"۔

"بالکل ٹھیکھ"۔ نیوٗ کارڈا کڈِتھ، زامناہ مٲرِتھ پتہٕ ڈاکہ را ترٲوِتھ حاجی امرالدین صٲبن فٲصلہٕ۔ "بالکل سانہٕ ماحولُک پیداوار۔ کٲشرِ زٕ دماغی ہند پیداوار تہٕ کٲشرِ موسمی حالچ ضرور تھ۔ یہٕ چھُ ممکن زِ وازٕ وانکی سنٛز مُرتب کرن وِزِ آسہٕ تمن سارنی تہذیبن ہند اثر آسہٕ بیٹھ پیوٚمُت یمن تہذیبن سنٛز مختلف تواریخی موڈن پیٹھ آسہٕ دُچار گومُت چھُ مگر حقیقت چھےٚ یہٕ زِ یتھ مازٕ پیٹھ گوشتابس نام چھُ ساری سنٛز کٲشرِ ذہانتُک پیداوار۔ کٲشرِ عظمتُک اکھ گوٗن چھُ زِ آسہٕ چھُ یونانی تہذیبُک ہُنر تہٕ پانہٕ نوومُت تہٕ بٔیین تہذیبن ہند اہار تہٕ چھُ سائنس تہذیبس رنگ بُران رووُمُت۔ مگر کنواس چھُ اَسہٕ یُن کٲشرُ تہٕ یتھ ذہانتُک پیداوار"۔

"بالکل۔" ییٚو فِنڈوٲلے صاحبن اَہندِس کلامس تائید کرِتھ۔

"سۄ چھ اوٚنزٕ کِنسر ویسٹر صاحبٕنہِ وازوان بٲنان ۔ میانہِ کِنہِ چھُ یہِ خاص کٲشرِ کھنہٕ ہنز خاصیت زِ گوشتابہٕ مُرزٕ ڈگی ڈگ تہٕ چھمہٕ کِنہٕ ہٮ۪ند خوٚسُر یا مسکہ مارِنس بَستہٕ ترٲلان۔"

"دپان اے اکثر سٕنز چھہ موغلو لورأنی ہتی۔"

ییٚو منصور صاحبن پننہِ علمُک مس باگرِاوِتھ۔

"نہ محض موغلو چھِنہٕ اوٚنمٕت بلکہ چھُ موغل بادشاہو سٲئنس وازوانس تعریف کرٕمٕژ۔ مُجہ ہند استعمال چھُ ذٲیقہٕ بدلاونہٕ خاطرے ۔ یُس موجہِ صنابہ گرتھ ہاتہٕ چھُ میتھِ طاقتی ترکارِ سٕنز بلہٕ ناوِتھ لذیذ زٕٹھنہِ بناوِنہٕ آمٕژ۔ طبخ ماز چھُ پرانہِ قبر کھُک نوٚد پاراو۔ مرزٕ وانگن قورمہٕ چھُ اَمہِ کتھِ ہند وضاحت کران زِ کٲشرِس مرزٕ وانگنس چھے پننہِ سورٕچی تہٕ ہنہٕ ٹیچھر تٕہ۔ رنگُک جوہر تہٕ مرزِچ لطافت آیہٕ تتھ ماز ہنہِ بخشنہٕ یُس ہنہِ گوشتابہٕ ہنہٕ رستہٕ مُرتھ زٲرِتھ یا روغن جوش کھٕلی الگ کٕڈتھ بچان چھِ..."

حاجی صاحب اوس اکہ اکہ دازٕ ہٕشنن ہند گوٚن پھِران۔ تم ساری اٲسی اَہندِس کلامس حق نٕلان تہٕ مسٹر بوس تٕہ تہٕ فِنڈوٲلے اٲسی دوشوے اَندری داد دِوان زِدوٕن بدنٕ پُری ہشتن عوہدٕ دارن اٲسی محض رسمی علمیت تہٕ یمن برعکس اوس اکھ نٕوجوٲن اکھ عالمانہٕ اسند لاگُک جوہر باگہٕ راوان۔

ہٕری سچہٕ لطافتُ اٲسہٕ یمن بیتہٕ ہیے کھنٛاوٕ ہنٛز آیایم ما اٲسی شکم سیر۔ مگر نوٕتہٕ اُتھی بتہٕ ہٕہن زٕٹھتہٕ دوٕنیٕ زٕوپہِ ہند مددٕ تہٕ ورلے کھوان۔

نام زٲو قند کٲری سماوارس منز چاپہٕ سماوار ہیتھ سلام تہٕ اُمس بیتہٕ

ستِ ژاے زٕ موہنوی زٕ مجمہٕ ہیتھ۔ دوشوٕے مجمہٕ أسی قندٕ کارٕی۔ پرانہٕ نقش نگٲری ہُند نادر نموٗنہٕ۔ بوتسس تہٕ ندٲویس آسہٕ اَکھ مجمہٕ سیٹس تہٕ سماوارس کُن نظر دِژھ لگِتھ۔ یِم أسی نظرو منز ۔ے تِمن سونہٕ ساوی اَکھَن تعریفُک مغفرت سوزان، ہیوٗ اَکھوٗ یِمَن زٕامہٕ ژادرن نشاطُک تہٕ شالمارُک اہار بخشمت اوس۔ اُکس مجمس منز آسہٕ قبہٕ دار پھوکھٕنہٕ ووزٕ بہٕ باکرِ خانہٕ پلیٹس منز پیٚرِتھ تہٕ شیٚرِتھ تہٕ بیٚیس مجمس منز اُسٕ زاوِلی چینی فنجانہٕ سلیقہٕ تہٕ ترتیبہٕ سان سجاوِتھ۔ یِم أسی ترٚیشوے اِسناد پرس پیٹھ زٕ ماگرِے صابَن تُل ہٕرِ شُک خالی لُبشقابہٕ تہٕ دسترخانہٕ تھوٚود۔ حاجِ نیوٗ بُڈِ الحمدُاللہ پٔرِتھ تہٕ یوٗس صابَن تام کوٗر عمارشعوٗری پاٹھی آمین تہٕ اَمہٕ پتہٕ ووٚنُن:

"کاشرِن ہندِس کھیٚنس منز وُچھ اَسہٕ بہترین ڈِسپلِن DISCIPLINE یوٚت تام تہٕ بسم اللہ اجتماعی طور پرنہٕ یہٕ کانہہ چھُنہٕ کھیٚنس دس نوان تہٕ یوٚت تام تہٕ الحمداللہ اعلانیہٕ پرِتہٕ یہٕ توٚت تام چھِنہٕ مجلسہٕ منز ترتیب پھٹان۔"

بُتھے چاے پیالَن پھِرنہٕ آیہٕ سماوار ہیہ منز سورٕخی ہِند شفق گیہٕ زاوِ ہین سفید، چینی پیالَن ہندِس اَندی گِس ووزلاوان تہٕ تِھکے کُنہٕ ووشہٕ لاوان ہیٚنہٕ کُنہٕ سونہٕ لانکہ ہیٹھ کِس شیشہٕ خانس دوہ لوٚسن وِز آفتابچ سورٕخی ووشلاوان اُس۔ یہٕ مارٕ منز تہٕ وُچھتھ ژوٚل حاجِ صابس بے اختیارٕ نیرتھ۔

؎ "ژہٕنز پوٚش رنگہٕ منے ڈیٖٹھمس تٕس۔"

# باب ۲۳

"نازے یہاٮ اَڈرٕٹ وَنَن کرٚی ماجہِ چانہِ پانٔس نتہٕ کیاہ گوس بِچارٕ۔ اکہٕ وۄہ وٕرِش ژراپہٕ مژٕ اوس۔ کِتھ قبرِ داآرٕ سو بوٚہٕ پٔژ بپر۔ ووہٕ ذٕ چھیاژےٚ تہٕ دُشمنَن۔۔۔"

نازے مأسی دُشمنَن مہ وَن۔ بہٕ ہیٚ چھس پانہٕ پنٕنۍ دُشمن مگر تہٕ ماذٕ نومیون۔۔

"اُدِ بنٕز۔ مام اُسے گوٚمُت چھُے۔ نٕہ دوہ ہیٚ گیٚس بِچارس پکان آسی تہٕ لوزتہٕ۔"

سُنٕز وٕنی ذکر ہندِس ذُپوہرِس مکانہٕ کِس گانہٕ کُٹھِس منٕز آسہٕ ریٚشمہٕ نہٕ تہنٕز ماس دارِ دروازٕ بند کٔرِتھ صُبحہٕ بیٹھے کتھن دَل دِوان۔ پنجرِ ہے اَس رٚیشمین اَڈٕ وٕرٕژھ ترأوُمٕژ۔ یُوٚدوَے اوٚبرٕ بب اوس مگر مُنٕزی منٕزی اوس یُوہیٚ گاشہٕ راوان ہیوٚ تہٕ اُمہِ سِنٛز اکما حدِ نظرس تام شینگ بہٕ اوٚند پوٚک مأپہٕ لگان۔

ریٚشمہِ ہٕنٛدِ اغوا گژھنہٕ پتہٕ برآمد کٔرِتھ سوٚ زٕ وٕنی کمپس منٕز واتناوِتھ سوٚ اُس بوٚہٕ کوٚٹِس ملک صأبس سُپرد کِس بیٹھ دِنہٕ آمٕژ نہٕ ملک صأب اوس تس بڈٕ مایہ سان بوٚہٕ کوٚٹ کُن پکہٕ ناوان نٕہ ادرٕ اُس اُہنٕز عُرِیاہ ماس بُتھہٕ بُتھہٕ دِوان پکان۔

تمہٕ نٕزوو ملک صأبس کلہٕ کھورن بیٹھ، مگر ملک صأبس اُسی نہٕ پرزٕ ناوان۔

ملک صأب اوس مُطمین گوٚمُت زِ اُمس گجرانہٕ چھُ اُمس کورِ سِنٛز کیاہ تام خوٚفی

رشتہٕ نہٕ پھندی بیٹھ ماچھنے یہٕ اغوا کرنہٕ آمژ تہٕ اوٚ سببہٕ کرٕ اُمی اُمی سیے رٕنشمہ حوالہٕ ر
نہٕ اُس رٕنشمہ اکہٕ طرفہٕ اطمینانہٕ سان زِ سو چھنے یتہٕ نین منز۔ مگر بیٚیہ طرفہٕ اُس اُلرد میٚن
کنڈ ین بیٹھ۔ جان صابنٕ یادٕ کس بوٚمبر گن زٕن ژھٕ بچھان تہٕ پانسے ستی اُس سوچان
زِ نس کُس ونم بہٕ چھس تہنددِ امارٕ مژ نہٕ فلوا۔ یپارٕ اُسس مریم بیٚیہ مامنہٕ ہند تہٕ
سیٚ غم زٕ نس کیاہ آسہٕ بنیو مُت۔ تہنزٕ اُس نہٕ اُمس بچارٕ اتھ گرس منز کتھ تہٕ بنان
کرٕ نہٕ۔ یتھے تہند ناو ہیٚیہ ہا لوکی تہٕ بڈی اُمس جاڈ دِوان۔ یوٚدوے رٕنشمس تہٕ
ذہن مانان اوس زِ مریم ہیبی اوس تہند مام یمن دردل بنین باین نش ژوٚ ٹمت،
مگر یمن دود چھ زبرہٕ داد کھوتہٕ۔ سو اُس پانس ستی ونان "پرتھ اُس تہٕ ترتھ اُس
اگر میانہٕ بدلہٕ ہوٚوی تہٕ آسہن ژھم سو نہٕ آسہس یتہٕ پتھے مگر بہٕ . . . " تر یمہٕ
طرفہٕ اُس بچارٕ نازلہٕ ہندِ موکھہٕ تہٕ پریشان۔ اُخر سو کیا آسہٕ اُمس متعلق ونان
لگے اوسُس لوان وو ند ہیٹنس تمہٕ گر وُشاد لبُس تمہٕ مالیُن زانتھ بینہٕ بینہٕ
بنیو مُت اوس۔ یتھ گرس تمہٕ اُچھ والو ستی لرتھ ڈُوم ژ اُس۔ یمہٕ گر یمن لبن
تمہٕ یتہٕ نس یار شند تصویر مایہٕ تہٕ امارٕ لاگتھ تھوو ہٕ متی آسی۔

یہٕ اُس ماسہ نہٕ تہٕ مامنہٕ تہٕ یتہٕ لگتھ زٕ بہٕ گرژھ بیٹھ تیتھ ہیلہٕ ناگ یوٚدوے
بہٕ گیٚ زٕ نی تتہٕ روزٕ نہٕ ہیکہٕ نہٕ مگر گرس لوٚب لرونتھ ییہ ہا بیٚیہ واپس۔ یپارٕ اُسی کیٚنہٕ زنگہٕ
تہٕ جان صابنس ستی ملاقات کرنہٕ برژھان۔ ماس اُمس زانہٕ پار کران زِ سہٕ اوس
اپُر گرہٕ نتھے گریتھ شُری گندان ترٕ شُن ہند بناوان چھ تہٕ اُتی یارٕ ز
ژھتھ اُتھ ترٕ شن ہندِ س گرس کھونٹ ژھُرٕ پار کران۔ سو اُس رٕنشمس سمجاوان زِ
بڈ ین لوکن ہندی شُری چھِ غریب کوٚرن چھانچھ پوتِن زٕن گیندناہ کران تہٕ یتھے

گینډناه اوس اکھ شہر دارن تہنز۔ ماجہ کوٚر مُت نہٕ یوٚہے گنڈن یہر اکرِتھ دراو جان صاب
نس۔ ریٚشمہ آس ماسہ یقین دِوان۔ "ماسی ژٕ چھکھ شکن کھیمژ۔ بجاینٕ نے چھ پتیھ۔
"کوٚری نہٕ ہے اَس چاٲنی موج نہٕ دِنان۔ واے بلاے آیسے حُسنس پیٚہ حُسن تہٕ چھُ
قبوٗہ بنتھ پریشان کران۔ حسین آسہٕ نٕنے ہارِے ماج نہٕ یوٚہے حُسن کرِ ژببہٕ
اَڈ زٕٹ وَنَن۔"
ریٚشمہ آیہ مُنزراونہٕ امہٕ بنیہ حجابکہ پردٕ ژُٹھ تہٕ لج ماسہ وَننہٕ۔ "نے اکھ لڑکہ
چھُ اُکس کوٚرِ ستۍ چاٲنی کِنہ تَس ستۍ مطلب پوٗرہٕ کرنہٕ خاطرِ گنڈان۔ ٹھیک چھُ اگرنی
پزر آسہٕ ہانبلِ کیبازہٕ کرُنہٕ پتہٕ مِن پانٕنزن وٗرٕ دِین منز جان صاٮ۪ن مطلب پنُن پوٗرہٕ
"آسہ نس نہٕ موقہٕ آمُت۔"
"ماسی کوناہ سُبھ زالہٕ، کیاہ وَنے اُسی ہے چھِ جان صاب تہٕ بہ راٗژن خلوتس
منزِ گیٚے سوٗ نہٕ بنجر تہٕ گاہے سانہٕ نِلہٕ ناگہٕ رُدمُت، بیٚلہٕ محض گنڈن مقصد
آہمس نہٕ . . . . . . "
تہٕ پتہٕ بنیہ ریٚشمہ لفظ وُکھو بیٹھ والیس نگرِ تہنز۔ ماسہ توٚر سارنے تمن لفظن
ہُند تہٕ مطلب فکرِ یم نہٕ آوازہٕ ہندِس تاٲلیس بسے واتی۔ ماس اُس اندری قایل
مگر ذہن اوٗسس نہٕ ماں نہٕ زِ اکھ امیر زادہٕ توجہ کوٚٹ کرِ اکس غریب کجرِ کورِ
ستۍ پوٗز محبت۔ بیٚاکھ اوٗسس بیٚنز ہند کلامہٕ بارتھیتھ لارتھ گومُت زِ سہ
آہما واریاہہ لڑکہ کُنی زُنی مریم بیٚبہ اُمس توجہ کڈِتھ سنہٕ ترادمژ
ماس دیٚنہٕ آس دوٚتس بیٚٹھ پدی اُسس ڈلتھ گمُتہٕ۔ بیٚلہٕ نہٕ مسافرس
دوٚتس بیٚٹھ واتنہٕ پناہ آب کوسہٕ دِتھ کپاری چھیٚنے گرٕ ھان نہٕ کوٚت واتان،

